# شیرازہ

ارجن دیو مجبورؔ نمبر



جموں اینڈ کشمیر اکیڈیمی آف آرٹ، کلچر اینڈ لینگویجز

# شیرازہ

خصوصی شمارہ

# ارجن دیو مجبورؔ نمبر

جلد ۴۴ : شمارہ ۱ تا ۳
(جنوری تا جون ۲۰۱۱ء)

نگران
**ظفر اقبال منہاسؔ**

ایڈیٹر
**عابد احمد**

معاون
**ڈاکٹر گلزار احمد راتھر**

جموں اینڈ کشمیر اکیڈیمی آف آرٹ کلچر اینڈ لینگویجز سرینگر

ناشر: سیکریٹری جموں اینڈ کشمیر اکیڈیمی آف آرٹ، کلچر اینڈ لینگویجز سرینگر

| | |
|---|---|
| کتابہِ ہُنٛد ناو: | ارجن دیو مجبورؔ |
| سالِ اشاعت: | ۲۰۱۱ء |
| پبلیکیشنز آفیسر: | غلام نبی میر |
| معاون: | غلام محمد ماگرے |
| موٗل: | ۱۰۰/روپیہِ |
| مجلد: | ۱۲۰/روپیہِ |
| سرورق: | بشیر احمد |



چھِنٛڈ بیترِ سوزنُک پتاہ:

عابد احمد

ایڈیٹر

سیکریٹری جموں اینڈ کشمیر اکیڈیمی آف آرٹ، کلچر اینڈ لینگویجز

لال منڈی سرینگر

# فہرست

## انتخاب





## عکس تحریر

ؠ چھس کلچرل اکاڈمی خصوصاً ظفر اقبال منہاس صأبِن بے حد مشکور زِ تِمو چھُ ارجن دیو مجبوٗر نمبر شایع کرنٕک سنز کوٗر رمُت۔ زندگی چھِ ژھوٗ ٹ تہٕ بےٚ بھروسہٕ لہٰذا گوٗ ژھ اَتھ رٕژِ کامہِ ؤلی ؤلی دس تُلُن، یُتھ بہ یہِ نمبر وُچھِتھ ہیکہٕ ہا۔ عابد احمد بھٹ چھِ اَتھ کامِ دَنٕہٕ پنٕہٕ لٔگِتھ۔ شُکریہ

ارجن دیو مجبور

آر کے پورم۔ لین-1

مورخہ ۱۴ اپریل ۲۰۱۰ء

جۄم

# سرنامہٕ

جموں اینڈ کشمیر اکیڈیمی آف آرٹ ، کلچر اینڈ لینگویجز چھےٚ پٲنٛژمہِ پٲنٛژوٕنزہو وٕری یو پیٹھٕ ثقافتی تہٕ تمدنی سرگرمین لرِ لوٚر پٮ۪ن اشاعتی پروگرام شدومدسان جاری تھاوان۔ اَتھ پروگرامس تحت ییٚتہِ عام رسالہٕ تہٕ کتابہٕ شایع سپدان چھےٚ تتہِ چھِ سون ادب تہٕ شیرازٕکۍ مختلف خاص شمارٕ شایع کرنہٕ علاوٕ علمی تہٕ ادبی شخصیژن پیٹھ مانوگراف تہِ لیکھناونہٕ تہٕ شایع کرنہٕ یوان۔ شیرازٕک دریِس شمارٕ چھُ اَمی سِلسلُک اکھ کوٚریُس کٲشرِ ہندِس بہلہِ پایہِ قلمکار آنجہانی ارجن دیو مجبورس متعلق چُھ۔

ارجن دیو مجبوٗر اوس اُردو ، ہندی تہٕ کٲشرِ زبٲنۍ منٛز لیکھان ، انگریزی زبان تہِ اوس یژٕ پٲٹھۍ زانان۔ کٲشرِس تواریخس تہٕ تمدنس پیٹھ اُسس سرٕ نی نظر۔ سٲرِسے وٲنسہِ روٗد کٲشرِ زبٲنۍ تہٕ ادبُک دامانہٕ پننہٕ نوٚو تخلیقو ستۍ مالامال کران۔ مجبوٗر صٲب اوس زبردست شاعر ، افسانہٕ نوٗیس ، مقالہٕ نگار تہٕ ترجمہٕ کار۔ تسنٛز کٲشرِ شٲعری ہندۍ ترٛےٚ مجموعہٕ ، دشہار (1993ء) ، تیوٚل (1995ء) تہٕ پدٕ سمیکھ (1993ء) چھِ شایع سپدۍ متۍ۔ اکھُتۍ چھکھ ''پدٕ سمیکھ'' شعرِ سومبرنہِ پیٹھ 1993ء ییس منٛز کلچرل اکیڈیمی ہُند ایوارڈ تہِ میوٗلمُت۔ ادبی تحقیق کِس سِلسِلس منٛز چھےٚ

تِہنز ترتیب دِژہٕ "کُلیاتِ لالہٕ لکھمن" وارِیا اہم۔ کأشرِس تواُرێخس متعلق لیٚکھنہٕ آمژن وارِیہن انگریزی کتابن ہُنٛد تلخیص چھُ مجبور صأبن کأشرِ زبأنی منٛز تحریر کوٚرمُت ،یُس تمو "تحقیق" ناؤوِ کتابہِ منٛز شایع کوٚرمُت چُھ۔ پروفیسر اروند گگوٗہن چھ مجبوٗر صأبنہٕن وارِیہن نظمن انگریزی زبأنی منٛز ترجمہٕ کوٚرمُت یُس Wavesناؤوِ کتابہِ منٛز شایع چھُ سپُدمُت۔ تِتھے پأٹھی چھُ آر۔ کے بھارتی ین تہِ مجبوٗر صأبنہٕن کأشرٕن نظمن انگریزی لیس منٛز ترجمہٕ کوٚرمُت تہٕ Leaves of chinarناؤوِ شایع کوٚرمُت۔

مجبوٗر صأب اوس زبر ترجمہٕ کار،تمو کوٚر حضرت شیخ العالم نورالدین ولیؒ سٕندٕن پٔنٛژٕہن (50) شُرکین ہندی زبأنی منٛز ترجمہٕ، راج ترنگنی ہِنٛدِس گوڈنِکس تہٕ ترٛیٚیمِس ترنگس چھُکھ کأشُر تہٕ کلہُم نیل مت پورانس اُردوٕہس منٛز کامیاب ترجمہٕ کوٚرمُت ۔اَمہِ علاوٕ چھُکھ کالیدٲسُن ڈراما میگدوتم "اوٚبری شیٚچھ" عنوانہٕ کأشرِس منٛز پھیوٚرمُت۔

بہرحال چُھ یہِ سانہِ باپتھ فخرُک بأعث زِ ریاستی کلچرل اکیڈیمی چھےٚ آنجہانی ارجن دیو مجبور سٕنٛزن علمی تہٕ ادبی خدمژن ہِنٛدِ اعترافہٕ رٔنگی شیرازُک یہِ خاص نمبر شایع کران۔ وومید چھےٚ زِ سأنی یہِ کوٗشش کھسہِ ٹارِ۔

ظفر اقبال منہاس

سیکریٹری

# گوڈٕ کتھ

زبان چھےٚ لۄکن ہنٛز تہٕ لۄکن ہنٛدِ باپتھ ۔ بولن وألی چھِ اَتھ لرِلوہ تہِ کران تہٕ رأچھ تہِ ۔ باقی کٲہہ یاوٕسپلن ءتیٚ ءتیٚ چھےٚ زبانِہ سٕہ خاص وٕسیلہٕ یُس قومی شناخت تہٕ یکُت پأدٕ چھُ کران تہٕ قأیم تہِ تھاوان۔ پرٛتھ زبأنۍ منٛز چھُ ادب تخلیق سپدان، یُس قومن ہنٛدِ شعوٗرک ہرترتہٕ تخلیق کأری ہُنٛد کمال پیش کران چھُ۔ کأشُر زبان چھےٚ واریاہ پرأنۍ ۔ اَتھ منٛز چھُ واریاہ موٗلل ادبی سرمایہٕ موجوٗد۔ اَز تہِ چھُ اَدب تخلیق کرنُک سلسلہٕ جأری ۔ واریاہو ادیبو تہٕ شأعروٕ گر سأرِےٚ وأنسہٕ اَتھ زبأنۍ خدمت تہٕ تخلیق کأری ہُنٛد خدادا دٕ ہُنر کامہٕ لأگِتھ یوٚرہس فن پارو ءتیٚ دامن ۔ وُہمہٕ صٔدی عیسوی دوران گےٚ واریاہ اہم شأعر تہٕ ادیب پأدٕ، یِمو کأشرِ زبأنۍ ہُنٛد ادب نوٚین سرحدن تام ہِلن کرنوو، نٔوۍ ادبی رُ وۍیہٕ تہٕ روجحان ، نٔوِ صِنفہٕ، نٔوۍ موضوٗع گٔرِکھ متعأرف ۔ نثرنویسی کڈنأوِکھ کاڈ۔ یِمو گوڈٕ تگہٕ ہنٛدیو بہلہٕ پایہٕ ادیبو تہٕ شأعرو منٛز چھِ ارجن دیو مجبوٗر تہٕ اکھ۔

ارجن دیو مجبوٗر زاے ۱۱۶ اگست ۱۹۲۴ء منٛز زأنہٕ پوٗرٕ۔ ابتدأیی ،

ثانوی تہٕ کالج سوٚتھرِ چ تعلیم حاصل کرنہٕ پتہٕ کوٚرُکھ ہندی زبانَس منٛز ایم۔ اے، تہٕ گیہِ تعلیم ہٕنٛدِس محکمس منٛز اُستاد سٕنٛدِ حیثیتہٕ بُرتی ۔ وُہمہِ صٔدی ہٕنٛدِس ژوٗرِمس دٔہلس منٛزٕ ہیوٚتُکھ قلم آزماوُن، وارِ وارِ لگی کأشُر ، ہندی ، اُردو تہٕ انگریزی زبانن منٛز لیکھنہٕ۔ سأرِسے وأنسہِ روٗدی لیکھان ۔ تمہِ اَسی واریاہن ناماوار علمی تہٕ ادبی شخصیژن ہٕنٛدی ہم کال مثالے عبدالاحد آزادؔ، غلام حسن بیگ عارفؔ ، دینا ناتھ نادمؔ، سومناتھ زُتشیؔ ، ماسٹر زندٕ کول، عبدالاحد زرگرؔ، محمد امین کاملؔ، رحمان راہیؔ تہٕ میر غلام رسول نازکیؔ بیترِ۔ مجبور صأب اَسی تیز نظر تہٕ محنتی محقق ، زبر ترجمہٕ کار ، اہم شأعر، کأشرِ توأریخکی زأنی کار، تمدُن شِناس تہٕ اکھ معتبر نثرنگار۔ واریہن ادبی انجمنن ستی وابستہٕ روٗزِتھ ، واتنوٗکھ ادب تہٕ ثقافتہٕ چن کامن پننہِ تجربُک فأید، کشمیر کلچرل کانگریس تہٕ کشمیر یونیورسٹی منٛز کأشرِ شعبہٕ کہِ ایڈوائزری بورڈُک تہٕ نوِ دِلہِ ہٕنٛزِ ''رِچا'' سنٛتھایہِ ہٕنٛدی ممبر روزنہٕ علاوٕ اَسی ۱۹۵۰ء پیٹھہ ۱۹۵۲ء تام ''کونگہٕ پوش'' رسالکی سب ایڈیٹر۔

مجبوٗر صأبنۍ گوڈنیچ کأشُر شعرِ سومبرن ''کلامِ مہجور'' سپٕز ۱۹۵۵ء منٛز شایع، اَمہِ پتہٕ روٗدی تمہِ برابر لیکھان ، یِوٚتام یِمہٕ شعرِ سومبرنہٕ شایع گٔرتھ کأشرِ شأعری ہٕنٛدِس موٗلِلس سرمایس منٛز تھکُن لایق ہُربرٕ کوٚرُکھ: تیوٚل (۱۹۵۵ء) ، امن تہٕ زندگی (۱۹۵۶ء) دشہار (۱۹۸۷ء) ،

دزٕوُنی کوسم (۱۹۸۷ء) ، پٔدی سمیکٕر (۲۰۰۷ء ) ۔منہٕ باوٕ ژ باپتھ أس
مجبوٗر صأبس غزل صِنفہٕ بجاے نظم گویِی راس آمژٕ۔ حالانکہٕ تہٕنزن کٔہ
یاہ معنہٕ ساوٕن تہٕ خوبصوٗرت نظمن چھُ انگریزی ، اُردو ، ہندی ،
ڈوگری ، تیلگو ، بنگٲلی ، پنجأبی تہٕ کنڈ زبانن منز ترجمہٕ کرنہٕ آمُت ، یُس
واریاہ پسند کرنہٕ آو۔ آر۔ کے بھارتی ین کوٗر أہنزن واریاہن نظمن
انگریزِیس منز ترجمہٕ تہٕ یُس Leaves of chinar ناوٕ شایع
سپُد ، تتھے پأٹھی کوٗر اروند گگوین أہنزن ژ ووٕہن نظمن ترجمہٕ، یُس
۱۹۵۳ءمنز ویوٕز (Waves) ناوٕ شایع سپُد۔

تحقیق (۱۹۹۹ء) ، أرنہٕ مال (۲۰۰٦ء ) تہٕ کلیاتِ لالہٕ لکھمن
چھےٚ ارجن دیو مجبور سٕنزٕ تحقیقی کتابہٕ۔تمو کوٗر کالیداسنہٕ میگ دوٗت
ڈرامہٕک اوٚبرٕ شیٚچھ عنوانس تحت ترجمہٕ، کلہن سٕنزٕ راج ترنگنی ہُنٛد
گوڈنیُک تہٕ تریٚیم ترنگ پھرُ کھ کأشرِ زبأنی منز، نیل مت پوران اُردوٗ
زبأنی منز تہٕ شیخ نورالدین ولیؒ سٕنٛدی ۵۰ شرُکی پھرِ کھ ہندی زبأنی
منز۔شُربن ہٕنٛدِ باپتھ لیٚچھکھ ''کتھ تہٕ وَتھ'' ناوٕ کہأنیہٕ۔مختلف زبانن
منز مختلف موضوعاتن پیٹھ تہٕنٛدی مقالات روٗدی مُلکہٕ کٮ۪ن بہلہٕ پایہٕ
ادبی رسالن منز شایع سپدان۔ مثالے دِویا (ہماچل پردیش) ، پہل
(جبل پور)،وتستا (کلکتہ) ، بھاشا (دلی) ، لڈمبری (دلی) ، ہمارا ادب
(سرینگر) ،سون ادب ، شیرازٕ ،آلو (سرینگر) بیترِ۔ أہنٛدی کأشری تہٕ

انگریزی نوشتہٕ سپدی کاشُر انسائیکلوپیڈیا جلد۴ تہٕ میسور انسائیکلوپیڈیا ہس منز تہِ شاملِ۔ ''یادن ہُند سفر'' عنوانہٕ لیوٗکھ تمو پننہٕ زندگی ہُند احوال ساد تہٕ دلچسپ اندازس منز۔

جموں و کشمیر کلچرل اکیڈیمی ہنٛدِس اشاعتی پروگرامس منز چھِ یمہِ عالمہٕ ٔکمتین بہلہ پایہِ تہٕ ناماوار ادبین تہٕ شاعرن متعلق خصوصی نمبر شایع کرنس ستی ستی حالے حیات قداوار شخصیون متعلق خاص نمبر شایع کرنک فاصلہٕ تہِ شاملِ۔ارجن دیو مجبور صابنٛ بسیار پاسل شخصیت ، علمس تہٕ ادبس تہٕنٛد دیُت نظرِ تل تھاوِتھ اوس کلچرل اکیڈیمی کینٛہہ کال بروٗنٛہہ تمن متعلق اکھ خصوصی نمبر شایع کرنک فاصلہٕ کوٗرمُت بلکہِ اوس اَمیُک سٔنز تہِ سپدمُت اَمہِ وِزِ اسی یم صحتہٕ کنی ڈیٛلہِ۔ یم حرف لکھن والی گر مجبور صابس ستی ملاقاتس دوران تہنٛدی کینٛہہ مشورٕ تہِ حاصل۔ یہِ خصوٗصی شُمارٕ اوس تیاری ہنٛدین آخری مرحلن منز اکثر معزز مقالہٕ نگارو ہیوٗک نہٕ اکہِ یا بیٛیہِ وجہ کنی وقتس پیٹھ اتھہِ بنٛدرُت کٔرِتھ، یوٗ تام ۱۵ دسمبر ۲۰۱۰ء گیُت ارجن دیو مجبور صاب سورگواس گے۔ اَسہِ چھُ افسوس زِ تم چھنہٕ یہِ خصوصی شُمارٕ وُچھنہٕ باپتھ یتھ دُنیاہس منز مگر ژیری نہٕ صحی تمن متعلق یہِ خصوصی شُمارٕ چھُ تہنٛزن خدمٔژن ہُند اعتراف ۔ وومید چھےٚ یہِ خصوٗصی شُمارٕ ییہِ پسند کرنہٕ۔

ارجن دیو مجبور صأبس متعلق یہِ خصوصی شمارٕ ہیکہِ ہے نہٕ تیار سپدِ تھٕے اگر نہٕ سأنٛی معزز تہٕ معتبر مقالہٕ نگار پننٛ مقالہٕ ژیری نہٕ صحی ، آسہِ تھاوِ ہن ۔ أسی چھِ وَژھِ وأنجہِ تہُنٛد شُکریہِ ادا کران۔

وومید چھےٚ پرن وألی کرن سأنٛی وشفہٕ تہٕ سانہِ کمزوٗریہِ درگذر۔

عابد احمد

# لولہٕ دیواناہ ٲژھیٚل مجبوٗر اوس

شری ارجن دیو مجبوٗر سورگہٕ وأسِس سید رسول پوٚنپُر (مرحوم) ہِندِ طرفہٕ منظوم خراجہٕ عقیدت۔

لولہٕ دیواناہ ٲژھیٚل مجبوٗر اوس　　زینہٕ پورے رازٕ گامے دوٗر اوس

جان تیٚمی زُووٚوند کٔشیرے کأشرِس　　مہرنے ڈٮ۪کہٕ ٹِکہٕ سُہ پھولوٗن نوٗراوس

راتھ بالن شاند دِتھ شوٚنگی جود گر　　زندٕ کتھ ءکنی روٗد بوٚڈ بہدوٗر اوس

أندرٕ دِل ہتھ نارٕ پربتھ غم أنیکھ　　ہونجہِ اَسوٕنہِ نبرٕ دِل مسروٗر اوس

روٗد راون تیوٚل ٲمِس ماجے وطن　　لیس سُہ ازلے اکھ تہٕ سونہٕ کنہٕ دوٗراوس

اوس سنہٕ زے ساس داہ یود وار دوہ　　دوٗر پیوٚمُت دراوسُے گٔتی گیوٗر اوس۔

داہ دسمبر پانژھ گنڈ تاریخ تُل　　سورگہٕ واسی ساہٕ دِل مجبوٗر اوس

زینہ پورے زاو اودھے وال ووت　　زندگی ڈٮ۪کہٕ لون یِی مقدوٗر اوس

أسی چھِ سأری کارگاہکی کامگار　　سُہ تہِ اَسی منز بوٚڈ اچھر مزدوٗر اوس

☆

# ارجن دیو مجبوٗر
# _ اکھ سوانحی خاکہٕ

محمد اشرف ٹاک

کاشُرِ زبانٕی تہٕ ادبُک اکھ لۆبہٕ وُن تہٕ شوٗبہٕ وُن تھوٗ نگ، محقق، ترجمہٕ کار، ناماوار گونماتھ تہٕ عاٮ۪لم ارزن ناتھ کول،یُس اسہِ زیادٕ پٔہن ارجن دیو مجبوٗر ہِندِ ناوٕ ویٚوٚد چھُ،زاو 16 اگست 1924ء کٔشیرِ ہِندِس أکِس تاریخی گام زأنہٕ پوٚرشپینہٕ۔ماٮ۪لِس اوسُس ناو پنڈت کیلاش رام کول تہٕ ماجہِ پوشہِ کُج۔ارجن دیوُن بُڈی بب گووندرام کول اوس سرینگرِ کہِ کاوِڈارِ محلُک روزن وول تہٕ کپرُک کارِ باراوس کران۔أتھی سِلسلس منٛز اوس تٔمی سُندیُن گرٛھُن زینہ پوٚر روزان تہٕ أتی آو گووندرامُن کھاندر ریشی بٹ سٕنٛزِ کورِ زُٮ۪ن مالہِ ستی کرنہٕ تہٕ تمو بنوو پٔنُن جاے قرار زأنہٕ پوٚرِس منٛزٕ ے۔اَرزن ناتھن گٔر ابتدأیی تعلیم مقأمی سکولن منٛز تہٕ پتہٕ سرینگرِ حاصل۔أتھی دورس منٛز سپدی اناتھ ، مگر پوٚپھہِ لیس زٕے دبد ناواوس تہٕ رازٕ ے کدلہٕ روزان أس گٔرِس سرپرستی۔مجبورن کوٚر میٹرک پاس گٔرِتھ کیٚنٛژن رتن کواپریٹیو بینکس منٛز نوکری۔پتہٕ آو سرینگرِ کِس صدر عدالتس منٛز بحثیتہِ ناظر تعینات کرنہٕ مگر سورٕ ے ترٛأوِتھ پٔنٕنی پرٛھأے

جأری تھاوٕنہٕ باپتھ سپُد لاہورروانہٕ۔لاہوراوس تمہِ وقتہٕ علمی تہٕ ادبی سرگرمین ہُنٛد بوٚڈبارٕ مرکز۔اتہِ سپُد وقتہٕ کٔمن بہلہِ پایہِ أدیبن ستی تِمنٛد ملاقاتھ یہنٛدِس صحبتس منٛز تمو واریاہ فأیض پرٛاوو۔لاہورٕ گریجویشن کرِتھ آو ارزن ناتھ کول،ارجن دیو مجبوٗر بنِتھ واپس کشیرِ تہٕ سپُد محکمہ تعلیمس منٛز بطورِ ووستاد تعینات۔اوذ تٕھ نیاے کم کاسہِ أنزراونہٕ پتہٕ سپُد مجبور اخبارِ ہمدردس ستی وابستہٕ یمیُک مأ لِک تہٕ ایڈیٹر پنڈت پریم ناتھ بزازاوس۔ ہمدرد اوس تمہِ وقتہٕ کٔمن أدیبن تہٕ قلمکارن ہُنٛد سمن بل،مجبورس آے اتہِ عبدالاحد آزاد،مرزا غلام حسن بیگ عارفؔ،دیناناتھ نأدمؔ،پنڈت سوم ناتھ زُتشی،ماسٹر زندٕ کول،احد زرگرتہٕ پنڈت پریم ناتھ بزازہوٚبن أدیبن ، قلمکارن تہٕ ثقافت شناس شخصیتن ہنٛز صحبت باگہِ۔واریاہس کم وقتس منٛز بنٕأوتھٕ علمی تہٕ ادبی حلقن منٛز پننٕ جاے۔

مجبورن کوٚر **1961** عیسوی یس منٛز کشمیر یونیورسٹی ہندی یَس منٛز ایم اے ۔ وُہمہِ صدی ہنٛدِس شیٚمس دہٕلِس منٛز یمو ادبی تحریکو کشیرِ منٛز کاڈ کوٚڈ،ارجن دیو رٕ ذی تمن ستی برابروابستہٕ یمن منٛز کشمیر کلچرل کانگریس ستی تہنٛز وابستگی خاص پأٹھی قأبلِ ذکر چھِ۔**1950** عیسوی پیٹھہٕ **1952** عیسوی یس تانٛ رٕ ذی تم کونگ پوشکو سب ایڈیٹرتہِ۔

ارجن دیو مجبورسُنٛد علمی،ادبی تہٕ تحقیقی سفرچھُ قریب ستن دٕہلین پیٹھ کاڈ کڈِتھ۔تم أسی اردو،ہندی،انگریزی تہٕ یسلہِ پأٹھی کأشرِس منٛز

لکھان۔ فارسی تہٕ سنسکرت علاوٕ اٲسکھ شارداسکرپٹس پٮ۪ٹھ تہٕ سٔنٛز نظر۔

مجبورصاٮ۪ٔنٛز گوڈنچ شعرِ سومبرن ''کلام مجبور'' سپز 1955 عیسوی لیس منٛز چھاپ۔ دوٚیُم شعرِ سومبرن ''ستیوٚل'' 1956 عیسویس منٛز۔ ترٛیِم شعرِ سومبرن ''دشہِ ہار'' 1987 عیسوی تہٕ ژوٗرِم سومبرن ''دزوٕنۍ کوسم'' 1988 عیسوی لیس منٛز۔ کٲشرِ پٮ۪ٹھ تہنٛز مقالہٕ سومبرن ''تحقیق'' سپز 1999 عیسویس منٛز شایع۔ سنٹرل انسٹی چیوٹ آف انڈین لینگویجز میسورکہ طرفہٕ سپز تہٕنز ہندی کتاب ''بھاشا جیوتی'' 2002 عیسوی لیس منٛزِ چھاپ۔ 2003 عیسوی منٛز سپُد حضرت شیخ العالمؒ سٕنٛدٕ منتخب شرٕکٕن ہُنٛد ہندی ترجمہٕ ''نُندریشی شایع کرنہٕ تہٕ 2005 عیسوی لیس منٛز آے اٲرنہِ مالہِ پٮ۪ٹھ تہنٛز تحقیقی کتاب ''اٲرنہِ مال'' منظرِ عامس پٮ۪ٹھ۔

کلہن سٕنٛزٕ راج ترنگنی ہُنٛد یُس کاشُر ترجمہٕ اکیڈیمی 2006 عیسوی لیس منٛز چھاپ کوٚر، امیُک اکھ قابلِ قدر حصہٕ کوٚر مجبورصاٮ۪ٕبن ترجمہٕ۔ 2007 عیسوی لیس منٛز کوٚر تِمو نیل مت پرانک اُردو ترجمہٕ۔ یُس کلچرل اکیڈیمی چھاپ کوٚر۔ 2008 عیسوی لیس منٛز کوٚر تِمو پٔتِن بیا کھ مجموعہ کلام ''پٔدی سمیکھ'' چھاپ تہٕ اٲٹھی وٕری یس منٛز دِژ کھ ''کتھ تہٕ وتھ'' ناوۍ شُرٕبن ہٕنٛدِ باپتھ ڈٲلِین ہنٛزا کھ سومبرن ترتیب۔ امی وٕری یہٕ گٔر ساہتیہ اکیڈیمی نوِ دِلہِ ہندی زبانۍ منٛز تہنٛز کتاب ''راہل سمکتی راین'' چھاپ ارجن دیو مجبورن چھُ مہاکوی کالی داس بیترٕ تخلیق ''میگھ دُوتس'' اوٚبرٕ شٮ۪چھ''

ناوِ کاشُر ترجمہٕ کوٚرمُت۔ کرشنہٕ جوراز دانس پیٹھ کوٚر ساہتیہ اکیڈیمی مجبور صأبُن لیوٚکھمُت مونوگراف شایع تہٕ ستی کوٚر کلچرل اکیڈیمی تہُند ترتیب دیُتمُت کلیات لالہٕ لکھمن چھاپ۔

ارجن دیو مجبورنس کأشرِس کلامس چھِ انگریزی، اردو، ہندی، ڈوگری، تیلگو، بنگلہ، پنجأبی، ہندی تہٕ کنڑ زبانٕن منز ترجمہٕ کرنہٕ آمُت۔

مجبورس چھِ تہندِس طویل ادبی سفرس دوران کینٛہہ یاہ انعامہٕ دِنہٕ آمٕتۍ۔ فہرس چھُ سٹھاہ طویل تہٕ ییٚتھ تمہِ گنزرٕنی چھُنہٕ ممکن مگر کینٛژن ہُند تذکرٕ چھُ لأزمی۔ تمن آو 1995 عیسوی ییس منز تہنٛزِ شعرٕ سومبرن "پدٕ سمیگ" باپتھ کلچرل اکیڈیمی ہُند Best book award دِنہٕ۔ 2005 عیسوی ییس منز وتستا ایوارڈ۔ 2006 عیسوی ییس منز سرسوتی ایوارڈ۔ 2007 عیسوی ییس منز راشٹر بھاشا پرچار سمتی ایوارڈ۔ 2007 عیسوی ییس منز کشمیر پنڈت سبھا کلکتہٕ کہِ طرفہٕ سمپرتی ایوارڈ۔ اگست 2007 عیسوی ییس منز کوٚر کلچرل اکیڈیمی تہندِس اعزازس منز ابھینو تھیٹر جیمہِ اکہِ شاندار تقریبہِ ہُند سنز۔ 2009 عیسوی ییس منز آکھ کلچرل اکیڈیمی ہنٛزن جشنِ زرین تقریباتن منز خاص اعزاز دِنہٕ۔

کٲشرِ ہندِس تہذیب تہٕ ثقافتس پیٹھ چھِ تہندۍ اکھ ساس پیٹھی مقالہٕ مختلف زبانٕن منز چھاپ سپدیمٕتۍ۔ مختلف ثقافتی پہلوٗن پیٹھ چھِ تہنزٕ راے عالمانہٕ تہٕ شبقہٕ مانسہٕ یوان۔

1990 عیسوی یس منز پیوٚ ومجبورس پٔژن گرِ بارتژ أوتھ بالہ اپور ژٔلن۔1991 عیسوی یس منز آو نیٖنہٕ پورِتہٕنٛد مکانہٕ نارِ بزی کرنہٕ یتھ منزتہنٛدی وُمبرِ سومبرأوی ہتی قلمی مسودٕ تہٕ کتابہٕ بیترِ سوٗرسپز۔اتھ چھلہٕ چھانگرِ منز روٗدی تم کیٛنژون وٕری ین اُدھمپورتہٕ پتہٕ اودھے والاجیٛمہٕ۔ پریشأنی تہٕ بے سروسامأنی ہنٛدِس اتھ عالمس منز تہِ روٗدتہٕنٛد علمی تہٕ ادبی سفرجأری۔ادیبن تہٕ قلمکارن ہتی روٗدی برابررأبطس منز۔

2008 عیسوی یس منز کرنأوی تٔمی پنٛنِس کلامس پیٹھ منٛی ''آلوٗ'' ناوِچ سی ڈی تیار ییٚمہ بے پناہ مقبولیت پژأو۔مجبورصأبن چھِ کیٛنہہ افسانہٕ تہِ لیٚکھی ہتی تہٕ ''ونہٕ وأس'' ناوِچ اکھ ضخیم ناول تہِ۔سبٹھاہ امار اوسُکھ زِیم افسانہٕ تہٕ ناول گژھن چھاپ سپدٕنی مگر خبر کیازِ ژٔلی نہٕ تہٕنٛدِس جیون کالس منز تہٕنٛد ہن یمن امارن پھٔلے۔کٔشیرِ تژ اوٚنگ یُس راوٕن تیوٚل اوسُکھ تمیُک انداز ہیکن صرف تم گرِتھ یمن پٔتمین کیٛنژن وٕری ین مجبورس نِش یُن گژھن روٗدتہٕ یوٚہے راون تیوٚل ہیتھ سپُد مجبور 15 دسمبر 2010 عیسوی ییٚمہِ دُنیاہ روخصت۔



# ارجن دیو مجبوٗر

## خراجِ عقیدت

اصل : برج ناتھ بیتاب
ترجمہٕ : پریم ناتھ شاد

کاشرِ زبانٕی ہُند بیا کھ تابہٕ وُن ژونگ گوٚو ژھبتہٕ۔اسہِ سارِنے ہُند ٹوٹھ ارجن دیو مجبور گوٚو ہمیشہِ خاطرٕ ژھبتہٕ تہٕ سپُد سداشوس ٹوٹھ۔ 15 دسمبر 2010ء تزٲوِنٕی پننِس گرٕ ہے منٛز پڑان۔ أسی سأری چھِ تسٕندِس سورگواس سپدنس پیٹھ دوکھ محسوس کران تہٕ دیس منٛگان زِ تٔمی سٕندِس رُحس بخشِن شانتی۔

ارجن دیو مجبوٗر زاو 16 اگست 1924ء شرٲون پنٛم دوہہٕ کشیرِ ہٕندِس أکِس گامس زینہٕ پورس منٛز۔ سُہ آو شٕے ؤری وٲنسہِ منٛز پننہٕ گامہٕ کِس پرائمری سکولس منٛز دٲخل کرنہٕ۔ پتہٕ کوٚر تٔمی باغِ دلاورخان سرینگرٕ شیٚیم تہٕ سٔتم جماعت پاس۔ اماپوٚز گرِدٕ رروزنہٕ تہٕ کینٛہہ مُشکلات نہ وتراونہٕ سببہٕ آو اِٹھمہِ جماژ منٛزے مڈل سکول شُپین واپس۔ تٔمی کوٚر 1940ء منٛز پنجاب یونیورسٹی پیٹھ میٹرک پاس تہٕ گرٕکی حالاتھ وُچھتھ ہیوٚک نہٕ بڑ وٛنہہ کُن تعلیم جأری تھاوِتھ۔ تٔمی سُند مول پنڈت کیلاش رام کول اوس یژھان زِ تٔمی سُند یِہ ہونہار نچُو گوژھ بڑ وٛنہہ پکُن۔ تٔمی سٕنٛز موج

پوشہِ گُژ تہِ اَس یِ کاژھان۔ مگر وقتن دیُت نہٕ تِمن ساتھ۔ حالانکہ پتہٕ
کوٚر مجبور صأبن پرائیویٹ پأٹھۍ ایم۔اے پاس۔

مجبور صأب رٕو چھ پتہٕ پٔژ نہِ راج رانی تِکیازِ تس اوس نہٕ پٔژن کانٛہہ
نچوٗ تہٕ مجبور صأب نیوٚن منگتہٕ۔ کٔشیرِ منٛز کٔرن کینٛژس کالس کواپریٹو محکمس
منٛز تہٕ کینٛژس کالس عدالتس منٛز عارضی مُلازمتھ۔ مگر تتہِ دِل نہ لگنہٕ کِنۍ گوٚو
سُہ لاہور۔ یہِ اوس سُہ زمانہٕ ییٚلہِ مُلک تقسیم گژھن وول اوس۔ ییٚلہِ مُلک
تقسیم سپُد۔ مجبور صأب آو واپس کٔشیرِ سُہ رُٕد تژٕبن ؤریین لاہورس
منٛز۔ اتھ دوران تہِ بنے یہِ اَمِس عدالتس منٛز نأظِر عوہدٕچ نوکری مگر تِمۍ
کٔرنہٕ مألی ہنٛزِ یہِ خأہش منظور تِکیازِ تِمہِ ساعتہٕ اوس عدالتکۍ وو ہارن
تِسنٛدِس دِلس پیٹھ ناکارٕ اثر تژ وومُت۔ مجبور صأبن کوٚر ادب پرُن تہٕ
لیکھُن شروع۔ اَمۍ پوٚر پریم چند، اَمِس سپُد شمبھو ناتھ بٹ حلیمس ستۍ
مُلاقاتھ تہٕ سپُز کھ آریہ سماجس ستۍ زان پچھان۔

شُروٗعس منٛز اوس مجبور صأب اُردو زبأنی منٛز لیکھان۔ مگر 1947ء
پتہٕ ییٚلہِ سُہ واپس کٔشیرِ آو تِمۍ ہیوٚژ کأشرِ زبأنی ستۍ کأفی دلچسپی تہٕ رغبتھ
ہاوٕنۍ۔ ییٚلہِ زن سُہ انگریزی تہٕ ہندی ییس منٛز تہِ لیکھان اوس۔ سرینگرٕ سپُد
تس دینا ناتھ نأدمس ستۍ مُلاقاتھ۔ تِمۍ دیُت نس کلچرل کانگرس چین محفلن
منٛز شرکتھ کرنٕچ دعوت۔ اتہِ پیٹھہِ سپُد اَمۍ سُنٛد سنجیدٕ گی سان لیکھُن شروع۔
سُہ رُٕد کینٛژس کالس کلچرل کانگرس کہِ "کوٚنگ پوش" رِسالُک معاون

ایڈیٹر۔أمی ہِندی تحریر رؤدی گوڈٕ گوڈٕ أتھی رِسالس منٛز چھپان۔

سرینگرس منٛز رؤد مجبورصأب ڈی۔اے۔وی ہائی سکول مگرمل باغس منٛز تہٕ کأم کران مگر تمی ترٛ اوس یہِ نوکری تِکیازِ تمی سُند مانُن اوس زِ سکول منتظمین چھِ بچن نِش فیس وصول کران مگر ووستادن جان تنخواہ دِنس چھکھنہٕ ووتھٕ دِوان۔ کشیرِ منٛز کٔر مجبورصأبن "ہمدرد" ناوٕکس اخبارس منٛز اشتہأری شعبس منٛز کأم۔ سُہ رؤد "پرٛگتی شیل ابھیان" نس ہتی تہٕ وابستہٕ تہٕ کینٛژن کمیونسٹ لیڈرن ہتی تہِ رؤز کھ وابستگی۔تس پتہ یہِ ریڈیو کشیرس منٛز تہِ نوکری مگر کینٛژو وجوہاتو کِنی ہیوٚک نہٕ سونوکری کٔرتھ۔کلچرل کانگریس منٛز سپدی مجبورصأبس کینٛژن سیأسی لیڈرن ہتی تہٕ تعلقات قأیم۔ یِمن منٛز غلام محمد صادق، سید میر قاسم ،موتی لال مصری تہٕ سید حسین شأمِل أسی۔شاید پیٛہِ تس توے بخشی غلام محمد سُندِس حکومتس منٛز واریاہ مشکلات وبترٛ اوٕنی۔

1953 ءمنٛز پتہ یہِ مجبورصأبس سرکأری ملازمت تہٕ بنیو ووستاد۔ تمی چھُ پننہِ "تحقیق" کتابہِ منٛز لیوٚکھمُت زِ بخشی صأبن کوٚر سُہ تمہِ ساعتہٕ لداخ تعینات ییٚلہِ تمی ہِنٛز گرٕ واجینٛز شریمتی ارن دتی سرینگرٕکس ہسپتالس منٛز بیمار أس۔لداخ نہ گژھنس پتھ آو مجبورصأب مُلازمتہِ نِشہِ معطل کرنہٕ مگر شییٚہِ رتہٕ آوبیہِ بحال کرنہٕ۔سُہ سپُد 1982 ءمنٛز حیثیتِ پرنسپل ہائر سکینڈری سکول شوپین ہِندِ عوہدٕ پتھٕ ملازمتہٕ نِش سبکدوش۔

ارجن دیو مجبورن ،کتھہٕ پأٹھۍ ژورپٔن قلمی ناو مجبوٗر۔اتھ پتھ چھُ تٔمۍ سُند صاحبزادٕ ناگراج کول سُندوُن زِ ''پاپاجین اُس شاید تمہِ ساعتہٕ مجبورٗ'' ناوٕ چ کانٛہہ فلم وُچھمٕژ ۔تہٕ گرِکۍ تتھۍ حالاتھ وُچھِتھ تھووُن ''مجبورٗ'' قلمی ناو۔

ارجن دیو مجبوٗر اوس کأشر، ہندی، انگریزٕ، فارسی، سنسکرت تہٕ ڈوگری زبأنۍ زانان ۔تٔمۍ چھُ یمن سارِنے زبانن منٛز لیٚوکھمُت یا یمو زبانو پٮ۪ٹھہٕ ترجمہٕ کٔرۍمتۍ ۔یتھہٕ پأٹھۍ تٔمۍ سنسکرتس منٛز لیکھیٚمتِس کالی داسن ِنس میگھ دوتس کأشرِس منٛز ترجمہٕ کٚورمُت چھُ ۔یتھے پأٹھۍ چھُ تٔمۍ راج ترنٛگنی ہُند سنسکرت پٮ۪ٹھہٕ ترجمہٕ کٚورمُت ۔تٔمۍ لیٚچھ شأعری تہِ تہٕ افسانہٕ تہِ تنقیدتہٕ تہٕ نثرتہٕ ۔تٔمۍ ہٕنٛز چھِ قریب اکھ درجن کتابہٕ چھپیمٕژ ۔یمن منٛز ''دشہِ ہار'' ''پٔدی سمیکۍ'' ''ستیٚول'' ''اُرنہِ مال'' ''تحقیق'' ''کلام مجبور'' ''کُلیات لالہ لکھمن'' ''دزِوٕنۍ کوسم'' علاوٕ ساہتیہ اکاڈمی باپتھ کرشن جوراز دانس پٮ۪ٹھ مونوگراف (ہندی پأٹھۍ) تہٕ ''راہُل سنسکرتیاین ہُند ترجمہٕ تہِ شأمل چھُ۔

میٲنہِ باپتھ چھےٚ یہِ راے قأیم کرٕنۍ مُشکل زِ مجبوٗر صأب اوسا شأعر یا افسانہٕ نگار تِکیازِ ییٚلہِ یہٕ تٔمۍ ہٕنٛز شأعری پران چھُس مےٚ چھےٚ سُہ واریاہن معروف شأعرن ہنٛزِ شأعری کھوتہٕ زیادٕ معیأری باسان۔ ییٚلہِ یہٕ تٔمۍ ہٕنٛدۍ افسانہٕ چھُس پران مےٚ چھِ تم زندگی سٮ۪ٹھاہ نکھہٕ باسان۔

ژکہِ اُسۍ مجبور صأب سٮ۪ٹھاہ نرم دِل تہٕ جذبأتۍ شخص ۔یمو سماجس منٛز سپدن والین پژھتھ رنٛگہٕ کیٚن حأدثن پٮ۪ٹھن لفظن ہُند پأراو کٚور۔ لیکھنۍ چ

کأم زنتہٕ اوس تٔمۍ سٔنزِ زندگی ہُند ماٹھ۔سُہ رٕوٗد سروایکل آپریشن (Cervical operation) کرنہٕ پتہٕ تہٕ دوددگ للہٕ وان تہٕ لکھان تہٕ میوٗموٚرتزٕ اونہٕ بڑونٛٹھ ترٛے ربتھ تام تژ ووٗن نہٕ قلم اتھہٕ منٛز۔تٔمۍ سٕندبن تحریرن منٛز چھُ انسأنی حأدِثاتن کٔشیرِ ہُند حُسن تہٕ وطن راونٛک دودٕٹا کارٕ شکلہِ منٛز ووتلان نظرِ گژھان۔مجبور صأبس پیٚٹھ چھُ کالی داسس علاوٕ انگریزی ادبُک تہٕ واریاہ اثر۔تٔمۍ اُسی شعر لکھنۍ سبٹھاہ بڑونٛہہ شروع کٔری مٕتۍ۔مگر تٔمۍ سُند وُنی چھُ زِ تہنٛزِ شأعری منٛز آو 1963ء پتہٕ اکھ بدلاو یِیلہِ تٔمۍ سٔنزٕ نظمہٕ بیترٕ ''خدمت'' اخبارس منٛز چھپنہٕ ہیوٚن ۔یِیلہِ تٔمۍ سٔنزٕ اکھ کأشرٕ نظم ''شونگان یِیلہِ راتھ'' اتھ اخبارس منٛز چھپے یہٕ۔تمہٕ پتہٕ چھپے یہٕ اُمۍ سٔنزٕ نظمہٕ کلچرل اکاڈمی ہٕندِس ''سون ادب'' رِسالس منٛز تہٕ ساہتیہ اکاڈمی ہٕندِس ''انڈین لٹریچرس'' منٛز تہٕ۔تم رٕوٗدی ''شیرازٕ'' تہٕ ''نیب'' رسالن منٛز تہٕ چھپان تہٕ کأشُر سماچارس منٛز تہٕ۔مجبور صأبنٛن تحریرن منٛز چھےٚ سو کٔشیر تہٕ یوسہِ اُسی تژ اُوِتھ آمٕژ چھِ تہٕ سو کٔشیر تہٕ تیٚمۍ اُسی کل (کلپنا) کران چھِ ۔ سُہ اوس آزاد،مہجوٗر تہٕ نأدم سُند ہم عصر تہٕ سانہِ کاروانُک وتہٕ ہاوُک۔

تٔمۍ کوٚر نٕندِ ریشٕی نٛن پنٛژاہن شُرکبن علاوٕ اکھ درجن کھوتہٕ زیادٕ نمایندٕ کأشرٕبن کہانین ترجمہٕ۔تٔمۍ سٕندی واریاہ تحریر تہٕ واریاہ نظمہٕ چھےٚ بنگألی،انگریزی،ہندی،پنجأبی تہٕ ڈوگری زبانن منٛز تہٕ۔لالہٕ لکھمنس پیٚٹھ تٔمۍ

سٕنز لیچھمٕہ کتاب گٔر کلچرل اکاڈمی 1983ء منز چھاپ۔ 1983ء یس منزٕ ے چھپے یہِ تٔمی سٕنز ''دشہار'' ناوٕ شعرٕ سومبرن۔ 1987ء منز چھپے یہِ تٔمی سٕنز بیٚا کھ کتاب ''دزٕونی کوسم'' یتھ منز واکھ صنفہِ منز لیچھمٕہ نظمہٕ شامل چھےٚ۔ 1993ء منز چھاپٕن ''پٔدی سمیکؠ'' یہِ چھاپٕن جلایہ وطنی پتہٕ ادھمپور۔ اُدھمپورے لیکھی تٔمی اُردو تہٕ ہندی زبانٕ منز غزل تہٕ نظم۔ تٔمی سُند وُنی اوس زِ اُردو تہٕ ہندی لکھن چھُ اکھ مجبوری تِکیازِ کٲشرِ نبر چھِنہٕ لۄکھ کاشُر سمجھان۔ 1991ء منز لیوٗ کھ تٔمی ساہتیہ اکاڈمی ہنٛدِ خاطرٕ بھکتی شاعر کرشن جوراز دانس پیٹھٕ مونوگراف۔ 1995ء منز چھپے یہِ بیٚا کھ کتاب یتھ ناو چھُ ''ستیٚول'' امہِ پتہٕ لیوٗ کھ تٔمی اکھ سفرنامہٕ تہٕ۔

مجبور صأبنٕ واریاہ تحریر چھُ وُنہِ لچھاُپیمن چھاپٕنٕ ذمہٕ وأری تٔمی سٕندی صاجبزادٕ ناگراج کولن مٕتھہِ ہیٚرٕ مٕرٕ چھےٚ۔



# محقق مجبوٗر

غلام نبی آتش

ارجن دیو مجبور چھِ زٕ دنولیس تہٕ بسیارنولیس ادیب تہٕ شاعر۔ کاشُر چھےٚ تہنٛز ماجہِ زیو۔ تِم چھِ اکی ساعتہٕ اردو، ہندی، فارسی، سنسکرت، انگریزی تہٕ ڈوگری زبانہٕ زانان۔ یِمو منٛز کیٛنژن پیٛٹھ پوٗر دسترس چھکھ۔ تِم چھِ مختلف زبانن منٛز لیکھان۔ تہنٛد ادبی سفر چھُ الہٕ پلہٕ نِصف صدی پیٛٹھہٕ جاری۔ تِم چھِ دوٚن درجن کتابن ہٕنٛدی مصنف، ترتیب کار تہٕ ترجمہٕ کار۔ بوزوے تہٕ تہنٛزِ علمی تہٕ ادبی شخصیت چھےٚ اَکس مؤلہٕ ڈٕرِس باڈوٗدار تہٕ چھچل کُلِس ہِش۔ ییتھ پرٛٚتھ ویلہٕ نٔوۍ گب پھٹان تہٕ ہرزوان چھِ۔ امہِ کُلچ اکھ لوکٕٹ کرٛھہِ لنٛڈ چھےٚ ییتھ تحقیق تہٕ تنقیدٕ نٟز۔ اماپوٚز اتھ لنٛجہِ دیُت نہٕ کُلکِ زوردار باڈون تہٕ چھجن پوٗر واش کڈنہٕ۔ کس چھنہٕ خبر زِ مجبور صابس چھُ مطالعہٕ سوٚن، مُشاہدٕ گوٚن تہٕ تجربہٕ پوٚختہٕ۔ کٔشیرِ ہٕنٛدِس توارِخس پیٛٹھ چھکھ پوٗر نظر۔ اماپوٚز یہِ کیٛنژھا تِہُس بہلہِ پایہِ ادیبس نِش کاشرِ زبٲنۍ ہٕنٛدِس ادبی تہٕ لسٲنی تنقیدس تہٕ تحقیقس پاتھن گوٚژھ تہِ پاتھیوس نہٕ۔ حالانکہ مجبور صاب چھِ ادبی تحریکن تہٕ تنقیدی نظریہن ہٕنٛدی پرٛزٕ۔ شاید ہیٛکہِ اتھ یہِ وجہ تہِ اَستھ زِ اکی ساعتہٕ مختلف

زبانن تہٕ صنفن منٛز لکھنہٕ سبہٕ میوٗل نہٕ تِمن تحقیقی کامن باپتھ ژوٗر روَق۔
کأشرِ زبأنۍ منٛز چھےٚ تِہنٛزِ صرف ژٕ کتابہٕ یِمہٕ ادبی تحقیق تہٕ ترتیب کأری
ہِنٛدِس وانٛگس منٛز یِوان چھےٚ۔ اکھ چھےٚ ''کلیاتِ لالہٕ لکھمن'' یُس ہٕ کلچرل
اکاڈمی ہِنٛدِ طرفہٕ 1982ء منٛز شایع کرنہٕ آمِژ چھےٚ۔ ہرگاہ مجبوٗر صأب
لالہٕ لکھمنُن آورِواورِ گوٚمُت کلام ژھأرِتھ گأرِتھ سومبراوِہے نہٕ، چھَل تہٕ دل
دِتھ ترتیب دِیِہ ہے نہٕ تہٕ یہٕ کلچرل اکاڈمی شایع کرِہے نہٕ۔ کأشرِ
زبأنۍ ہِنٛدِس أمِس انتہأیی منہٕ مأنِس ظرافت نگارسُنٛد کلام آسہِ ہے ضایہِ
سپُد مُت۔ لالہٕ لکھمن اوس 1962ء منٛز یِمہِ عالمہٕ گوٚمُت۔ سُہ چھُ مہدِ
شاہ دٕلبس پتہٕ وأحد کأشُر شأعر یُسنٛدِس اکثر کلامس منٛز ٹیٛہہ پیٛٹھ لطیف
ظرافتس تام پزٕبتھ قِسمکۍ نمونہٕ میلان چھِہ۔ مجبوٗر صأبن چھُ لالہٕ لکھمنُن
اکثر کلام لُکن نِش ہُزِ زی تھِپے درج کوٚرمُت۔ اکھُتُ چھکھ گنیش اوتارتہٕ
شیوایہِ اوتار ہِش ژٕ دھارمک مثنوی یہٕ تہِ بازیافت کرِتھ اتھ کلیاتس منٛز
شأمِل کرمِژٕ۔ شُرہن صفن پیٛٹھ پھٔہلِتھ ''فنی سام تہٕ زان'' عنوانس تحت
مضمونس منٛز چھِ مجبوٗر صأبن لالہٕ لکھمنہٕ زندگی ہنٛدی حالات تہِ لیکھمِتۍ تہٕ
تِہنٛزِ شأعری تنقیدی سام تہِ ہیٚوٚمِژٕ۔ یہِ مضمون چھُ ارجن دیو مجبوٗرسٕنٛز
تحقیقی تہٕ تنقیدی صلأحیژ ہُنٛد خاص نمونہٕ۔ بہٕ ظأہر کم معروف مگر اہم
کأشرِس محقق اقبال ناتھ ونپوٗہس متعلق تہِ چھُ مجبوٗر صأبن اکھ موٗلُل سوانحی
تذکرٕ لیٛوکھمُت۔ یُس مراز ادبی سنگم وٕیٚجہِ بیٛارِکس ''وٕتھہٕ آگُر'' رِسالس

منز شایع سپُد مُت چھُ۔

ادبی تحقیق کاٗری ہنٛدِس سلسلس منز چھےٚ ارجن دیو مجبور سٕنز ژُہاٹھن صفن پیٹھ واشرِ تھ کتاب ''أرنہِ مال'' مسبٹھاہ اہم 1995 ء منز سپز امین کاٗمل سٕنز کُلیات حبہٕ خوتون'' کلچرل اکاڈمی ہنٛدِ اہتمامہٕ شوٗبہٕ دار پاٗراوِ سان شایع۔ اتھ منز اوس أرنہِ مالہِ ہنٛدِس وجودس متعلق سوال ٹُلنہٕ آمُت۔ تحقیق چھُ اکھ مسلسل عمل۔ بعض اوقات چھےٚ یہِ عمل شکہٕ کِس بنیادس پیٹھ شروع گژھان۔ کُنہ تہِ تحقیقی کامہِ ہُنٛد مطلب چھُ زِ بیٚین پھیرِ خاص مسلن کُن ظون۔ صحت مند بحث وۄتھ دِس، یُتھ نوٚو نوٚو علم حاصل کرنٕچ عمل بڑوٚنٹھ پکہِ۔ بقولِ پروفیسر شفیع شوق:

''تحقیق چھُ نوٚو علم حاصل کرنُک پڑون علم زانہٕ نُک، پرکھاونُک، اتھ علمس منز اضافہٕ کرنُک تہٕ عام کرنُک داٗنشورانہٕ طریقہٕ ییمہِ سٕتی انساٗنی تہذیبک ارتقاسپدان روٗدمُت چھُ تہٕ از تہِ جاٗری چھُ۔ مختلف زبانہٕ بولن واٗلی مختلف قومن ہنٛدی کینٛہہ داٗنشور چھِ پتہٕ وتھ، انساٗنی تہذیب کہِ آغازٕ پیٹھے، تحقیقس سٕتی آوری روٗدی مٕتی۔ عٰلمس ہُر بر کرُن چھُنہٕ پزٕ بتھ ساعتہٕ پزٕ بتھ کانٛسہِ ہنٛدِ ذٕسی ممکن۔ علم چھُ گہے وُژھ تہٕ گہے سوٚت سوٚت مسلسل تلاش تہٕ تحقیق کرنہٕ سٕتی واش کڈان۔ اتھ رفتارس چھُنہٕ کانٛہہ سرحد تہٕ انتہا''۔

(انہار۔ کاٗشرِس منز تحقیق، ص 156)

کأمل صأبن اوس یتھ دعواہس زِ ''حبہٕ خاتون أس تہٕ أرنہٕ مال آیہٕ تھُر نہٕ''۔پۄرٕ اعتمادٕ سان حوالہٕ تہٕ وجہ دِتھ یتہِ وۄنمت زِ ''میأنین خیالن ستیٖ ہیکہِ اختلاف أستھ مگر تمیُک معنے گۆ ونہٕ خیال گژھن دۆبراونہٕ ۔ ہرگاہ ادبس اندر یہٕ نہج ورتاونہٕ ییہِ سُہ ہیکہِ نہٕ بڑ ؤنہہ پکِتھ تہٕ تحقیق چہِ کولہٕ گژھن رأسیٖ''۔(کلیاتِ حبہٕ خوتون،ص69)۔کأمل صأبنہِ امہِ دعوا ستیٖ روزٕ واریاہس کالس سانین ادبی حلقن تہٕ نجی محفلن منٛز سُسرِ گُسرِ سپدان۔تحریری طور کۆرنہٕ کأنسہِ ردِعمل ظأہر۔اکثر رۆدٕ اتھ بحثس منٛز شأمِل سپدنہٕ نِش پتھے۔سہل سہل آونہٕ سانیو محققو منٛز کأمل صأبُن دعویٰ رد یا قبول کرنہٕ باپتھ کأنہہ تہِ فوری طور بڑ ؤنہہ کُن۔کینہہ ؤری گژھِتھ گۆ وجون 2001ء کِس ''آلو'' رسالس منٛز ناجی منوٗر سُنٛد مضمون ''أرنہِ مال أسا کِنہٕ نہ أس'' شایع،یتھ منٛز واریہس حدس تام کأمل صأبنین خیالن ستیٖ اتفاق کرنہٕ چھُ آمُت۔محمد یوسف ٹینگ صأبن کۆرنہٕ کأمل صأبنین خیالن ستیٖ اتفاق،شش رنگ کتابہِ منٛز گٔر ٹینگ صأبن موخصر لفظن منٛز اتھ معاملس متعلق خیالہٕ باوتھ۔اماپۆز یہِ تہِ چھےٚ حقیقت زِ یتھس اہم معاملس زن دیُت سانیو محققو کنہٕ ڈول۔ارجن دیو مجبوٗر رۆدٕ نون ؤری ین ژھونڈ ژھأر دِوان تہٕ موادتہٕ حوالہٕ سومبراوان حالانکہ تمو چھِ درجن پیٹھی لکھارین تہٕ تحقیق کارن ہُنٛد حوالہٕ جمع گٔرِتھ تہٕ مختلف رسالہٕ وُچھِتھ کأمل صأبنین تلیٖ یتین سوالن جواب دِتیٖ۔تمو چھِ کُنوٗہن سوالن پیٹھ مشتمل

سوالنامہٕ کٕین سوالن اکہِ اکہِ جواب دِتۍ ٲسۍ۔

ٲرنہِ مالہِ ہنٛدۍ 36 لوٗکٕٹۍ بٔڈۍ باتھ تہٕ چھکھ سومبرٲوِی ٲسۍ۔ تمو کٔرۍ یِم جواب دوٗیہِ پھِرِ شایع۔ 2004 ءمنٛز ''ٲرنہِ مال'' کتابہِ منٛز تہٕ دۆیمہِ پھِرِ کشمیر یونیورسٹی ہنٛدِس کٲشرِ شعبہٕ کِس انہار رِسالہٕ کِس 2005 ءکِس خاص شُمارس منٛز۔ مجبوؔر صابٕنۍ یہِ تحقیقی کوٗشش چھےٚ اِکہٕ اہم زِ کٲمِل صابن یتھ بخشس دِس تُل۔ مجبوؔر صابنہِ تحقیقی صلاحیژ لوٗگ تمہِ ستۍ وُتش۔ ہرگاہ یہِ سِلسلہٕ چلہٕ وُن روزِیہِ آسہِ کٲشرِ زبانۍ تہٕ ادبہٕ کِس توارِٚخس منٛز یادگار تحقیقی بحث۔ وون گوٚو فی الحال چھُ یہِ سلسلہٕ ٲتۍ تھےٚ روٗڈہٕ گوٚمُت۔

کٔشیرِ متعلق لیکھنہٕ آمژن کینٛژن توٲریخی کتابن چھوٚپنھ تہٕ زوٗل دِتھ چھِ ارجن دیو مجبورن کینٛہہ اہم مقالہٕ تحریر کٔری ٲسۍ۔ یِم تحقیقی تہٕ چھِ تہٕ تنقیدی تہٕ۔ اماپوٚز یہِ چھُنہٕ ادبی تحقیق یا تنقید یہِ چھُ تحریر شُدہ توارِیخُک تنقید۔ تہنٛدۍ یِم مقالہٕ ٲسۍ کلچرل اکاڈمی ہنٛدِ ''سون ادب توارِیخ نویسی'' نمبرن منٛز چھاپ سپدۍ ٲسۍ۔ امہِ سلسلہٕ کہِ ژۄری مہِ نمبرٕکِس سرنامس منٛز چھِ محمد یوسف ٹینگ لیکھان......

''کٲشرِ زبانۍ منٛز چھےٚ وُنہِ کانٛہہ معتبر تہٕ مکمل توارِیخ لیکھنہٕ نَے۔ اسہِ اوس یِیمہٕ سِلسلُک دِس اکہِ حسابہٕ وُتش بلکہِ اشتعال دِنہٕ خاطرِ ٹُمُت۔ کٲشری پٲٹھۍ ٲس نہٕ امہِ برٛۆنٛہہ یِژھ ہِش کانٛہہ کٲم نظرِ گژھان۔ اتھ

چھُ تمہِ وِزِ بیٚیہِ ہن بوش ہُران ییٚلہِ یہِ یاد پاووزِ کٲشیرِ ہنٛدِ تواریخی لٹریچرُک یُت تفصیلی تہٕ سوٗن مطالعہ چھُنہٕ بیٚیہِ کُنہِ زبانۍ منٛز موٗجوٗد۔ امہِ علاوٕ چھِ یِم مضمون سأنس چھٕنٛتِس تہٕ چھٕنِس نثری سرمایس منٛز تہٕ ہُر بر کران۔ علمی تہٕ تحقیقی نثر لیکھنہٕ ہٕنٛز روایت بیٚیہِ ہن استوار تہٕ طرح دار بناوان۔ ییٚلہِ کأشرِ تواریخ نویسی ہنٛدی ڈل تہٕ ڈوٗری سرسبز گژھن تمہِ وِزِ پیٚیہِ یمن مضمون نگارن ہُند ناو وتہٕ ہاوکھن ہنٛدِ خۍ یتہٕ ہیٚنہٕ"۔

(سون ادب،تواریخ نویسی نمبر 1978)

تہٕ یمن وتہٕ ہاوکھن منٛز آسہِ ارجن دیو مجبورتہِ اکھ اہم ناو۔

مجبوؔر صأبن کٔری یِم مقالہٕ 1999ء منٛز "تحقیق" ناوی کتابہِ منٛز شایع۔ اتھ کتابہِ منٛز چھِ تِمو بیٚیہِ تہِ کینٛہہ مضمون شأمِل کٔری ٲسی۔ ژکہِ چھِ پانٛژن مقالن منٛز وارِیاہن اہم تہٕ مستند توارٖخن اکھ عالمانہٕ تہٕ محققانہٕ نظر ترٛاونہٕ آمٕژ۔ کٲشیرِ ہنٛدِ تواریخ کھن بدِ دراٛمتین نوینہٕ آگرن ہُند مطالعہٕ کٔرِتھ چھِ یمن توأریخی شعورٕچ کھوٗٹ لاگنہٕ آمٕژ۔ أکِس بیباک مورخ ہنٛدی پأٹھی چھُ واقعاتن کہِ دِہٕچ کوٗشش آمٕژ کرنہٕ۔ مجبور صأبن چھِ مورخن ہنٛدِ بن وارِیاہن بیانن،واقعاتن تہٕ نتیجن ستی اختلاف کٔرِتھ تِمن نٔوی گوشہِ ہأوی ٲسی۔ یمن توأرٖخن چھےٚ تنقیدی سام ہینٛہٕ آمٕژ۔

۱۔ گلاب نامہٕ۔ مصنف: دیوان کرپارام۔

۲۔ اے ہسٹری آف کشمیر۔ مورخ: پی۔ان۔کے۔بامزئی۔

۳/ ہسٹری اینڈ کلچر آف ہمالین سٹیٹس جلد نمبر ۵۔ مصنف :سکھدیو سنگھ چاڑک۔

۴/ بدھسٹ کشمیر، مورخ: فدا محمد حسنین۔

۵/ ڈاکٹر ایم۔ایل۔کپور سنٛز پانٛژھ کتابہٕ۔

یتھ مقالس منٛز یِمن پانٛژٕنی ہنٛز سام قریب شتہٕ وُہن صفن پیٹھ درٕج چھےٚ تتھ چھُ ناو آمُت تھاونہٕ ''کٲشُر''۔

یِمو پانٛژو مقالو علاوٕ چھُ ''عظیم تاجدار، کنشک'' عنوانس تحت اکھ موخصر معلومأتی مقالہِ تہٕ ''تحقیق'' کتابہِ منٛز شأمِل۔کنشک سٕندِس دورِ اقتدارس منٛزٕ ے چھےٚ عالمی بودھ کانفرنس کٔشیرِ منٛز تاراناتھنہِ مطأبق کونڈل ون جایہِ منعقد سپٕز مٕژ۔اماپوٚز ارجن دیو مجبوؔر سٕنٛز راے چھےٚ زِ ''یہِ جاے گژھہِ ڈل جھیل کِس علاقس منٛز کُنہِ جایہِ آسنٕ تِکیازِ یوہے علاقہٕ چھُ سبٕٹھاہ پُر فضا تہٕ شہرس متصل تہٕ تہٕ اتی ہیکہِ ہے پٕژھہِ بجہِ کانفرنسہِ ہُند انتظام جان پأٹھۍ سپدِتھ'' (تحقیق، ص 14)۔یہِ راے چھےٚ محض قیاسس پیٹھ ڈٔرِتھ، اماپوٚز تواریخ چھُنہِ قیاسچن ڈٔکھۍ جن پیٹھ ڈٔرِتھ ہیکان۔قیاس چھ پھُٹان۔ یتھہٕ پأٹھۍ ہیکہِ مجبوؔر صأبنین کیٚن راین ستۍ اختلاف تہِ کرنہٕ یتھ مگر ''تحقیق'' کتابہِ ہُند مطالعہٕ کٔرِتھ چھِ زٕ چیز ماننۍ پیوان۔اکھ تِہُند کٔشیرِ ہنٛدِ تواریخٕکۍ سٕون دِل دِتھ تہٕ دل دِتھ کرنہٕ آمُت مطالعہٕ تہٕ دوٚیُم تواریخ نٔویسی شایانِ شان طرزِ تحریر۔زبأنی ہنٛدِ پأراوٕ چ تہٕ

تگن گری ہنٛز چھنہٕ یمن مقالن منٛز کانٛہہ شعوری کوٗشش کرنہٕ آمٕژ۔ تواریخ
نویسی خاطرٕ یوٗسہٕ ساد، سہل تہٕ لوتہٕ وأے زبان ورتاونہٕ گوٛژھہٕ یِنۍ، سوے
چھےٚ مجبور صأبن ورتأوِمٕژ۔ پزر چھُ یہِ زِ ''تحقیق'' کتابہِ چھُ مجبوٗر صأبنہِ علمی
شخصیٚژ ہُنٛد اکھ گُپِتھ پاس نوٚن کوٚڈمُت۔ اتھ منٛز چھِ کأشُر ونہٕ وُن تہٕ
دیومالا، میسور یتھ مےٚ وُچھ، بہ تہٕ میون تخلیقی سفر، بیٚیہِ تہِ ترٚے مقالہٕ
موجود۔ کأشُر ونہٕ وُن تہٕ دیومالا تہِ چھُ تحقیقی مقالہٕ۔ ووں گوٚو مقالُک
عنوان چھُ تقاضہٕ کران زِ اتھ منٛز گوٚژھ گُلہم کأشرِس ونہٕ وِنس منٛز
دیومالایہٕ تہٕ اسطوٗرن وژن یُن دِنہٕ۔ییٚلہِ زَن مقالہٕ نگارن صرف بٹہٕ
ونہٕ وُن زیرِ بحث أنتھ دیومالایہِ وژن دیُتمُت چھُ۔

یوٚ دوٚے مجبوٗر صأبس تحقیقی کامہٕ ہنٛدِ باپتھ زیادٕ وَق پاتھیوونہٕ مگر
تسُند تحقیقی بُر تہٕ تواریخی شعور چھُ نوٚن تہٕ ناقأبلِ تردید۔ تِموٚ چھُ حال
حالےٚ شایع سپدیمٕژ پننہِ سوانح عمری منٛز لیٛوکھمُت زِ ...........''کشیرِ منٛز
گُرمےٚ کُشیرِ ہِنٛدِس ماقبل تواریخی دورس پیٹھ کأم۔ اتھ متعلق چھپےٚ یہِ
کیٛنٛہہ مضمون مُلکہٕ کِنٛن مختلف رسالن منٛز۔ مےٚ اوس أتھی موضوعس پیٹھ
اکھ کتاب لیکھہٕ نُک منصوبہٕ۔ مےٚ کوٚر مواد جمع یُس سأنٛس مکانہٕ زالنس
ستی باقےٚ کتابوسان زالنہٕ آو''۔ (یادن ہُنٛد سفر، ص 87)۔

مجبوٗر صأبُن گُف چھُ زِ..........''یم تحقیقی مضمون مےٚ لیٛکھی تم
سپدی مختلف رِسالن منٛز شایع تہٕ تِہُنٛد تعداد آسہِ ڈوٚڈ ہتھ پیٚٹھی'' (یادن ہُنٛد

سفر ص85)۔ اما پۆز یم چھِ مختلف زبانن منٛز لیکھنہٕ آمتۍ تہٕ کاشرِ زبانۍ چھُنہٕ خاص حصہٕ پاتھیومُت۔ تہِ کٔرتھ مجبورصاۍبن یُس نیل مت پورانس اردوترجمہٕ کوٗر، سُہ تہِ چھُ اہم تحقیقی کارنامہٕ، کاش،تِسندی کاشرِ زبانۍ منٛز لیٚکھی مِتۍ ادبی تہٕ توٲریخی تحقیقس متعلق لیکھ گژھہٕ ہن سومبراوِتھ أکِس کتابہِ منٛز شایع أتی وُچھہٕ ہو زِ کُلکی زوردارتہٕ باڈودار چھِجن چھُنہٕ ہیوٗ کمُت تہنٛزِ تحقیقی تہٕ تنقیدی کژھہٕ لنٛجہِ ہُنٛد بُڑ تہٕ ووتھٕ واشرتھامہٕ کٔرِتھ!

کتاب نامہٕ:


۱/ کلیات لالہ لکھمن۔کلچرل اکاڈمی۔

۲/ أرنہِ مال۔مرتبہ ارجن دیو مجبورٓ۔

۳/ آلو۔اپریل2002ء، جون 2001۔

۴/ یادن ہُنٛد سفر۔ارجن دیو مجبورٓ۔

۵/ سون ادب تواریخ نویسی نمبر4۔کلچرل اکاڈمی۔

۶/ تحقیق۔ارجن دیو مجبورٓ۔


☆☆☆

# ارجن دیو مجبوٗر
# بحیثیتِ نظم نگار

ڈاکٹر امر مالموہی

اگر اَسی سَنو ، اَسہِ باسہِ زِ کأشرِ شأعری چھےٚ فقط ژ صِنفہٕ ، اکھ یتھ منٛز خیالُک تسلسُل چھُ تہٕ بیاکھ یتھ منٛز خیالچ ریز کأری چھےٚ ، یعنی خیالکی رنگ پرٛتھ شعرِ پتہٕ بدلان چھِ ۔ أکِس وَنو نظم تہٕ بیٚیس غزل۔ غزل صنفہِ چھےٚ اَکھ مقررِ ہیت تہٕ نظمس ہیکہِ کانٛہہ ہیت تہٕ اَستھ۔ نظم ہیکہِ کُنہِ تہِ موضوعس متعلق غزل، مُسدس ،مثنوی بیترِ فارمن منٛز لیکھنہٕ یتھ۔ نظم محرمی یعنے بلینک وٕرس تہٕ آزاد نظم یعنی فِری وٕرس چھِنہٕ نظمکی صنف بُلکہِ ہیرٕ یم انگریزی پٹھہِ اُردو شأعری ہنٛدِ وأسہِ کأشرِس منٛز آیہِ ۔

موخصر نظم نہ چھِ کانٛہہ الگ صنف نہ کانٛہہ بدل فارِم تہٕ نہ چھِ اتھ منٛز کانٛہہ موضوعی بینہر۔ نظم تہٕ موخصر نظمہِ منٛز چھےٚ سارے خصوٗصیژ مشترکہٕ فقط چھےٚ خیالہِ ورتاوِچ فرق۔ یم مشترکہٕ خصوصیژ چھےٚ واریاہ مثالے خیالُک تسلسُل ، ہیت تہٕ خیالچ ہم آہنگی، سماجی پیچیدگین ، انسأنی نفسیاتچ یا وَنو زندگی ہنٛد بن رنگن ہنٛز عکأسی ۔ استعارأیی ، تمثیلی تہٕ علامتی ورتاو، شعوٗرُک ارتکاز، لاشعورِکی تمثیلی آکار، اکھ وکھرٕ اسلوٗب یُس نظم نگار سنٛز

شخصیژ ہُنٛد اظہار آسان چھُ۔

تیٚلہِ کتھ وَنو موخصر نظم؟ انگریزی زبانٛی پٮ۪ٹھ آیہِ موخصر نظم اُردو تہٕ ہندی شاعری ہٕنٛدِ وأسدِ کأشرس منٛز نظم صِنفہِ ہٕنٛدِ انمانہٕ۔ انگریزی زبانٛی منٛز لیٚچھ سارِوے شاعرو لوکٕچہِ نظمہٕ مگر یمن وَنو نہٕ موخصر نظمہٕ۔ گوڈنٛچہِ لٹہِ لیٚچھ ایملی ڈکنسن انگریزی زبانٛی منٛز موخصر نظمہٕ۔ تٔمی ہٕنٛزِ نظمہٕ چھےٚ سبٹھاہ موخصر۔ کیٚنٛہہ فقط ژ ون یا پانٛژن سٕطرن منٛز مگر یمن منٛز چھےٚ کأفی تہہ داری، ایملی ہُنٛد شاعرانہٕ مزاژ چھُ ہنا قنوطی ۔تٔمی ہٕنٛزِ شاعری منٛز چھِ آتش فشانن، طُفانن، موتچ، زندانن، فطری تہٕ انسأنی عناصرن ہٕنٛدِ تشدد چہِ، انسأنی کمزوٗری تہٕ المنأ کی ہٕنٛدی ہتہٕ بٔدی حوالہٕ۔ ایملی چھُ پنٛن اکھ اسلوٗب تہٕ کانٛہہ اُردو یا کأشر شاعر چھُنہٕ اتھ اسلوٗبس نکھہٕ واتان تہٕ نہ چھُ یہِ ضروٗری۔

موخصر نظمہِ ہُنٛد بیا کھ نموٗنہٕ چھُ ہائیکو ۔ ڈاکٹر رتن لال شانت صأبنہِ مُطابق چھُ ہائیکو جاپأنی شاعری پٮ۪ٹھ آمُت تہٕ اَتھ چھےٚ فقط ترٛے سٕطرٕ آسان تہٕ پرٛتھ سٕطرِ چھُ مخصوص رُکن۔ ہائیکو تجربہٕ چھُ ایوب بیتاب صأبن تہِ کأشرِ شاعری منٛز کوٚرمُت۔

نظمہِ تہٕ موخصر نظمہِ منٛز چھےٚ فقط ورتاوٕچ فرق۔ موخصر نظمہِ منٛز چھُ خیال کمہٕ کھوتہٕ کم لفظن منٛز پیش کرُن فنی ہونرسندی مانہٕ یوان۔ زبان گژھہ نہٕ زیادٕ وردار آسنۍ تہٕ شاعرس گژھہ، باوٕژ بلس پٮ۪ٹھ فنکارانہٕ

دسترس آسنی۔ موخصر نظمہِ منٛز چھےٚ ژٔرجاے دأ خلیتس ،منظر کشی ، خطابت تہٕ اَمہِ قسمکہِ ؤوتہٕ دۅتہٕ خأطرٕ چھنہٕ موخصر نظمہِ منٛز کانٛہہ جاے۔ موخصر نظمہِ منٛز گوٚھن نہٕ علامَو وِیٚہہ کرنہِ یا وَنو زِ موخصر نظمہِ منٛز چھےٚ استعارأتی اظہارس تہٕ تمثیلی اسلوٗبس زیادٕ اہمیت۔ موخصر نظم گوٚڈھِ پرن وألس یکدم مُتأثر کرٕنی اگر اَتھ یہِ خصوٗصیت آسہِ نہٕ تیٚلہِ چُھنہٕ اَتھ منٛز کانٛہہ فکری بجر۔ موخصر نظم گوٚڈھِ اسلوٗبیأتی رنگہٕ تۄرکل تہٕ کم لفظن منٛز گوٚڈھِ یہِ بسیار باوَتھ کٔرِتھ ہیٚکنی۔ پُر اسراریت تہِ چھےٚ اَکھ خصوصیت موخصر نظمہِ ہُنٛد فن تہٕ فکر چھِ خود ڈرامأیی عنصرٕ ستی کأفی پوچھر لبان۔ نظمہِ تہٕ موخصر نظمہِ منٛز چھےٚ میانہِ خیالہٕ سوے فکری تہٕ فنی فرق یوسہٕ افسانس تہٕ موخصر افسانس منٛز چھےٚ۔

موخصر نظمہِ متلق چھےٚ واریاہن حضراتن یمن منٛز شأعر تہٕ نقاد تہِ چھِ یہِ غلط فہمی زِ موخصر نظم ہیکہِ فقط آزاد نظم أستھ۔ یہِ چھنہٕ سہی۔ آزاد نظمہِ چھنہٕ کانٛہہ صنف بٔلکہِ فقط اکھ ہیت تہٕ موخصر نظم ہیکہِ تم سارے ہیٔژ ورتأوِتھ یمن منٛز نظم لیکھنہٕ آمٕژ چھےٚ واریہو اُردو شأعرو (مثالے اختر انصاری) چھےٚ قطعہ تہٕ رُباعیہٕ ہٕنٛز فارمہِ منٛز تہِ موخصر نظمہِ لیچھمٕژ۔ ممکن چھُ زِ میٚون یہِ وَنُن باسہِ توہہِ ہنا گوٚب زِ رُباعی تہٕ قطعہ چھِ ژٕکہِ موخصر نظمہٕ تہٕ جان تہٕ زودار موخصر نظم گوٚڈھِ رُبأعی تہٕ قطعس نکھٕ آسنی۔ تہِتھ پأٹھی جان رُباعی یا قطعہ گوٚڈٕ نکمن مصرعن منٛز أکس تجزیأتی، فکری تہٕ

ڈرامائی کیفیژ پٕرن وألی ہِنٛدِس ذٔہنس منٛز ووتلاوان چھِ تہٕ پٔتِم مصرعہٕ سأری تحیر اند واتہٕ نأوِتھ تس ذٔہنی ، جمالیأتی یا جذبأتی بصیرت دِوان چھُ تِتھے پأٹھی گژھِ موخصر نظم پٕرن وألی ہِنٛدِس احساسس کوم کٔرتھ تٔمی ہِنٛدِس ادراکس مُتأثر کرٕنی ۔ أتھی چھُس بہٕ خود ڈرامأیی عنصر ونان۔

کأشرِس منٛز چھےٚ رُبأعی ہنٛز فارم رحمان رأہین جان پأٹھی موخصر نظمہِ خأطرٕ ورتأوِمژ ''گندان گندان''' وبتھ روزِ پکان'' تہٕ ''یتھ شہرس منٛز'' چھےٚ یِژھ ہِشہٕ نظمہٕ۔ میانہِ ونہٕ نُک مطلب چھُ یہِ زِ موخصر نظمہِ خأطرٕ چھنہٕ کانٛہہ شبقہٕ ہیٔت ۔ ووں گو آزاد نظمچ ہیٔت چھےٚ شأعرس خیال تہٕ لفظ ہم آہنگ کرنٕچ زیادٕ سہولت دِوان۔

ارجن دیو مجبوٗر چھُ سون بزرگ شأعر یُس نہٕ صرف از تانٛی چن سارِنے ادبی تحریکن لرِ لوٚر پوٚک بلکہِ ییمہِ ہنٛزِ شأعری منٛز پٔرتھ دورکہِ شأعرانہٕ مزازٕچ عکأسی سپدان چھےٚ۔

مجبوٗر صأبنہِ موخصر نظمہِ سپز گوڈنچہ لٹہِ ۱۹۸۳ء منٛز پہنٛزِ شعرٕ سومبرنہٕ ''دشہارس'' منٛز چھاپ یوس مجبوٗرنہِ دٔہن وٕرِیین (۷۳ـ۱۹۸۳ء) ہنٛزِ شأعری ہند انتخاب چھُ۔ اَمہِ پتہٕ روٗد شأعر موخصر نظمہٕ برابر لیکھان یم ''دزونٕی کوسم'' (۱۹۸۷ء) ،پٔدٕی سمکھ (۱۹۹۱ء) تہٕ تیوٚل''(۱۹۹۰ء) سومبرنٕن منٛز موٗجود چھےٚ۔ مجبور صأب چھُ از تام موخصر نظم برابر لیکھان۔ پزر چھُ یہِ زِ مجبورن دیُت موخصر نظمہِ کُن سارِوے کأشرو شأعرو منٛز

زیادٕ توجہ تہٕ اَمہِ کِنۍ گیہِ اُمۍ سٕنٛز موخصر نظم زیادٕ پھبان تہٕ پرٕتھان۔ میوٗن یہِ مضموٗن یوٚ دوَے مجبورنہِ موخصر نظمہِ ہٕنٛد سےٚ مُطالس تام محدوٗد چھُ مگر مےٚ چھُ بہتر باسان زِ بلکل موخصر لفظن منٛز یِیہِ اُمِس بزرگ شاعر سٕنٛز شاعرانہٕ ساختہٕ متعلق پیٚٹھی پیٚٹھی نظر کرنہٕ۔

مجبورن کوٚر پننہِ شاعری ہُنٛد آغاز ہنا مہجوٗرن تہٕ ہنا ترقی پسند شاعری ہٕنٛدِس اثرس تل۔ یِم دوشوَے اثر چھِ ''کلامہٕ مجبورس'' منٛز ٹاکارٕ لبنہٕ یوان مگر نوجوانی ہٕنٛدبن دوہن منٛز تہِ چھےٚ اکھ انفرادیت زاینٛن لبان باسان۔ خطابت تہٕ نارٕ بازی درمیان تہِ چھُ مجبوٗرس مٕنٛزۍ فنی تقاضن ہُنٛد احساس سپدان تہٕ یہِ چھُ پرن وٲلِس باس دِوان زِ یہِ احساس ہکیہٕ کُنہِ دوہ پننۍ شناخت پڑاوِتھ۔ یوٚ دوے یہِ نوجوان لُکہٕ مٔتِس متٔن تڑاوِ۔ دشہار انتخابس منٛز چھُ مجبوٗر پنٕن محاورٕ تہٕ لہجہِ پڑاوان تہٕ اُمۍ سٕنٛز شاعرانہٕ انفرادیت چھےٚ بروٚنہہ کُن زیادٕ کاڈ کڈان۔ نوٚ ترکیبہٕ، نوٚ واستعارٕ تہٕ اکھ نوٚ ومحاورٕ چھُ ہَنہِ ہَنہِ مجبوٗرُن اسلوٗب پڑیٚیہِ ناوان۔ مجبورس چھُ احساس زِ حالاتن ہُنٛد اثر چھُ فنس مُتأثر کران تہٕ اَمہِ سٟتۍ چھےٚ مجبورنہِ شاعری منٛز سو خصوٗصیت پاٚدٕ سپدان یِیمہِ کِنۍ شاعرس تہٕ پرن وٲلِس درمیان ہر ہمیشہٕ اکھ رأبِط چھُ روزان تہٕ شاعر چھُنہٕ عام پاٚٹھی تہٕ گٔژ لبن تجربن مُتۍ مُتۍ گوھان تہٕ پرن وٲلِس اشکال پسندی ہٕنٛدبن آوٕلنبن منٛز ییر کران۔ یہِ چھےٚ مجبوٗرنہِ شاعرانہٕ شخصیُو ہنٛز اکھ اہم شناخت۔ مجبوٗرن شاعرانہٕ اسلوٗب

نہ چھُ کھری دار نہ زٕھل تہٕ نہ چھُ مجبۆرینٕہ علمچ یا معلوٗماتن ہنٛز ژھلہٕ ٹلہٕ نمائیش کرِتھ پرن وأٔلس تل تہٕ تنگ یژھان کرٕن۔ خیال تہٕ لفظ چھِ ہم آہنگ سپدِتھ باوٕژ بلس ئنہٕ راوان تہٕ شأعر چھُ واریہس حدس تام تر سپلکبن دربندن سہولیژسان ہیٚوراوان۔ یوہے وجہ چھُ زِ مجبۆرنی شأعری چھےٚ شأعری نہ زِ اکھ اسلوٗبیأتی ووندٕ مژر۔ مجبورس چھُ پژتھ جایہٕ، اِدٕ سُہ غزل أسی تن یا نظم، شہرآشوب أسی تن یا نغمہٕ، کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ وٕنُن آسان تہٕ یہٕ وٕنُن چھُ کُنہٕ نتہٕ کُنہٕ تجربٕچ باوتھ کران۔ یہٕ تجربہٕ أسی تن کُنہٕ تہٕ رنگٕک اَتھ منٛز أسی تن تخلیقی شعوٗر کُنہِ تہِ سوٗتھریک تہٕ اَمیُک احساس چھُ پرن وأٔلس ضروٗر سپدان تہٕ باضے چھُ یہٕ احساس تٔمی سٕندِس ادراکس پینہٕ دِتھ تجربس منٛز برٕژر کران۔ یہٕ چھےٚ مجبۆرن اہم شأعرانہٕ شناخت یتھ بُنیأدی آگر زندگی تہٕ فطرتکبن رنگن ہُند مشأہدٕ، اکھ حساس مزاج، ذہنی ارتکاز تہٕ تخلیقی زبان چھِ۔ مجبۆرس گےٚ برابر پنٛژاہ ؤری شأعری کران تہٕ یہٕ ذہنی......ارتکاز چھِ ہر ہمیشہٕ أمِس منٛز لبنہٕ یوان مگر اَتھ منٛز چھِ تخلیقی ارتکازٕک عنصر ۱۹۶۴ء پتہٕ لبنہٕ یوان۔

مجبۆرن لیٛوکھ نثر تہٕ تہٕ ترجمہٕ تہِ کٔرن تٔمی سُند افسانہٕ ''کولہٕ پاز'' چھ کأشرِ زبأنی ہُند تژیم افسانہٕ مگر سُہ چھُ مزازن شأعر تہٕ تٔمی سٕنز شأعرانہٕ شناختہِ ہیٚوت ۱۹۶۴ء پتہٕ کاڈ کڈُن ییٚلہِ سون ادبس منٛز تٔمی سٕنز مشہور نظم شونگان ییٚلہِ راتھ بالن شاندتھأوِتھ، چھاپ سپٕز۔ شاید چھُ ترتیب کار

امین کامل صأبن اتھ نظمہِ گوڈ انوأری دِتھ اَتھ نظمہِ متعلق پٔنن تاثُر ظأہر کوٚرمُت ۔ اَمہِ نظمہِ ہِتی چھُ مجبور نہِ شأعری ہُنٛد سُہ دور اند واتان یُس ۱۹۴۹ء تا ۱۹۶۳ء چھُ ۔ اَمہِ نظمہِ ہِتی چھُ مجبور پننٛی شأعرانہٕ شخصیت بدلاوان نظرِ گژھان تکیازِ اَمہِ پتہٕ چھُ أمی سُنٛد محاورتہِ بدلان ، فنٛک انہارتہِ تہٕ موضوع تہِ ۔

''دشہار'' سومبرنہٕ منٛز چھےٚ مجبوٗرنہِ کینٛہہ موخصر نظمہٕ یِمن منٛز تجربٕک بدل انہار ونہِ چھُ یِوان ۔ خیالٕک سنر تہٕ فنی ورتاو چھُ یِمن نظمن تہٕ دأری دِوان ۔ مجبوٗر چھُ اَمہِ سومبرنہِ ہِنٛدِس گوڈنِس منٛز لیکھان وق بدلنس ہِتی چھُ ادبی تراین تہٕ تقاضن تہِ بدلُن پیوان مگر ابدی پزرتہٕ مسأیل چھِ پننہِ جایہ برقرار روزان ، یہِ چھےٚ مجبورنہِ شأعرانہٕ شعوٗرٕچ بُنِیأدی کوٚنٛز ۔ اکہِ طرفہٕ چھُ سُہ وق بدلنس ہِتی ادبی تراین تہٕ تقاضن ہُنٛد بدلُن ضروٗری زانان تہٕ بیٚکہِ طرفہٕ چھُ سُہ زندگی تہٕ شأعری ہِنٛدبن اژھین تعلقن ہُنٛد قأیل ۔ حقیقت تہِ چھےٚ یِ زِ یِیٚلہِ فنس تہٕ زندگی منٛز سُہ بینٛہر چھُ ووتلان یتھ منٛز زندگی ہُنٛد کانٛہہ آکارتہٕ فنٛک کانٛہہ جمالیأتی عنصر آسہِ نہٕ تیٚلہِ چھُ فن یہِ ڈٲلۍ زِتہِ وٚسی سپدان ۔ وُچھو دشہارٕ منٛزٕ اکھ موخصر نظم یتھ عنوان چھُ ''تماشہِ'' ۔

دوہہ بأزی گراہیوٗ آو

تہٕ ڈابرٕ وأیتھ ژوٚل

کھوٚ ترٛٲنٛس تاپس

تہٕ روح نٔشر اُوِتھ ژٕول

وٗژھ راتھ ہٕرٛجھ مستانیا

ٹکہٕ زٕوٗن تہٕ ہٹہٕ تارکھ مال

روٚنہٕ شروٚنؠ

آیہٕ تہٕ دِل پھرکأرتھ ژٕج

دوٚہ چھُ زندگی تہٕ زندگی ہٕنٛز دِوے۔مگر یہِ دِوے کیا چھےٚ ؟اکھ تماشہِ زندگی ہٕندِ مأ لُک تماشہِ۔ سُہ تماشہِ یُس ڈابرِ ہٕندِس ڈپھ ڈپھس آیہِ تن چھُ۔اَتھ تجربس منٛز چھےٚ شأعرٕ سٕنٛز شخصیت بأگرنہٕ یوان ۔سُہ چھُ أکِس عام انسانہٕ سٕندِ حیثیتہٕ اَتھ تماشس منٛز وُچھن وألی سٕندی تہٕ تماشہِ کرن وألی سٕندی پأٹھی شأمِل مگر تحقیقی ستھرِس پیٹھ چھُ سُہ فقط شأعر تہٕ زندگی ہٕندِس اَتھ تماشس گہرأیی سان سنان مگر گاش چھُ زانان زِ اتھ تماشس یعنے بأزی گری چھنہٕ کانٛہہ توٚژھ۔ اوے چھےٚ تاپس ہٕتر پھٹان یُس گاشٕچ تہٕ زندگی ہٕندِ حرارژٕچ علامت چھِ بحیثیتِ انسان یُس تجربہٕ شأعرس گژھان چھُ تَتھ چھُ سُہ تماشہِ نِشہِ بِدوٗن روٗزِتھ بحیثیت شأعر زبان دِوان۔ رأژ ہٕنٛز علامت چھےٚ مختلف تجربن یا وَنو چیزن خأطرٕ استعمال سپدان مجبور چھُ یتھ نظمہِ منٛز اَتھ انسانس خأطرٕ اکھ راحت ،اکھ پریرناInspirationتہٕ اکھ جمالیأتی آگر مانان مگر یہِ مأنِن یا باس تہِ چھُ ژٕکہِ تماشہِ۔ رات ، اکھ بوٚڈہٕ بَر ہشِ مسول۔مگر ژٕکہِ کیا؟ بأزی گری

ہُنٛد بیٛا کھ پأراو...... اکھ دوکھ، اکھ فریب ، اکھ زال...... رات ،یوسہٕ شروٗنی شروٗنی وُزناأوِتھ زنتہٕ دِلس کھوٚٹ دِوان چھےٚ تہٕ سونس تژام بناوِتھ ژلان چھےٚ۔

یہ تہٕ چھُ ممکن زِ تاپس ہٕتر کھسنک استعارٕ ورتاأوِتھ آسہِ شاأعری ، احساس دِچھ تہٕ کوشش کران زِ معاشرس یوت مٔنز نہٕ بٔلکہِ کُل کاینارس مٔنز چُھ گٔٹہِ مقابلہِ گاش محدوٗد تہٕ گٔٹہٕ زوٚل چھُ روزان ہرہمیشہِ گاشہِ زِ ژن نال وٕلتھ۔ رواأیتی آیہِ اگر وُچھوتیٚلہِ چھُ مجبور۔ یہِ دُنیاہ کاوٕ ییٚنہِ وول آسنٕچ کتھ ونان تہٕ مایایہِ ہٕنز جلوٕ گری اکہِ نوِ انمانہٕ پرن وإٔلس بروٚنہہ کُن انان تہٕ کانٛہہ کتھ نوِ انمانہٕ وٕنن گوٚو شاأعرانہٕ فن آسُن تہٕ پٔرن وإٔلی سُنٛد پرتیتھ پراوُن۔

کاینأتکی تہٕ زندگی ہندی چھِ کیٛنہہ ابدی سوال یمن شاأعر، فلسفی تہٕ فن کار ہرہمیشہِ پننہِ پننہِ آیہِ جواب ژھاران روٗدی تہٕ روزن۔ مجبور چھُ یمن مٔنز کینژَن سوالن أکس محدود سُتھرس پٹھ جواب ژھانڈنٕچ کوٗشش کران ۔ یہِ تہٕ محدود سوٚتھر چھُ شاأعرِ سُنٛد اوٚند پوٚکھ تہٕ أمِکی بدلوٕنی تقاضہٕ۔ سُہ چھُ باضے أتھی أندی پٔکھس حدو کٔڈِتھ پننہِ زمانٕچ بصیرت پژاوان تکیازِ سُہ چھُ پننہِ حیثیژ مٔنز کھوٚرڈ کھراأوِتھ اکہِ وٚسیع تہٕ گٔہر مُشاأہد تہٕ شعوٗری ارتکازٕ ستی شوٚز باوَتھ کران تہٕ پزربدِ کٔڈِتھ پرن وإٔلس پننہٕ نٔس تجربس مٔنز شاأمِل کران۔

دروازس پیٹھ خرٕ ہیہہ اکھ

وولیؤمُت أندرٕ ہاپُت

تھاپر دی دی بُتھ ییٚلہِ زٕلنس

دۆپنم ''ہاوس کڈٕی مے سأرٕ''

ژٕ ہریومُت اَدٕ واپس پھیٖوٗرُس

أسس ژاپھ دِتھ ننگہِ لووُم

زہرس ستیٖ اوس مِلہِ وِتھ گور

(دشہار)

علامتی تہٕ استعارأیی اندازس منٛز چُھ شأعر انسانہٕ سنٛز المنا کی بدِ کڈان یُس خرٕ ہہس تہٕ ہاپتس درمیان ہنٛہٕ آمُت چھُ۔ نہ چھُس ژٕلنس وار تہٕ نہ کینٛہہ کرنس۔ تَس چھُ فقط گور مِلوِتھ زہرس دوہ پوٗرٕ کرنہٕ خأطرٕ نہ زِ زندٕ روزنہٕ خأطرٕ ژاپھ دیُٚن۔ سُہ چھُ زانان زِ یہِ سُہ ژاپان چھُ تہٕ چھٕنہٕ گور بٔلکہِ زہر مگر پانس بژم دیُن چھُس ضرٗری تکیازِ سُہ ہیکہِ یوٗتے یوت کرِتھ۔ سانہِ دورچہِ Sugar coat تہٕ ظأہر پرست زندگی اکہِ کوٗنٛچ باوَتھ یوسہٕ زندگی مجبوٗریو مصلحوو تہٕ بروٗر وٗچھتھ کوترٕ سنٛدی پأٹھی أچھ وٹنکھٕ انداز وستیٖ بُرِتھ چھےٚ۔ بیٚیس أکس موخصر نظمہِ منٛز چھِ شأعر أتھی موضوعس بیٚیہٕ آیہِ پیش کران۔

أکی سے ووڈِ منٛز ہتہٕ بٔدی عالم

میٚنہِ پھوٚل یار وَنن ہنٛز کوٚچھ
ہوٚچھِو کولہِ منٛز سٔدیرٕ مندے
دارِ أکِس پیٹھ شُنٛز وولیوو
منہِ منٛز لِس ژٔ ژھ تھتھرارے
جنجالن منٛز آدم روٚو

(دشہِ ہارس، ۱۰۶)

شأعر چھُ علمی تہٕ سائنسی پھأ‌لاوس نِشہِ مویوٗس تکیازِ اکھ مسلہٕ ختم گٔرِتھ تہِ دیٚت أمی ژٔہن مسلن زایُن۔ انسانس گیہِ یارونن ہنٛز کوٚچھ مُشتھ تہٕ سُہ گوٚونوبن جنجالن منٛز گرفتار تہٕ یوتاہ سُہ پننہِ وٕجودِ نِشہِ دوٗر گوٚھان چھُ تیوتاہ چھُ سُہ ہوٚچھِ مَرِ کولہِ منٛز سٔدرٕ مندے کران یوسہٕ خأ‌لی پولاو کھبنس برابر چھےٚ۔ یہِ سٔدرٕ مندے چھےٚ سُہ وٕنیب یُس سائنسی تہذیبکہِ گاشُک دیٚت چھُ۔ أکِس سرتازٕ موخصر نظمہِ منٛز چھُ مجبوٗر یوگن یوگن ہنٛزِ زندٕ کھاپرٕ تہٕ اَمکہِ پھُٹمتہِ اژھمتہِ تہٕ سوریمتہِ بدرٕچ باوَتھ یِیمہِ آیہِ کران:
موکھ موٚہلک، کرٕ کھچھس ژٔکرِ گمٕژ
ووپھرٕ یمتی دند، ژم ٹھیمتی نأر
پیشأنی کلی
نظرن تہذیبن ہُند گاشہٕ وٕنیب
پرٕزر، رٕژر بیٚیہِ سوندر گاران

یوگن یوگن ہٕنز زنٕد کھاپر

یہِ پزر ، رٕژر تہٕ سوندرگارُن چھُ انسأنی دِماغُک اندٕ وند ورتاو روٗ دمُت ۔ یۆ دوَے اَمہِ کٕنۍ اضأفی تصوروتس ہرہمیشہٕ ؤکرٕژ کرِ تہٕ گُرتوتہٕ چھےٚ یوگو یوگو پتھ کھاپر زنٕد ۔

مجبوٗرنٮ۪ن موخصر نظمن منٛز چھُ کُنہِ کُنہِ وقتہٕ بے ثبأتی ہُنٛد گہر تاثُر وۄتلان ۔ کانٛہہ شأعر چھُنہٕ کُنہِ صوٗرتس منٛز تہٕ پننہِ کُنہِ تہِ ژٕہی کہِ احساسکی سأری سٕنٛز تہٕ وۄٹھ کُنہِ أکِس نظمہِ منٛز بأوِتھ ہیٚکان تہٕ علامژ تہٕ استعارٕ گُری گُری تہِ چھُنہٕ سُہ پنُن وونٕد پوٗرٕ پوٗر لفظأوِتھ ہیٚکان ۔ ژکہِ چھُنہٕ پنُن تجربہٕ تہِ لفظن ہٕنٛدِس جامَس وَلُن سہل آسان ۔ بقول واسیدیو ریٚہہ ۔

أچھر سوریم باوَتھ خام روزٕم
اتھٕ پوٗریوٗنہٕ بلکل گاٹہٕ جارس

تہٕ مجبورس تہِ چھُ یہِ سپدان ۔ سُہ چھُنہٕ تارکس پننہِ گرفتہٕ منٛز أنِتھ ہیٚکان تہٕ أچھ تام چھُس رأسی گژھان ۔ ژکہِ چھُ یہِ وقتُچ بے ثبأتی ہُنٛد تصور تہِ ، یُس تارٕچ علامت چھُ تھوان ۔ وُچھِو نظم کأژاہ تہہ دار چھےٚ ۔

کالہٕ نبس پتھ تارُکھ اکھ
شیشہٕ پٹھو منٛزی ہاوان پان
ونہٕ ہس بہ تہٕ چھُس صحراوس منٛز
اَتھہٕ کُنٛز کُنٛز ژٕنی میلہٕ کٕنیاہ

أندرمہِ دگہِ کتہٕ باوَتھ حاصِل
زِ بو ژٹہِ جامہٕ تہٕ مانے ژھیوٚن
سۄُچم چشمو کھونہِ للہٕ ناون
نارِ چھلاہ ہش ۄٔژھ اَسمانٔی
کرٕ ہنس اوٚبرس رہہ لٔج نارس
تارُکھ ۄٔسی پیوٚ وأچھی گیہ رأسی

(تارُکھ)

مجبوٗر چھُ دشہار سومبرنہِ منٛز شأعری ہنٛز تأریف کران ونان۔ شأعری گیہ زندگی تہٕ قو درتکین رنگاہ رٔنگی وِہن سٔنِتھ، ابدی احساسچہٕ کھوچہٕ کھأرِتھ، پزر بدِ کڈِتھ پُر اثر نرل، مأری منٛز گمبیر تہٕ شوٚز باوَتھ کرٕنی۔“ یوٚ دوَے مےٚ اَتھ تاریفہِ منٛز ابدی احساسچہٕ کھوچہٕ“ کھارنس ستۍ ہنا اختلاف چھُ۔ تکیازِ اَمہِ کھوچہِ ہُنٛد تعین چھُ ناممکن۔ اماپوٚز اتھ منٛز چھُ مجبوٗرن تنقیدی شعوٗر ٹاکارٕ۔ رٕتین شأعرن چھُ تخلیقی ہونر مندی ستۍ جان تنقیدی شعوٗر تہٕ آسان۔ مجبوٗر چھُ ”تخلیق“ نأوی موخصر نظمہِ منٛز تخلیقی مشکلن ہنٛز خوشونی باوَتھ کران تہٕ تخلیقی عملہِ گویاہ مُنأسب لفظو ستۍ اکھ موختہٕ ہار بناوان۔ خونخارٕ سہہ خشمہٕ وألِتھ سیمنس منٛز بند کرنک استعارٕ کوتاہ تہہ دار چھُ تہٕ اَتھ منٛز کأژاہ تخلیقی تہٕ تنقیدی بصیرت چھےٚ گِنٛتھ تمیٚک اندازٕ کرُن چھُنہٕ مُشکل۔

حرفہٕ حرفے، ژٕتھ کرُن کھشہِ دأری

وُزناأوِتھ سرؤد

ؤتر بنٛزلین ہنٛز دادے گنڈ کرُن

بند کرن کرُن خونخار یہہ

خشمہٕ ڈاُلتھ سیمنس

گرٕ گرٕ تھون ، اکھ موختہٕ ہار

پنہٕ نین تخلیقی ژہنن منٛز چھُ مجبوٗرس باسان زِپٔنن باس باسناوُن چھُ تَس خاطرِ مُشکل تکیازِتس چھےٚ پنٛز کیف آمیز کربنا کی کیا ہتام سر باسان ییمٕک جمالیٲتی انہار یاتہٕ باون چھُنہٕ یژھان یا بأوتھ چھنہٕ ہبکان۔

سر چھُ سرٕ ے

کوسہٕ وکھنے کرٕ سرٕ سأوی کتھن

اَکھ اَکھ ژیوٚہ ہہ

کوہستانن ہنٛز منٛزلی گتھ

اکھ اَکھ پل۔ گرٕ ہانکل

ژلہٕ ؤنہِ سمسارٕ چ ووسہٕ دژوس

ہوٚہس منٛز پنہٕ داو

یتھ پتھ کھُری لدوتھ چھےٚ پکان

ازلی وق، ٹھاہ ٹھاہ گرٕ گرٕ ژؤر آسان

(پٔدٕ سمکھ ۷۹)

قدرن ہُنٛد پھُٹن، لفظن مانے راوُن تہٕ روایتُک انحراف چھُ مجبوٗرنہٕ وارِیاہن نظمن ہُنٛد موضوع۔ نظم ''لفظ پھُٹر اوم گرِم'' چھِ امہِ قسمہٕ چن کاشرِ بن نظمن منٛز اکھ اضافی حثیت تھوان۔

لفظ پھُٹر اوِم گرم، کھھرِ نی کٔڈِم
دٔو پمکھ رٹو نقدِ حیات
قادِ منٛزٕ نیر ونبر
اکھ پڑ کھٹ قاموس ہیتھ
یتھنہٕ وُکرِس صرف ونحوس
پپٹھ گرِ و وونی اعتبار

(پٕدی سمیکِ ۸۰)

مجبوٗر چھُ اکھ اہم شاعر یُس پڑتھ کانٛہہ صنف ورتاوان چھُ تہٕ موخصر نظمہِ چھُ سہٕ اَکھ گرٕت دِتھ سبٹھاہ پوٚختگی سان مٔنزلن ہُنٛد منٛز کوٗ رٕ ژھارنس منٛزے کامیاب باسان۔

دوٗر ذہنس رفتار رٔٹِتھ
منزلن ہُنٛد منٛز کور ژھاران
تل پادن تل نچ ووٕیمتی
نار بڑہن ہُنٛد اسہٕ وُن ناچ
بار کنڈٕ بن لاریمژ تن

اڈبرُک بس خونخاُرؠ نژن
وأنسن ہنٛدؠ اڈلیکٕھ ارمان
شانن پیٹھ ہتہٕ ہٕدؠ پانژال
آکاشس منٛز وُپھنٛج کل

مجبوٗر چھُ پننٮ٘ن موخصر نظمن منٛز زِندگی ہنٛدبن رنگن مختلف تخلیقی انہار وسان پیش کران ۔ ''دشہارٕ'' پیٹھ تیوٗل سومبرنن تام یعنی پنٛدہن وٕرین منٛز چھُ شاعر موضوع تہٕ خیالہٕ کنٛز واریاہ وُستھ ، باوُژ رنگہٕ کافی بل تہٕ ہونر مٔندی ہنٛدؠ نٔوؠ آکار پژاوان۔ ہتھٕ کٔنز مے وٕون ، مجبوٗرن موضوع چھُ زندگی تہٕ زندگی ہنٛدؠ تجربہٕ چھِ تٔمؠ ہنٛزِ شاعرانہٕ شخصیژ منٛز ژٕمتھ شعوٗری تہٕ لاشعوری محرکاتن ہٕنٛزِ رٔلتھ میلتھ تخلیقی انہار پرأون ۔ تَس چھُ سنسکرت ادبس ہٕتؠ جان لوے کھوے ۔ سنسکرت جمالیات چھےٚ مجبوٗر صأبنہٕ شاعری پیٹھ اکھ خاص اثر تراوان ۔ مجبوٗرن دِژ کاشرِ زبأنؠ اکھ لفظٕ راش تہٕ یوسہٕ کاشرِس منٛز وو پر چھنہٕ باسان۔ سنسکرت جمالیاتُک اکھ اہم رنگ چھُ سفید رنگ تہٕ سفید رنگُک ورتاو چھُ مجبوٗرنہٕ شاعری منٛز تیوٗت زِ یہٕ چھُ مجبوٗرن اکھ آرکی ٹائپ بنان۔ اَمِچ مثالہٕ چھےٚ موخصر نظمہٕ ''شین'' تہٕ ''ہرُدٕ''۔ ''شین'' نظمہٕ منٛز چھےٚ مختلف سفید چیزو ذٕسؠ ییٚمہٕ کایناتِکس ازلی مصوِر سنٛزِ مصوری ہنٛز باوَتھ کرنہٕ آمٕژ ۔ طوالژ موجوٗب کرنہٕ بہٕ سفید رنگہٕ کہِ فلسفیانہٕ تہٕ نفسیأتی رنٛگچ وضاحت زِ تخلیقی رنگ چھُ

سفید یُس ستن رنگن ہنٛز مِلہِ ون چُھ تہٕ یہِ چھُ کٲشرِ منٛز وحدتک علامت تہِ۔ سفید رنگ چُھ مزاز چ متانت ، اعتدال ، سنجیدگی تہٕ گہرٲیی تہِ باوان۔ ''شینۍ'' نظمہِ منٛز چھِ أسی آکاشی گنگا ، موختہٕ ، اُسن ، أنہٕ ، شیوسُند نژُن ، چھوٚت اوٚبُر ، دودکول ، تائدی کدل ، تخیُل ، پارٕ دمقام تہٕ چھیٚتۍ کوتر لبان یمن سارِنے سفید رنگ چھُ تہٕ یہِ رنگ چھُ مجبوٗرنہِ شاعری اکھ فکری بجر تہٕ شوٚد جمالیأتی انہار بخشان۔ وُچھو ''ہرُدٕ'' نظمہِ ہنٛدی یم مِصرٕ یمن منٛز یوہے سفید رنگ ہردس تہِ ولان چھُ۔

پوشہِ امبر چھِ کھأرِتھ ، سفیدی سفید
نیلہِ نبہٕ منٛزی وُڑان اوٚبرٕ کی شوخ گٲری
وُ چھ دبہا غس کھٔستھ منٛز وونُس میأنی سے
سورمہٕ چشمن اندر چاٲندی گٔلی ڈ ایھ دِتھ
یم چھِ سمیکی سنے مٔتی قدم پوشہِ ونی

(دشہارس ۸۳)

مےٚ چھُ باسان زِ سفید رنگُک آرکی ٹائپ چُھ مجبوٗرنہِ موخصر نظم یا وَنوکُل ہُم شاعری منٛز کأنی اہم تکیا زِ مجبوٗرنہِ شاعری ہنٛدی وارِیاہ آکار چھِ اَمہِ لاشعوٗری محرٕکۍ چھیکرن۔ انسان دوستی ، امن ، ہلرٕارتہٕ فطرتکمن رنگن ہنٛز وبڑھنے ، یم سأری أخری سفید رنگس منٛز ژمان چھِ ، تہٕ حُسن وعشقکی تصوٗر چھِ أتھی رنگس پھرکاوان۔ اوے چھےٚ شاعر ہنٛدِس تصورِ

حُسنس منٛز اکھ پایدأری تہٕ یہِ پایدأری چھےٚ مجبوٗرنس تصور عشقس اکھ سلیقہٕ تہٕ سنجیدگی دِوان۔ سفید رنٛگک یہِ غأرشوٗری لول چھُ شأعر سٕنٛدِس تصورِ عشقس اکھ شایستگی دِتھ اَتھ رِندی تہٕ مستی نِش ہنا دوٗر تھاوان۔ عشقچ یہِ شایستگی چھِ شأعرٕ سٕنٛدِس جنسیتس تہِ کانٛہہ انان تہٕ باضے رتہٕ دأوی کران۔ وُچھو ترٕبن سٔطرن ہنٛز یہِ موخصر نظم یوسہٕ ہائیکو تہِ چھےٚ۔

شکأرِس اوس وُنہِ سہہ پاونے
مگر سُہ اوس اکے نظرِ
پانہٕ رتہٕ دأوی گوٚمُت

(دشہارس ۱۱۰)

مجبوٗرنِن موخصر نظمن منٛز چھُ أکِس یا دوٚن جاین شأعر نظمہٕ پزٕپٹھ بناوان تہٕ پننہٕ نِس فنس تہٕ اسلوٗبس دوارٕ واتہٕ ناوان، ممکن چھُ زِ شأعرن ما آسہِ یہِ وقتی فأشن بنوومُت۔ اتھن چھُ پرن وألِس بروٚنٛہہ کنہِ فقط اکھ سوالیہِ یوان۔ یہِ چھےٚ میانہِ خیالہِ یا تہ باوٕژ ہِنٛز کمزوٗری یا تہِ چھےٚ تجربٕچ Intensity شأعرس پیٹھ پیٹھ طأری سپدان زِ سُہ چھُنہٕ اصلی تجربس کُن کانٛہہ اشارٕ کرِتھ ہیکان:

دارِ أکِس پیٹھ اوٚش أس ہاران
ہارٕ پُنم ہنٛز گاشُل زوٗن
جایہِ وٚوٚتس منٛز دار بٔڑاہ اکھ اوس ونان

''کانژھاوٕنی تن ووٗمس کیاہ''

(وشہارس ۱۰۶)

زوٗن کیازِ أمِس اوٚش ہاران؟ زوٗن کیازِ أس ہارِ پٔنٕم ہٕنٛز؟
کارتِک پٔنٕم ہنٛز کیازِ نہٕ یوسہٕ کأشرِس محاورس منٛز چھےٚ؟

زوٗنہٕ زٕژَن أشُک استعار بناوُن چھا روا۔ ماسوایہِ یہٕ زٕژتہٕ اوٚش دوٗشوے چھِ سفید آسان۔ (وُچھیوٚ اوٗش، دہار، پٔنٕم، تہٕ، زوٗن، چھ بیہٕ سفید رنٛگُک لاشعوری محرک بروٗنہہ کُن انان) بنان چھُ زِ بُڈٕ سٕنٛز کتھ ہٕ زِتھ ما آسہِ بے زوٗن اوٚش ہاران۔ مگر یوٗت کیا ووٚن بُڈن زِ زوٗن لٔج اوٗش ہارنہِ تہٕ زوٗن لوٗستھ یہِ کینٛژھ ہابُڈ دارِ ونان چھُ سُہ چھُ اَتھ نظمہِ پٔریٚژ بناوان۔ ژکہِ چھےٚ یہِ تمہِ وِچ نظم ییٚلہِ شأعری یہِ پٔریٚژ بناوٕنی ہونر مانٕنہٕ اوس یوان۔ عام پأٹھی چھُ مجبوٗر پننہِ باوٕ ژبلہٕ ستی پرن وأرِلس کُنہِ ذٔہنی دولابس منٛز تژ اوٕ نہٕ روٚستے پانس ستی پکٕہ ناوان:

موٚدُر زہر چُھ تھارِ، اعتبار کر
شُر اگر ژُلس چھُ خارِ، اعتبار کر
چھُ شیشہِ ہم شکار، اعتبار کر
زمینس مرن چُھ بار، اعتبار کر (زندٕگی، تیوٚل ۵۵)
اثرافن بیتہ مُشکِل روزُن
ژٔری شہرس منٛز کس کیا بوزُن

یَس یُس خوش گوڈھِ سُے گز لاگبس
سأری گاٹلی ، سأری چأری
بۄٹھ کلس پۄٹھ کھورنہٕ وأری

(مُتٕ آب ، تیوٗل ۵٦)

یوٗدوَے آزاد نظمہِ منٛز پأنٛی پانے قأفیہ رَلہِ ، یہِ چھُ اکھ شاعرانہٕ ہونرمندی مانہٕ یوان تکیازِ اَمہِ سٟتؠ چھےٚ شأعرانہٕ احساسٕچ موسقیت بروٗنٛہہ کُن یوان۔

''مأصم پان پھیوٗر'' نأوی نظمہِ منٛز چھُ شأعر أکِس بچس وُچھِتھ پریشان زِ أمی سٕنٛز زندگی کِتھ روز تکیازِ وقتس چھےٚ ؤکر ژٕکر وژھٕرٕ تہٕ أمِس پان پھیرِس کُس منٛزل آسہِ ییٚلہِ دوس تہٕ دُشمن پرکھاوٕنی مُشکل چھِ۔ اوے چھُ شأعر أمِس نونہالس یُس انسأنی مستقبلٕچ علامت تہِ چھُ ، فقط یہِ أہی کٔرِتھ ہیٚکان:

پاں پھیُر روٗ یہٕ سٕنٛز تن پرٛتھی نے
مَن سر چون ہٕنٛز سنگلاخ
تٔتھی منٛز پھوٚلنے دُنیا چون
ؤتھی ٕمتؠ یوٗ دوَے چھم پرکألی
أہی میأنٛی ژٕے پکہِ نے سٟتؠ

(تیوٗل ٦۴)

مجبوٗرنین ژیچھن نظمن منٛز چھُ باضے کُنہِ نظمہِ منٛز اَکُے خیال وکھرٕ وکھرٕ رنگ ژھٹان تہٕ اکھ اکھ بند چھُ اکھ مکمل ڈرامأیی فریم پرٲوِتھ اکھ الگ موخصر نظم بنان۔ یہِ خوٗبی آسنہٕ چھےٚ نہٕ اکھ لوکٹ کتھ تکیازِ شاعر چھ مُسلسل پرٛن وٲلِس یہِ ذٕپٕ زِ تہِ اکہِ جاأدٕ ہانکلہِ ستیٚ زنتہٕ گنٛڈِتھ تھوان۔ ''ستیوٚل'' کتابہِ ہنٛدِس صفہٕ ۲۷ لس پٮ۪ٹھ چھےٚ یِژھے اکھ نظم یتھ شاعر کانٛہہ عنوان دِتھ چھُنہٕ ہیوٚکمُت ۔اَمہِ نظمہِ ہنٛز روأنی، لفظن ہنٛز کربنأ کی ،موسیقیت بےٚ سوکھ منٛجٕ باوَتھ چھِ اتھ نظمہِ نہ صرف اکھ اہم نظم بناوان ئلکہِ چھُ استعارأیی ورتاو أکِس أکِس بندس اکھ اکھ موخصر نظم بناوان۔ وُچھتو یہِ اکھ بند ؎

نارٕ ئدراہ یہِ چھٕس بَس الاوے الاو
نارٕ چی أڈرن آسہِ میأنِس رُحس
نارٕ کنگ ہیوٚ دزان ازلہٕ پٮ۪ٹھٕ آس بے
نارٕ تیٚ یم منس تِم وٕچھم کُس سنا؟

پوٚتُس گوٚژھ نہٕ یہِ سوالیہ آسُن ئلکہِ گوٚژھ استجاب آسُن۔ سوالیہ نشان چھُ دگہِ ہنٛز کیفیژ ہنا ژومہٕ راوان تکیازِ سوالس منٛز چھےٚ جوابٕچ ووٚمید آسان۔ ژکہِ چھےٚ ووٚمید پسندی مجبوٗرنہِ شاعری ہُنٛد اکھ رنگ تہٕ یہِ رنگ چھُ باقی رنگن ستیٚ لرِ لوٚر پکان مذکورٕ نظم تہِ چھےٚ أتھی ووٚمید پسندی پٮ۪ٹھ انداتان ۔یوٚ دوَے مےٚ یہِ ووٚمید پسندی ہنا خودفریبی باسان چھےٚ

مگر یہِ تہِ چھُ پزر زِ دوہ کڈنہِ خاطرِ گوٚڈ اکھ ذہنی اُش نے وَنو توتہِ کانٛہہ شوٗغل آسُن ۔ شبنمس سوٗر کرن واجنٛین نارِ راٗژن منٛز ڈلہِ تن ناوِتھ نشاطن تہٕ شالہٕ ماٗرن گلہِ میوٗٹھ کرنٛک وَژھو چشمو خاب وُچھن ، چھُ اکھ روٗمانی فریب یُس مجبورس سبٹھاہ ٹوٹھ چھُ ییٚلہِ زَن سُہ پتہِ چھُ زانان زِ ییٚلہِ ہیٚنز کاڈ چھِ کڈان، وٕتھ تہٕ ڈل چھِ راٗسی سپدان تہٕ نشاطن تہٕ شالہٕ ماٗرن چھُ انہار راوان!

مجبوٗر چھُ زِندگی ہنٛدٕ بن تمن مسلن تہِ پننہٕ نٮ۪ن موخصر نظمن منٛز ے جاے دِوان یِہنٛد انسانی لسنس بسنس پیٹھ کانٛفی اثر چھُ ۔ شاعرِ سُنٛد شعری اسلوٗبہٕ کنِہ چھےٚ یہِ اَمہٕ قسمٕچ موضوٗعاتی شاعری تہِ رٕژ بنان، تہٕ شاعرِ سُنٛد خلوٗص چھُ بروٚنٛہہ کُن یِوان ۔ وُچھ تو ماحولیاتس متعلق یہِ موخصر نظم ے

ییٚمہِ سرسبز جہار کہٕ موکلہٕ وَن
چھےٚ دوٚدٕ رِکی ژنٛے کوٚرمُت آر کوو
چھےٚ مورٕ ہٕژ ژکرٕ ہنیار گوڈن
چھےٚ زلفن تل ززر یومُت
چھےٚ سرٕ وُکلِس بجرُک آغاز
نبھکہِ سرگمہٕ تلہٕ ژنٛز دژ امتی
ییٚمہِ سمسارٕ کی سُنٛز تہٕ دوٕ گنٛز

(دشہار)

۱۹۹۰ء تہٕ خاص کر تیوٗل سومبرنہٕ پتہٕ چھےٚ مجبوٗرنی موخصر نظم شاعر ہِنٛدِس ادبی قدس ہربر کران۔ شاعرسُنٛد خیال چھُ زیادٕ گہرٲیی تہٕ پڑاون تہٕ یہِ گہرٲیی چھےٚ مناسب لفظوٕ ستی پرن وٲلِس نظم پُرتھ کیاہتام سوچنس مجبوٗر کران۔ مثالہِ خاطرٕ نی تو موخصر نظم اکھ تصویر۔

دیوارس پیٹھ ماٲمُم ثُری سُنٛد
تصویر اا کھ
اَسہٕ وٕنی کھسہٕ وٕنی ،ئُدراہبتھ
وٕنمس گوٚ براہ! ٹاٹھیا!! مولا!
لوکہٕ چارس منٛز
شاید ژےٚ ہیوٗ آسہِ پرٛتھیومُت
سو چاہ کوٚرموصوٗمن وٕنم
بُجرس منٛز یہِ تہٕ آسا ژےٚ ہیوٗ؟

یہِ سوال چھُ نظمہِ ہُنٛد حاصل یُس پرن وٲلِس اکھِ طرفہٕ غوطن منٛز تراون چھُ تہٕ بیٚیہٕ طرفہٕ زندگی منٛز انسٲنی قدرن تہٕ پھانٛپھلاونچ تحریک دِوان چھُ زِ اَتھ سوالس منٛز چھُ اکھ باگہِ بوٚرُت خیال بنان تہٕ خیال چھُ زنتہٕ پأنی پانے لفظ تہٕ لفظن ہنٛز ٹُلہٕ تراو۔ احساسکہِ سرگمہٕ تہٕ روانی ستی زندگی ہنٛز ڈرامایت پڑاوان۔ اتھ نظمہِ چھُ ہندی تہٕ انگریزی زبانٮ۪ن منٛز تہٕ ترجمہٕ سپُد مُت۔

مجبوٗر چھُ پننہٕ نٮ۪ن تازٕ ترٟن موخصر نظمن منٛز پننہٕ نٮ۪ن نظریاتن بدٕلوٕنٮ۪ن
حالاتن ہنٛز کھوچہِ پٮ۪ٹھ کھاٲرِتھ اکھ نٔو سام ہوٗان تہٕ اَمہِ سٟتی چھےٚ أمی
ہٕنٛدِس فنس تہِ نٔو پننہٕ لگان۔ ووں گو شاعر ہنٛز انسأنی قدرٕ چھنہٕ کُنہِ رنگہٕ تہِ
بدلان۔ ووٚنی چھُنہٕ شاعر صرف مسلہٕ وُچھان بَلکہِ پانہٕ تہِ مسلن ہنٛز
کھُرٕ کانگرِ منٛز ہٮ۪نہٕ آمُت۔ یِمن لفظن منٛز چھےٚ فکرِ ہنٛزن دۆیمن تژ این
علاوٕ اکھ نفسیأتی ناسٹلجیا **Nostilgia** تہِ وہ پدان یُس متضاد کفیتن
زایُن چھُ دِوان۔ اکہِ طرفہٕ چھُ شاعر ناساز گار حالاتن ہُند پوسٹ مارٹم
کرِتھ توأریخُک مرثیہ پیش کران تہٕ بیٚیہٕ طرفہٕ چھُ سُہ انسأنی ویقار تہٕ قومچہِ
پہچانہِ خأطرِ حالاتن ساز گار وُچھنُک تہِ خاب وُچھان۔ اکہِ طرفہٕ چھےٚ
تَس ناوومیدی نال وٲلِتھ تہٕ بیٚیہٕ طرفہٕ چھُ سُہ اکہِ نوِ جوشہِ تہٕ نوِ اندازٕ
سان زندگی ہٕندی اسرار بأوِتھ سُہ نظریِ حیات پیش کران یُس مایہ، مِلوٕار،
انسأنیتس تہٕ انسأنی بقاچہِ تابنا کی پٮ۪ٹھ مُنحصر چھُ۔ اَتھ ناسٹلجیس منٛز چھنہٕ
فقط جذبأتیتی یأژ بَلکہِ اکھ فکری پوچھرتہٕ۔ تیٚوٚل تہٕ یٔدی یِکی چھِ أتھی فکرِ
زہو دِوان تہٕ شاعر ہنٛز موخصر نظمہِ لیبل، ماسم پاں پھیٚور، پنہٕ وٕتھر ہشہٕ
نظمہٕ چھےٚ اَمچ ژینہٕ وَن دِوان

شاعر تہِ چھُ انسان آسان تہٕ ییٚلہِ تس پانس تہٕ تنہِ تیٚو نگل لگمتی
آسان سُہ تہِ چھُ بارون اژان تہٕ اَتھ ہبکہِ نظرِ ہنٛز سطحیت تہٕ پأد گژھتھ
باسےٚ پننہٕ شاعرس پٮ۪ٹھ پٮ۪ٹھ پان، پٮ۪ٹھ پتہٕ، پٮ۪نی ارزتھ تہٕ پٮ۪نی پہچان راوٕنہٕ

بِکنِ اکھ سٔنۍ نظر تہٕ راوان تہٕ نتیجہ چھُ نیران زِ سُہ چھُ کُنہِ مالس اکہِ مخصوٗص ژ ہرِ کہِ أژنکہِ وُچھان ۔نظرِ ہُنٛد یہِ گیر چھُ مےٚ مجبوٗر نہٕ یٚیمہِ موخصر نظمہِ ہنٛدِس أکِس مصرس منٛز نظرِ گژھان۔

وَنو منٛزٕ وِگنہٕ ٹوٚپ کأسِتھ کجکھ

سبزٕ زار وۄہلأوِکھ، پرستانن ژٹِکھ شاہ

رۄدٕ جیرِ زاجکھ

منس پرٛیہٕ وُنی چھجل رأیل

پتھر ٹھأسکھ، مُلے گألکھ

حیاتکی رٕمتکی آگر

سرے شامے گرن سأرکھ

(پدٕ سمیکر ۸۳)

أٹھن مصرن ہنٛزٕ اَمہِ نظمہِ ہُنٛد سٔتم مصرعہٕ یعنے حیاتکی آگر چھُ گوڈنچہِ Situation حق بجانب بناوان یُس شأعر سُنٛد مدعا چھُ۔ یہِ مصرٕ چھُنہٕ طنزٕ تہٕ وِگنن ٹوٚپ کاسُن، سبزار وۄہلاوُنی ، رۄدٕ جرٕ زالنہٕ تہٕ چھجل رأیل ٹھاسنٛک نتیجہ ہیکہِ نہٕ کُنہِ صوٗرتس منٛز تہٕ حیاتکی تہٕ رٕمتکی آگر گرٕ سأرن أسِتھ ۔ یہِ اَپزٕ باس اوس تمن عنصرن یمو وَنو منٛز وِگنہٕ ٹوٚپ کأسِتھ کجہٕ۔ اگر شأعر تہٕ یہِ سہی مانہٕ تیلہِ چھُ سُہ ذہنی طور تیۄتے بیمار یۄتاہ یم عنصر چھِ۔ یہِ مصرعہٕ گوٚژھ میانہِ خیالہٕ یٚیمہِ آیہِ آسُن۔

کٔرِتھ سال موٗتکۍ آگر
سرے شامَے گرن ژٲنکھ

یِہ چھُ ناممکن زِ کُنہِ تہِ جایہِ دِیہِ کاںٛہہ منفی حالت کُنہِ مُثبت حالتہٕ زاییُن ! خاںٛرتھۍ ہوی کھال جذباتی وُنیب کس چِھنہٕ گژھان ۔ کُل ہم پاںٛٹھۍ مجبور موخصر نظمہِ نوِ کھوچہِ کھاںٛرِتھ شُمار بدٕن دادٕن زبو دوان ۔ مثالے چھےٚ ''جیل'' ہشہِ نظمہٕ ہتہٕ ہٕدی سوال ووتلاوان تہٕ انسانی ویقارس تہٕ بجرس اکھ سوالیہ نشان لگاوان ۔ یِہ نظم چھےٚ اکہِ کیمپک دردناک منظر پیش کران ۔ جیمہٕ کِس اتھ Migrant کیمپس اژوٗنے چھےٚ آورینٛ درینٛٹھۍ گوٗھان یوسہٕ موتٕچ علامت چھےٚ ۔ یِہ کیمپ چھُ وُمرن ہُند جیل ییمہِ منٛز موکلُنٛک کاںٛہہ سمے مقرر چھُنہٕ ۔ یِم اتہِ روزان چھِ تِم کیازِ چھِ اتہِ روزان ؟ تِموٗ کُس جُرم چھُ کوٗرمُت کُمی دیُت تِمن سزا تہٕ کیازِ دیتنکھ؟ حقیقی جیلس منٛز یِم مُجرِم قاںٛد چھِ، تِم قِدی گژھن پننہِ سزٕہُک میاد موکلاوِتھ گرِمگر یِہ کیمپ ؟ کمہِ تام گونہُک سزا یُس کاںٛسہِ زاںٛہہ کوٗرے نہٕ ۔ کیمپ تہٕ دَزٕوِنی آورینٛ یِہ ہولناک منظر چھُ سانِن جمہوری ، سیاسی ، انسانی ، اخلاقی ، روٗحانی تہ تمامتر تہذیبی قدرن ہُند وُترِبٕنٛیل باوان تہٕ انسانی جمہوری ، بےٚ کسی تہٕ بےٚ بسی ہنٛز المناک بروٗنہہ کُن انان ۔ مجبوٗرن فن چھُ مُناسب دٕرینٛٹھ مان مُرژرستی سارٕے باوتھ کران ٹلیوٗ تیوٗ نگل وٕژٕونی سیٛکھ ، انہِ گٹہٕ کھوڈ چھِ تمہِ نرٕچ باوتھ کران ییمہِ کنِن جہنٛمی دروازن پیٛٹھ

واوس لٲوِ گنڈنہٕ چھِ یوان۔ اکی سۭے مصرس منٛز ہِ ہم معنے لفظ یعنے نرک تہٕ جہنمہٕ اکھ اسم تہٕ بیا کھ صفت ورتاوِتھ تہٕ واوس لٲوِ گنڈنٕچ تمثیل دِتھ چھُ مجبور اَکس حساس پرن واَلِس پننہِ باوٕ ژبلہٕ چہِ Intensity سۭتۍ ترٛوٗکھۍ دِتھ بے قرار کران۔ اتھ جہنمۍ ماحولس منٛز تہٕ چھِ یم بےٚ قصور قدی پٔنن پراٛنۍ پرٛانۍ ہاکھ تہٕ جافری پوشِ لاگان یُس اکھ خاص کلچرُک Ethos ہاوان چھُ یکھ ڈٕہرتھ پھیٚھرل ماحول چھُ یکھِ ڈٕہرتھ شیطانہٕ سُند تصور پاد کران یُس اَسہِ وٕنٕن گولاب پوشن دزِ وِنہِ ژھتا یہِ کُن یکہٕ ناوان چھُ۔

ساسہٕ بدبن ڈٕری ین ہنٛز ارزتھ
تُلۍ وبن تیٚنٛگلن پیٹھ راوِس
وُزِ وِنہِ سیکہِ منٛز پھولِوِنۍ ٹوٗری
لنہِ گٔنۍ کھوڑبن سرسوتھ پوٗزان
نرکس جہنمۍ دروازن پیٹھ

واوس لٲوِ گنڈان

دأرکی اتھِ ہتھ پل پرٛاٹان
ہاکہٕ گُلن بیٚیہٕ جافری پوشِن آلولایان
دَزِ وِنۍ ژیٚتا نکھِ اتھ جیلس
یکھ ڈٕہرتھ پھیٚھرل ماحولس
اَسہِ وِنۍ پوشِ گولابن ہندی

۱۹۹۰ء تہٕ پتہٕ شاعری بالہٕ اَپاَرِم یا یپاَرِم ، چھےٚ اکہِ رنگہٕ ہنگامی شاعری مگر اَمیُک بجرچھُ یہِ زِ یہِ چھےٚ انسانی قدرن أکِس مخصوص توأریخی تہٕ تہذیبی پسِ منظرس منٛز وُچھان۔ اتھ منٛز چھنہٕ ووٗزم کینٛہہ تہٕ شاعر چھُ واریاہ کالہٕ پرن واَلِس تام واتہٕ نس منٛز کامیاب سپدان۔ اَتھ شاعری منٛز چھُ بیانیا عنصر بیٚہ بارسس یوان تہٕ اَمہِ سٟتی چھُ شاعرس تہٕ پرن واَلِس منٛز اکھ ذہنی راَبطہٕ سپدان۔ مجبور چھُ اَمہِ قسمچہِ شاعری منٛز تہِ اسلوٗبک پوچھر تہٕ فنی ارتکاز پڑاوان تہٕ پننہِ وٗجودٕچ دگ پرن واَلِس تام واتہٕ ناوان ؂

بأتن ہکی لگی شٔڑ کی انسانن

مأتھر اُچھرس اچھرس لٔج

اُدی موٗر کھوٚت بربزٕ وانن

کتھ ویو ہارس گوسمسار

موتٔر بارو نژنے دزاءمتٕ

ہالوٗ بتھی ہبتھ وُلٹے آے

نب گوخوٗنی اوٗش وٗوتھ ژالو

نوزُک واَنج ژری ژری پھٹ

ژرِ گو ہابتھ شُرِ کھیٚہِ شالو

ٹنچو پانس بازاہ ترٛاو

شاعر چھُ موجودِ زندگی ہِندبن کائتن رنگن ہِنز باوَتھ کران۔
انسان چھُ انسانی مسلوکُن گوش دِتھ پننہِ خودکشی ہِندی سامانہٕ کران۔
زندگی زنتہٕ زاروان چھےٚ بیٚیتہِ پٔتن بازتڑاونچ سارِنے فِکر چھےٚ۔ اَدِ آوتہٕ
پیرٕ گوتہٕ گاسوٚ۔ اکہِ طرفہٕ چھِ بأتن ہکی تہٕ اچھرن مأنتھر اُلجِتھ۔ آدمی مۆر
برُزی وانن کھوٚتمُت تہٕ انسان اکہِ نفسیأتی تہٕ ماحولیأتی ہأبتہٕ کِنی أکِس
کربہٕ سٔدرس منز پھوٚٹمُت تہٕ بیٚیہِ طرفہٕ چھُ یوٚہے انسان رٔدی کاغذ تہٕ
چھکیمتی مُتھی متی لفافہٕ سومبران یُتھ سُہ یہِ سورُے مل تہٕ شکس پننہٕ نِس
نفسس متھِ تہٕ شہہ کھسہِ وَسہِ ہِنز ناکام کوٚشش کرِ۔ اکہِ طرفہٕ چھُ ساز
سرٕور، گاش تہٕ کھیٚون چوٚن تہٕ بیٚیہٕ طرفہٕ انسانہٕ سٕنز کیٚمیو کرٕیلو کھوتہٕ بتر
زندگی۔ بدلونس ماحولس منز چھُ مجبوٗر یِمن انسأنی تضادن تہٕ پننہِ دگہِ
أکِس موخصر نظمہِ منز یِمہِ آیہِ زبان دِوان ۔

سورٕملی ژھایو
شہرس کُن اُس تجمٕد دو
بازری ہمہٕ ہمہٕ تمہٕ اُس ؤژھمٕژ
بجلی أنہٕ پتھٕو منزی زوتان
آسن والین مُسی تی اُس
چوکن منز رنہٕ پھوٕ اُس جاری
وانی کران أسی دیٔارن گرٕند

اَتھی منٛز شٔہنشاہ بُہر یاہبتھ اوس
قسمتھ ژھاران
چھٮ۪کٕریتھ مٔتھی متۍ ٹھیلہٕ تلان
کاغذ ورقن مالہٕ کران

ترقی پسندو بنوو اکہِ طرفہٕ مصلحتوٗ کنہٕ سماجہٕ کٮ۪ن تضادن ہنٛزِ ے یاٗژ کتھ کرٕنۍ بروٗنٛہہ کالہِ فاشن تہٕ امہِ پتہٕ بنوٗ کھ سماج پوٚر پاٗٹھی نظر انداز کرٕن فاشن تہٕ رمبو(Ramband) تہٕ بوٹلیٔر (Bandelair) ہٕنٛدی تجربہٕ اَنِکھ ووٚزٕم مگر مجبوٗر روٗد کُنہِ سیاسی نعرِ بازی تہٕ مصلحتوٗ روٗس پنہٕ نِس سماجی مُشاہدس شاعرانہٕ خلوٗسہٕ سان پیش کران تہٕ پننہٕ شاعرانہٕ شخصیژ پننہٕ فنہٕ تہٕ احساسہٕ ستۍ پنہٕ نٮ۪ن موخصر نظمن منٛز اکھ پہچان تہٕ اکھ پرٛتھ دِوان ۔

نارٕ برٛنٛہہ جانس ژٕلتھ
ہرٛشہٕ پیٚتۍ آکاشی گژھ
سٔدرٕ منتھن ،آوٕلن
کاوٕ کھیوٚل زالس الوند
سرٕ یہ ژاٗپتھ کتھ ژھنٛن
رُم رُم ووداٗسۍ !

☆☆☆

# کاشِرِ ہن بٹہٕ شاعرن منٛز
# مجبوٗر صابُن مقام

اسیر کشتواڑی

بہٕ چھس پننہٕ نِس پانس واریاہ خوش نصیب سمجھن زِ کاشرِ شاعری تہٕ ادبس سِتؠ رٲزِمؠ لوکچہِ وُمرِ پیٹھے ادبی تہٕ روٗحٲنی وابستگی ۔ اَمیُک بوٚڈ وجہ چھُ یہ زِ میٲنؠ وٲلد صاب یِم مقٲمی سطحس پیٹھ اکھ ناماوار شاعِر تہٕ گُلوکار ماننہٕ یوان چھِ ،ٲسؠ مےٚ پانس سِتؠ یِمن لوکچن بجن محفلن منٛز نوان یێتہِ کاشُر کلام گیوٚنہٕ یوان اوس۔ بابہٕ صاب ٲسؠ رسول میر، رسا جاودٲنی ، مہجور، آزاد تہٕ بێیہِ کینہہَ ن شاعرن ہُنٛد کلام پننہٕ نِس کلامَس سِتؠ سِتؠ اَکِس زاوجہِ تہٕ موٚدرِ لیہِ منٛز گیوان۔ بہٕ گوس دِلہٕ اَندری یِمن سارِنے شاعرن سِتؠ روٗحٲنی تہٕ جذبٲتی پٲٹھؠ وابستہٕ ۔ اگر اَتھ منٛز کُنہِ قسمچ کٲمی آسہِ ہے روٗزمٕژ ، سو کٔرِ مرحوٗم ڈولوال کشتواڑی صابن پوٗرٕ۔ ڈولوال مرحوم اوس میٲنِس وٲلِد صابُن خاص دوس تہٕ تِم ٲسؠ اکثر یکجاہ گیوٚن محفلہٕ سجاوان تہٕ بہٕ اوسُس وٲنجہِ ہنٛد بوٚکنو ڈولوال صابنہِ ہٹہِ گوڈٕ ذِکر کرنہٕ آمتین شاعرن ہنٛدِ علاوٕ دینا ناتھ نادِم ، رحمان راہی، مرغوب بانہالی،

نشاط کشتواڑی تہٕ بشیر بھدرواہی صأبُن کلام تہٕ بوزان روزان۔ بھدرواہ کالجس منٛز دأخلہٕ ہینہٕ پتہٕ رؠ ؤدُس بہٕ رسا جاوِدأنی صأبنِس محلس منٛز ترٛبن ؤرِین تام ڈیرٕ گرِتھ ۔ اَتھ دوران رؠ ؤدُس بہٕ رسا صأبُن کلام تہنٛزِ زبأنی بوزان تہٕ تہنٛدِس شفقتس منٛز تعلیم حأصِل کران۔ گریجویشن کرنس تام اوس مےٚ تقریباً تمن سارنٕے شأعرن ہُنٛد بالمُشافہ یا غائبانہٕ پأٹھی تعارُف نصیب سپُدمُت ۔ مےٚ اوس کأشُر رسالہٕ ''چمن'' پرنٕک عادت گوٚمُت تہٕ خاص گرِتھ حضرت علمدارؒ تہٕ لل دیدٕ ہنٛدِ کلامہٕ علاوٕ نأدِم صأبُن کلام تہٕ رٕتی پأٹھی زیرِ مطالعہٕ اوٚنمُت ۔1979ء منٛز اوسُس بہٕ سرینگر یوان تہٕ گوٚھان تہٕ ژؠ رِژؠ رِ آنجہأنی نأدِم صأبُن دیدار کرن روزان۔ مےٚ کوٚر نہٕ زانٛہہ جُرت تمن ستی سیٚدِ سیوٚد مکالمہٕ کرنٕک ۔مگر ڈولوال صأبنٛی زبٲنۍ نأدِم صأبُن اکھ مِصرعہٕ بوزِتھ اوس مےٚ زَن تہٕ سینس پیٹھ کھٕنٛی کھٕنٛی لیکھِتھ آمُت:

از دَم چھُ غنیمتھ اے ہمدم کس ونہٕ گُس بَنہٕ ہمراز پگاہ

ڈوڈٕ ہس منٛز پنٕہٕ نِس مُلازمتس دوران گوٚ مےٚ شری موہن لال آتش صأبس ستی مُلاقاتھ۔ تم أسی تمن دوہن گورنمنٹ ہائی سکول ملھوری ہنٛدی ہیڈ ماسٹر تہٕ '' کلچرل ہسٹری آف ڈسٹرکٹ ڈوڈہ'' ناوٕچ کتاب تحریر کران۔ ڈوڈٕ ہنٛد بوٚ مُقأمی شأعر تہٕ أدیب دِیٚت آتش صأبس سٮ۪ٹھاہ عزت تہٕ احترام، یٮ۪مہٕ کِس نتیجس منٛز تتہٕ چھہٕ فریدیہٕ بزمہٕ اَدبن گرِ تہنٛز لیچھِ ہوٚ ہسٹری شایانِ شان طریقس منٛز اِجرا۔ 1997ء

منٛز جوٚم تبدیٖل گژھنہٕ پتہٕ گوس بہٕ آنجہانی آر کے بھارتی ، پیارے ہتاشؔ ،
پرتھوی ناتھ کول سایِلؔ ، برٛج ناتھ بے تاب ، پروفیسر امرناتھ دھر ، پریم
ناتھ شادؔ ، موتی لال کیموؔ ، موتی لال ساقیؔ ، چمن لال چمنؔ ، پُشکر ناتھ ، ٹی
این مؤزا ، یار باشؔ ، پروفیسر رتن لال شانتؔ ، پروفیسر بھوشن لال کول ،
بِملا رینہ ، ڈاکٹر رتن تلاشیؔ ، جگن ناتھ ساگرؔ ، جواہر لال سروٗرؔ ، رتن لال
جوہرؔ ، سومناتھ وِیر ، برج ناتھ حالیؔ ، کانشی ناتھ باغوانؔ ، موتی لال
مصروٗفؔ ، ڈاکٹر پریمی رؤمانی ،سنتوش شاہ نادانؔ وغارٕ ہوِبن کأشرؠ بٔڑٕ
شأعرن ، أدیٖبن ، نقادن ، ترجمہٕ کارن تہٕ صحأفین ہٕنٛدِس حلقس منٛز
شأمِل یم جوٚمِس منٛز کأشُر ادب تہٕ شأعری ہٕنٛز تحریک پکناوَنس منٛز
انفرأدی تہٕ اجتمأعی کأم کران چھِ روٗدی ہٕتی ۔ بھارتیؔ صأبن گرمیاٗنین
نیرٕنی واجنین کتابن پیٹھ تبصرٕ ۔ انگریزی زبأنی تہٕ ترجمہٕ کأری پیٹھ تہٕنٛدِس
دسترس پیٹھ نظر تھأوِتھ کوٚر أمی مُخلص تہٕ قأبل انسانن ''فوکس آن جموں
اینڈ کشمیر'' ناوچہِ میانہِ کِتابہٕ حتمی شٔکل دِنَس منٛز تھکبُن لایق مدد ۔ پروفیسر
کول صأبُن تہٕ پروفیسر دھر صأبن گرمیأنی کأشرِ شأعری ہٕنٛدی ہندی تہٕ
انگریزی ترجمہٕ ۔سیٖلہِ زَن شادؔ صأبن ، مصروٗفؔ صأبن تہٕ ڈاکٹر آر ۔ کے ۔
بھرت صأبن کوٚر مےٚ پنہٕ نہٕ کأشرِ شأعری ہُنٛد وردَن لاگنس منٛز برپوٗر
تعاوُن ۔ یم سأری أدیٖب ، شأعر تہٕ محقق چھِ مےٚ ستۍ ماے تہٕ موحبتھ
بأگران ۔

**1997** ء منٛز اوٚسس بہٕ گورنمنٹ ایڈیشنل ٹریجری تالاب ٹٕلو جمیٚک خزانہٕ افسر۔ اکہِ دوہہٕ آو اَتہٕ اکھ شریں بیان تہٕ انتہأیی خلیق کأشُر بُزرگاہ۔ تس اوس میوٚن غائبانہٕ تعارُف مگر اَمہِ بروٚنٛہہ اُسی نہٕ اکھ أکِس سمکھے ہٮ۪تی۔ بہٕ گوس أمِس بُزرگ سٕنٛزِ کتھِ باتھِ سٟتؠ واریاہ متأثر۔ تِم اُسی مےٚ نِش پٔنٕن پنشن کیس ٹرانسفر کرٕناونہٕ آمٕتؠ۔ مےٚ کٔر تِمن اخلاصہٕ سٟتؠ رہبری۔ کتھِ کتھِ منٛز وٚنِکھ کینٛہہ شعر مےٚ ہیوٚت تِمن تعارُف تہٕ بہٕ گوس ارجن دیو مجبوٗر ناو بوٗزِتھ تھوٚد وٕتھِتھ۔ تہِ کیازِ مےٚ اوس تِہنٛد واریاہ کلام ''شیرازس'' تہٕ ''سون ادبس'' منٛز پوٚرمُت۔ اَمہِ علاوٕ اوس مےٚ ڈوڈہس منٛز پٔنٕنؠ أکِس دوس شأعرن مُشتاق فریدی صأبن مجبوٗر صأبنٕ شأعری تہٕ شخصیژ متعلق واشرأوِتھ وُنمُت زِ سُہ چھُ سبٹھاہ جان انسان تہٕ تھوٚد کأشُر گونماتھ تہٕ اَدیب۔ اَمہِ مُلاقاتہٕ پتہٕ روٗدی اَسی وِزِ وِزِ اکھ أکِس سمکھان۔ تِمو سوٗز مےٚ پننہٕ ننٛن کِتابن ہُنٛد مکمل سیٹ۔ مےٚ تہٕ سوزمَس پننہٕ ننٛن کتابن ہنٛدی نسخہٕ۔ اُدھمپور پٮ۪ٹھٕ جوٚم ترنہٕ پتہٕ روٗدی تِم آر۔ کے وِہار، اُدے والا، رہائش پذیر۔ تِہنٛدی فرزند تہِ روٗدی وقتن فوقتن مےٚ نِش یِوان۔ سوٚت سوٚت سپدی اَسہِ پانہٕ وأنی گریلو تعلقات قایم تہٕ بہٕ روٗدُس تِہنٛزن دعوتن تام شرکت کران۔ مجبوٗر صأبس اوس میأنی کأشری شأعری منٛز لفظن ہُنٛد ٹلہٕ ترٛاو تہٕ میون تلفظ کأفی پسند یوان۔ دپان اُسی زِ مقأمی رنٛگس منٛز روٚنٛگ مُت تِہنٛدٕ کلام تھاوِہن بہِ صدا بند کٔرتھ۔ مجبوٗر

صأب أسی مےٚ ڈولوال صأب تہٕ رساؔ صأب نہِ علاقہٕ پٮ۪ٹھ ییٚنہٕ موکھ تہٕ موحبتھ کران۔ تِم أسی اکثر ونان زِ ڈوڈہکی لؤکھ چھِ سبٹھاہ ذہین تہٕ رسا جاوِدأنی بییٚہ جانباز کشتواڑی ہوی مایاناز شأعر تہٕ فنکار چھِ کأشرِ شأعری تہٕ سنگیت کیٚو تھد بو علمبردار روٗمتۍ۔

ارجن دیو مجبوٗرؔ اوس ادھمپور پٮ۪ٹھ واریاہس کالس تام جوٚم ییٚتھ مُشأعرن تہٕ ادبی پروگرامن منٛز متوأتر شِرکت کران۔ تِم أسی اکثر یِمن مُشأعرن ہنٛز صدارت تہِ کران۔ یِم کینٛہہ نظمہٕ تِم پران أسی، تِمن منٛز اوس کٲشیرِ پٮ۪ٹھ جوٚم ہجرت کرنٕک پوٚت منظر ٹاکارٕ پأٹھی نظرِ یوان۔ کلامس منٛز أس قیامت خیز روأنی، پختگی تہٕ سنجیدگی موٗجوٗد۔ تِہنٛدی مضموٗن، مقالہٕ تہٕ ترجمہٕ أس معیأری، پُر اثر تہٕ معلومأتی آسان۔ سأری أسی تِمن تہٕ تِہنٛزِ بُزرگی ہُنٛد احترام کران۔ مختصر پأٹھی اوس مجبوٗرؔ صأب کأشرِ ن شأعرن تہٕ أدیبن ہنٛدِ پرٛانہٕ قأفلُک اکھ اہم رُکن، یُس فوت گٔژھتھ تہِ اَسہِ منٛز موجوٗد تہٕ صحی سلامت بُزرگ شأعر، محقق تہٕ أدیب آسنہٕ کِنۍ دوٗر دوٗر تام شوہرتھ حاصِل کرنس منٛز کامیاب گوٚمُت اوس۔ تِہُنٛد اخلاق تہٕ مہمان نوأزی ہُنٛد وصف چھُ یاد تھاوُن لایق۔ سُہ مایہٕ بوٚرُت کتھ کرنٕک آسے تہٕ تنقید و تبصرٕ کرنٕک میانہٕ رٔوی ہُنٛد انداز اوس بہر صوٗرت دِلکش تہٕ دل پذیر۔ دِل اوس تِمن نِش گھنٛٹہٕ وادن بہنک تمنّا کران اماپوٚز فُرصتھے کتہٕ أس آسن۔ مُلازمت نِشہِ سبکدوش گژھنہٕ پتہٕ آسہِ وقتے

وقت مگر مجبوٗر صأب آسَن نہٕ دستیاب۔ بقولِ شأعر۔

یاد ماضی عذاب ہے یارب        چھین لے مُجھ سے حافظہ میرا

مجبوٗر صأب اوس کأشرِ زبأنی ہنٛد بن ممتاز شأعرن عبدالاحد آزاد، مرزا عارف بیگ، دینا ناتھ نادم، پنڈت سومناتھ زُتشی، ماسٹر زندٕ کول، عبدالاحد زرگر، وغأرٕ ہُنٛد ہمکال تہٕ تِمن ستی مشأعرن منٛز شِرکت کرن وول اکھ خاص شأعر۔ 1924ء منٛز زیٛنہٕ پور ضلع پلووم (کشیٖرِ) منٛز زنم ہیٛنہٕ پتہٕ کوٗر ارجن دیو مجبوٗرن ہندی لیس منٛز ایم۔ اے کٔرِتھ تعلیم ہنٛدِس شعبس منٛز پنہٕ نہٕ مُلازمتُک آغاز۔ یِم آسی وُنہٕ سکوٗلس منٛز پران ییٚلہٕ تِہنٛزِ شأعری ہنٛز شروٗعات گیہِ۔ یہ اوس سُہ دور ییٚلہِ ریاست جموں و کشمیرس سان پوٗرٕ ہندوستانس منٛز شخصی تہٕ غأر مُلکی حکومتس خلاف آزأدی ہنٛز تحریک پنہٕ نِس شبابس پیٹھ واتنٕ لٔگمٕژ آس۔ بییہِ طرفہٕ اوس اشتراک تہٕ ترقی پسند ادبُک رُجحان تخلیق کارن پانس کُن آلوان۔ اتھ پوٚت منظرس منٛز دژاو پُلووم پیٹھٕ ارجن دیو صأبُن سرتازٕ تہٕ نوٚو کلام یَتھ منٛز وقتہٕ چین مجبوٗرین ہُنٛد تصوراوس ٹاکارٕ پأٹھی نظرِ یوان۔ تِمو ژوٹ شأعری ہُنٛد اکھ نوٚوُے رنگا تہٕ اَتھ سپز کم وقتسے منٛز مقبوٗلیت نصیب۔ ارجن دیو دژاو شخصی دور کِس انہِ گٹِس منٛز اکھ روشن خیال شأعر تہٕ نثر نگار ہنٛدِ حٔثی یتہٕ نوٚن۔ لُکو کٔری تَس خأطر خواہ عزت تہٕ تِہنٛدِن قلمن تہٕ خیالن تُج اکھ تیز دَو۔ نتیجہ دژاو یہ زِ یہ خوبصوٗرت تہٕ لٔوبہٕ وُن کلام لوٚگ اخبارن تہٕ

رسالن منز چھپیتھ یوان۔

تقریباً 65 یا 66 ؤری ین تام لیکھن وول یہ ادبی سرمایہ دارتہٕ آو 1990ءٕکس واوِ طوٗفانس منز کشیرِ پیٹھ اُدھمپور لاینہٕ۔ اماپوٚز اُدھمپورٕچ گرمی تہٕ خشک ہوا ہیچ نہٕ تہندِس اَدبی سفرس منز سَدِ راہ بٔنِتھ۔ مجبوٗر صاب رؤدا کِہ اَتھِ عاَرق وتھران تہٕ بیٚیہ اَتھ قلم پکناوان۔ بٔلکہِ کوٚر تمو پٔنن سورُے وق علم وادبٕچ خدمت کرنس پیٹھ وقف۔ یُتھ یتھ تہنز وأنسہِ منز ہُر برلوٚگ سپدان تیٚتھے تیٚتھے لوٚگ تہندِس قدس منز تہٕ اضافہٕ سپدان۔ تہندی ہمکال بُزرگ شاعر تہٕ أدیب نأدم، آزاد، احد زرگر، زندٕ کول، رسا جاودانی، جانباز، نشاط انصاری، موتی لال ساقی، اختر محی الدین، علی محمد لون، عارف بیگ، نشاط کشتواڑی، میر غلام رسول نازکی، وغأرٕ وغأرٕ سپدی اکھ أکِس بادِ عالمِ بالاہس کُن روانہٕ۔ یمن سرکردٕ تہٕ عالی مرتبہٕ اَدبی انسانن ہٕندِ مرنہٕ پتہٕ لوٚگ مجبوٗر صأبُن ناو پرانین لِکھاربن ہٕندِس فہرستس منز ہیوٚر رہیوٚر رکھسان۔ تہندی ہَتہٕ بٔدی مضموٗن تہٕ تہنز گرانقدر کِتابہٕ روزٕ 1955ءٕ پیٹھ 2010ءٕ تام شایع سپدان۔ مأہرو گری تم تھدبن تہٕ بڈبن ایوارڈن خأطرِ سِلکٹ تہٕ اکِہ نہٕ تہٕ بیٚیہ بہانہٕ آیہٕ مجبوٗر صأب میسور، بنگال، راجستھان، ہماچل ہوبن ریاستن ہُندٕ ٹوٗر گرِتھ۔ تمو کوٚر أخرس پیٹھ زندگی ہٕندی سفرُک اکھ مکمل خاکہٕ قلمبند یُس 2009ءٕ منز آو 171 صفن پیٹھ مشتمل کتابہٕ "یادن ہُندٕ سفر" ہٕنزِ شکلہِ

منز چھاپ کرنہٕ۔ ''یادن ہُند سفر'' آے ریاستی کلچرل اکادمی ہِنٛدِس کے۔ ایل۔ سہگل ہالس منز بڑہٕ اہتمام سان اجرا کرنہٕ۔ مگر علیل آسنہٕ سببہٕ ہیوٚک نہٕ اَمِکو مُصنِف یانے مجبوٗر صاب بہٕ نفسِ نفیس اَتھ منز شمولیت کٔرِتھ۔ تِمو دیُت مےٚ ٹیلی فونس پیٹھ اَتھ تقریبس منز گوڈنیُک حُکم تہٕ پتہٕ سوزُکھ موتی لال مصروٗف صابنِہ ذٔرِی یہِ خوبصوٗرت کتاب مےٚ پرنہٕ تہٕ تبصرٕ کرنس خاطرٕ۔ مگر مُلازمتکی ہیرٕ پھیرٕ کِنی ہیوٚکُس نہٕ اَتھ میچھِ تہٕ موٚدرِ زبٲنی منز لیکھنہٕ آمژٕ کتابہِ پیٹھ مجبوٗر صابنِہ زندٕ زُوٕ پننی تاثرات بیان کٔرِتھ۔ یمیُک مےٚ سٕبٹھاہ افسوٗس روزِ۔

مجبوٗر صابُن زیادٕ پہن دیُت چھُ کاشرس اَدبس مگر تِمو چھےٚ کاشرس ستی ستی اُردو زبٲنی ہِنزِ تہٕ خاطرٕ خواہ خدمت کٔرمٕژ۔ مشہوٗر ترجمہٕ کار و آر۔ کے بھارتی، پروفیسر اَروِند گِگو صابو تہٕ چھُ تِہنزِ کاشرِ شاعری تہٕ نظمن ہِنٛدی خوبصوٗرت انگریزی ترجمہٕ کٔرِتھ عالمی سطحس تام مجبوٗر صابُن کلام واتنووُمت۔ مےٚ چھُ پنُن اندازٕ زِ مجبوٗر صابُن وارِیاہ کلام تہٕ تخلیقی سرمایہٕ چھُنہٕ وُنہِ چھاپنہٕ آمُت۔

بہٕ اوسُس پننی لائبریری منز مجبوٗر صابنِہ کتابہٕ ژاران اَتہِ آے مےٚ تِہنز مشہوٗر کتاب ''تحقیق'' اَتھِ۔ کتاب کھوٚجم تہٕ اَتہِ دژاو تِہنٛد مکمل بَیو ڈاٹائیس تِمو 2001ءیَس منز ٹائپ کٔرِتھ مےٚ دیُتمُت اوس۔ انگریزی منز لیکھنہٕ آمُت دون صفن پیٹھ محیط یہِ کاغذ چھُ تِمن تمام معلوٗماتن ہُند

احاطہٕ کرِتھ یمن رِتی پاٹھی پرنہٕ پتہٕ چھُ مجبوٗر صابنہِ ادبی تہٕ فنی قدٕک صحی صحی اندازٕ لگان۔ تمو چھِ کاشُری ، انگریزی، ڈوگری تہٕ سنسکرت زبانن ہنٛزن نظمن ہنٛدی ڈرِ تہٕ کامیاب ترجمہٕ کٔری متی ۔ تِہندی مضموٗن تہٕ مقالہٕ چھِ شیرازٕ ، سون ادب ، ہمارا اَدب،شیرازٕ (اُردو) ، قدم پٮ۪نی سمکلین بھارتیہ ساہتیہ( دلی ) ، بھاشا (دلی) ، پرارکر(دلی) ،نیب ، جوتی ، خدمت ، آجکل، ناد، آلو ،کھیر بھوانی ٹائمز، کوشُر سماچار، کشمیر ٹائمز ، ڈیلی ایکسلشیئر ، دیو یا ہماچل تہٕ جیمز آف کشمیری لٹریچر ہِوٕن رِسالن تہٕ جریدن منٛز شایع گٲمتی ۔ انسائیکلو پیڈیا آف برلا فاوٗنڈیشن ، انسائیکلو پیڈیا میسور تہٕ نیشنل بُک ٹرسٹ نئ دِلی کِس ماسٹر آف انڈین لٹریچرٕ منٛز چھُ مجبوٗر صابُن ذِکر آمُت ۔ یمٛزن کاشرٕن نظمن ہُنٛد ترجمہٕ چھُ بنگالی ، کنڑ، پنجابی ، ہندی ، ڈوگری ، تیلگو، انگریزی تہٕ اُردو زبانن منٛز گٔرِتھ چھپے متی ۔ مجبوؔر صاب اوس کشمیر کلچرل کانگریس تہٕ وِکلپ ہِوٕن اہم اَدبی تنظیمن ہُنٛد رُکن ۔ تم روٗدی 1950ء پٮ۪ٹھہ 1952ء تام کونگ پوشِک سب ایڈیٹر۔ تمو أسی واریاہن سیمی نارن تہٕ ورک شاپن منٛز شرکت کٔرمٕژ یمن منٛز سنٹرل انسٹی چیوٹ آف انڈین لینگو یجز میسور پیٹالہٕ، کشمیر یونیورسٹی، جموں یونیورسٹی تہٕ پوئیٹس فاوٗنڈیشن کلکتہ ہٕکی سیمی نار تہٕ ورک شاپ چھِ خاص کٔرِتھ شامِل ۔ مجبوٗر صابس اوس ایڈوائزری بورڈ کشمیری ڈیپارٹمنٹ کشمیر یونیورسٹی ہنٛد ممبر آسنُک اعزاز حاصِل ۔

سرکرٕد کاشُر قلمکار تہٕ محقق موتی لال ساقی صاب چھِ مجبوٗر صابنہٕ تخلیقی سفرُک بے لاگ جائزٕ ہوان تہٕ لیکھان" شریف النفس تہٕ مُخلص ارجن دیو مجبوٗر یُس از اُدھمپور گریشمہٕ کژاین منٛز پھیٚہہ پھیٚہہ چھُ کران چھُ مےٚ ژتجھن ؤری ین ہُند دوس۔ اکھ سُہ دوس یہُنٛز دوستی کھوچہٕ کھٔسِتھ تہٕ سلامت رؤزتہٕ سٔنٛز وۄگنٛز آس نہٕ۔ دغل دوستی تہٕ چالبٲزی نِشہِ میلہٕ واد دؤر مجبوٗر چھُ مکمل انسان مگر سیاستن کوٗر خراب۔ سُہ چھُ شکہٕ ورأے قدآور أدیب مگر ڈٔری بندی ہِندِس اَدبی ماحولس منٛز سپُد نہٕ تَس ہتی سُہ سلوٗک یٚیمِیُک سُہ مستحق چھُ"

مُشتاق فریدی صاب چھُ ڈوڈہ ضلعُک اکھ کُہنہٕ مشق شاعر تہٕ أدیب۔ تم چھِ ارجن دیو مجبوٗر صابس یاد کٔرِتھ تحریر کران:" یہِ اوس غالباً جولائی **1972** ٹیگور ہال سرینگر أکِس کاشرِ اَدبی کانفرنس منٛز سپُد مجبور صابس ہتی مُلاقاتُک شرف حاصل۔ دورانِ تعارُف تہٕ گفتگو وٚونِتھ سمبٹھاہ مُشفقانہٕ اندازس منٛز گوبرٕ کانٛہہ شارا بوزناو۔ مےٚ سپُد عجیب احساس کمتری زِ أکِس بہلہِ پایہِ شاعرس تہٕ أدیبس کیاہ شعر بوزٕ ناوٕ۔ یمو کوٗر میانہٕ احساسِ کمتری ہُند احساس تہٕ وٚونِتھ گوبرٕ ژٕ ماکھوژ، پننہٕ نہٕ کم مائیگی ہُند احساس نظرِ تل تھاوِتھ وٚون مےٚ مجبوٗر صابس اکہٕ سادروار غزلہٕ ہُند یہِ شعر:

ژوداُہم زوٗن زَن تل کالہٕ اوٚبرس
شوبن زُلفن اندر روخسار ویٚسی

یہِ شعر بوٗزِتھ کر مجبوٗر صاًبن میاٗنۍ سبٹھاہ حوصلہٕ افزاٗیی تہٕ کرہم ہدایت زِ اُردو بجایہِ گژھِ کاشُرس منٛزٕ ے لیکھُن۔ ماجہِ زیوِ ہنٛز خدمت کرٕنۍ چھےٚ بڈٕ عبادت۔ اَمہِ علاوٕ دیُتہم اَدبی تہٕ علمی مشورٕ تہِ ۔پتہٕ روٗز مجبور صاًبس ستۍ وارِیاہ کالس خط و کتابت ۔اَمہِ خط و کتابت ستۍ آو مےٚ کاشُر لیکھنُک شوق"۔

"ارجن دیو مجبوٗر باسیوٚ مےٚ سُہ انسان یِہنٛدِس دِلس منٛز یارن دوستن خاطرٕ محبتُک بے اَنتھ جذبہٕ ژھٹہٕ آو ماران ۔ تِہنٛز ، أدیب نوأزی ، انسان دوستی أس پرٛتھ أکِس مُتأثر کران۔ کاشرِ زباٗنۍ ستۍ تِمن یُس عشق اوس تِمُک اوس نہٕ کانٛہہ اَنٛد خاص کر ضلعہٕ ڈوڈاہ کِین کاشرِ بن لِکھاربن أسی مجبور صاًب سبٹھاہ لول بران۔ حوصلہٕ افزاٗیی کران۔ رسا جاودانی ، کامگاؔر کشتواڑی، نشاط کشتواڑی تہٕ جانباؔز (ڈولوال) کشتواڑی ہنٛزٕ أسی سبٹھاہ قدر داٗنی کران۔ یِہنٛزِ کاشرِ شاعری ستۍ أسۍ وارِیاہ مُتاثر۔ دپان أسی خدا گژھِ بوزُن یِہنٛدۍ شاگرد تہِ گٔژھن یِہنٛدی پأٹھۍ کاشرِ زباٗنۍ لول برٕنۍ۔

ملی ٹنسی منٛز فوربچو تلاشین دوران گےٚ وارِیاہ اَدب تہٕ شاعر دوستن ہنٛدۍ خطوط ضایہِ یِمن منٛز أسی ارجن دیو مجبور صاًب ہنٛدۍ تہِ درجن واد خطوط"

ارجن دیو مجبوٗر صاًبنۍ شخصیت ، تِہنٛد کاشرِس ادبس دیُت تہٕ تِہنٛد

کلٲمک کلامُک جایِز ہیٚنہٕ پتہٕ چُھس بہٕ یتھٕ نتیجس پیٹھ واتان زِ أمِس زینہٕ پورِ گامہٕ پیٹھ نیرن وول ارجن دیو صابن کوٗر مُلکی سطحس پیٹھ پانس کُیت اکھ تھوٚد مقام حاصِل۔ سُہ اوس ترقی پسند ادیب تہٕ شاعر آسنہٕ کِنہِ عام لوٗکن ہِندِ بن أندرمِین دوکھن تہٕ دادبن ہُند عظیم ترجمان۔ اَتھ شاعری منٛز چھُ اکھ دَم خم تہٕ روایژن اوٚک طرف ترأوِتھ حقیقت نگأری تہٕ فنی بڑأیی ہُند توٗرٕ ٹاکارٕ پأٹھی ظاہر۔ کاشرِن بٹَن منٛز چھُ اکھ کھوتہٕ اکھ جان شاعر تہٕ أدیب اماپوٚز مجبوٗر صاب چھُ پانہٕ مجبوٗر آسنہٕ باوجود باقی لوٗکن کُیت اَدبِکس اَسمانس پیٹھ موجوٗد تارکن منٛز اکھ گاشہِ تارُک یمیُک گاش یِژہ کال تام واتان روزِ۔ شاید اوس مجبوٗر صابن جانباز کشتوأڑی صابُن یہِ شعر مدِ نظر تھأوِتھ پٔتِن واریاہ کلام لیوٗکھمُت۔

یاں تہٕ بن تیٚتھٕ ہیوٗ سخنور یُتھ ژٕ قومس یِکھ بکار
نتہٕ نرِبن منٛز بنگرِ لأگتھ روز زأنپانس اندر

مجبوٗر صابٕنہِ مرنہٕ ستی چھِ اَدبی دُنیاہس منٛز اکھ زبردست کمی محسوٗس سپدان۔ مےٚ چھُ عشرت کاشمیری صابٕنہِ پأٹھی مجبوٗر صابن لیکھمُن تہٕ کلام کرُن رسہٕ رسہٕ یاد پیٚتھ باکھ ژھنڈنس پیٹھ مجبوٗر کران۔

أچھن تل وُنہٕ یوان چھُم ٹوٚٹھ عشرت
سوخن فہمی تہٕ قلچ گرایے ٹأٹھو

ژٕ اوسُکھ زیٖنتِ بزمِ ادب ماہ
چھےٚ خاًلی ونہٕ تہٕ چاًنی جاے ٹاٗٹھوٕ



اسیٖرس تیٖر لۄگ از مرگِ عشرت
بمُشکل ییٖم لفظ تس وڑاے ٹاٗٹھوٕ



# مجبوٗر
# ــــ محبِ وطن شاعر

سومناتھ بھٹ ویٖر

یہِ چھُ اکثر آمُت وُچھنہٕ زِ جان قسمہٕ چہِ شاعری چھُ کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ فلسفہٕ ڈٕکھس آسان۔انگریزی شاعر واٗڈس وٗرتھ اوس قدرت چہِ کارسازی ہُند عاشق تہٕ موکھہٕ کھوٚتسنز قدرت مولناوِچ شاعری عرشس۔صوفی شاعرن تہِ چھُ پنُن اکھ فلسفہٕ تہٕ روٗحانی شاعرن ہندی کلامہٕ چھِ عامس تہٕ خاص وَیان تہٕ پرٛیان۔سوللہ دید اٗسِنۍ، نُندرێش اٗسِنۍ یا وہاب کھار، سوچھہِ کرال، پرمانندتہٕ کرشن جوراز دان اٗسۍ تِن۔یہُند کلامہٕ چھُ کُنہٕ نتہٕ کُنہٕ فلسفچ ترجمانی کران۔ارجن دیو مجبوٗرتہٕ چھُ ترقی پسند نہجہِ دُرس واٗتسہِ مازان روٗدمُت۔اماپوٚز 1990ء یہٕ پور ییلہِ تس گرٕرووتس پیٚیہٕ کٲشرِ ہندی ماری مُندی خواب ژٕتس۔موتی لال ساقی ہِندِ ونہٕ ییلہِ مُنش حُسنہٕ چہِ وارِمنٛز ے روزان آسہِ تس چھُنہٕ تمیُک حُسن تیوٚت دِلکش باسان یوٚتاہ زن پننہٕ زاجایہٕ دوٗر پێتھ تمیُک یادٕ وۄتھٕرستاوان چھُس۔دوٗرِ دوٗرِ چھُ مرٛژ میٹھان۔مجبوٗرس ہوبن شاعرن تہٕ چھےٚ یہے باٗتھی گاٗمژ۔کٲشرِ منٛز روٗزِتھ آسہٕ اسہِ تمہِ چہِ حسین ژھایہٕ گرایہٕ کم

نظرِ گوٚھان۔ اماپوٚز پٔتِمین وُہن وٲرِیِن گرِدوٗر پٮ۪تھ یُتاہ پننہِ سر زمینہِ ہُندلول اَسہِ ستاوان روٗدتمیٚک بےٚ پھرُک انہار چھُ مجبور صابنین تِمن کلامن منٛز نظرِ گوٚھان یِم تمیٚ تیوٚل، یٔدی سمیکہِ تہٕ، ٲرنہِ مال بیترِ کتابن منٛز چھاپیٚ۔سُہ روٗدجیمہِ صرف وطنہٕ کہِ فراقکی بٲتھ وَنان تہٕ یادن ہٕندی سٔدر مندان۔

مجبور صاب چھِ حُب الوطنی ہٕندِس جنوٗنس منٛز آورنہٕ یِتھ تہٕ کٔشیرِ ہُند پوٚت کال تِتھہٕ پٲٹھی یاد پاوان زِ تِم تحریر ہیٚکن نِوپُیہِ صحی پٲٹھی تواریخ دان بنٲوِتھ۔آرین، دراوڑن، یکھشن، پشاچن تہٕ ناگن ہٕندی کارنامہٕ وہٕ چھناوان چھِ مجبور اَسہِ برٛونٛہہ کنہِ شعروٚسی تواریخُک انبار پیش کران۔ کشپ، نیل ناگ، وتھستا، ستی سر، کٔشیرِ ہٕندٮ۪ن تہذیبن ہٕندی بیوٚن بیوٚن دور تہٕ مختلف مذہبن تہٕ فلسفن ہُند کٔشیرِ منٛز پھاپھلُن۔غرض پرٛتھ کانٛہہ موضوع چھُ مجبوٗر وہٕ چھناوان سُہ تہٕ شعروٚستی۔

کتھ ساسہٕ بدٕن وٲرِیِن ہٕنٛز پرٛٲنی  
کتھ زٕمن ہٕنٛز انٛدٕ روٗسِتے کتھ  
وسوٲسی ذِہٕن منٛز باٲوِتھ گو  
یِم یادٕ وٲتری کیٛنٛہہ سومبرٲوِتھ  
اطلاس وٲلِتھ سونٛہری سوٚنچِکی  
اکھ نوٚو عالم تخلیق کوٚرُن

کٲشیرِ ہُنٛد پتہٕ بجر تھبکان تھبکان چھُنہٕ مجبوٗر ارٕ ے یِوان۔ سُہ چھُ دراوڑ قومُک تہِ تأریف کران تہٕ آریا قومس تہِ پوشِ لاگان۔ دراوِ ڑ ٲسی نہٕ جنگجو قوم ییٚلہِ زن آریا لۄکھ لڑایہِ گری ٲسی۔ اوے ژٕلی دراوِڑی تیتھے کٕنی آرین ہِنٛدِ خوفہٕ کِنی تِتھہِ کٕنی از کل تہِ شریف قوم ''پۄشُکھ نے تہٕ ژۄ لُکھ تہِ نا'' فارمولا پانناٲوِتھ جھگڑالو قومن نِشہِ دۄ رژلان چھِ۔

دراوِڑ ہندوستانٕکی ٲسی بسکین
سیٹھاہ رِتی ٲسی روزان تمہ دیس لین

سِندھس راجُت کٔرِتھ دکھن پکان ٲسی
لڑاین ہِنٛز نہٕ خصلتھ ٲسی گروٲسی

یوٚدوس منٛز آریا ٲسی طاق سأری
توٚے دراوِڑ ژلان رۄدی ہأرِ ہأری

آریہ قومٕکی اوصاف گنزراوان چھِ مجبوٗرونان زِ تمہ ٲسی دیوی دیوتاہن ہِنٛز پۄزا کران، ورن، اگنی تہٕ سری دیوتاہس ٲسی پرستش کران، یگیہ ٲسی کران تہٕ برہمی رسم الخط ٲسی ورتاوان۔ تمہٕ وِ ے منٛز آیہِ اکھ چھوکھ تہٕ واٲتی کٲشیر بیٚتہِ تمو بصارت کٔرِتھ گیان تہٕ عرفانٕکی سٔدر مٔنٛدی۔ تموٚے کٔر وِزِ وِزِ بیٚتہِ مختلف تہذیب ؤسوار۔ سنگرن تہٕ سنگر مالن کتھہِ کرناٲوِتھ چھُ مجبوٗر کٲشیرِ ہِنٛدین پژانٛہن کھنڈرن، ویتھہِ بٹھن مُرژِگری، بودھ

دھرمہٕ کہن موژیمتہٕ نِشانن، ستوپن، کُشان دورِ کہن خزانن ٹھان ٹلان تہٕ پتنہِ تواریخ دأنی ہُنٛد ثبوت دِتھ نِ پُیہٕ رِکژ درسی کتابہٕ زن پیش تھاوان۔

دَشاین اُٹھ بأرو رأچھ پانے
وسان دیوتا پیٚتی أسی آسمانے
پیٚتی گوتم بدھس ءتی شیو شنکر
وہارن مندرن گنزران برابر

وسان اوس ہأرون کیا ناگوار زن
سُہ عالم شوٗب سأنی شوٗبہِ زانن

بساون بزوٚنٹھ کُن نوِ راز دانے
پرور سیٚتن شہر ما زانہہ تہِ پژانے

ءتھن نقشن اندر سوٚن نقش دأیم
کُشانن ہُنٛد بجر یژکال قأیم

مجبوٗرصأب چھِ کُشانن ہنٛدی کلہن تہٕ حسن ہوٚبن تواریخ سازن ہنٛدی تہٕ پرستار تہٕ یوٗنأنی تہذیب تہٕ ایرأنی دیوتاہن ہنٛزتہِ ثناخوأنی کران۔ امہِ پتہٕ چھِ تم مگدھ، اُتکل، ٹیکس آلا، اُجین نگری، پٹنہ، تاشقند، کوسمبھی، ساکیت، راج گر، کنس پور، گاندھار، متھر ابیتر جاین کٔشیرِ ہنٛدبن رازن ہنٛدِ وسیع سلطنژ ذِکر کران تہٕ پتہٕ واپس ءتھ کٔشیر منٛز کُنڈل ون جایہٕ ہنٛز

ذکر کران ییٚتہِ تہٕنٛدِ ونہٕ مۄجوٗب بُدھ درمُک ''مہایان'' فلسفہٕ تھٕنہٕ پیٚوٚ۔

کونڈلون اکھ گُپتھ جایا چھے ازتام
صُبح اتہِ خوش یوٗن سِرسأوی چھے شام

مہایانس أتی لوٚگمُت چھُ زایُن
بُدھو ہیوٚت بودستون ناد لایُن

زمینس تل کھٔٹِتھ عٔلمکی خزانے
پکھش چھِس رأچھ کُنہِ چھٕنہٕ کانٛہہ نِشانے

یوہَے ون ہأرون نکھہٕ آسہِ ہے ما
چھُ دِل میوٚنے دِوان امہِ چی گوأیا

یہِ چھےٚ حقیقت زِ بُدھ دھرمس گیہِ زٕ حصہٕ ہین یان تہٕ مہایان۔ یم گوتم بُدھ تہٕ جاتک کتھاین منٛز متذکرٕ بودستون پانٛے بُدھ ہِنٛد بٕن پٕزٕ اعتن زنمن ہٕنٛزن اوتأری مۄرتی ین پوٗزا پرستش کرنہِ لگی تِمن وۄنٛکھ مہایان تہٕ یم پرٛأنی پأٹھی مۄرتی پوٗزایہِ خلاف روٗدی تہٕ ایشور ہِنٛدِس نِرآکارروٗپس (بےٚ صوٗرت آکارس) پرستش کران روٗدی تِمن وۄنٛکھ ہین یان۔ دپان عالمی سوٚتھرِ چ أخری بدھ کانفرنس چھےٚ کشیرِ منٛز سپٕزمٕژ ییٚتہِ یم فرقہٕ بنیہٕ تہٕ یم اصوٗل آیہِ ترٛامہٕ پٹن پیٹھ لِکھنہٕ تہٕ ییٚتھ جایہِ تِم زمینس تل کھٔٹِتھ تھاونہٕ آیہِ۔ سو جاے چھِ مجبورصأب کونڈلون یاہأرونس نزدیک کانٛہہ

جاے مانان۔ییٚلہِ زَن کیٛنہہ ونان چھِ زِ یہِ جاے چھےٚ دِوسر علاقس منٛز کھنہٕ برنٛہن تروٗن مرگہِ منٛز تہٕ کیٛنہہ چھِ ژوٗرِم بودھ کانفرنس اجیٛن نگری منٛز سپز ہمٕژ مانان۔کتھ کیٛنہہ تہِ ٲسی تن مگر کٲشرِ چھےٚ مختلف فرقن ہٕنٛدِ ملوٲرِ چ آماجگارٕ زہمٕژ۔خواہ سُہ ویدِک زمانہٕ اوس بودھ کال اوس، شِو فلسفُک دور اوس یا اسلامی دوراوس سارِنٕے کالن منٛز چھےٚ کٲشرِ امنُک مسکن ٲسمٕژ۔مجبوٗرصاب چھِ پزٲنس توارٟخس پھیٚر دِوان دِوان پرسپور شہرِ چ اہمیت بدِ کڈان یوسہٕ اکہِ وقتہٕ کٲشرِ ہنٛز رازدٲنی ٲس۔ سُہ چھُ مارتنٛڈ شہرِ چ تہِ ذِکرکران یُس رسدگاہ چھےٚ ٲسمٕژ تہٕ بیٚیہٕ للتادتیہ ہن سری مندر اوس بنوومُت ۔اتہِ رٕکس فنِ تٲمیرس چھِ داددِوان تہٕ مراز، کمراز،امرناتھ غرض پزٕتھ کُنہِ تیرٕتھچ، زیارت گاہن ہنٛز تہٕ درویش جاین ہنٛز ذکرکرِتھ چھِ آنند وردھن ہوٕبن بہلہٕ پایہِ ادیبن، شاعرن تہٕ موسیقارن ہنٛز زان کرناوان۔ بوٹہٕ راجہ رینچن، بُلبل شاہ،شاہِ ہمدانؒ، شہاب الدین تہٕ بڈشاہٕ ہنٛدی تٲرٟف کران کران چھُ سکندر بُت شِکن تہٕ تسٕنٛدِس وزیر سہد یوسٕنٛد ناوٕفوضیت پران تیٚمی کٲشرِ ہنٛز عالمانہٕ کتابہٕ ڈلس تراوِ تہٕ پزٲنِہن قیمتی تعمیرن کرنوٗن ٹوٗکہٕ سوٗر۔مارتنٛڈ مندرآوزالنہٕ تہٕ تہذیبکی نام ونشان مٹاوٕناوِن۔مجبوٗرنٛ بیشتر کلامہٕ چھُ توٲریخی وِلھوارن ہنٛز واشگٲفی ستی برِتھ خزانہٕ۔امہِ پتہٕ ییٚلہِ تہنٛزن ماباپِے کتابن پیٹھ تہِ نظر تژ اوو یم تہمو 1990ء پیور لیٚچھِ تہمن منٛز تہٕ چھُ مجبوٗر اکہِ نتہٕ بیٚیہٕ ہتہٕ

تواریخکۍ تم واقعہ پیش کران یمو سائنس سماجس وُترِ بُنیل چھُ تلمت۔اکھ کتاب چھاپ تموٗ "أرنہِ مال" 2004ءمنز۔

مجبورصابُن أرنہِ مالہِ ہنٛدِس آسنس متعلق مستند شہادت ثبوت چھُ یہِ تضاد ہمیشہِ خاطرِ دفن کران زِ أری نہِ مال أسا توأریخی حقیقت یہِ زن کینٛژٕ کالہٕ پتھہٕ شک وشبہات پأدٕ أسی کرنہٕ آمتی۔تمو دیٚت ثأبت کٔرِتھ زِ أرنہِ مال أس پلہالنہِ بڈگامہِ زامٕژ تہٕ ناو اوٚسس ہی مال تہٕ پتہٕ ییٚلہِ تسُنٛد خاندر رِنی وارِ ٚکس أ ٚکس رئیس تہٕ سرکأری کارنٛدِ بھوانی داس کا چرٕوہس ستی کرنہٕ آو تہٕ تھووُکھنس وأرِوی ناو أرنہِ مال یہِ زن ہمیشہِ پتھہٕ بٹن اندر روش چھُ اوسمُت۔اماپوٚز لوکچہِ وأنسہِ منزٕے آیہِ سو ہنہٕ دژنہٕ گٔرِتھ وأرِوی بأژ ہنٛدِ دٔسی نا پسند کرنہٕ تہٕ مالیُن سوزنہٕ تِکیازِ سو أس شریف تہٕ ان پڑھ ییٚلہِ زن کاچرٕوفارسی ٹیک لِکھأری چھُ اوسمُت۔أرنہِ لأ گی حبہٕ خوتوٗنہِ ہنٛدی پأٹھی وبداکھ دِنی تہٕ گیہِ فراقکی تہٕ لولہٕ ژھرٕکی بأتھ گبوان گبوان اڈٕ ژٕٹ یہِ دُنیاہ ترٛأوِتھ۔پتہِ کتابہِ أرنہِ مالہِ منز چھُ مجبورتسُنٛد سوٗرُے کلامہٕ بدس کڈِتھ چھاپان۔

دوٗہہ اکہِ شرٛ ہہ سان مالیُن گیاس

ڈ بکہٕ بجہِ کاکنہِ دِژنم پام

ڈ بکہٕ رِژ زبونے کونہٕ مو یالیس

باگنی آلیس کہندے تام

أرنہٕ مالہِ چھِ راگ یا مقام ورتاوِتھ پنٕنی ژھوٗڈ ژھوٗڈ واکھ طرزِ وژن بأتھ وٕنی ٕمتۍ یمن منٛز صرف لأنس نِشہِ پننہِ جدأیی تہٕ بےٚ وفأیی ہٕنڈی وبدا کھ چھِ باونہٕ آمٕتۍ۔

زار وٕنتس ہا ویسۍ

بالہِ راہ کیٛاہ چھٕے

آرِ روٗس گوٗ ہِتھ روٗدُم نِشہِ پرزن

نار گوٗ نڈنم ینہٕ یوٗزُم نِشہِ پرزن چھٕے

تنہٕ ہے ویسۍ تمی دادِ چھُمنہٕ پکان ان

مےٚ چھُ طماہ بالہِ تہُنڈ نِشہِ یار گوٗ ژھٕے

مجبور صأبُن 1990ء یپور لیوٗکھمُت کلامہٕ چھُ سبٹھاہ دردناک منظر پیش کران۔ییٚلہِ کٔشیرِ ہُنٛد اکھ اژھٕنٕ حصہٕ بٹہٕ سماج وتہٕ وبلاے گوٚو۔سُہ چھُ کٔشیرِ أنٛدرِم نیٚبرِم دِلدوز واقعن ہنٛز تصویرکٔشی کران۔

کھے اندر ییٚمہٕ لاشا چھِ کٔمی ہنٛز

چھٕے پھٔٹمہٕ لاے آشاین یہِ کٔمی ہنٛز

ییٚمتۍ ایوان انصافکی چھِ پتھرِس

کٔنڈی کنڈی کیٛازِ کھٔتۍ ٕمتۍ بومہ سأرِس

وُچھان سأری مگر جُرتھ نہٕ کأنسی

دزان دُنیا مگر فُرصتھ نہٕ کاٗنسی

☆

اما کاٗنہہ حاطماہ گژھہِ نا سأ بیدار

چھِ حأکم ژوٚرِ قونونٕے چھِ کُھری دار

شأعر چھُ بےٚ باکی سان سرکارُک تہِ اول وانگُن نوٚن کران تہٕ بےٚ سہارن تہٕ کمزورن ہنٛزِ بےٚ کسی پیٹھ تہِ اوٚش ہاران۔ زمانٕچ روسیأہی تہٕ ڈبکہٕ چہٕ لبھنہٕ آمٕژ تبأہی ہنٛز ذکر کران چھِ مجبوؔر زنتہٕ ملأ یکن ہُنٛد خوفناک ویرٕ دبہِ کڈان۔

ملأیک خوفہٕ کی پژٕتھ جایہِ پھیران

چھِ نندرے منٛز گرِتھ کھش صاف نیران

☆

یہِ مُلکھا آبہٕ کی بُری بُری خزانے

مگر اتہِ تژیشہِ ہتہِ نٕے زیو دزانے

گونماتھ چھُ قدرن ہنٛز پامألی پیٹھ تہِ اوٚش ہاران تہٕ خوٚلوٕصکی موٚل پژاٹن والین دوژِھ دوژِھ ووہوان۔

خوٚلوٕصس مول چھُ ووٗتھمُت در زمانہ

وسان چھے لاشہِ دُریاون شبانہ

چھِ کھٕتیٕتی نارِ تٔتی بُترأژ کأنٹیاہ

کولن ہری وول ہوٚکھمُت چھکھنہٕ دسگاہ

کٲشیرِ ہنٛد بن علمی خزانن ہنٛدی رٲچھدر خٲ کی،صرفی،غنی،لل دید، نُندریوٚش بیترِ ریشن ہنٛز ثناخوٲنی کٔرتھ چھُ سُہ گٔژھ زٲلی دورتہٕ یادپاوان یێلہِ أزی کی پٲٹھی بٹہٕ کٲشیرِ منٛز وتہٕ وبلاے کرنہٕ آیہ۔یتھہٕ پٲٹھی چھُ مجبوٗرقدمہٕ قدمہٕ پکِتھ ظاٗلم پٹھان دورس،سِکھ شاٗہی تہٕ ڈوگرہ کالس سام ہێتھ آزاٗدی ہنٛدِس دروازس تل واتان یێلہِ مہجوٗر،آزاد،ناٗدم بیترِ ترقی پسند شاٗعری تہٕ انقلابس ڈٔسلابہٕ کران چھِ تہٕ کاٗشرِس قومس وتہٕ ہاوکھ بنان چھِ۔اما پوٚز پتہٕ یێلہِ جمہورِکی دوہہ بارسس یِوان چھِ پتہٕ کوسہٕ یرٕونی ناوچھےٚ کٲشیرِ پنہٕ نوٕے ڈٔسی کرنہٕ یِوان تہِ وننس تہِ چھُنہٕ مجبوروایہ بران۔ تہٕ أخرس یێلہِ 1990 ءمنٛز بٹہٕ بێیہٕ کٲشیرِ تراونس مجبورچھِ کرنہٕ یِوان مجبوٗرچھُ فقط وبداکھ دِوان تہٕ دردِچ باوتھ کٔرتھ کٲشیرِ نادلایان تہٕ کتابن امبرکھالان۔''ستیوٚل''ناوچہِ کتابہٕ منٛز چھِ فقط یِمے وبداکھ تہٕ لبلہٕ۔سُہ چھُ گُلن تہٕ گلزارن،وندن تہٕ بہارن،بونٛین تہٕ جنگلن ،ہٲنٛن تہٕ سبزارن ہنٛز یادتازٕ کران۔جانوارن ہُنٛد بول باش،کُکلہِ ہُنٛد گوٗگوٗ تہٕ سٕتتی سُنٛد توٗتوٗ چھُ کاٗشرِس بیتہِ مٕنز نندرِتھوٚ دِتلان تہٕ سیکِلبن تہٕ آرن منٛز نیٖرِتھ سوپنہٕ سمسارُک مایازال وونہٕ ناوان۔

پنہٕ وٕتھرو روٗس گُل ننگے أز
ہے وٕتھرِ وٕتھرِ بێیہٕ سوتٕبہٕ راوو
پتہٕ پُشراوو سوتٕنس بالس تل

# مجبوؔر

## فطرت پسند شاعر

پروفیسر مجروح رشید

ارجن دیو مجبوؔر چھُ کاشرِ شاعری منز اکہِ Phenomenon ہچ اہمیتھ تھاوان۔ مطلب یہِ زِ سُہ چھُ معاصر کاشرِ شاعری منز اکہِ مخصوص تہٕ منفرد لب و لہجک تہٕ اکہِ دلفریب شعری آوازِ ہُند ناو۔ أمی منفرد لب ولہجن تہٕ دلفریب آوازِ رٲژ تتھ زمانس منز روہ رکانہٕ ییلہِ کاشری شاعر پرٲنین شعری ژھلن تہٕ ولن تہٕ اسلوب تہٕ آہنگ کمین رواًیتی طور طریقن نِشہِ انحراف کرِتھ نوینہٕ باوٕژ تہٕ تازٕ فنی رٕوٕیس وتہٕ وُچھان أسی۔ یِمو شاعرو کاشرِس منزنوٚ و لب ولہجہ تہٕ آہنگ ورتاوُنک ڈسلابہٕ کوٚر تِمن منز أسی دیناناتھ نادمؔ، امین کاملؔ تہٕ رحمٰن راہیؔ پیش پیش۔ یِمو شاعرو کوٚر شعوری طور کاشرِ شعری محاورٕ، رواًیتی زنجورو نِشہِ آزاد تہٕ اتھ گرِکھ عصری زندگی ہنزن ٹھوس حقیقتن ہنز زان ییمہِ کِنی اتھ منز لکہٕ لے کم گژھتھ سنجیدگی تہٕ تفکرٕکی عنصر شامل سپدی۔

مجبورصأب چھُ باوٕژَنَس تہٕ آہنگ َکنہٕ نوٚو تاہم چھُ سُہ مؤلہٕ َکنہٕ روایتھ شناس، پتھ کال پسند تہٕ فطرت پرست شأعر یُس اکہِ طرفہٕ پرٛانین مولن تہٕ روأیژن ہُند پاس دار چھُ تہٕ بیٚیہِ پاسہٕ یمن مولن تہٕ روأیژن پنٕنہِ شعری ذوقہٕ، بالغ نظری وفور جذبات تہٕ پنٕنہِ مخصوص وُچھن ترٛایہٕ ستؠ پرٛزلاوان چھُ۔ یہِ چھُ پوٚز زِ سُہ اوس ترقی پسند تہٕ ترقی پسندی أسی پرٛانہِ سوٗنچہِ ترٛایہِ نش لوٚب ہیتھ زندگی تہٕ ادبکہِ حوالہٕ مادی تعصّبات مستحکم گٔرۍ ؠتؠ مگر ارجن دیو مجبور سٕنٛز شأعری چھےٚ روشن دیمأغی ہنٛز عکاس آسنہٕ باوجود تہِ مذکورٕ تعصّباتن ہنٛز بریڈ ژٔٹتھ انسأنی روحس ستؠ سوٚن واٹھ کانٛچھان۔ انسأنی روحچہِ پاپرجأیی خأطرٕ چھُ شأعرن ارضی تہٕ مادی زندگی ہنٛزن رنگارنگ حقیقژن ہُند ادراک کٔرِتھ زندگی نسبت پٔنن اکھ مخصوص سوٗنچ پھاپھلو ومُت یُس تٔمۍ سٕنٛزِ شأعری منٛز جایہِ جایہِ ٹاکارٕ چھُ۔

نیٚبرۍ َکنہٕ پوٚنپر ارنگدار شوٗبان
أندرۍ پلوس پیٚمرٕ رُم راٹھ سوٗرِتھ
ذہن أندری ژھوکان ووتلان راوان
زبو دراہو گٔنڈِتھ ہوٗل کرنہِ سودا

(آدم چھُ نالان)

سوے دگ للہٕ واں
بیٚیہِ ژھاٹہِ ووٚتھس

ژٕ کی پرأٹن
بێیہٕ نیلیس نم
بێیہٕ ترکھڑس
شٹھر اُوِتھ پان
بێیہٕ زہرِ گلوٚ مٔدرأوِن وُٹھ
ستہِ پھر بێیہٕ تتھ منہٕ سوٚ درس
امر بتہٕ ورشن کوٚر طوٗ فانو

(دٔگ)

منہٕ کس سوٚ درس ازلی باوتھ
گوشن ہنز تنہأیی ٹأٹھ
روشن گوٗھہِ انہٕ گٹہِ منز منزل
موٗلن لگہِ بێیہٕ لور جہار

(نظم ...... پدی سمیکی منز)

یہِ منفرد تہٕ نرل سوچ چھُ شأعرٕ سندٕن ذأتی تہٕ کأشرِ قومہٕ کٮ۪ن اجتمأعی تجربن تہٕ پتھ کالک کأشر شاندار روایژ منزٕ سٕنی موٗل دِتھ کاڈ کڈان۔ امِ پتہٕ چھُ تھزرن کمندلایان تہٕ تجسیم لبان۔ مجبوٗر صأبس متعلق ہکوٚ یہِ کتھ وثوقہٕ سان وٕنتھ زِ سُہ چھُ اکھ سوچن وول شأعر یمی سنز ''ستیوٚل'' ہش ''شاہکار'' نظم تمٕی سنز ابتدأیی شأعری ہنز تکمیل یافتہٕ صوٗرت چھےٚ۔

دشہِ ہار، پٔدی سمیکھ تہٕ تیٚول شعرٕ سومبرنہِ چھےٚ تیمہِ کتھہِ ہُنٛد ثبوت زِ تٔمس چھُ ابتدا پیٹھے فطرٕژ ہٕنٛدۍ اکھ اژھیٚون رِشتہٕ اوسمُت یُس برٛونٛہہ کُن نہ صرف استوار سپُد بلکہِ سپُد مستحکم تہِ۔ امہِ استواری تہٕ استحکامکۍ ضامن چھِ تم مأرۍ مٔنٛدۍ منظر یِم ذوقِ جمالس رٔنٛز ناوان چھِ تہٕ ییٚہِ سُہ سنہر تہٕ سو وُسعت یوسہٕ تٔمۍ سنٛزِ شأعری منٛز نمایان چھِ۔ یہِ چھُ پزر زِ مجبور صأبُن لب و لہجہِ تہٕ شعری محاورٕ چھُ تازکارتہٕ جمال پرور تہٕ اِو کٔنہ ہیکہِ یہِ محض ہیتی مطالعہِ کٔنہ تہِ پٔنٛنۍ اہمیتھ قأیم کٔرتھ تاہم چھُ تمام مذکورٕ عنصروأ کس اکھ ہٕنٛدۍ رٔلتھ میلتھ تہٕ یہِ ذٔلۍ زِتہِ اکھ أکس منٛز تحلیل سپدتھ تِہٕنٛزھن نامیأتی وحدژن زنم دیُتمُت یِم رنٛگہٕ رنٛگہٕ لَیَن منٛز بیٚون بیٚون نغمن منٛز فطرٕژونوان چھِ۔ مجبور صأب چھِ پانہٕ پننہِ تخلیقی عملہِ متعلق باوتھ کران لِکھان۔

''شأعری گیہِ زندگی تہٕ قودرتکین رنگابہ رنگ ویٚہن سٕنٛتھ ابدی احساس چہِ کھوچہِ کھأرِتھ پزربدِ کٔڈِتھ پُراثر، نرل، مأری منٛز، گمبیر تہٕ شوٚز باوتھ کرٕنۍ۔ امہِ خأطرٕ چھِ فنس پین دِنۍ ضروری''۔

(گوڈت...... دَشہِ ہار)

شأعر سُنٛد یہِ وِبوٗ ہار چھُ تٔمۍ سنٛزن تخلیقن منٛز یتھہٕ پأٹھۍ جلوٕگر۔

ؤژھ ناگہٕ اپسراستی سرس
کھیٚلہ ؤتھرن شبنم چھکروُن
اکھ ژھال تُجن اکھ ڈال دِژن

پیٛٹھ موٗخت بُتھس ہرموکھ کس ژٕج

(دشہِ ہار......سومبرنہِ منٛز)

شوقُک عالم ہتھ سنگرمال

وٕ ژھ بالہٕ ڈٕنڈِس پوٚت زوٗ ناہش

انگوٗری أچھو نظراتژ أوِ ن

أندٕ ی أندٕ ی اوس آبٕ ے آب نژان

انہ ہأری امارُک بزم ہیوٗ گوس

(دوٗیم سرگ......پدٕی سمیکی)

شوٗنگان ییٚلہِ راتھ بالس شاند تھأوِتھ

ووتھان میٲنین خیالن ٹھان لوٚت لوٚت

گوٗ ہِتھ آزاد بے پرواقلم میٛون

بہارن نالہٕ دی دی شیرِ لاگان

(چمن وُزٕ ناو......تیوٚل)

مجبورصأبنہِ شأعری ہُند مطالعہٕ کران چھُ پزٕ ہتھ ئدس پیٛٹھ احساس گنان زِ یوٚ دوَے تٔمی پننِس ابتدأیی تخلیقی دورس منٛز فطرت پننہِ اظہارکہِ وٕسیلہٕ رٕنگی ورتأوتاہم چھےٚ یہِ کتھ تہِ عیان زِ تٔمِس چھےٚ لاشعوری طور فطرژٕ ستی بالہٕ پانے پیٛٹھے مالے روٗ زمٕتہٕ وارٕ وارٕ بنیہِ تٔمی سُنداکھ مرکزی تھیم (تہٕ اتھ منٛز کوٚر حالاتو تہِ اکھ اہم رول ادا) ہنا سنجیدگی سان ییٚلہِ

فطرژ نسبت تٔمۍ ہِنٛدِس ارتقا پذیروبوہارس سنو تیٚلہِ باسہِ زِ سُہ چھُنہٕ محض فطرژہِنٛدِس خارجی ماٗرۍ منظرس یوٗت موٚت بلکہِ چھےٚ تٔمۍ سٕنٛزٕ نظمہٕ فطرژہِنٛدِس باٗطنس تام واتنٕچ تہِ اکھ مستحسن کوٗشش۔ تٔمۍ سٕنٛزن امہِ قبیلہٕ چہِن نظمن منٛز فطرژہُنٛد خاٗرجی منظرنامہٕ کہِ حوالہٕ زندگی ہِنٛدِس باٗطنی چمنس تام تِتھہِ پاٗٹھۍ رسأیی حاٗصل سپدان زِ پتھ کال تہٕ ازکال چھُ أکس اکھ منزلین گرٕھتھ پننٕ اہمیتھ تہٕ معنویتھ درشاوان۔

کٔشیرِ ہِنٛدِ حوالہٕ یمن تہذیبی تہٕ تمدنی تبدیلین متعلق مجبوٗرصاٗب پنٕن ردِعمل پیش چھُ کران سُہ چھُ شاٗعرسٕنٛز فطرت پرستی تہٕ کٔشیرِ نسبت تٔمۍ سٕنٛدِس والہانہٕ محبتس محیط۔ شاٗعر چھُ تِتھِن منظرن ہُنٛد انتخاب کران یِم تٔمۍ سٕنٛدِس ذوقِ جمالس تہٕ تخیلس تربیت تہٕ تہذیب چھِ کران تہٕ چھیکرس چُھ شاٗعرسُنٛد فطرژ سٟتۍ رشتہٕ مستحکم بناوان۔ کٔشیرِ نیٖرِتھ بنیو وکٔشیرِ ہُنٛد فطری حسُنک تہٕ امہِ کہِ باٗطنی ماٗرۍ منزرُک سرہہ مجبوٗرصاٗبنہِ خاٗطرٕ اکھ "ستیٚول" یُس تٔمِس ذہنی، روحانی، نفسیاتی تہٕ جسماٗنی سطحس پیٹھ تیلان چھُ۔ "پٕدٕ ری سمیکٕ" چھےٚ موٗلہٕ کنہ اکھ طویل نظم یوسہٕ بقول موتی لال ساقی کاشُرِس منٛز پنٕنہٕ قسمچ گوڈنیچ کوٗشش چھےٚ تہٕ یتھ منٛز مجبوٗرصاٗبن کٔشیرِ ہُنٛد حسن وجمال تہٕ تہذیبی کیو تمدنی پوٚت منظر سبٹھاہ ہُنرمندی سان پیش چھُ کوٚرمُت۔ امہِ طویل نظمہِ ہُنٛد اکھ امتیاز چھُ یہِ زِ اتھ منٛز چھِ Particulars آفاقی سطحس تام واٗتتھ ہیکمٕتۍ۔ مذکورٕ کتابہِ

(ئِدٕ سمیکِ )منٛز چھِ کینٛہہ خوبصوٗرت مختصر نظمہٕ تہٕ شامِل یمن منٛز ''ناگ رایوٕ کوٗت گژھکھ''، ''جانہٕ وارا آسہا''، ''وکھت سپُن''، ''یِیہِ ناوُنلہِ وتن پڑاگاش'' شامِل چھےٚ۔ مذکورٕ نظمن ہُند مطالعہٕ چھُ اَچھوکھور ہو باوان زِ کشیرِ تژاوٕنکِ واقعہن چھےٚ مجبور صابنہِ فطرت پرستی زیادٕ شدتھ دِژمٕژ۔ یہِ کتھ ہکو یتھہٕ پاٹھۍ تہٕ وٕنتھ زِ وطنہٕ نِش دوٗرِرَن چھُ شاعرس فطرٕژ ہُند پوٗرٕ پوٗرٕ ادراک حاصِل کرنس منٛز سبٛٹھاہ اتھٕ روٗٹ کوٗرمُت یُس نہٕ تمِس ''میگ دوت'' ہکِ مطالعن تہٕ پننہِ وقتہٕ کوٗرمُت اوس تہٕ یتھ تمۍ فطرت پسندی ہٕندِ میلان سببہٕ ترجمہٕ تہٕ کوٗرمُت چھُ۔ یوٗ ہے وجہ چھُ زِ تمۍ سٕنٛز شاعری منٛز چھُ کشیرِ سٟتۍ وابستہٕ ناگن، موسمن، کولن، سرٕ وُگلن، جاناورن، سنگرمالن ہٕنٛز تصویرکشی لاشعوری طورسپدان۔ یِم ساری چیز چھِ اکہِ طرفہٕ پتھ کالِکِ کشیرِ ہٕنٛز تابناک روایژ ہٕندی استعار بنان تہٕ دوٗیمہِ طرفہٕ چھُ پرن وألِس ازکال سمجھنہٕ خاطرٕ ژٕبتھ دِنک وُتش دِوان۔ لولُک یہِ اندازتہٕ وٕطیرٕ چھُ شاعرس اکہِ تتھہِ راون تیلٕیگ باس دِوان یتھ نہٕ دُنیاہُک کانٛہہ عاش تہٕ آرام مداوا ہیکہِ کٕرِتھ۔ فطرت پرستی تہٕ وطنس نسبت یہِ میلان سپُد پتۍ میٛن وُہن وٕریین منٛز زیادٕ پوٚختہٕ تہٕ بالغ۔ وادی نبر پننہِ بزرگی ہٕندی دوہہ جیمہِ صوبہٕ کہن سِکہِ صحراون منٛز گزارنہٕ کنۍ ییتہٕ سہ اکہِ طرفہٕ اجنٕبیژ ہٕندِس صورتحالس سٟتۍ متصادم چھُ تتہٕ وُزییہ تمۍ سٕندِس دِلس منٛز کشیرِ ہُند لولہٕ سرٕ ژنی تہٕ شہلہِ ناگ یموٗ سٟتۍ تمۍ تخیلی سطحس پیٹھے سہی جیمہِ کہِ

نارٕ بُسر ہیوٚ موسمٕک مقابلہٕ کٔرِتھ ہیوٚک۔

"میٹھ لے، اوٗ ندپوٚک بدل

نارٕ دم موتن

ژالہٕ کوتاہ اُہر نیمہٕ زندگی

حال حأران قدری ہیوٚ

دفترا وٚننس مگر خاموش لب

کاش بہٕ تہٕ اکھ جاناوار آسہٕ ہا

مأشہِ مأرِتھ نیرٕ ہا

تاونہِ بازأری ژوٗری شی کٔرِتھ"

(جانہٕ وارا آسہا)

تیز منقل وچھس منز

تہٕ اُندری ہسر

تاپہٕ کزاین اندر

نارٕ دٕ زمیأنی ژَم

نارٕ اُندی پکھی دزان

تمبر بدنس ووتھان

(نظم ......تیوٚل سومبرنہِ منز)

اول یُس ییر یوو یا گرٕ پچھنہ نیوٚ

نارِ صحراوس اندر دوہہ چھُس بران

کٲشرِ نبرٕ ژٲلۍ متین شاعرن منٛز چھُ شاید مجبورصاب کُنے شاعر تیٚمِس لو کچارِ پیٹھے کٲشرِ ہند حسنٛچ منہ کامن چھےٚ روٗزمرٕ۔ اوے تہٕ چھےٚ تٔمۍ سنٛز تازٕ ترین شاعری اکھ نامیاتی باوتھ باسان تہٕ ستی چھُ یہِ حُسن و جمال پننٕ لگہ ہارۍ مولہِ وان۔

ٹھہر ژٕ بالہٕ کوٚلۍ سیٚکلِ تہِ میون وُچھ

اگر کرکھ ژٕ پژھ یہٕ سبزار چون

(غزل......تیوٚل سومبرن)

گُلالن ہنٛز پھُلے آسی طیس پیٹھ

گُلم پوشن چھلان بُتھ شینہٕ چی ژھٹھ

وتن أندۍ پکھی سبز پینٛجہٕ کرٕ ڈیشنکھ

پھُلے سٕندرٕ جے ہنٛزٕ یژ کالٕی چھاوَ کھ

(تیوٚل نظم)

سوٗنتھ چھی سورٕ ملۍ أچھن اندر کھٕژتھ

سانہِ ویرے ہردے پن چھکھ ہران

(غزل......تیوٚل سومبرنہِ منٛز)

بہرحال مجبوٗر صابنہِ شاعری ہنٛدۍ مۄل چھِ کٲشرِ ہنٛدِس زمینس منٛز نہ صرف پیوست بَلکہِ سبٹھاہ سٔنۍ۔ تٔمۍ سنٛز شاعری ہُند ہیکہِ نہٕ توٗ تام

پزنہٕ پأٹھی کانٛہہ سٔنجیدٕ مطالعہٕ سپدِتھ ییٚتِس کالس نہٕ امہِ کتھہِ ہُنٛد خاص خیال پییہِ تھاونہٕ۔ پٔتِن یہِ مختصر تاثُر واتناون بہٕ مشہور اردو شأعر احمد مشتاق سٕنٛدِ ییمہِ شعرٕ ستی اند۔

پھولو آؤ کہاں گئے ہو
خالی شاخیں بلا رہی ہیں



# مجبوٗر صابٕنۍ خط میانہِ ناوٕ

غلام نبی آتش

سُلطان زین العابدین بڈشاہ (1420ء-1470ء) سُنٛد بسوومُت زأنہٕ پورشہر چھُ ازتہِ اکھ بارسہٕ سرے۔یہِ سرے چھےٚ مرازپٔرگنس منٛز ویجہِ بیارِ پیٹھہٕ شُپین گوٗھن واجنہِ بجہِ سڑکہِ ڈُپاسے أکِس خوبصوٗرت وُڈٕرڈکرِ پیٹھ آباد۔ کأشرِ اردوتہٕ ہیٚنٛدی زبانن ہٕنٛدی قداوار ادیب،شأعر، محقق تہٕ نقاد ارجن دیو مجبوٗر چھِ أتھی خوبصورت جایہِ 1924ء منٛز اگست رېتہٕ کِہ شُرأہمہِ دوٕہہ زأمتی۔وأنٛسہِ پرنأوِکھ ریاستہٕ کِنٛن سکوٗلن منٛز مختلف سوٚتھرٕن پیٹھ بے شُمار طألب علم۔أکِس فعال تمدنی کارکُن سٕنٛدِ حیثیتہٕ کٔرِکھ کأم۔کأشرِس ادبس کوٚرُکھ رنٛگہِ رنٛگہِ ہُربر۔ادبی تہٕ علمی تنظیمن ستی رُوٗدی وابستہٕ۔ادبی مجلس منٛز أسی اکثر شریک سپدان۔مشأعرن منٛز أسی گرٛزان۔1989ء منٛز گییہِ تِم بانہأج بالہِ اپورتہٕ رُوٗدی مُلکہِ کِنٛن واریہن علاقن منٛز وانٛگج وور وتراوان۔ اتھ حالتس منٛزتہِ رُوٗدی تِم علمی تہٕ ادبی کامہِ کران۔یارن دوستن تہٕ طألب علمن خط لکھنُک عادت اوس تِمن گوڈٕ پیٹھے۔کشیرِ نیبر روزنس دوران اوٚنکھ خطوط نویسی منٛز وُتھ۔پنٕہٕ نِنٛن زأنٛی کارن خط سوٗزِتھ رُوٗدی بوس ژھاتھوھناوان۔اتھ دوران لیٚچھِ تِمو غلام نبی آتش صأبنہِ ناوٕ تہٕ واریاہ چِٹھہِ۔ یِمن ہٕنٛدِس لفظس لفظس کشیرِ ہُنٛد سرٕ ہہہ پریڈان چھُ۔یِم خط چھِ تہٕنٛدِ دِلُک وُتھ تہٕ دُپھاٹھ باوان۔یِمو منٛزٕ چھِ کینٛہہ خط ریکارڈٕ خأطرٕ پیشِ خدمت۔

اُدھم پور

مورخہ 20 اکتوبر 1998ء

ڈیر آتش صاب

اوٗر زُو تہٕ دوٗر کوٗٹھ۔ چانٛی ساری مضمون یِم چھاپس کھٔتی پران پران چھِم پزٲنی دوہہ یاد پیوان تہٕ ترٛ ہیٚوٗ وتھان۔ مضمون چھِ نوٗرُک تہٕ محنتُک باس دِوان ــمےٚ آسہِ ہے امہِ برٛونٛہہ خط لیٚوٗکھمُت مگر بوٗ زُم نٲنل لےٚ چھُنہٕ ڈاک گوھان۔ یہِ خط چھُس اِ موکھہٕ سوزان زِ مےٚ ننہِ ووٗنی چھا گامن ڈاک ٹھیک پأٹھی واتان۔ یتھُے مےٚ جواب واتہِ پنٛنی نوٗ کتاب سوزٕ۔ توے لیٚوٗکھم یہِ موخصر خط۔ یوسہٕ کاشُر کانفرنس 25۔26 نومبر جوٗمہِ سپدن واجینٛ چھےٚ تتھ منٛز یزِ ضرور۔ باقٕے دوستن میٲنی اُہی تہٕ دُعا۔

رُت کانٛچھن ووٗل

ارجن دیو مجبوٗر

اُدھم پور

**17.11.1999**

ڈیر آتش صائب

قریب اکھ ربتھ گوٚو، مےٚ سوٗز کیٛژون دوستن رجسٹری کٔرتھ کتابہٕ۔ سارِنے ہُنٛد جواب ووت۔ اَماپوٚز چون نہٕ کیٛنہہ۔ فی الحال چھُس بہٕ یِتے یوت زانُن یژھان زِ میون رجسٹرڈ پارسل ووتاہ۔ مےٚ چھُ دسمبرس منٛز کلکتہ گژھُن۔ Poetic foundation یوسہٕ اکھ بڈٕ فاوٗنڈیشن چھےٚ مےٚ یِہسُنٛد ایوارڈ دِنہٕ واجینٛ۔ یہٕ ایوارڈ چھُ مےٚ علاوٕ بنگالی شاعر Benoy Roy تہٕ گھانا (افریکہ) ہِکس اَکِس شاعرس دِنہٕ آمُت۔ 20 دسمبر ییٚن یم ایوارڈ اَکِس عالی شان جلسس منٛز دِنہٕ۔ یہٕ ادبی جلسہٕ سپد کلکتہ بنگالی اکاڈمی منٛز۔ آلوس منٛز چھُس چون کیٛنہہ نتہٕ کیٛنہہ پران۔ خبر شیرازس کیاہ گوٚو۔ سونٛتہٕ کالہٕ پتہٕ وُچھ نہٕ تمیُک بتھے۔ گرِ کی چھا وارے۔ تخلیقی کام کوٚت وٲژ۔

دعا گو

ارجن دیو مجبوٗر

اُدھم پور

11.12.1999

ڈیرِ غلام نبی آتش صاب

خط ووت۔ چانہِ صحت ٹھیکھ نہ آسنہٕ موکھہٕ گوم دِل دُکھی۔ گرم آب گوٚھہِ سبٹھاہ چوٚن۔ سونوگرافی کُرِتھ گوٚھہِ وُچھناوُن بلیڈرس یا پروسٹریٹس prostrate ما چھُ کانٛہہ تکلیف۔ پھیرُن تھوٗرُن گوٚھہِ کم۔ دے کرِ رُتےٚ۔ اوم دود گوٚھہِ کم چوٚن۔

کلکتہ پوئیٹس فاوٗنڈیشنہِ طرفہٕ یُس ایوارڈ مےٚ دِنہٕ آوُمہ چھُ دراصل کاشُرِ زبانٛی بنگالی ادیبن ہُنٛد تحفہٕ۔ یہِ چھُ توہہِ ہوٚبن ادیبن یمو وانٛس کاشُر زبان پاپرجا کرنس لاج اکھ ہٕدیہ۔ یہٕ چھُس تہنٛد بے حد مشکوٗرزِ توہہِ کوٚرِوٕ سبٹھاہ جل مبارک۔ باقےٚ دوسٕتن ہنٛدی خط تہٕ چھِ وارٕ وارٕ واتان۔ 16 دسمبر 1999ء چھُم کلکتہ روانہٕ گژھُن۔ تہنٛد دُعاے خاٗر گوٚھہم ہٕتی آسُن۔ اوکُرِ[۲] تہٕ نانلک لیٚدرِ[۳] بوٚڈھ چھُم یاد پیوان تہٕ تڑ چھُم ووتھان۔ ویچہِ بیارِ کی ادبی اجلاس تہٕ چھُم اُچھن تل۔

لیٚد رِدٕری یاوس دٕنی زِ میانٛی سلام نہٕ دٕنی زبس وُنہٕ کتس کالس چھُ اسہِ ون واس کڈُن۔ گرِکن تہٕ شُربن باٗژن میانٛی آہی۔

رُت کانچھن وول

ارجن دیو مجبور

اُدھم پور

10.7.2000

ڈِیر آتش صاٗب

گوڈٕ وَنم صحت کیُتھ چھےٚ؟ زُو اوٗز تہٕ جہان اوٗز۔ جنوری۔ اپریل 2000ء رِکس آلوس منٛز پوٚرُم چون بے لاگ، پُر مغز، مبنی بر حقیقت تہٕ حوصلہٕ افزاء تبصرٕ۔ تبصرٕچ زبان آیم بے حد خوش۔ دراصل پیٚو اہ تحقیقی تہٕ تنقیدی کاٗم چانہٕ قلمہٕ دراٚیہٕ سوساٗرٕے چھےٚ معیارٕ تہٕ مقدارٕ رٕنگی اہم۔

چون وُنُن چھُ صحی زِ "ونہٕ وُن" مضمونس منٛز گوٚژھ مجارٹی منٛز روزن والین کاٗشرین ہنٛدِ ونہٕ ونٕک تہٕ ذکر آسُن۔ مگر ژےٚ چھےٚ نا خبر زِ اٚسی کتھ مصیبتس منٛز چھِ ہمہٕ آئتی۔ مےٚ اٚس گرِ جان لائبریری۔ تتھ منٛز یہٕ ژھارٕ ہا (خاص کر کاٗشرِ زباٗنی متعلق) میلان اوس۔ ییٚتہٕ کتِ بٔن سارے کاٗشرِ کتابہٕ۔ یمہٕ کتابہٕ مےٚ کٔشیرِ آسہٕ ژُولرٕ ہیچٕہ نہٕ تمہٕ یور واتناونہٕ ییٚتھ۔ کینٛہہ ہیکھ ژوٗرِ تہٕ کینٛہہ دٕزٕ تتھ نارس منٛز یُس زاٚنہٕ پور گامس ژرارِ شریف کہِ واقعہٕ پتہٕ اکی دوٚہ دِنہٕ آو۔ لُکہٕ ہجومن وُچھ نہٕ زِ یمہٕ کتابہٕ کڈٕ ہوکھ، باقیس گٔژھی زِ ہے فانٕے۔ ووٚنی چھم ییٚتہٕ تہٕ قریب 500 کتابہٕ سومبراوِمٕژ۔ کتابہٕ چھِ دوس تہٕ سوزان تہٕ مٔلی تہٕ چھُس انان۔ کمرس چھم صرف شونٛگنٕچ جاے۔ کتابن منٛز چھےٚ مختلف سٹیٹن ہنٛدی ترجمہٕ کتابہٕ تہٕ

واتان۔

شیٹھن روپین تہٕ چھنہٕ کاٹھہ کتاب مٔلۍ ہنبس تیار۔یہ ہے حال چھُ ساقی صأبنہٕ کتابہٕ آگرنیبس تہٕ تہٕ باقٕے دوستن ہُندتہٕ۔''ونہٕ ونس''،متعلق چون مضمون چھُ سبٹھاہ محنتہٕ سان لکھنہٕ آمُت۔چأنۍ صحت مندی چھُس کانچھان۔میٲنۍ سودِلہٕ وُزیٕمتۍ دُعاے خأر گژھن شُربن بأژن تام واتناوٕنۍ۔

چون بوے

ارجن دیو مجبوٗر

اُدھم پور

11.5.2000

جناب غلام نبی آتش صأب

تسلیمات۔ اکھ تکلیف چھُم توہہِ دیُن۔

مےٚ گژھی درجِ ذیل اطلاع ۄلی پہن سوزٕنی۔ پڑاران روزٕ۔ 90-1980 ء ہنٛدٚبن دہن ؤری ین دوران یمہٕ اہم شعرٕ سومبرنہٕ، کہأنی مجموعہ، ڈراماتہٕ ناولہٕ چھاپ سپزٕ۔ تِمن ہنٛدی ناو مصنفن ہنٛدی ناو تہٕ کتابن متعلق موخصر تذکرٕ۔ 90-1980 ء دوران یِمن کأشرٚبن ادیبن ساہتیہ اکاڈمی ایوارڈ، کلچرل اکاڈمی ایوارڈ یا بیٚیہٕ کانٛہہ خصوصی ایوارڈ میۆل۔ تِہنٛدی ناو، کتابہِ ہُنٛد ناو تہٕ سنہٕ۔ یہِ اطلاع گژھہِ بہ مہربأنی جلد سوزنٕک تکلیف کرُن۔ صحت کیُتھ چھُو؟

تہُنٛد رُت کانٛچھان

ارجن دیو مجبور

اُدھم پوٗر

2.6.2000

ڈیر آتش صأب

تسلیمات۔

أزی کس ڈاکس منٛز ووت تہُند خط۔ کشیرِ آبہٕ کامن آسُن گوٚو گٹہٕ کار۔ اسہِ کتہِ تھٲوی ون سیٚود زِ ان ووپدٕ۔ أندری وۄتھُم ترٛ ہیوٚ۔ بہر حال یتھ نہٕ کانٛہہ علاج آسہِ تتھ کیٛا کری زِ۔ دیس منگو رُت دوٚ کینٛہہ بنہِ۔

آتش صأب، بےٚ حد آوریس منٛز خطس جواب دِنہٕ موکھہٕ چھُس تہُند مشکوٗر۔ دراصل چھےٚ یہِ انفارمیشن جناب ٹی۔ ان۔ رینہ صأبس یم پوٗنہ روزان چھِ، درکار۔ تم چھِ ساہتیہ اکاڈمی خاطرٕ یمن دہن وٚری ین ہُند تواریخ لیکھان۔ دُوٚنٛزٕہن کتابن ہُند اکھ فہرست اوس جناب نشاط انصاری صأبن تہِ سوٗزمُت۔ تہُندِس خطس منٛز چھُ مزید کتابن تہٕ خاص کر ساہتیہ اکاڈمی ایوارڈن ہُند ذکر تہِ۔ بہ سوٗزٕ تہُندِ خطٕچ کأپی رینہ صأبس۔ خطس دستی جواب دِنہٕ موکھہٕ بیٚیہٕ اکہِ لٹہِ شکریہ۔ آلو دراونہٕ وُنہِ۔ ریشی صأبنۍ اوس لیوٚکھمُت زِ تہُند مضمون چھپہِ۔

چون بوے

ارجن دیو مجبوٗر

21.2.2002

جناب آتش صأب

# غزل

''آنگنو وہرأوی دامن ہے وٗلو[۵]''
سنگرو کوٗر زوٗل شامن ہے وٗلو

ناگہِ جوے وٗژھ پرون میچھر بأگران
دوٗر گرٛھہِ ووٗنی گاشہِ کامن ہے وٗلو

پوٚشہِ مرگو گوشہِ گوشے گُل سجأوی
پھوٚلی سنگستانن تہِ بامن ہے وٗلو

ہے وٗلو ریشِٛی وأر چھوٚ پژاران توٚہی
شیٚچھ گرِو شہرن تہِ گامن ہے وٗلو

شورِ امبارن دِمو ژکھ نیرِ کیٛاہ
بس گرِو ووٗنی پامہِ پامن ہے وٗلو

أسی چھِ کأشری بیٚیہِ سمو یکجا اگر

چاک دِیہِ دُشمن تہٕ جامن ہے وٕلِو
از چھےٚ آلو وبتھ دِوان بیٚیہِ پڑأنی پأٹھی
گُلی نژان پیٚو تاپھ بالن ہے وٕلِو
وولسنس آءمژ چھےٚ از سأرٕے کشیٖر
مال گٔری تو موختہٕ مالن ہے وٕلِو
ڈالہِ سۆزِو اکھ أکِس تیخلاصہٕ چے
میل سونہری تیلہِ نامن ہے وٕلِو

ڈِیر آتش صأب: چون مصرعہِ آم خوش تہٕ لیچھم غزل۔ وُچھو کأشُر حُب کیأزی چھُ پھٔٹِتھ نیران۔ لُکہِ ادبس پیٹھ چانہِ کامہِ ہُنٛد ذکر کوٚرُم دِلہِ نیرن وإٔلِس أکِس انگریزی رسالس منٛز۔

چون بوے
ارجن دیو مجبوٗر

22.03.2004

ڈِیر آتش صأب

مرحباتہٕ مبارک

''بےٚ تأہِس انہِ ٹِس کبتھ''ژٕے قسطہ یوٗ زِتھ لیوٚکھم خط۔پتہٕ یِیٚلہِ قسطن ہُنٛد سلسلہِ جأری روٗد دِل گوم شاد۔کأشرِ بن لکہِ بأتن ہِنٛدِ سرمایہ چھےٚ یہِ گوڈنیچ زٕیٹھ سیر پز۔زبان میٹھ،الفاظ سٕتری''جبل، چوٗنہِ، زوٗن،ہیر،لوٕ'' موکلییہِ کتھاہ۔بہ اوٗسس دوٗہیٚ پورِچن کورِبن ہُنٛد روٚو بوزان تہٕ یپارِ وُڈٕ رنکھہِ روزٕ دار کورِبن ہُنٛد سہٕ میچھر تہٕ ارتعاش!موکلییہِ تم گام''سو صفأیی،شہجار،کھلہِ وتہٕ،بونہِ سےٚ چھےٚ نرِ ہنٛز حالت خراب۔ لبُھن چھُم نہٕ بنان۔یم سأری قسط گرٕھن کتأبی صوٗرتس منٛز شایع کرٕنی۔کأشرِس ادبس روزِ سو جان خدمت۔

بہٕ چھُس پریشان۔کرایہِ مکانس منٛز قأد۔علاج کرن والین ہُنٛد چھُم تسلےٚ گوٚمُت۔لبُھن اوٗسُم واریاہ مگر ژٕو چھُم بڑ مان گرٕ گرٕھہِ ہا۔

چون بیمار بوے

ارجن دیو مجبور

جۆم

10.8.2004

ڈِیر جی۔ان۔آتش صأب

اوٚر زُو دوٚر کوٚتھ۔تہنٛد خط ووت۔شُکریہ۔تُہۍ چھِو وۄنۍ بیٚارِ ہائر سکینڈری منٛز تعینات۔مےٚ پیٚو اکھ دوراہ اکھ یاد۔خدمتس منٛز لیوٚ کھمُت میون مضمون ''بیچہاڑہ تب اور اب'' مرازٕ[8] ادبی سنگمچہِ میٹنگہِ۔بچہاڑہ گیسٹ ہاؤس منٛز سیمنار۔پروفیسر شاد صأبنہٕ بتہٕ کھیوٚن۔ساقی صأب تہٕ پُشپ[9] صأب آسۍ حالے حیات۔وبتھ تہٕ پادشاہ باغ[10] یُس جگرس کھٔنِتھ چھُم۔گوٚرۍ[11] وان بازُرک دوکاندار محمد یوسف،یہنٛدِس وانس پٮ۪ٹھ تھکھ اوٚسُس کڈان تہٕ تس سگریٹ ڈٔبۍ ہوان۔امی بازُرک اکھ پُچ یُس ہمیشہِ صاف خألص کٹہٕ ماز پیش اوس تھاوان۔ءکٔتۍ دوس تہٕ آشناو۔دپھ وۄنۍ بیٚور اوس زأنہٕ پورچ شہہ رگ۔شہرٕ کھوٚو انسان تہٕ واڑوواوٚرۍ۔جۆمہِ آیوو تہٕ اتی پٮ۪ٹھہٕ اوس گرٕ گژھُن۔گہے پیدل تہٕ گہے سوار۔ژکدرٕ[12] بابا نصیب الدین غازی صأبُن استان،شینکرٕ نی مکوٚتہٕ لل دیدٕ ہُنٛد سورگس گوٚژھُن۔شرأن کرنہٕ موکھہِ بڈی یارٕ بل،فتاح شِہنٛز وُڈرتہٕ وِجیشوٚر مندر۔أتھی ءتۍ وابستہٕ پرون تواریخ۔

ازکل کیاہ چھُکھ کران۔اگر وۄنۍ بیٚارِ کأنہہ پرٛون لیکچرار اوس میٲنۍ وٚنۍ زبس سلام۔سأرۍ سےٚ وۄنۍ بیٚأرِس میٲنۍ أہی تہٕ دُعاے خأر۔چأنٛس

خاندانس ہُر برتہٕ بجر۔

چون بوے
ارجن دیو مجبوٗر

جۄم
20.6.2004

ٹاٹھہِ بابہِ آتش صأبہٕ

اۄرزُوتہٕ دۄرکۄٹھ۔ترقی تہٕ خوشحألی۔

زُوچھُ دوہہ پتہٕ دوہہ ڈلان۔دۄہُم خبر چھا کال[۱۳] دِیا وَق لبکھنس،
اوے لبکھہٕ یہِ چِٹھی بطورِ وصیت۔اگر پلی پتہٕ گژھہِ یہِ سارِنٕے تام واتہٕ
ناوٕنی۔میأنی زندگی رۄز جدوجہد۔یێلہِ غریبی اُس تێلہِ وٕرِش اوس
سوکھ،یێلہِ غریبی کم گیہِ دوکھوٗگری اُلی۔وطن پیوٚ وتراوُن۔تاپہ کراین منز
پیوٚ ودزُن۔کانٛہہ تہِ کأشُر چھنہٕ اۄر۔خودِ کٔشیرِ منز کوتاہ خۄن وۄتھ۔کتھن
مأنزِ گلبن گوٚوفان تہٕ کتی گرٕ گیہِ وُجارٕ۔کٔشیرِ نبر رۄدی نہٕ کأشری سیوٚد۔
سرپھو کھیٚیہِ،دب لگنہٕ ستی گیہِ ناخأز،دادبو گرِکھ اُلی۔حأدی ثاتن ہٕندی
شکار گیہِ۔اڈٕ ژٕٹی گیہِ تہٕ یم زندٕ چھِ تِم چھِ دُکھی۔

میأنہِ طرفہٕ گری زِ کٔشیرِ ہٕندبن کروڑبدی وٕری پڑانبن شینہٕ بالن،
آبہٕ کولن،خاص گرِتھ وبتھہِ،ویشوٕ،رٕنبی آرس،مدھومتی،سہند،ڈلس،

وولرس تہٕ ساسہٕ بدبن ناگن، آبہٕ جوین، سبز گاسہٕ مأدانن، پوشہٕ باغن، ژۄنٛٹھۍ پھُلیہٕ، دۄرِ پژبزلوٗنہٕ ژٕنٛی پھُلیہٕ، دپھ کٔشیرِ ہٕنٛدِس زرس زرس میٲنۍ اٲخری سلام تہٕ نمسکار۔

زندگی یِوٚ دوَے سبٹھاہ حسین چھےٚ مگر پژٕتھ کانٛہہ چیز فنأیی ۔مےٚ اگر کانٛہہ دوہہ سیوٚد کوٚڈ، کینٛہہ لیوٚکھم، پوٚرُم صرف ماجہِ شاردایہِ ہٕنٛزٕ اٲہی تہٕ خوبصورت قودٕژ ہٕنٛدِ درمہٕ۔ییٚلہِ یور دراٲس تمہِ بڑ وٕنٛہہ وٕری کھنٛڈ گنٛڈنم شکل زِ بہٕ وُچھکھ اکِہ لٹِہ دیوی دار[14] تہٕ استان۔ چنانچہ گوس پربت ژکریشوری، درگاہ حضرتبل، شاہمدان صأبُن تہٕ بیٚیہٕ کینٛژن جاین۔ ژٕ گوھکھ حأران زِ ییٚلہِ بہٕ سرینگرٕ دِلاور خان جایہِ ملٹی پُرپز ہائے سکولس منٛز پران اوُسس بہٕ اوُسس ژھوچہٕ وتہِ کألی دیوی کِنۍ شاہمدانؒ ڈیڈِ منٛزی نیران۔ ڈیڈِ پیٹھ عربی زبأنۍ منٛز سوٗنہری میلہِ ستۍ لیٚکھِتھ آیات اوُسس وُچھان تہٕ دُعامنٛگان زِ بہٕ گوٚژھس پژٕتھ امتحانس پاس گوھُن ۔تہٕ ایم۔اے۔بی ایڈس تام چھُس نہٕ زانٛہہ فیل گوٚمُت۔ وألد صأبس پنڈت کیلاس رام کولس اوس وسہٕ زِ بہٕ گوٚژھس پرُن۔ میٹرک کرنوونس تہٕ نہ اوس شہرٕ ڈیرٕ تہٕ نہ کالج گژھہٕ نس سمٛنب فیس۔تیٚلہِ اوس کالجس منٛز جان فیس دِیُن پیوان۔یہٕ چھےٚ ملک ہٕنٛدِ تقسیم گژھنہٕ بڑٕ وٕنٛہم دٔلیل۔بہٕ چھُس خوش قسمت زِ مےٚ وُچھ لوہورتہٕ اتہِ رۄزُس ترٛبن وٕری ین۔سو وَتھ یوسہٕ وبتھہِ ستۍ ستۍ نیلم وادی منٛزی راول پنٛڈہِ اٲس

گوٗھان۔تتھ چھُس ءکرِ پھِرِ لاری منٛز پوٚ کمُت۔

سأرِ ے سرگذشت کتہِ لکھِ ہ۔سرینگرِ چھُم 1947ء بڑ وٗنٹھ رژھِ رژھِ وُچھمُت تہٕ چھووٗمُت۔زنانہٕ،شُری تہٕ مردأسی ننہٕ وأری پر بتھ گوٗھان۔سُہ تہِ صحیح پانٛژِ بجہٕ۔أٹھ میل سفر کرِتھ واپس گرِ واتان تہٕ سکوٗل نیران۔شُپین ، ویچِہ بیور،اننت ناگ،مٹن ،ورٕمُل ،سوپور، بنڈِ پور، گلمرگ، پہلگام، کونسرناگ،اہرِ بل،کولہِ گوم،ہانٛد ،اوکُر ،ہال، پُلوٗوم، ٹینگہِ پُن،غرض شُمارٕ بٔدی گام تہٕ صحت بخشن وألی مقام چھِم ازتہِ چشمن منٛز نژان۔خاب اے وُچھِ،فقط چھِم ہمسایہ تہٕ دوس نظرن تل نژان۔

ژُر واہٕ ؤری گیہِ کولہِ یا ناگس منٛز سران کرنس بونہِ ہوٕہس بہنس یا وٕیر وارس منٛز أڈِتھ شہُل کرنس۔جاے زأجکھ معہ کُتب خانہٕ۔مگر میأنِس دِلس منٛز چھےٚ وُنہِ ترٛشہِ پژھ مےٚ پنُن خوٗن کڈِتھ بناؤمٕژ أس۔أزی کہِ پأکستانہٕ علاوٕ چھُس دِلہ،پٹیالہ،امرتسر، جالندھر،ہوشیار پوٗر، دھرم شالہ (ہماچل)،جوالا مُکھی (کانگڑہ)پوٗل، چامُنڈا تہٕ دھرم شالہ تالہِ پٹھ بودھن ہنٛز رہائش گاہ،پونا،دکن،رجنیش آشرم،اجنتا،الورا،اودے پور تہٕ بیٚیہ کینٛہہ شہر(راجستھان)میسور، بنگلور، سومناتھ مندر،قبر[15]۔سُہ راجہِ میسوٗرُک ٹیپوٗ انگریزن خلاف لوٚڈتہٕ 50 ہن گوٗپھہِ کمرن منٛز انگریز قأد تھأوی۔ بمبیہِ ہُنٛد وِشال سمندر اتکی Revolving ہوٹل بیترِ جاین پھیوٗ رمُت۔ مگر کٔشیرِ ہش خوبصورتی آیم نہٕ کُنہِ لبنہٕ۔سارِنےٚ کأشرِ ن أسن یہِ ٹأٹھ

تہٕ تواریخی پتھر مبارک۔ میٲنہِ طرفہٕ گٔری زِ کُنہِ دوہہ صُبحے مٹن مارتنڈ مقامہٕ پیٹھٕ نژوٗنہِ وٲدی گلٕی گٔنڈِتھ نمسکار تہٕ سلام۔

(کینٛہہ ہندی لکھاری، یِمن جان ناماوٲری چھےٚ، چھِ آمٕتی، بہ نیٛرِ تِمن ہٕتی بیٹھکہِ منٛز کتھ کرنہِ)۔ اتھ محفلہِ منٛز آو چانٛہن تِمن بٔہن ریڈیو فیچرن ہُنٛد مفصل ذکر یِم ریڈیو پیٹھٕ نشر گییہِ۔ چانہٕ کُلہم کامہٕ ہٕنٛدی گٔری مےٚ اتھ محفلہِ منٛز تعریف۔ ٲرنہِ مال کتاب ٲسم سوٗزمٕژ۔ اگروٲ ژھِمٕو آسہِ نہٕ تیٛلہِ گوٗڈہِ کُنہِ دوہہ اکاڈمی ہٕنٛدِ بُک شاپ سرینگرٕ پیٹھٕ نَتہٕ مےٚ چھےٚ کینٛہہ کتابہٕ تھوٚمٕژ۔ موٗلہٕ نہٕ Complementary۔

ہندی ادیب ٲسی مےٚ ہٕتی اکھ روبرو پروگرام کٔرِتھ، کٲشرِس میٲنہِ کم کاسہِ خدمژ متعلق بوزُن یژھان۔ بیٚیہِ ٲسی ونان اکھ کٲشر کتاب اجرا کرنہٕ موکھہٕ۔ یِم ادیب چھِ سٲری کٲشری۔

چاٮ۪نس لیٚڈرِ بٔتھس پیٹھ پِھم ہٕتی شام گُذٲرمٕتی۔ تتھ دمس تام ٲس نہٕ اسہِ پانہٕ وٲنی زان پچھان گمٕژ۔ مےٚ چھےٚ وُنی کنہِ اکھ تواریخا یادپوان کوتاہ لبکھہٕ۔ خط چھُنہٕ زیادٕ تفصیلات ژالان۔ گوڈٕ چھُ خط پتر لبکھنُک کلچر ختمے گومُت۔ ہٕتہِن حضراتن چھُ خطس جواب دِیُن بارِگراں باسان۔ فونس پیٹھ چھِنہٕ خطکی پٲٹھی کتھ کرنہٕ یِوان۔ خط چھُ سانہٕ ادبی علمُک اہم صنف۔ غالبؔ سٕنٛدی خط چھِ اعلیٰ ادبس منٛز شامِل۔

تماہ چھُم کھُلہٕ ڈُلہٕ کرٕ ہا کٔشیرِ چکراتہٕ سارِنٕی دوستن، یارن، ادیبن،

ادب نوازن تہٕ سیّد بن سادن گریستن ہمہٕ ہا خبراہ۔ کٲشیر رٹہٕ ہَن نالہٕ متہٕ۔ مگر یم چھِ جذبات یہِ کتھِ گوٗھہِ پوٗرٕ۔ ناممکن کتہٕ چھُ ممکن بنان، أزی کس دورس منز۔ تیٚلہٕ اگرمےٚ کانٛہہ یِتھ کتھ ونہٕ ہے بہ دپہٕ ہس ووتھ بہ یِیے ستی۔

بہرحال میانین ادیب دوستن، تھدبن تہٕ بڈٕبن، بُزرگن تہٕ جوان سال ادیبن میٲنی مایہٕ بٔرٕژسلام تہٕ دعاے نیک۔ تم سٲری تھٕدِن بٔڈِن تہٕ کاشُرِس ادبس جٔرِن لال۔ ناوہمہٕ ہا تہٕ کتہٕ ہن ہُند ہمہٕ۔ کانٛہہ اگر مٔشِتھ گوم تس لگہِ دِلس۔ پنہٕ ننن گامہٕ کین، گامہٕ وتن، کھہن، ڈاٛنجن، ڈارن تہٕ نارن، وُڈرن تہٕ بالن میٲنی مایہ بٔرٕژسلام۔

کٲشِرِ ہندبن نظارن یوسہٕ نظر لٔجمٕژ چھےٚ۔ یتھ خوٗنہٕ طُفانس منز کٲشیر ولنہٕ آمٕژ چھےٚ، سُہ طوٗفان گوٗھن وٗلی وٗلی ختم۔ پرنہٕ، عرفانہٕ، کامہِ کارٕ تہٕ لکھنہٕ ورأے مہ روٗزن سٲری سے برصغیر ہندوستانس کانٛہہ پریشانی۔ وتہٕ گوٗھن یلہٕ۔ دِلن پھیرِن میچھر تہٕ مایے، محبت کٔرن رٕقص۔

ویجِہ بیٲرِ (ادبی مرکز) مرزا ادبی سنگم، شُپینہٕ تہٕ پنہٕ گرِ منعقد کرنہٕ آمٕژ شعرِ محفلہٕ چھم وُنہِ یاد۔ کلچرل فرنٹ، کلچرل کانگریس، کلچرل کانفرنس تہٕ کٕنہٕ ادبی تنظیمہٕ چھم أچھن تل۔ تماہ چھم سٲری ادیب جموں وکشمیر تہٕ لداخکی سمہٕ ہن تہٕ وژھہِ وأنجہِ کرِ ہو کتھاہ باتھاہ۔ سون تمدن چھُ بےٚ حد موٗلُل یُس مےٚ زٕوٕ کھوتہٕ ٹوٹھ چھُ۔ بہ روٗدُس وُمرِ أتھی لول بران۔

ڈوٗلُس نہٕ زانٛہہ۔ہاں وطن تراوُن پیوٚم سبٹھاہ دروٗگ زٕنتہٕ تِلہٕ کرایہٕ
یوٚ رہس بِنا گُنہِ جُرمہٕ۔یہِ دَگ روزِ توٚ تانی یوٚ تانی بہ زندٕ چھُس۔تماہ اوسُم
گٔشیرِ متعلق اکھ ناولیٹ لکھٕنس۔خبر پیاہ بامل، توٚ پتہٕ، کسے کارِ دُنیا تمام نہ
کرد، کٔمی ہیوٚک تہِ سورُے پوٗرٕ کرِتھ یہِ تٔمِس تمناہ اوس ۔ے روٗدنہٕ
پوٗنسن،کارن تہٕ بنگلن ہُنٛد کانٛہہ تمناہ۔نبک ٹے چھُمنہٕ زانٛہہ لأجموٗ۔فقط
اوسُس یژھان مختلف تمدنی علاقہٕ وُچھِنۍ۔پھیرِن تھورِن،کم کاسہٕ جان
کھٕنن کھیوٚن۔لۆکن ستی بے پھٕرک کتھاہ باتھاہ کرِنۍ۔(یہِ ووٚنی ممکن
چھُنہٕ )تہٕ نوٚ نوِ کتابہٕ پرنہٕ تہٕ کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ لکھُن۔پتٕمین ترٕ ہن
وٕری ین یمہٕ کتابہٕ چھاپیم تمہٕ چھےٚ کرشن رازدان (ساہتیہ اکاڈمی)،
رائل سانکر تیاین (ساہتیہ اکاڈمی) ژور شعرِ سومبرنہٕ،دشہِ ہار، دزٕ وٕنی
کوسم،اوٚبرٕ شیٚچھ (ترجمہٕ)یٔدٕ سمیکیٔ،تیوٚل امہِ علاوٕ پتہٕ بزٕونٛٹھ لالہِ لکھمن
(کُلیات) بھاشا جوتی (ہیٚندی کاشُر ٹیکسٹ بُک،میسور) تحقیق (تحقیقی
مضمونن ہنٛز سومبرن) کأشرِ ن نظمن ہُنٛد انگریزی ترجمہٕ: Leaves of
chinar (بذریعہ آر۔کے۔بھارتی (۲)Waves زٕ ایڈشن۔
میانٛین قریب 30 ہن نظمن ہُنٛد انگریزی جامہٕ۔یمن ہُنٛد ترجمہٕ کار چھُ
میون دوس درویش صفت پروفیسر اروند گگواودھم پور۔(اروند گوٚو
پمپوش) ایڈسن کتابہٕ ہُنٛد شاندار کتأبی صوٗرتس منٛز اُردو ترجمہٕ 140 صفہٕ۔
کوٗشُر ترجمہٕ راج ترنگنی یکُم تہٕ ترٕ ییُم ترنگ۔نیل مت پورانک اردو ترجمہٕ

زیرِ کار۔اُرنہِ مال۔ڈاکٹر آر۔ال۔ بھٹ صابنہِ ذٔسی مےٚ متعلق لکھنہٕ آمتین قریب ژٕہن مضمونن ہنٛز انگریزی سومبرن۔شیخ نورالدین نورانی صابنین شُرکین ہُنٛد ہِنٛدی ترجمہٕ۔کوشُرنوٚ و شعرٕ مجموعہ(زیرِ ترتیب)بچھِن لایق کتھہٕ(چھاپ گژھنے)اردو کشمیری ریڈر(کشمیری ڈیپارٹمنٹ ذٔسی منظورگژھِتھ چھاپ گژھنس پرٛاران)مضمون ،ریڈیوفیچر،ٹی وی پروگرام، سیمنار،ورک شاپ تہٕ توتہِ کیٛا کوٚرُم۔رایٹر چھُنہٕ ژٕنہِ لکھنس پٮ۪ٹھ ہندوستانس منٛز زندٕ روٗزِتھ ہیکان۔ کاشرِس نہ چھُ پبلشر تہٕ نہ ریڈر Reading public لُکھ ووٚنی گرن منٛز بچھِن غلط انگریزی ہیٚچھناوان۔

خط کتہِ پوٚک تہٕ کوٚت ووت۔یِلہِ خیالن ہُنٛد یُپ آسہِ تہٕ کاغذ کتہِ درِ۔بہٕ چھُس یہِ بدقسمتی زانان زِ بہٕ روٗدُس اُخری واُنسہِ اکثر اُدھم پورتہٕ ووٚنی جوٚمہِ۔یِیتہِ کیوٚ اُدبیو گرمےٚ پرٛنہٕ پٮ۪ٹھی قدر،اخبارن منٛز چھپے یہِ انٹرویو۔خبرٕ تہٕ مضمون بیترِ۔مگرتورٕ کوٚرُم نہٕ کینٛہہ۔بہٕ چھُس جوٚمہِ کین ڈوگری،ہِنٛدی، اُردو،پنجابی تہٕ یِیتہِ روزان سارنٕے کاشرٕن ادیبن ہُنٛد تہنٛزِ مایہِ تہٕ قدرِ باپتھ بےٚ حد مشکوٗر۔

بہٕ اوٚسُس اولے گرِکی گتہٕ گیری ہینہٕ اوٚنمُت۔یہِ روٗدچالو زندگی ہاُرم نہٕ پکان روٗدُس،دوس گرِم شُمارٕ بٔدی حاصل،اُڈی چھِ قلمی دوس،یِم نہٕ زانہٕ کھٕے،مُلکہِ چھِن باقٕے زبانٕن ہنٛدٕن لیٚکھن ادیبن سٟتی چھےٚ خط و

کتابت جأری۔حال حالے چھِ اورنگ آبادٕ کی (مہاراشٹر)روزن وألی لکھأری ڈاکٹر راج کل بوراہن پننہِ کتابہِ منز میأنی نو خط تہٕ اکھ انگریزی مضمون شایع کۆرمُت۔أمِس اوس مےٚ لیۆکھمُت ژٕ کرتہٕ بھارتی زبانن ہٕنزِ کاشرِ ماخذٕ چ کتھ سرٕ کھرٕ۔کأم چھنہٕ شروع گرٕمژ۔جہٕ خوتۆن چھےٚ تتھ کتابہِ منز مےٚ سدٕہن صفن پیٹھ شأمِل گرٕمژ یوسہٕ شُرأہمہٕ صدی ہُنٛد ہندوستأنی ادب نأوی چھپان چھےٚ۔اِنٹرنیٹس منز چھُ میأنین کیٛنٛژن کتابن تہٕ مضمونن ہُنٛد مواد موجود۔

بہرحال ژٕ روزتم وارٕ۔ژےٚ گرتھ کأشرِچ شاندار خدمت۔تم گوشہِ گأشرأوی تھکھ یم نہٕ کأنٛسی گأشرأویٕمتی آسی۔مےٚ لایق کانٛہہ کأم آسہِ بلا تکلف گوژھہِ لیٛکھنہٕ۔گھرِ چھم زُ واژان تہٕ گھرِ نیران۔ژٕ چھکھ اتھٕ چھُم سلامت۔اِموکھہٕ چھُس کھوٕرٕنٛر للنأوِتھ لیٛکھتھ ہٮ۪کان۔یہٕ مےٚ مٔشتھ آسہِ گۆمُت تتھ گیہِ معأفی۔بُجر چھُنا۔ماجہِ کٔشیٖر ونہٕ وُن،لُگہٕ بأتھ تہٕ مایہِ ہُنٛد خزانہٕ ارپن۔

چون بوے

ارجن دیو مجبور

۱ ناٗنل، مراز علاقُک اکھ گام۔ ۲ اوگر، مراز علاقُک اکھ گام۔ ۳ لیڈر، مشہور دٗریاو، یُس شیش ناگہ منٛز نیران چھُ۔ ۴ محی الدین ریشی، کاشُر افسانہٕ نگار تہٕ اطلاعات محکمہٕ کہِ آلو، رسالُک سابقہٕ ایڈیٹر۔ ۵ ژ کہِ چھُ میٲنہِ اکہِ غزلُک شعر یتھہٕ پاٹھی

وۆڈ لرِو اسہِ راٗژ منٛزے باٗژ راٗوی
آنگنٕ نو وہراٗوی ژٕھری دامن دٔلو

خبر مجبور صاٲبس رٕکتھہٕ چھُ مغالطہٕ لۆگمُت زِ مصرعہ چھُکھ یتھہٕ کٕنی بدلوومُت۔
''آنگنو وہراٗوی دامن ہے دٔلو'' تہٕ اَتھی طرحس پیٹھ چھُکھ غزل لیۆکھمُت۔
۶ زاٗنہٕ پورٕ ٹیک اکھ محلہٕ۔ ۷ مراز ادبی سنگم ویجہٕ بیور، وُہمہِ صدی ہٕنٛدِ سٕتمہِ دٔہلِچ اکھ فعال ادبی تنظیم ۸ شاعر، محقق تہٕ نقاد پروفیسر غلام محمد شاد ۹ پروفیسر پریتھوی ناتھ پُشپ تہٕ موتی لال ساقی، ادیب، محقق بناٗقدتہٕ عاٗلم۔ ۱۰ ویجہٕ بیارٕ ٹیک باغِ داراہ شکوہ۔ ۱۱ ویجہٕ بیارٕ ٹیک اَکھ اہم بازر۔ ۱۲ چکرِ در، ژکدر وُڈر، ۱۳ کال بہ معنی موت۔ ۱۴ ادبٕ وین ہنٛد روزنٕچ جاے۔ ۱۵ مجبور صاٲبن چھےٚ اتھن جاے خاٗلی تھٲوِمٕو۔ شاید ما آسہِ ہا تٔنٛد مطلب ''ٹیپو سلطان سنٛز قبر''۔

☆☆☆

# ارجن دیو مجبوٗر
# یُتھ بہٕ زانن

اعجاز غلام محمد لالو

زأنہٕ پور گام چھُ وینجہِ بیٛور شُپین سڑکہِ پیٹھ اکھ یوٚڈتہٕ خوبصوٗرت گام۔ جایہِ جایہِ صاف شفاف ناگ،چھجدار ہتہٕ واد بونہٕ، سبزارتہٕ ویرِوارچھِ امہِ گامچہِ شوٗبہٕ ہُر برکران۔یہِ گام چھُ تأریخی اہمیتک حأمل تہٕ ازتہِ چھُ امہِ علاقہٕ کین گامن منٛز مرکزی حثیت تھاوان۔یہِ گام چھُ ہمیشہِ ہندوٗ مُسلم بأے چارُک تہٕ علم وادبک سنگم روٗدمُت۔أمۍ سرزمینن چھِ وارِیاہ سمأجی،سیأسی تہٕ ادبی آدم پأدٕ کٔری مٔتۍ۔

أتھۍ گامس منٛز اوس سانہِ کأشرِ شعروادبک پزٕ بزٕلوٗن تارُکھ جناب ارجن دیو مجبوٗر روزان۔تِم أسۍ اکھ بسیار جہوٗل ادبی شخصیت۔یِم چھِ شأعر،نقاد، محقق، مترجم،افسانہٕ نگارتہٕ تأریخ دان ییتر۔یِم روٗدۍ لوکچارٕ پیٹھے کأشرِس شعر و ادبس پننہِ علمی بترِ مطأبق خدمت کران۔ہندی زبأنۍ ہُند اکھ مستند تہٕ معتبر عألم آسنہٕ کِنۍ کوٚر تِمو کٔشیرِ ہِندِ تأریخُک تہٕ ثقافتُک تحقیقی مطالعہٕ تہٕ کأشرِس تہذیبس تہٕ شعروادبس منٛز کوٚرُکھ پننن

تجرُ بن ہِنٛدِ ہرترٕ ستی بُرٛزر۔

مجبوٗرصأب أسی اسہِ عمرِ کنہِ تہٕ تجربہٕ کنہِ تہِ زِٹھی اِو سببہٕ أسی یِم یِمن علم و ادبہٕ چمن محفلن ہِنٛدی روٗح روان آسان۔یِمن مجلسن منٛز آو اسہِ تہٕ سانین شأگردن سبٹھاہ کینٛہہ ہیٚچھنُک موقعہٕ۔نتیجہِ دراو زِ سانیو شاگردو منٛزٕ چھِ وُنی کینٛہہ جان شأعری کران۔

مجبوٗرصأب اوس ازلے کأشرِ تہذیٖبک تہٕ ادبُک ژُکھ در، اوٚکنہِ روٗدی یِم لوکچارٕ پیٹھے مختلف ادبی تنظیمن ستی سرگرمی سان وابستہٕ۔یِم أسی جنوٗبی کشیٖرِ ہنٛزٕ أکس قدآور ادبی تنظیمہِ ہِنٛدیو بأنی کارو منٛزٕ۔اتھ بجہِ ادبی تنظیمہِ چھُ "مراز ادبی سنگم" ناو۔

یِم أسی کأشرِ ادبہٕ علاوٕ ہِندی، سنسکرت تہٕ انگریزی زبان جان پأٹھی زانان۔فارسی زبأنی ہُنٛد مطالعہٕ آسنس ستی ستی أسی ڈوگری زبأنی ہُنٛد تہٕ حسبِ ضرورت مطالعہٕ کران۔یِہُنٛد ادبی سرمایہٕ وُچھان وُچھان چھُ نتان زِ زبان سأزی ہِنٛدِس شُعبَس منٛز چھِ یِمو قأبلِ قدر کأم کرٕمٕژ۔کأشرِس منٛز ہِندی الفاظ تِتھہٕ پأٹھی شوٗبہِ شان ورتاوِنی زنتہٕ یِم کأشری چھِ أسی ٕتی چھُ مجبوٗرصأبنٕ کمال۔یِم الفاظ چھِنہٕ عام طور غأرضروری تہٕ گوٚبٕ باسان۔ زگت،زیو، کلپنا، سادک، سہز، آتما،آنند،ست پرش،نیتی،زیو ذاتھ، سمادھ سادنا،لُکہٕ وو پکار،مانوتا، اشانتا، گیانہٕ آگر،سمسار،کروٗد،کایاتہٕ پتھی ہوی ہتہٕ بٔڈی لفظ چھِ سانہِ کأشرِ زبأنی باگہٕ بُرٛژ بناوان۔

شأعری منٛز تہِ أسی مجبور صأب ہرفن مولا، غزل لکھہٕ ہن تہٕ لامثال، نظم ونہٕ ہن تہٕ جوٗرِ ژوس، ترجمہٕ کرِہن تہٕ اصل۔

ساپہِ سورٕملی آیہِ غم وُزناونے
کھوٚت شفق آکأشی رنٛگ وہراونے

وقتہٕ کِس رأچھِس ؤنِونا لوٚت کرُن
نیرِ ہے مجبوٗر لُہرا تراونے

''وُبوٚ دُر'' نظمہِ منٛز چھُ مجبوٗر صأب منأسب لفظت ورتاوِس أنتھ أزی کہِ وٕتھکی رنٛگ سبٕٹھاہ خوٗبی سان نقشاوان۔

نہ ونس وار تہٕ نہ ژھوپہٕ کرنس
پھہرنس میکسی تہٕ یزارس بٕلُو باٹم

انگریزی میڈم کٔنن خابن منٛز
لل دید ودان، علمدار نالان
شعر گرِ کلس پیٹھ تِلہِ روٗس ژونٛگا ہیتھ۔

کأشرِ ادبُک اکھ باگہِ بوٚرت محقق آسنہٕ کِنی پیوٚو أمِس توٚت توٚت واتُن۔ یِتھٕن یِتھٕن أمِس کانٛہہ پرٕون شعری تہٕ ادبی سرمایہٕ میلنُک پتہٕ لگان اوس۔ یِتھٕن یِتھٕن أمِس کأشرِ تہذیبکی قدیم آثار حأصل کرنٕکی امکان نظرِ گژھان أسی۔ سُہ ووت کاترُس کولگوم پنڈت آنندرام سُنٛد

گرٕ۔ ویجہٕ بیوٚر دومودرکول سُند گرٕ، ژولگوم لالہٕ لکھمن سُند گرٕ، سہٕ ووت سبمتھن آثارِ قدیمہ وُچھنہٕ، وۄنتی پوراونتی ورمن ہنٛدی تعمیر کرٕ یمتی مندر وُچھنہٕ، جۄم تالاب تلو ویشنہ رازدانہٕ لیلایہٕ تہٕ دھارمِک شاعری سام ہینٛہٕ۔ تمِس پیٚو ڈاکٹر اقبالنٛبن اسلافن ہُنٛد زادبوم وُچھنہٕ کولگوم گوژھن۔ تمٕی کوٚر میسوٗرک دورٕ کٕرِتھ کاشرِس ادبی سرمایس تحقیقی بٕرژر۔ ہماچلک سائل کرنہٕ وِزِتہٕ اوٗسس پٮ۪ن ماٛدان یعنے کاشُر تہذیب نظرن تل۔ کٔشیرٕ ہنٛدِس چپس چپس پھیرِتھ کٔرِن ادبی موختہٕ پھٔلی جمع یم از اسہٕ برٛونٛہہ کنہٕ چمکدار موختہٕ مال بٔنِتھ سون ادبی دُنیا گاشراوان چھِ۔

بٲتھ یوٚ دوَے جان آسہٕ، عام پرن وول چھُ کمے پٮ۪ہن حظ ٹلان۔ مگر یٮ۪لہٕ کمزورتہٕ کم پایہٕ بٲتس تہٕ جان گوٚن وول پننہٕ مٔدرِ ہٹہٕ گیوٚ بوزن وول چھُ وجدس یوان تہٕ داددِوان یتھے پٲٹھی چھُ اکھ جان نقاد کاٛنسہٕ ہنٛدِس فن پارس لرٛھہِ گامتہٕ موٚختکی پٲٹھی چمکاوان۔ مجبوؔر صاب چھُ پنڈت آنندرام بٹ ہنٛدِس "کاشُر ہری تارا" ہس پیٹھ تحقیقی مقالہٕ لیکھتھ أمِس گُمنام شاعرس سُہ مقام عطا کران ییمٕیُک سُہ حقدار اوس۔ یہٕ مضمون پٔرِتھ ووتلہِ ہر کانٛسہٕ شوق زِ سُہ پرِ یہٕ منظوم کتاب تہٕ ٹلہِ امہٕ شاعری ہُنٛد حظ۔

وادی کٔشیرٕ ہُنٛد حُسن وُچھِتھ چھُ پردیسین دِل لۄبان۔ ییمٕیُک بٲے چارٕ چھُ مہاتما گاندھیس دِلس تھچھ کران۔ یوہے وطن ترٛاوِتھ گے

کاُتیاہ ژلنس پیٹھ مجبور۔ییتہٕ تمن مخاُلف آب و ہوا متضاد ماحول تہٕ نہ
ویہ وُن ہمسایُت بُتھہٕ پیوٚو۔اتھ مجبوری ہٕنٛدِس دولابس منٛز آو شری
ارجن دیو مجبورتہٕ ہینہٕ۔فنکار چھُ جادے حساس آسان،اُمی سٕندٮ۪ن تمام
ورگہٕ کنٮ۪ن لیکھن منٛز چھ ٹاٹھہٕ وٕچھنٛج مجبوری ٹاکارٕ تہٕ گاہے چھُ یہ سوٗرے
آرٹکل یانظم اُتھی محورس أنٛدی أنٛدی گتھ کرناوان۔مجبور صأبُن افسانہٕ
''ہارس تہٕ کوٚرُن ونٛدٕ''چھُ امہٕ قبیلُک بہترین نموٗنہٕ اتھ افسانس منٛز چھہٕ
پٔژی پأٹھی نالن نے تہٕ فرٔیادن لے ہیچ ہمٕژ۔گرٕ نٕشہٕ دوٗر أسِتھ چھُ
انسان راتس(خابس منٛز )پٔننے گرِ آسان۔سُہ گرٕ تہٕ سُہ وطن ییتھ منٛز
انسانن زندگی ہٕنٛدی مٔدری تہٕ میٹھی ژِہی گذأرِمتی آسان چھہٕ۔ییتھ متعلق
أکی فارسی شأعرن وٕنمُت چھُ۔خارِ وطن از سنبل و ریحان خوشتراست
پوٚشہٕ کُنٛج چھہٕ امہٕ افسانٕچ مرکزی کردار یوسہٕ نہٕ صرف روٚتلی خابن منٛز
پٕروارِ منٛز آسان چھےٚ بلکہٕ چھُس پٔنُن وجود پٔژی پأٹھی تٔتھی ماحولس منٛز
باسان ییتہٕ سو دراٚمٕژ چھےٚ۔سو چھےٚ تی ژینان تہٕ ونان یہ تمہٕ وأنٛسہٕ
وُچھمُت تہٕ کوٚرمُت چھُ۔دراصل چھُ افسانہٕ نگار کأنٛسہٕ ہٕنٛزِ زبأنؠ پنٕنے
اوٚندرٕ وٕن ظأہر کران مختلف منظوم نظم پارن منٛز تہٕ چھُ جایہٕ جایہٕ امہٕ
سو کھہٕ راوے ہٕنٛدِ دوکھُک اظہار کران۔

منٛگ سنتوش راوی تتھ زمانس بٮ۪ن ییتھ رأچھ در بندوٗق شمشیر
وٕتن پیٹھ ''چأکی راوٕ'' کھوٚلی دفتر پکن والٮ۪ن ونان بوٚزِو دنا سپر

سیٚنٛمن سیر بن سٔنٛتھ مجبور حاران        چھےٚ یتھ مندورِ ہٕج مااولہٕ چی سپر

مجبور صاب اُسی ہمیشہِ وقتہٕ پنٛنہِ کٕٲمن ادیبن ،شاعرن تہٕ باقے فنکارن ستی رابطہٕ تھٔوِتھ سارِنے ستی رٔتی تعلقات تہٕ یہند بن فن پارن پیٹھ رٔودی بے لاگ تبصرٕ کران۔قونونِ قدرت مطابق چھُ پزٕ بتھ زُوذ اٗز موٚتی شربتھ چینٛی پوان۔یاردوست گذرنس پیٹھ چھُ مجبورصابن تتھہٕ پاٹھی دوکھک اظہار کوٚرمُت یتھہٕ پاٹھی نہٕ اکھ خوٗنی رشتہٕ دارتہِ کرِ۔ غلام رسول سنتوش چھُ ییمہِ دُنیاہ منٛز نیران تہٕ مجبورصاب چھُ قلمہٕ چہِ زبوِ وبد اکھ دِوان۔یہُند مضمون ''آدم سُہ موٚدُر شاعروفنکار بے بہا''چھُ شیرازس منٛز چھپیومُت۔سنتوش صابُن دیُت کُس مُشراوِگر امہِ دِتیگ شکریہ اداکرُن تہِ چھُ کاشرِ ادبہِ کِس طالبِ علمس ،شاعرس،مصورس تہٕ ادیبس فرض بنان۔سنتوش صابس ستی قربت آسنہٕ تہٕ یہندی فن پارٕ زیرِ نظرتھٔوِتھ چھُ مجبورصابس یہِ جُدائی وانٛجہِ تچھن ٹلان''ریشمی پھمرن تہٕ سُمرن یا تسبیح لاگتھ چون قدوقامت یتھ اندر چانٛی ہمہ جہتُل شخصیت ژھٹہٕ اُس ماران پھُم وُنہٕ اُچھن تل..........ہے میانہِ ٹاٹھہِ ژٕ کیازٕ ژوٗلکھ یوٗت جل جل......شاید کوٚرکھ نہٕ ژےٚ کشیرِ ہُند تازٕ گدرُن برداش''تہٕ مقالُک اٰخری جملہٕ چھُ یہِ''سنتوش اوس کاشرتہٕ اوٗ موکھہٕ پزِ اسہِ تتھس قدآورفنکارس ،مصورس تہٕ مُفکرس تہٕ مُشترکہِ تمدن کِس ریشس ہرہمیشہِ لول برُن۔''یتھہٕ پاٹھی ادب نوٲزی تہٕ ادیب شناسی

ہُنٛد باس دِوان۔

کٲشِرِ ہِنٛدِس تأریخس ،زبٲنؠ تہٕ تہذیبس پیٹھ چھُ مجبور صأبن وِزِوِزِ قلم تُلمُت تہٕ پنٕنؠ موٕللی تحقیقأتی سرمایہ اسہِ تام واتناوِی مٕتؠ۔ ''کٲشرزبان تہٕ پرن وألی'' چھُ عنوان۔ مجبورصأبنہِ اکہِ تحقیقی مقالک یُس مرازادبی سنگمہٕ کِس رسالہٕ وِتھہِ آگرس منٛز چھپیومُت چھُ۔ یہِ مضمون پٔرتھ چھُ أکِس قأرِیس ییمہِ کتھہِ ہُنٛد باس لگان زِ صاحب مضمون کأژاہ محنت کٔرتھ چھُ یہِ آرٹیکل تیار کران۔ اتھ منٛز چھُ زبٲنؠ ہُنٛد ابتداتہٕ اِچ ترقی پیٹھ سیر حاصل تبصرِ کرنہٕ آمُت۔ اتھ سلسلس منٛز چُھ مجبورصأبن اکھ سوالنامہٕ تیار کٔرِتھ سماج کِہن مختلف طبقن ستؠ تعلُق تھون والین نفرن نِشہِ جواب طلب کٔری مٕتؠ تہٕ اِد پنٕنؠ راے قأیم کٔر مٕژ۔ امہِ مضمونہٕ کِس أخرس پیٹھ چھُ کٲشرِ زبٲنؠ ہنٛزِ ترقی تہٕ ترویجہِ خأطرٕ مفید مشورٕ دِنہٕ آمتؠ۔ یِم سبٹھاہ قأبلِ غورتہٕ قأبلِ قدر چھِ۔ یہنٛدی کینٛہہ تحقیقی مضامین چھِ مےٚ پٔری مٕتؠ، یِمن منٛز'' وِتھ تہٕ کٲشیر'' ''کأشرِ تہٕ ڈوگری زبٲنؠ ہِنٛدی لسأنی رشتہٕ'' ''کلیاتِ رسول میر۔ اکھ جایزٕ'' ''لل دید۔ اکھ نٔو نظر'' ''کأشرتمدٕنکی موٗلہٕ انہار'' ''أزی کِس دورس منٛزشٕربن ہِنٛدِ ادٕبچ اہمیت۔'' ''لالہٕ لکھمن'' ''ادبُک آگُر تہٕ وِتھِ بوٗ'' ''کٲشیر'' بیترٕ۔ ''وِتھ تہٕ کٲشیر'' مضمون پٔرتھ چھُ قأرِیس لگان زِ مضمون نوٚیسس کوتاہ سوٚن مطالعہٕ چھُ کأشرِ تأریخُک یہِ چھُ اکھ دلچسپ تہٕ معلوٗمأتی مضمون پرن وألِس چھُ کٲشِرِ تہٕ امہِ کہِ

مشہور تہٕ مفید ڈٲریاوٕ کہ تٲریخک پے لگان۔ آگر پیٹھہٕ کٔشیرِ ہٕنٛدِس اندس تام ییم تہٕ تٲریخی مقامات یِوان چھہِ تِمن ہُند سأل چھُ پرن وأٲلس مجبور صأب کرناوان تہٕ یِمن جاین ہنٛز تٲریخی تہٕ ثقافتی اہمیتہٕ نِشہِ زأنی یاب کران۔ امہِ مضمونہٕ کِس متنس منٛز ییتہٕ صاحبِ مضمون امہِ کولہِ ہنٛز شانِ رفتہ یادکرِتھ پرن وأٲلس دِلس تِھن ٹلان چھُ تتہِ چھُ أخرس پیٹھ کأشرِ بِن لُکن التماس کران زِ اتھ وٲتھِ کرن قدر ییتھ یہِ مأری موٚند ڈٲریاو پنٛنہِ شان ہیتھ دُبارِ کأشرِ بن تہٕ سألانِن ہُند دِل رٔنٛزناوِ۔ مراز ادبی سنگم کِس رسالہٕ وٲتھہٕ آگرس منٛز چھُ یِہُند اکھ مضمون ”کأشر تہٕ ڈوگری زبأنی ہنٛدی لسأنی رِشتہٕ“۔ یہِ مضمون پرِتھ چھُ یہِ ظأہر سپدان زِ موصوف لِکھأرِس کوتاہ ژُکھ چھُ پننہِ ماجہِ زیٚوِ ہُند۔ تحقیقی کأم کأژاہ محنت طلب تہٕ صبر آزما چھہِ آسان تہٕ زانن امہِ مأداہکی کھلأڑی۔ مگر شوقہٕ والین چھہِ کٔنڈی تہٕ کپس باسان۔ مجبور صأبس چھُ حتی المقدور۔ ڈوگری ادبُک مطالعہٕ تہِ کرُن پیوٚمُت۔ اتھ مقالس منٛز چھُ ہاونہٕ آمُت زِ یِمن دون زبانن کوتاہ ہشر چھُ پانہٕ وأنی۔ سون یہِ تجربہٕ کار ادیب چھُ کأشرِ ادبُکِس سٔنس سٔدرس منٛز ڈُنگل یُتھ وسان تہٕ سوٗرے کینٛہہ غورِ سان وُچھان، پرکھاوان تہٕ چھوٚت تہٕ کرٔہن الگ کڈان۔ کلچرل اکاڈمی ہُند چھاپ کوٚرمُت ”کلیاتِ رسول میر“ چھاپ کرنس پیٹھ ییتہِ کأشرِ ادبُک یہِ سپوٚت اتھ کامہِ پیٹھ متعلقہٕ ادارس شاباش چھُ کران تتہِ چھُ سُہ بے خوف پأٹھی

امہِ چھِنہٕ کمزوٗرین تہٕ خأمین ہنٛز نشاندہی کران پننِس دعوہس چھُ منأسب دلیل دِتھ پننہِ تحقیقی کامہِ سند بخشان۔

کأشرِ لُکھ یِم ہمیشہِ کٔشیرِ ہنٛزِ وادی منٛز لسان بسان آمٕتی چھِ اکثر پننہِ تأریخہ، جغرافیہ تہٕ باقٕے اہم معلوماتو نِشہِ بےٚ خبر۔أکِس مأہر محقق لِکھأری ہٕنٛدی تحریر چھِ عام قأرِیس پانس ستی پکناوان۔ پٔنن پتھ کال تہٕ اتھ عظمت،ازکال تہٕ امیُک اونچ نیچ تہٕ یِنہٕ والہِ کالٕچ سوندر کلپنا چھِ قأرِیس پنٕنؠ گردن تھٔز تھوٗنس پیٛٹھ آمادٕ کران۔ یرٕن وول چھُ تِمن نوقطٕہ چینٛن تہٕ کوٕد کاکِبن ہنٛدِ خأطرٕ جواب لبان یِم پننہِ ماجہِ زیوٗ نٕچہِ نظرِ وُچھان چھِ۔کأشرِ تمدٕنکی موٗلہٕ انہار بدٕ کڈٕتھ چھِ مجبورصأب کٔشیرِ ہُنٛد پتھ کال عکساوان تہٕ پننہِ خاص اندازُک ورتاوکران یُس خوش یِوٗن تہٕ مفیدچھُ باسان۔یِیتہِ زیرِ بحث لکھأری سنسکرت تہٕ ہندی الفاظ تہٕ ترکیبہٕ ورتأوِتھ پننہِ ہندی دأنی ہُنٛد باس دِوان چھُ تتہِ چھُ فارسی شعر و ادبُک حوالہٕ دِتھ امہِ زبأنؠ ہنٛزِ زانکأری ہُنٛد تہٕ پے دِوان یُس یِہنٛدِس زانکأری ہنٛدِس کنواسس وُستھ دِتھ پرن والین تہِ مستفید کران چھُ۔

مجبورصأب چھِ شعروادبکہِ پژٕتھ کُنہِ شوٕہکہِ مردِمأدان۔ بچن ہنٛدِس ادبس متعلق قلم تُلنہٕ وِزِ چھُ شُربن ہُنٛد نفسیاتھ وُچھُن پیوان، شُربن ہنٛدِس سوٗنچہِ سوٗتھرِس تام وُسُن پیوان۔اتھ سلسلس منٛز چھِ مذکوٗرٕ لکھأری ہندی لکھاربن ہنٛزن بچہ ادبس متعلق کتابن ہُنٛد سنجیدٕ مطالعہٕ

کران۔اتھ شُعبس منز چھِ مجبور صاًب پَنٕنی موءللی مشورٕ دِوان زِ بچن ہنٛدِ خاطرٕ کیٛتھ ادب گژھِہ آسُن ''أزی کس دورس منز شُربن ہنٛدِ ادبٕچ اہمیت'' ناوی مضمون لیکھتھ چھُ ارجن دیو مجبور کاشرِس ادبس مفید بٔرٛژر کرنس ستی ستی محققن تہٕ نقادن ہنٛدِ خاطرٕ مزید منزل طے کرنہٕ خاطرٕ وَتھ سٔنٛبٲلتھ تھوان۔اتھ ضِمنس منز چھُ سُہ ذمہٕ دار ادارن یعنے محکمہ تعلیم ادبی ادارٕ،ادیب تہٕ ادب نواز اتھ کامِہ منز اتھٕ رۆٹ کرٕنکی ذمہٕ وار زانٛتھ یمن یہِ کاٛم اتھس منز نِنٕچ تحریک دِوان۔

أکس ادیبس گژھِہ محنت تہٕ دُکھ آسنس ستی ستی صبر تہٕ تاب تہٕ آسُن یُتھ سُہ بجہِ بجہِ تہٕ اہم ادبی کامہِ بخوبی انجام دِیہ۔''سنگرتہٕ سنگرمال''،نظم تخلیق کٔرِتھ چھُ زیرِتبصرٕ شاعر کاشرِس شعرٕ سرمایس تھکبُن لایق بٔرٛژر کران۔فردوسی طوسی چھُ شاہنامہ لیکھتھ ایرانی قومس مرحونِ احسان تھوان۔ایرانٕچ تاریخ شیٹھن ساسن شعرن منز قریب پانٛژتژٕ ہن وٕری ین تیار کران۔اتھ کتابہِ تیار کرنس منز چھُ تمٕس تحقیقُک کٔڈر مرحلہٕ وُچھن پیوان۔مگر فردوسی چھُ شاہنامہٕ ستی زندٕ۔مجبور صاًب چھُ امہِ زٕچھِہ نظمہِ ہنٛز زان اسہِ نِتھہٕ کٔنی کرناوان۔

''مےٚ چھِہ کتھ شروع کٔرمٕژ کٔشیرِ ہنٛدِ ماقبل توٲریخی دورٕ پیٹھہٕ۔ میون مُدعا تہٕ مقصد چھُ کٔشیرِ ہُنٛد شاہکاری قودرتی حُسن،ییٚتیُک تمدنی میراث، ییٚتہِ کین لُکن ہُنٛد سمأجی ارتقاء موجودٕ عالمی ووسہِ دروسہٕ تہٕ

شکست وریخت کِس یارِ بلس نکھہِ أنتھ امیُک بجر کاشرِ زبانیٚ منٛز نیشہ ناوُن''۔

کتھ ساسہِ بدبن وٕری ین ہنٛز پڑأنی
کتھ زنمن ہنٛز انڈ روٗستے کتھ

یتھ سمیس کتہِ گوٚو از تہٕ پگاہ
سونبرأوِم تم کیٛشہہ یادِ وٕتری

اطلاس وٕلتھ سنٛگمی سوچکو
اکھ نوٚو عالم تخلیق کوٚرُم

لالہٕ لکھمن اوس طنز ومزاح کِس مأدانس منٛز سبٹھاہ بڑ وٛنٹھ، مگر عام لُکن أس نہٕ خبرٕ زِ أمی شأعرن چھِ سنجیدٕ شأعری تہٕ کرمٕژ سوتہِ دھارمِک شأعری۔ یمن ژھایہِ ہلنن چھُ مجبور صأب گأشراوان۔ حالانکہ امہِ بڑ وٛنٹھ چھُ کأنٛسہِ کأنٛسہِ اتھ کامہِ دِس تلُمت مگر یہنٛد تحقیق چھُ ناکأفی تہٕ نامکمل روٗدمُت۔ مجبور صأبُن تحقیق تہٕ تمیُک نتیجہ یوٚ دوٚے حتمی تہٕ پوٚرٕ چھُنہٕ توتہِ چھُ یہِ تحقیق نوبن محققن ہنٛدِ خأطرٕ وَتھ صاف کران۔

☆☆☆

# ارجن دیو مجبوٗر
# ــــ فِکر تہٕ فن

رشید سرشاؔر

تأریخی ، سمأجی ، تخلیقی تہٕ عصری کشمکش چھِ ذی حِس مۆنش یِنٛدِ خأطرٕ پوشہِ وِنہِ حیأتی تہٕ مسرتہٕ بوٗ رُت راس ینہٕ وول اونٛدپوٚ کھ وہتلاوان تہِ تہٕ پھاپھلاوان تہٕ۔ انسانن ہُنٛد کھیٚل چھُ بےٚ توژھ عقلی وٕطیرٕ کِنہِ تہٕ احساس ہٕنٛدِ گٔج کلہِ کِنہِ ربودٕ گِژھتھ ژِہنن تہٕ برِتزٕبن ہٕنٛدِس بےٚ مروت پِٔیس منٛز ویرٕ وسان۔ ژُوان تہٕ مران کلٕہم اُنکہٕ وَن نہنأوِتھ۔ ووں گوٚ وتم مۆنشی یِم مُشأہدو ڈیٚسی تخلیقی سرگرمین کل چھِ بخشان چھِ ظونہٕ زوٗل کرٕنن ارتقأیی حدن ونہِ کڈان۔ یِتی رٕلی پرأوِتھ چھِ یِمن فقط بشری خوے ٹأٹھ۔ یِہے بشری خوے چھِ فنکارس انسأنی کھیٚلس منٛزسرس تھاوان۔ یُس مورٗضی ژینہٕ ونین ہٕنٛدِ پرٛاگاشہِ ذأتی احساس گأشرأوِتھ رونہٕ ظونس منٛز جمألیاتی حقیقون ہُنٛد باس چھُ کرناوان۔ فنکارانہٕ وٕطیرٕ یِمن حقیقون واش کڈنہٕ یِتی چھِ سمأجی بنٛدتھن تہٕ انسأنی رشتن ہُنٛد ادراک ویہِ وَنہِ تہٕ

شوٗژ شو دِ روی یہِ تأثر پژاوان۔ یُس زمانن تہٕ مکانن وبحاطہٕ کُرِتھ انسانٔی لاشوٗعوٗرس منٛز وٚپٕتھ قدرن فہم تہٕ زبانٕن ہنٛدِس بشری اظہارس تعلق تہٕ توژھ چھُ بخشان۔ امہِ تعلقہٕ چھِ معروٗضی فکر تخلیقی عملہِ تہٕ فنکارانہٕ اظہارس وتہٕ ہاوُک بنٛتھ ذِہن تہٕ برٛزن ہنٛدِس ارتقأیی مزازس ستی رشتہٕ نأوِتھ گرٛزن روٗس وأنس عطا کران۔

ارجن دیو مجبوٗر مرحوٗم اُسی تمن سانٕن بزرگ تخلیق کارن منٛز وِیوٗد مقام تھاوان۔ یمو یتھ پتھرِ منٛز کیٛہہ تبدیلی یہِ وُچھِ۔ پر یتھ تبدیلی یہِ وِزِ پیٛوٗتس وبترُن تہِ۔ یمیٚک انہارتہٕ آکار تِمی سٕندِس تخلیقی اظہارس منٛز نُمایان چھُ۔ اظہارس منٛز فنکارانہٕ تجربہٕ کرنہٕ پتہٕ تہِ رأونہٕ تَس پژھ زندگی تہٕ ادبہٕ کِس اژھن رشتس پٹھ۔ یوٚہے چھُ وجہ زِ تِمی سُند اسلوٗب چھنہٕ کھٔری وٗون، استعارٕ، تشبیہ، علامژ یم تِمو مخصوٗص مُشاہدٕ تہٕ ذأتی تجربہٕ کِنی ورتاوس انہٕ چھنہٕ انفرأدی اُستھ تہِ اجنٛبی۔ بٔلکہِ چھُ یہُند ورتاو اَسہِ توأرٛیخی رٔوی یہِ زمأنی زولانو نِش آزاد کُرِتھ شعوٗری سُتھرِس پٹھ ژھبنہٕ روٗس زمانن ہنٛدِس سلسلس ستی ہم آہنگ کران یمہِ کِنی آسمانہٕ پیوٚمُت تہٕ پتھرِ پھوٗٹمُت احساس تیوٚل تہہ چھُ ہمان۔ تہٕ یہٕندی شأعرانہٕ تہٕ فکری تجربہٕ پرن وألی سٕندِس سونٛچہِ ظُلماتس زوٗل کران۔ اکثر چھِ یتھی تجربہٕ مسلہٕ بنٛتھ ہے بنگہٕ کران تہٕ اظہار وٕطیر چھُ چأری پأٹھر باسان۔ مگر مجبوٗر صأب چھِ منطقی ولہٕ احساسن تیٚژھ زبو دِوان زِ شأعرانہٕ گون چھنہٕ بےٚ پرٛیتھ

بیان تہٕ پرٛبژھ بنان۔ بَلکہِ چھِ اگرنہٕ روٗحٲنی، ثقافتی تہٕ نفسیٲتی روی ین، ظوٗنہٕ پژٕ وٕنۍ مٔیل سپدان۔

سنگٔر تہٕ سنگر مال چھ یہنٛز طویل نظم یوس کٔشیرِ ہِنٛدِس تتھ کالس متعلق أکِس حساس دأنشور سُندر دِعمل چھُ یُس کال توأریخ لیکھن والہِ مُبہم چھُ بنوومُت نتہٕ مشرفس چھُ تژ وومُت سینگری مھنیو تأریخی تہٕ توأریخی پأری زأنی ؤنزتھ چھِ تِم کأشرِس جدِ آدمس تہٕ پتھرِ ہِنٛدِس روٗتبس توأریخ عالمس منٛز مقام بخشان۔ یٖیمہِ خأطرِ مجبوٗر صأب پرٛژھِ بأوی رٔوی یہِ تحقیقس زیو چھُ دِوان۔ رومانوی فضہِ وہ پدأ وِتھ تخیلس جمالیأتی پأراو چھُ کران۔ یتھٕ کنۍ چھِ کأشرس تخلیقی ادبس اکہِ نوِعنوانہٕ ستۍ ڈیکھل بناونچ عمل زنم لبان۔ یتھ منٛز علامژ انسأنی عملہٕ ہِنٛدی گونہٕ سأوی مثبت پہلوٗ تہٕ انسأنی لوہ لنگرٕک تخلیقی ارتقا زانٕنس منٛز اتھٕ روٗٹ چھُ کران۔ اَمہِ رٔوی یہِ چھ یہنٛدِ انفرأدی بأوٕژ وَل نـنان۔

مجبور صأبنٛی فنکارانہٕ تہٕ دأنش ورانہٕ بصیرت چھِ زِ تِم چھنہٕ پرن وألِس ظوٗن ژأپِ ژأپِ آپراوان۔ یا اَمہِ خأطرِ جبر کران۔ تِم چھِ محسوس کٔری متھن دوکھن سوکھن ہنٛزٕ پھٔلیہِ وارِ ہُنٛد احساس دأنٛتھر فقط وہراوان۔ یٖیمہِ ستۍ فن پارٕ مُدیہِ مأل ہنٛز ژٔرٕ کیفیت چھُ تھاوان۔ ویوٚ دمعنہِ أستھ تہِ حأران کرٕ وُن انکشاف بنان۔

فنکار ہِنٛدی رشتہٕ پیٚتاہنٛس أندۍ پٔکھس، پٔتٕمنن ہم منوشن ستۍ سرٕنی

تہٕ حساس چھِ آسان، تِمُو ہِنٛدی تجربہٕ چھِ تمی حسابہٕ سرگرم تہٕ مولہٕ وِنی آسان۔ مون زِ سرگرمی یا ردِ عمل چھِ ذاتی خصوٗصیت تھاوان مگر یِم چھِ سماجی تہٕ معاشرتی فہم تہٕ معنے تھاوان۔ اُتھی تنوظرس منٛز چھِ اُمی ہنٛز شخصیت پوختہٕ گژھان۔ یِم سرگرمی چھ شوٗعوٗری آسان۔ یِیمہِ خاطرٕ ضروٗری چھ زِ سُہ آسہِ پننِس زمانس منٛز زُوان کلہُم حبسن شرٕ کی مُژراُوِتھ۔

مجبور صابٕنہِ سونچُک تہٕ فکرِ ہُنٛد ہِدر چھ انسانٛی منڈل۔ یتھ نہٕ وُکر بُتھ تہٕ ظوٗنہٕ تروٗشر چھ شوٗبان۔ اَمہِ منڈٕلکی رشتہٕ چھِ رنگا بہٕ رٕنگی۔ پرٕ بتھ کانٛہہ کردار چُھ کارکران ژُوان، لول بران، دوٗکھ وتران، دلیس نِمان، سوٗکھ منگان کینٛہہ چھ سیدن ہٲٹھی ہوٗان تہٕ مران۔

سُہ چھُ اتھ عملہِ فلسفیانہٕ اندازٕ وِکھنے کران۔ سُہ چُھ سوالہٕ پرٕژھان۔ تہِ کیازِ سُہ چھُ عملہِ ہِنٛدِس میچھرس منٛز شینکیاہ کرٕژھ وٕنرِتھ کِنہٕ ژٕ ہتھ وَچھس تیچھان گُلی مُران احساسن ہِنٛدِ پانٛژالہٕ پیٹھ ظوٗنہٕ کھوتہٕ وُژہ کنہِ وسان زمانس چھ مجبوٗر صاب موچھِ وٕٹھتھ پتہٕ لاران۔ مگر کوٗت؟ تس چھِ فقط دگ تیچھن ٹلان۔

زہر ساگر ہے منٛدن

امر بتھ کلش ژھانٛڈِتھ اَنُن

تعصبکی زولانہٕ ژٹھ

چانٛی دٕسی کاٗتیاہ صدم آسان گے

چأنی سورنے ازتہِ چھس بوزان دوہے
پۆز زمانکی نارِ ژٕتی چھم کیاونے
بس برژٕرس أکی ہیے قدم ٹھہراووونی
میانہِ ونواسک چُھ پھۆٹمُت نارِ بال

(بالہٕ کۆل)

حأری ثاتو تہٕ وأری داتو چھُ انسأنی لوہ لنگرس منز اکھ تیُتھ انتشار زنمووُمُت یتھ منز پکھٕ ژٕنٛڈ جاناوار ہِندی پأٹھی والہٕ واشس لۆگمُت چھُ۔ أمی چھِ قدرن بُتھ نہِوتھ نہون کل ووتلأوِتھ اعتبارن تہٕ اختیارن ہٕنز مندورِ سپر سپر وأجمٕژ۔

رٕژر چھُ پھرٕ ژٕ گمٕتی جاناوار ہِندی پکھٕ تل کأر بریکتھ تہِ یچھ یا بدی چھِ کاڑ کڈِتھ گاشہِ آگرس یم کرنہِ دوان۔ انسأنی یتہِ کس مقدرس ہتی دِلچسپی تھون وألی مفکر چھنہٕ یمن شرٕ وکین گنڈٕمژٕ رأوِتھ ہبکان۔

مجبور صأب تہِ چھ فنکارانہٕ اندازٕ اتھ حقیقژ باوَتھ کران ووں گۆو تِم یمہٕ وٕطیرٕ لفظن نفسیأتی ظون بخشتھ پننہِ تخلیقی عملہِ "تخلیق" تہٕ "پٕدی سمپکیٖ" نأوی نظمن منز نظماوان چھُ سہٕ چھُ اَسہِ ژٕمی ہِنزٕ فکرِ تہٕ فنکارانہٕ مہارت باوان۔ نظمن ہُنٛد پرٕ بتھ کاٹھہ لفظ تہٕ لفظن ہُنٛد اتحاد چُھ جمالیأتی ظونہٕ زٕول کران۔

سر چھُ سرٕ ے

کوسہٕ وکھنے کر سِر سأوی کتھن
اکھ اکھ ژیوٗ ہ
کوہستانن ہٕنٛز منزلی گتھ
اکھ اکھ پل ۔ گری ہا نکل
ژلہٕ وِنہٕ سمسارِ چ ووسہٕ دروس
ہوہس منٛز پنہٕ داو
یتھ پٹھ کھری لدوَتھ چھےٚ پکان
ازلی وق ، ٹھاہ ٹھاہ گری گری ژوٗراسان

مرحوم ارجن دیو مجبور چھِ کأشرِ زبأنی ہنٛدی اہم شأعر یمو افسانہٕ تہٕ لیوٗکھ نثر تہٕ نظم تہِ ۔ یم یوٗتاہ پانہٕ حلیم اَسی تہٕنٛد فن کارانہٕ اظہار تہٕ فکر تہٕ چھِ نرم تہٕ شرافتُک وَل تہٕ وژن شیر تھ۔ یمو چھِ تخلیقی عمل موروٗضی ترجمان بٕنتھ تہٕ حقیقون ہُنٛد ارتقأیی سفر پننہِ فکر وفنک ڈبکہٕ ٹِکہٕ بنأوِتھ کأشرِ زبأنی ہُنٛد لون شوٗرمُت۔ حیات بخش ماحولہٕ خأطرٕ روٗدی یم پننہٕ اظہارٕ ذٔسی اَتھ تلی تلی دُعا منگان۔



# ارجن دیو مجبوٗر
# بحیثیتِ افسانہٕ نگار

اوتار ہوگامی

مجبور صأبن چھُ جموں وکشمیر کِس ادبی اُفقس پیٹھ پننٕہ جاے واریا ہو رنگو مشخص کرنأوِمژ۔ تِم چھِنہٕ صرف اکھ محقق تہٕ معتبر تواریخ دان، اکھ بہلہِ پایہِ شاعر تہٕ نقاد، اکھ ترجمہٕ کار تہٕ مضمون نگار۔ بلکہ بحیثیتِ افسانہٕ نگار تہِ چھُنہٕ تہُند دیُت کم کینٛہہ۔ یِمو چھِ کاشرِ، اُردو تہٕ ہندی زبانن منٛز کینٛہہ موٗللی افسانہٕ لیٚکھِتھ اتھ صنفس تہِ آبیأری کٔرمٕژ۔ اکثر افسانن منٛز چھُ غریب تہٕ نادار انسانہٕ سنٛز لاچأری تہٕ نادأری ہنٛز باوتھ کرنہٕ آمٕژ۔ یِہُنٛد گوڈنیُک افسانہٕ ''کولہٕ گرُن'' یُس یِمو کأشرِ زبأنی منٛز چھُ لیٛوٗکھمُت، چھُ تِمس غریب بدحال تہٕ نادار انسان سنٛز عکأسی کران یُس گُرن رٔٹِتھ آنہٕ ژور کمأوِتھ پنُن عیال پٚترِاوان اوس۔ یہِ مُفلس چھُ وأنسہِ یہأے ژھرٕ ٹہٕ ژھرٕ ٹھ کران تہٕ أخرس چھُ أکِس وندٕ کالس منٛز گُرن رٔٹِتھ تِم ٕکنان تہٕ گرِ سامانہٕ ہٮ۪تھ گرِواپس گژھان۔ مگر شین چھُ آسان سٮ۪ٹھاہ پیوٚمُت تہٕ پٕوان تہِ، لِس چھُ وتھراوان تہٕ سُہ چھُ أکِس

گُلس تل ژادرِ شکُھر پٮ۪ٹھٕ ترٛ اۘوتھ امانتھ دِوان۔ صحن چھِ تس گرِکۍ ژھاران ژھاران أمِس گُلس تل موٗ دمُت لبان۔ تہٕ افسانہٕ چھُ انٛد واتان۔

یہنٛدی اردوافسانہٕ أسۍ اخبار''جیوتی''یس منٛز اکثر چھپان روٗدۍ متۍ۔ تِمن افسانن منٛز چھُ اکھ سٮ۪ٹھاہ پسندیدہ افسانہٕ ''سرپھیرا'' اوسمُت۔ یتھ گنگا دھر بٹ دیہاتن تہٕ سٮ۪ٹھاہ تعریف أسۍ گٔری متۍ۔

ہندی افسانن منٛز چھُ یہُنٛد مشہورافسانہٕ ''واپسی''یُس آل انڈیا ریڈیو کٮ۪ن اکثر ووِدبھارتی سٹیشنو پٮ۪ٹھٕ مختلف زبانٮ۪ن منٛز ترجمہٕ کٔرتھ نشر سپُد۔ اتھ افسانس منٛز چھُ اکھ غریب کتہٕ تام پٮ۪ٹھٕ بسہِ منٛز سوارگژھ واپس یِوان۔ یہِ چھُ بسہِ منٛز ژھوپہٕ دَم کٔرتھ صرف پننہِ مأنٛزاتھٕ دأرِتھ کورِ ہٕنٛدِس کھاندرس متعلق غوطن آسان گوٚمُت زِ کرتہٕ کتھٕ پأٹھۍ والن نکھہٕ۔ بسہِ منٛز بہتھ چھُنہٕ تس بٮ۪یہِ کانٛہہ خیال یِوان ماسوائے کورِہُنٛد کھاندر۔ یہِ چھُ یمٕنے دولابن منٛز تہٕ گاڑی چھِ واتان اڈس منٛز، سارے سوارِ چھےٚ وسان ۔ اِدچھُ سُہ سیٹہِ پٮ۪ٹھٕ ووتھان۔ اما أمِس چھِ أکِس سوٗٹ کیس کُن نظر پیوان۔ یہِ چھُ اورٕ یور نظرٕ دِوان بسہِ منٛز چھُنہٕ أمِس ورأے کانٛہہ تہٕ آسان۔ ڈرائیورتہٕ کلی نر تہٕ چھِ آسان وٲتھی متۍ۔ یہِ چھُ رسے پأٹھۍ سوٹ کیس ٹُلان تہٕ بون وٚستھ زٕچھہِ زٕچھہِ لانٛپہٕ ٹلان گرٕ کُن۔ وتہِ چھُ سونچان شاید آسن یتھ سوٹ کیس منٛز روپیہ۔ تہٕ واریاہ سوٗتہٕ سنٛزکران دَے ہٕنٛدِس دِنس پٮ۪ٹھ۔ أمِس چھُنہٕ گرس منٛز یہِ

مُوراونس اتھ وتھ یِوان۔ سُہ چھُ بأژن ژوٗ رِتھاوان۔ پتہٕ چھُ گرِ نبر أ ِکس کولہِ بٔٹھس پیٹھ سارنے ژوٗ رِروٗ زِتھ مُوراوان۔ اتہِ چھُ زاہ شُر سٕنز لاش وُچھان۔ یِہ چھُ روٗ زِتھ گرٕ ھان۔ سونچا کرِتھ چھُ دِوان سوٹ کیس أتھی کولہِ منٛز دأ رِتھ۔

اَتھ افسانس منٛز تہِ چھُ مجبوؔر صأب انسانہٕ سٕنز لاچأری، مفلسی تہٕ غربچ عکأسی کران۔ موجودزمانن ییٚلہِ Globalisation کہِ برکتہٕ سبٹھاہ ترقی پرٲو۔ اگرأسی وارِسنو أکی غریب تہٕ لاچار انسانن کیٛاہ لوٚب۔ تس چھِ وُنہِ تہِ سبٹھاہ تنگ دستی تہٕ غُربت۔ ییمہِ کنٛی تس استحصأ لی عنصر ٹھلن چھِ گندان۔ تس چھنہٕ چھہ تہِ فوران۔ کالہِ پگاہ چھس اکھ نتہٕ بیٛا کھ شاٹکی تارُکھ ہأوِتھ گانٛگلہٕ تھاوان لأ گتھ تہٕ پانہٕ چھِ ہُپأری عیدِ کران۔

مجبوؔر صأبُن بیٛا کھ ہندی افسانہٕ ''تکون'' چھُ أ ِکس وطن ویلاے انسانہٕ سٕنز دُردشیاہتٕز برپوٗر ترجمأنی کران۔ یُس أ ِکس ترٛۄ ِتس پیٹھ وأتِتھ روٗ زِتھ چھُ گرٕ ھان۔ سُہ چھنہٕ فأصلے کرِتھ ہیٚکان زِ کمہِ وتہِ گرٕھن روزِ تسٕندِ خاطرٕ جان تہٕ سوٗ دمند۔ کشیرِ کُن گرٕ ژھنٛج وَتھ چھِ بڑٕ بے دلی تہٕ پننٛن جذباتن پیٹھ قابو کرِتھ منساوان۔ مگر یِہ وتھ ردکرنہٕ برٛونٛہہ ییٚم خیال تس گتہٕ گیوٗ ر چھِ ٹلان تم پرِتھ چھِ أ ِکس قأری یس أشی ٹأری یِوان تہٕ جگر ژھنان تس چھُ پتٕ ِمس برٛونٛٹھمِس پھیُر لگان۔ تہٕ أخرس چھُ اَمہِ خانہٕ خرابی ہنٛدٕ بن ذمہٕ وارن سزادِنک مختار دیس مأنِتھ باقی دہ یوو تو منٛزا کھ رٕ ٹِتھ پکان۔

''ہارس تہٕ کرُن وند'' چھُ مجبور صأبُن بیٚا کھ کأشُر افسانہٕ۔ لِکھأری چھُ وطن ویلاے گأمژ بجہِ ماجہِ ہنٛدِ گرمس منٛز مغز ڈلنٛک تذکر کران۔ییٚلہِ سُہ پنہٕ نِش شُر ہن بأژن ہارس منٛز تہٕ کشیرِ ہنٛدِ وندکہِ یوت ذکر کران چھےٚ۔سو چھےٚ صرف گرم پلون، ہو کھ سِنٛہن کانگرِ بیترِ چیزن ہنٛز تعلیم تعلیم کران آسان۔ یِم کشیرِ ہنٛدِ ونڈُک گہنہٕ أسی۔أمی سُنٛد نیٚچو چھُ تندجن لگان۔سونچان چھُ آسان ہرگاہ ییٚتھ کرایہ کمرہ نکوأرِس منٛزتس ہیٚو ربون اوس شوٚٹھن کیٛاہ بنہِ۔لہذا چھُ بانگہِ نیٖرتھ ژانگہِ اژان تہٕ بدل کرایہ کمرہ ژھاران۔أتھی دوران چھےٚ بُڈ موج، نیٚچوی سِنٛداژنہٕ نیرنہٕ وِزِلتس صرف دپان ترآسی لِجمژ، چاے دِیہوٗس وُشناوِتھ خبر کتہِ پٹھہٕ آوییٚتھ وندٕ گٹہٕ کارس منٛز۔تس چھُ پوژھ نالی آسان تہٕ نوشہِ چھےٚ دپان ٹرنکہٕ منٛز دِم رفلُک یا الونک تہٕ پشمینٛک پھرن کڈِتھ لاگنہٕ باپتھ۔سأری بأژ چھِ اکھ أکِس کُن صرف وُچھان۔ گری گرس چھُ بجہِ ماجہِ ہنٛدی ارسرٕ وَچھ کوٚران۔ مگر کرن کیٛاہ نارس دِنا نرِ۔ییٚتس کالس چھُ أمی سُنٛد نیٚچو بدل کرایہ مکانہٕ کرنس منٛز کامیاب گژھان مگر بُڈٕ ماجہِ چھےٚ توٚتام پرٛان آسان ترٛأوی متر۔

مجبوؔر صأبنِہن افسانن ہنٛز ییٚنٛز تہٕ ووٚن چھُ غریب انسانہٕ سٕنٛزٕ بےٚ کسی، لاچأری، بےٚ روزگأری، کرپشن، بےٚ بسی تہٕ حالاتن ہنٛز ستم ظریفی۔ أمِس غریبس پاتھیوونہٕ 63 ؤری ین ہنٛز آزأدی پتہٕ کینٛہہ۔

یہِ کوٚ رُکھ وقتہٕ وقتہٕ استحصأ لی عنصرو پننہِ غرضہِ باپتھ اکہِ نتہٕ بیٚیہِ رنگہِ استعمال۔ موخصر نبتھ چھِس ہمیشہِ ہوٗان تہٕ اُخرس چھِس دپان میرے انگنے میں تمہارا کیا کام ہے۔ یِہنٛد ین افسانن منٛز نہ چھُ رنگہِ مندورین ہُنٛد طمطراق وُچھنہٕ یوان تہٕ نہ کارن تہٕ موٹرن ہُنٛد پی پی تہٕ ٹِس ٹِس بوزنہٕ یوان۔ مگر غریب تہٕ نادار سُنٛد ژٕ ہی تہٕ واے چھُ زنتہٕ پوٚت گرزیٚلان۔ ''یادن ہُنٛد سفر'' چھِ مجبوٗر صأبنٛی سأرِ روار کتاب یِس واریاہن کتھن گینٛز چھ کڈان۔ یم چھِ لیکھان اکثر لوٗکھ ہسا چھِ Fatalists آسان۔ یعنے قِسمتس پیٹھ بھروسہٕ کران۔ مگر یِہنٛد وُنن چھُ یِس پیٚتِر ذُری یِہ مُہیا آسن سُہ پکہِ تیوٗت بڑونٛٹھ یِہأے کتھ چھِ یِہنٛد ین افسانن منٛز نظرِ گژھان۔

یِہنٛزِ ادبی گاڑِ منٛز چھِ پڑ ہتھ صنفہٕ سوٗرأے سفر کران۔ غزل، نظم (زیٚچھِ کھو ژھوچہِ) افسانہٕ، تحقیقی مضامین، توأریخی مقالہٕ، ترجمہٕ ، ڈراما صحافتی لیکھ بیترِ بیترِ۔ ہر کانٛہہ سوأری چھِ منزلِ مقصودس پیٹھ دوٚدِ پیٚایلکی پأٹھی واتناونہٕ یِوان۔

مجبوٗر صأب یِیمہِ نظریہٕ ستی متأثر چھِ تِیٚچ چھاپ چھِ پڑ ہتھ افسانس منٛز ٹاکارٕ۔ یِہنٛد ین افسانن منٛز چھِ ہر کانٛہہ کتھ سیٚدِ سیوٚد باونہٕ آمٕژ نہ چھُ کانٛہہ چیز بیٚنٛز ذُری پلناونہٕ آمُت نہ چھکھ ؤژھس لأ رِگتھ پیٚٹھس وٗٹھمُت۔ افسانٕک لوازمات تہِ چھکھ نہٕ زانٛہہ پوٚت پلو بنأوی متی۔

2001ء منز سمپرتی (Samprati) جیمہِ کہِ طرفہٕ کرنہٕ آمتس روبرو پروگرامس منز ؤون یمو۔ ''ازکل چھُ سائنس مُلکس منز مأدی دورِ طیس پتھ یعنے پزٕ بتھ کیٚنہہ چھُ تجارتی نظرو تولنہٕ یِوان تہٕ اسہِ پزٕ ادب تجارتی لین دین نِشہِ بچاوُن۔ اسہِ پزٕ سوچُن زِ اسہِ کیا پزٕ کرُن۔ گاندھی تہٕ ٹیگورن ونیوو زِ ادب گژھہِ نہٕ اکھ انڈسٹری بناونہٕ ینٕ۔ یہِ گژھہِ نہٕ باپارُک چیز بناونہٕ یُن۔ یہِ چھُس ووٚنی محسوس کران زِ ادب چھُ بازری چیز بنیو ومُت تہٕ یہِ چھُ باضأبطہٕ کِنہٕ یِوان۔'' امہِ تلہٕ چھُ صاف نَنان زِ مجبوٗر صأب أسی ادیبہٕ سنز intellectual liberty پتھٕ زور دِوان۔ یُس أکِس ادیبس بوٚڈ گہنہٕ چھُ۔ پانہٕ تہٕ چھُکھ نہٕ امیُک دامنہٕ زانٕہہ ترٛ وومُت۔ یہِ زن یہٕندٕ ن تحریرن منز بلکل عیان چھُ۔

چھیکرس پتھ ونہٕ یہٕ یِی زِ مجبوٗر صأب چھُنہٕ صرف شأعری منزٕ ے اکھ قدآور شخصیت بلکہِ یہُندٕ نثری سرمایہٕ تہٕ چھُ سبٹھاہ باگہِ بوٚ رُت تہٕ باڈو وول۔ زبانن ہندِس معاملس منز تہٕ چھِ یم سخی رۄ دی متی۔ تہٕ زن گوٚو یمو چھُ کأشرِس، ہندیس، اُردوہس ءستی ءستی انگریزیس تہٕ لول بوٚ رمُت۔ یُتھ بٕتر چھُنہٕ سارنی ادیبن باگہِ یِوان۔

☆☆☆

# مجبوٗر صاب
# ـــــ کینٛہہ یادٕ

وجے ووٗلی

ارجن دیو مجبوٗر روٗدی نہٕ ووٕنی مگر تہُند ادبی دیُت روزِ اَسہِ ہمیشہِ یاد۔ تہٕ تمہٕ ژِہی تہِ یم اَسہِ تمن ستی گٔذٲری۔ ارجن دیو اوس اکھ رُت شاعر تہٕ اکھ جان خوددار انسان تہِ۔ مےٚ سپُد تمن ستی روبرو مُلاقات کرنُک موقہٕ جوٚم پتھ حاصل۔

وتہٕ وہلاے ہنٛد بن گوڈنکین ؤرین منٛز روٗدنہٕ گوڈٕ پتہٕ ہے زِکُس کوٚت لوٚگ۔ خأرتِھے واپس حبس پھیوٗر ادب تہٕ ثقافتکی دیوان سمیٚہِ بیٚیہِ یکہٕ وَٹہٕ تہٕ کوٚرکھ نِوسرٕ ادب تہٕ زبان شیرنُک سَنٛز۔ مشاعرو تہٕ ریڈیو پروگراموٕ سی نیٚو عامس خاصس زِ کاشرِ ادبکی واریاہ تھوٚنگی تہِ چھِ ژلہٕ لارِ ستی یورکُن لگیٕ تی۔ یمن باگہِ برتھن ناون منٛز اوس ارجن دیو مجبور سُنٛد ناو تہِ شامل۔ خأر وٕنُن چھُم یی زِ وقتکہِ واوِ دکہٕ ستی ووتُس بتہِ بیٚیہِ ادبی حلقن، ریڈیو تہٕ ٹیلی ؤجنٛس نزدیک۔ مےٚ ہیٚرٕ واریاہہِ کاٲلی بیٚیہِ ریڈیو کشمیر جیٚمہِ تہٕ دوٗردرشن جیٚمی کمین پروگرامن منٛز شرکت کرٕنی یمن منٛز یمو سٹیشنو پیٛٹھ نشرتہٕ ٹیلی کاسٹ سپدن وألی کاشری پروگرام تہِ شامل

اُسی ۔ مےٚ ییٚلہِ تہٕ زانہہ موقہٕ میول مے گُرٕ ژُ کہِ سان کاشُرِس ادبس تہٕ زبانٕ پٮ۪ٹھ گاش ترٛاونُک شوق پوٗرٕ کرٕنچ کوٗشش۔ اُتھی دوران گوٚیی صحی زِ کاشرِ بن ادبی شخصیاتن پٮ۪ٹھ گژھِ اکھ پروگرام سیریز سپدٕنۍ۔ اُتھی سلسلس منٛز اوس اَسہِ اکھ پروگرام کرُن۔ پروگرام اوس دراصل کاشرِ ادب تہٕ ثقافتکین تھوٚنگین ہٕنٛزٕ اَکھ غاٲر رسمی کتھ باتھ۔ پروگرام ایگزیکٹو صاٲبن بلوٗوٗس بہٕ فونس پٮ۪ٹھے تہٕ بہٕ گوس حاضر۔ اُتی واکھا کُرِتھ پرٛوژھ مے تِمو زِ ییٚتھ پروگرامس منٛز کُس انون۔ مےٚ اُسی کرِ پٮ۪ٹھ دوٗر درشن تام پکان پکان وارِیاہ ناو گردان کٔرۍمتۍ مگر فاصلہٕ اوٚسُم کرٕنے لہٰذا کرٕم ژھوپے۔ پروڈیوسرن گٔنز رٲوۍ تِم ناو یِم برونٹھے پروگرامس منٛز شاملِ سپدٕمتۍ اُسی تہٕ بہٕ روٗدُس اٮ۪ندرۍ کٔنۍ ژٕتھ دِوان۔ اُتھی منٛز پیوٚو مےٚ یاد زِ ارجن دیو مجبورن چھےٚ راج ترنگنی ہِندۍ اُردو ترانسلیشنچ کتاب اجرا کرٕمٕژ۔ مےٚ باسیوو زِ یہِ شخصیت چھےٚ وُنۍ کٮ۪نٛہس سارِوے کھوتہٕ موزون تہٕ کوٚرُم اُمِس تِہنٛد ناو تجویز۔ وٚنمس زِ اُمۍ چھےٚ کاشرِ زبانٕ خاطرٕ تہِ وارِیاہ کٲم کٔرمٕژ۔ پرڈیوسر گوٚو آمادٕ تہٕ مجبور صاٲبس شیٚچھ کرنہٕ خاطرٕ دژاس بہٕ مجبور صاٲبُن ٹیلی فون نمبر ژھانڈنہِ۔ وارِیاہن نِشہِ کوٚرُم معلوٗم اُڈۍ ونان کیاہ تام اُڈۍ ونا کیاہ تام۔ خاٲر مےٚ آو پٮ۪ٹھن ادیب اَسُن بیٚنہٕ بکار تہٕ پنٛنِس اَکِس شاعر دوستس نِش اوٚنُم نمبر تہٕ رلوٗوٗم ۔فون تُل گوڈٕ کٔمۍ تام تہٕ پتہٕ پانہٕ مجبور صاٲبن ۔نمسکار مہرا ۔مےٚ ووٚن ۔ نمسکار ۔ اکھ شانت مگر سنجید

آواز ووتلیہِ رسیورس پیٹھ ۔ یہِ اُس میاَنۍ مجبور صاَبس ستۍ ہم کلام گڈھنچ گوڈنچ کوٚشش۔

ژٕنو کیاہ ژٕلیل ۔ مجبور صاَبن پرٛوژھ مژٕ تہٕ مےٚ کوٚر سوٗرے اوحال بیان زِ اَسہِ چھُ پروگرام خاطرٕ تہُند ناو تجویز کوٚرمُت ۔ صرٕ سان سوٗرے بوزِتھ کوٚر تمو آنکار تہٕ مےٚ دیُت تمن ریکارڈِنگ ہُنٛد ٹایم۔ تہُند آنکار بوزِتھ ترٛووٕ مےٚ پھربکھ تہٕ گھمووٗم پروڈیوسر صاَبس فون تہٕ کوٚرمس ارجن دیو صاَبُن ناو کنفرٕم(Confirm)۔ یہٕ اوسُس لوکچارٕ پیٹھٕ ریڈیو تہٕ ٹیلی ویژنس ستۍ وابستہٕ روٗدمُت تہٕ ستۍ اوسُس اکھ لوٗکُٹ موٗکُٹ شاعر تہٕ افسانہٕ نگار آسنکہِ حیثیتہٕ ادبس پیٹھ کم کاسہِ دست رس تھاوان مگر پرٛھن ادبی شخصیاتن ستۍ گفتگو کرنہٕ برونٛہہ اوس دہن چیزن ہُنٛد خیال تھاوُن پیوان۔ تہِ زَن گوٚو مجبوٗر صاَب کوسہٕ ادبی صِنف چھِ یسلہٕ پاٹھۍ استعمال کران۔ ہیتی تہٕ موضوعاتی سطحس پیٹھ کتھ چھِ یم۔ کیاہ کیاہ چھکھ لیوٗکھمُت تہٕ شاعر آسنہٕ علاوٕ کیا چھِ بییہِ کران کرٛاوان۔ تھن ادبی تھوٚنگن ستۍ کلامہٕ کرنہٕ برونٛہہ چھُ انسانس پوٗرٕ پاٹھۍ تیار پیوان روزُن تہِ کیازِ یمو باگہِ بَرتھو گونماتو چھےٚ وُمرڈاے کی گرِتھ تحقیقاتی سوٚتھرس پیٹھ کانٛہہ تہِ موضوع پوٗرٕ پاٹھۍ مندِتھ تھوٚومُت آسان۔ خاَر مےٚ ہیرٕ مجبور صاٗبنٛن کتابن تھپہ دِنۍ۔

ریکارڈنگ دوہہ دراس بہٕ کنگیاہ گرِتھ تہٕ ووٚتُس دور درشن سٹیڈیو تہٕ

لۆگس مجبور صأبس پرارنہٕ۔ پوٚر وقتس پٮ۪ٹھ روٗدس بہٕ کھڑاتہٕ اورٕ ژاو
دروازس اکھ اوسط قد شخص، تالہِ مَس گوٗلمُت، عأنکہٕ ہن لگاوِتھ، چک
کمیز کوٗٹھ تہٕ پتلون لگاوِتھ۔ تٔمۍ سٕنزن اُچھن منز اُس اکھ عجیب سنہٕ یُس
تٔمۍ سٕندِ تخیُل کہِ تھز رٕچ باوتھ کران اوس۔ ہرگاہ نہٕ یہِ سو شکل صورت
اُس یوٗس مےٚ تیٚلہِ سرینگرٕ کٮ۪ن اخبارن پٮ۪ٹھ اُکس جوان سال مجبور سٕنز
وُچھمٕژ اُس تٕہ حال توٚرمےٚ تٔمۍ سٕندِ اکہِ نظرِ تلہٕ فکرِ زِ یہِ گوٚ ھِ ارجن دیو
مجبور آسُن تہٕ مےٚ کوٚرتس سبٹھاہ عزتہٕ سان استقبال تہٕ واتنووُم
سٹیڈیوہس منز یٮ۪تہِ مےٚ تہُنٛد تعرف پروڈیوسر صأبس تہٕ باقی اہلکارن سٟتۍ
کرنوو۔ یہ اوس مجبور صأبس سٟتۍ میون گوڈنیُک روبرو مُلاقات۔

اُسۍ دونوے بیٹھۍ سیٹس پٮ۪ٹھ تہٕ ریکارڈنگہِ ہنٛز تیأری گیہِ شروع۔

"توٚہہِ اوسوٕ اوترٕ فون کوٚرمُت؟" مجبور صأبن پرٛژھ مےٚ کتھ کتھ کران۔

آہن ماہرا۔ مےٚ وٚونٛکھ پٮ۪نُن موختصر تعرف دِوان دِوان۔ اچھا۔
اچھا۔ مجبور صأبس زَن باسیوم میأنس شاعر آسنس پٮ۪ٹھ شکھ ہیوٚ مگر وٚنہم
زِ شاباش لیکھُن گژھِ۔ لایٹہٕ آیہِ سیٚزراونہٕ تہٕ اَسہِ لگاوِکھ یٮ۪تس کالس
مائیکروفون مگر بہٕ اوسُس أندری سونچان زِ نہ کوٚر اَسہِ کانٛہہ موضوع
ڈِسکس (Discuss) تہٕ نہ کٔر یمن سٟتۍ کانٛہہ تیأری بہٕ کیا پرٛژھ
یمن تہٕ یم کیاہ وَنن۔ مگر ووٚنۍ اوس نہٕ اَمہِ کتھِ خأطرٕ تہٕ وق۔ بہٕ اوسُس
سونچان مگر مجبور صأب اُسۍ حسبِ معمول سنجیدٕ پأٹھۍ بہِتھ سٹیڈیوہس منز

سپدن واجبن تیأرین سٕلتھ۔ تہٕ مےٚ پژوژھ تمن زِ أسی کتھِ پأٹھی کرو کتھ شروع تہٕ مےٚ کیاہ پزِ تمن پژھن۔ تمو گر وٕٹھوٹلی اسنہٕ ہناتہٕ وۄنہم کینژہہ چھنہٕ پرواے تُہی یہِ پژھِو یہٕ دِمہٕ تتھ جواب۔ پتہٕ ییٚہ کالس دیوٗتمکھ مےٚ کمانڈ تہٕ ریکارڈنگ گیہِ شروع۔ یتھے مجبور صأبن کتھ شروع گر مےٚ تژوو پھِرکھ ہیوٗ تہٕ کیازِ تہنٛد جواب اوس سبٹھاہ مطمعین کرن وول تہٕ دِلچسپ۔ یہٕ روٗدُس تمن تہنٛدِ زندگی تہٕ فن پارن متعلق پژھان تہٕ تمو وۄن خوش اسلوٗبی سان سورُے اوحال۔ پروگرام بنیو یوت دِلچسپ زِ اَسہِ توٗرنہٕ فکری زِ پروگرامُک وق کرسوریوو۔ سأری گیہِ خوش تہٕ کیازِ پروگرام اوس جان گومُت۔ مجبور صأب دژاو اجازتھ ہتھ تہٕ نیران نیران وۄنہم زِ گنہِ دوہہ دمہٕ تمن نِش پٔنٕن کلامہٕ ہتھ نظر۔ مےٚ کوٗر زیوٗٹھ آنکار تہٕ دژاس تمن ءستی نمبر تام تم تراونہٕ۔ پروگرام چلیو اکہِ دوہہِ لٹہِ تہٕ پسند تہٕ آو کرنہٕ۔ مےٚ کھوٚت بوٗش زِ مےٚ آو تتھس جان گونماتس ءستی پروگرامس منٛز کتھ باتھ کرنُک موقہٕ۔

اکہِ دوہہ اوسُس یہٕ مجبوٗر صأبنۍ کنی پکان تہٕ یہٕ ژاس تمن نِشہِ تہٕ عألی واکھا کرِنی ییمہِ پتہٕ سأنی دوستی زیادٕ اُستوار گیہِ تہٕ اسہِ ہیوٗت اکھ أکِس ووٚنی منٛزی منٛزی فون تہٕ کرُن۔ بروٚنہہ گُن پکِتھ آو مےٚ بیٚنہٕ تہٕ واریاہہِ لٹہِ مجبوٗر صأب ریڈیو تہٕ ٹیلی وجن کین پروگرامن منٛز بلاونُک موقہٕ۔ مگر ووٚنی أسی تم میأنِس ونِس یژتھ تھأوِتھ پروگرامن منٛز ضرور

شرکت کران ۔ یوٚ تام تمن صحت قدرِ ٹھیک اوس۔

اکہِ دوہہ کوٚر اَسہِ کونگ پوش پروگرامس منز اکھ کاشُر مشاعرٕ یتھ منز زَن واریاہ باگہِ برٕتی شاعر شامل تہٕ اُسی ۔ تہٕ اَسہِ دِژ مجبور صابس تہٕ اَتھ شعرِ محفلہِ منز شرکت کرنٕچ دعوت ۔ مجبور صاب تہٕ پیٚیہِ وأتتھ تہٕ باقی شاعر حضرات تہٕ ۔ سارِوے رٕٹ ڈائسس پیٹھ جاے۔ مجبور صابن وٚون مےٚ کنس تل زِ مےٚ چھُ گردنہِ کالر لگاوِتھ پیٚیہِ مےٚ مُوراوُن لہٰذا گرتو جلدی پہن ۔ بہٕ اوسُس یہِ مشاعرٕ کنڈکٹ کرانٕ تہٕ مےٚ کرِ اشارٕ میلنس پیٹھ کاروأیی شروع۔ محفل اُس غأر رسمی لہٰذا تیمس شاعرس مےٚ خوش کوٚر تمِس دِژم دعوت مگر مجبور صابس بُہر یوس نہٕ گوڈے کلام پرنٕچ دعوت دِتھ تہٕ کیازِ بہٕ اوسس تمن دِلی عزت کران۔ خأر اُتھی دوران نیٚومےٚ پنُن کلاماہ پرِتھ یُس کینژَن واکھن پیٹھ مشتمل اوس۔ تہٕ سارِوے پوٚتُس پوٚر مجبور صابن پنُن کلامہٕ۔ یُس روأیتی اوس ہیتی تہٕ موضوعاتی دونوٚنی سوٚتھرِبن پیٹھ باسیوٚ مےٚ یہِ کلامہٕ یوٚہے بوزمُت ہیوٚ۔ مگر ییٚتہِ زَن پرِتھ باقی شاعرن نِنہجہِ تہٕ انمانہٕ حسابہٕ کلامہٕ پوٚر تتہِ روٗد مجبور صاب حسب دستور تمہٕ روأیتی الم بُلند کرِتھ یُس تمہِ ترقی پسند ہنٛدِس میدانس منز ووٗٹھ ژھنہٕ وِزِ تُجمٕژ اُس ۔ أسی سأری سپدی مجبوٗر صابنٕ مشکلی قایل تہٕ کوٚر رُکھ شُکر یہِ ادا۔ سٹیڈیو منز نیرتھ ییٚلہِ أسی پنٕنی پنٕنی کھور بانہٕ لاگان اُسی مےٚ تھووکھ تام پتہٕ کنہ شانن پیٹھ اتھہٕ تہٕ مٹھہٕ مٹھہٕ دِوان وٚنم شاباش

ژِ چھُکھ اِصلِ لیکھان۔ یِم اَسی مجبور صأب یَمن شاید از یقین اوس گومُت زِ یہِ چھُس شاید پوٗز ونان زِ یتہِ چھُس اکھ شأعر۔ مجبور صأبن کٔر اَہی تہٕ دژایہِ پٔنُن گرِ واپس مگر مےٚ گٔیہِ تہنٛزِ کتھِ ستیٚ سبٛٹھاہ حوصلہ افزأیی۔ دُبارِ ییٚلہِ تہِ مےٚ تمن زانٛہہ فون کوٚر تم اَسی مےٚ ضرور پرٛژھان زِ ازکل کیا چھُکھ لیکھان۔ یُتھے مےٚ موقہٕ میلہِ ہے بہٕ اوٚسس تمن نِش گھنٛٹہٕ کھنٛڈ بہتھ اورِ چ یورِ چ کتھاہ کران۔ تمن نِشہِ اصلاح حأصل کران۔

اَمہِ پتہٕ رٗوٛدی اَسی ارجن دیو صأبس ستیٚ وارِیاہ پروگرام کران توٚتام یوٚتام زَن تمن وارِ وارِ زُو ڈوٚکن ہیوٚتُن۔ چھیکرس اَسی نہٕ تم وونٛی زیادٕ اورِ یور پھیرِتھ تھوٚرِتھ ہیٚکان۔ یِہ وُچھِتھ کوٚر اَسہِ صحی زِ اَسی آسو تمن گری ریکارڈنگ کران۔ تہٕ بہٕ ووٚتُس تہنٛد گرٕ ٹیپ ریکارڈر ہیتھ تمن ستیٚ کتھ باتھ کرنہِ۔ تم اَس مختلف موضوعن پیٚٹھ کتھ کران تہٕ بہٕ اوُسس سُہ ریکارڈ کٔرِتھ پروگرامس منٛز شأمِل کرناوان۔ اَتھی سلسلس منٛز کٔر اَسہِ تمن ستیٚ بودھ براٚریا بیدھا دیوی تیرتھس پیٚٹھ تہِ اکھ کتھ باتھ ریکارڈ یوسہٕ وُنہِ تہِ مےٚ نِش محفوٗظ چھےٚ۔ یِم کتھٕ آسہٕ سبٛٹھاہ تحقیقی نوعیتچہٕ آسان ییٚمہِ تلہٕ یی فکرِ تران اوس زِ مجبور صأبن چھےٚ کأشرِ زبأنی ادبس تہٕ ثقافتس پیٚٹھ سبٛٹھاہ تحقیقی کأم کٔرمٕژ۔

ارجن دیوس ستیٚ میأنٛی زأنی منٛز گوٚتمہِ وِزِ ییٚہ ہن تہِ اضافہٕ ییٚمہِ

وِزِ بےٚ سمپرتی (کشمیری بھاشا ایوم سنسکرتی پرتشٹھان) ہُنٛد سکریٹری بنووہس۔ بےٚ گوس یہِ وُچھِتھ خوش زِ مجبور صأب أسی سمپرتی ہِنٛد بن بُنیأدی ممبرن منٛز شأمِل تہٕ تِمن اوسکھ حال حالے سمپرتی سمان ایوارڈ تہِ دیتمُت۔ تِم تہِ گیہِ میأنس پٔتھ خوش تہٕ منٛزٕ منٛزٕ أسی فونس پٔتھ مےٚ تنظیمہِ ہنٛز کارکردگی متعلق پرٛژھان روزان۔ مجبور صأبس متعلق گوٚو میأنی زانکأری منٛز تمہِ وِزِ بیٚیہٕ ہن اضافہٕ ییٚلہِ جموں وکشمیر کلچرل اکیڈیمی تِمن سٕتی اکھ میٹ دِی اِمنٹ (Meet the eminent) پروگرام کوٚر۔ خأر وَق گوٚو پکان مگر تِمن اوس صحتن وارٕ وارٕ پورٕ پأٹھی ڈوکُن ہیوٚتمُت۔ یُتھے زَن مےٚ کانٛہہ تحقیقی یا ادبی پروگرام کرنُک موقہٕ میلان اوس مےٚ اوس وُزٕ وُزٕ گژھان زِ مجبوٗر صأب تہِ گوٚژھ اتھ منٛز شأمِل سپدُن مگر تہُنٛد صحت اوس نہٕ ووٚنی تِمن بالکل ہلنُک ڈلنُک اجازتھ دِوان۔ییٚلہِ تِمن صحت وارِیاہ خراب گوٚو اَسہِ گٔر تِمن خبرِ گژھنٕچ ضروٗرتھ محسوس۔ خبرِ گژھن واللِن منٛز أسی شانت صأب، ویرصأب، بڈگأمی صأب تہٕ بیٚیہٕ تہِ وارِیاہ تہنٛدی مداح شأمِل۔ مجبور صأب تہِ أسی ووٚنی دربستر۔ مگر أسی وُچھِتھ گٔیہ تِم خوش تہٕ وٕتھی تھوٚدتہٕ ڈوکھ دِتھ پٔٹھی اَسہِ سٕتی کتھ کتھ کرنہٕ۔ ییٚلہِ گٔمی تام تِمن صحتس متعلق پرٛژھ تِموگٔر توٗرٕ اَسنہٕ ہنا تہٕ ووٚنکھ مےٚ گذأر ووٚنی پوٗرٕ زندگی۔ مےٚ چھُنہٕ ووٚنی گوٚھنُک کانٛہہ افسوس یہِ کتھ وٕنی تِمو تیوٗت پوٚختگی سان زِ بےٚ گوس تہنٛدِس صاف گویی حقیقت پسندی،

حوصلہٕ تہٕ ہمت وُچھِتھ حأران ۔ مجبور صأبنۍ خود دأری اُس زندگی ہنٛدِس یتھ مرحلس پیٹھ تہٕ تِتھے کٕنۍ برقرار۔ یُس پزۍ پأٹھۍ ژٕبتھ دیٚن لایق اوس۔ مےٚ ڈاجہِ اورِ یورِ کتھ تہٕ چایہِ کیا چِتھ دژایہِ اُسی تہنٛدِس صحتس پیٹھ ؤہی ؤہی کران واپس۔

اکہِ دوہہٕ چھُس بہٕ کیٚا تام گری بہتھ زِ مجبور صأبنہِ نمبرِ پیٹھ آو فون۔ مےٚ ژُل یکدم تہٕ اورِ اُسی مجبور صأب مےٚ ٔستی کتھ کران ۔ مےٚ پرٛژھُکھ کیا چھوٚ خبر۔ تمو دیُت نہٕ میانہِ کتھِ سیوٚد جواب تہٕ ووٚنہم زِ از پگاہ دِتہٕ مےٚ نٔش نظراہ مےٚ اُس ضروری کتھ کرٕنۍ۔ بہٕ ووٚتُس گوڈنکِس فرصتس منٛز تمن نِشہِ۔ مجبور صأب اُسی کیا ہتام سونچان۔ میأنِس نمسکارس جواب دِتھ ووٚنہم زِ مےٚ چھےٚ یتھۍ علالتس منٛز اکھ کتاب لیٚچھمٕژ ۔ یہِ چھم اجرا کرٕنۍ ۔ مےٚ دوٚپکھ زِ مےٚ پیٹھ کیا حُکم چھُ۔ مجبور صأبن ووٚن درجواب زِ یہِ کتاب چھُس بہٕ سمپرتی ہنٛدی ذٔریہِ اجرا کرُن یژھان۔ تہٕ ژٕ لیکھکھ اتھ پیٹھ پیپر۔ مےٚ کوٚرُکھ عرض زِ بہٕ چھُس نہٕ وُنہِ اتھ یوٚگ زِ بہٕ ہیٚکہٕ تہنٛدِس تخلیقس پیٹھ قلم تُلِتھ۔ تم ؤتھۍ تورِ زِ ژٕ ہیٚکھ جان جأیزٕ لیکھِتھ ژےٚ چھےٚ قلم جان۔ بہٕ اوسس نہٕ مانٛنس تیار مگر انکار تہِ ہیوٚ کمکھ نہٕ کٔرِتھ۔ تمو دِژ مےٚ اکھ کتاب تہٕ مےٚ لٔج کأم شروع کرٕنۍ۔ کلچرل اکیڈیمی ہنٛدِ اشتراکہٕ ستی سپز کتاب بڈٕ شاندار پأٹھۍ اجرا یتھ منٛز بہلہِ پایہِ کأشرو گونماتو شرکت کٔرِتھ شوٗب اُنۍ۔

شامس بأ گی ییٚلہِ مےٚ مجبور صأبس فون کوٚرتھ اَسی سبٹھاہ خوش تہٕ وٚونہٕ زِ مےٚ بوز پیپر ٹیپس پٮ۪ٹھ مگراچھ اکھ کاپی دِی زِ مےٚ۔ مےٚ وٚونکھ بہٕ دِمہٕ ضرور۔ مگر مےٚ ہیوٚک نہٕ پٔنُن واعدٕ توٚ تام پوٗرٕ کٔرِتھ یوٚ تام نہٕ مےٚ اکہِ دوہہٕ صُبحس ریڈیو پٮ۪ٹھ خبرن منٛز بوز زِ ارجن دیو مجبور روٗد نہٕ ووٚنی۔ ییٚمہِ وِزِ شانت صأب تہٕ بہٕ آورینٛز پٮ۪ٹھ وأتی مجبور صأبس اوسُکھ داہ دیتُمت مگرتٔمی سٕنٛز تخلیقہٕ، کتھٕ تہٕ یاداوٕری روزن ہمیشہِ زِندٕ۔



# سمیکی پٔدی
# _ توٲرِیٚخ اٚڈرن

پروفیسر رتن لال شانتؔ

1993ء ییٚس تام اُسی مجبوؔرصأبنۍ ژور شعرِ مجموعہٕ شایع گٲمتۍ یمن اندر تُسٕند شعری محاورٕ وارٕ وارٕ استحکام پژاوان گوٚمُت اوس۔ تِمس اوس لفظٕ افراطس منٛز معنے رٲوِس گژھنس پیٹھ قوبو حأصِل گوٚمُت تہٕ مفہومُک واتناوبر سیوٚد تہٕ تیز دھار دار بناوَنچ تکنیک اُسن پرأوِمٕژ۔ اوے چھُ تُسٕند ''پٔدی سمیکی'' ہُک گوڈنیُک پرَن تاثُر یِی پٲدٕ سپدان زِ یہٕ کتاب چھےٚ شأعرٕ سٕندِس سفرِ ارتقاہس منٛز اکھ اہم میلہٕ کنہٕ ہُنٛد درجہ تھاوان۔

موتی لال ساقی چھُ ظأہرن ییٚمہِ کتابہِ ہُنٛد مسودٕ پرٕتھ مُتأثر گوٚمُت حالانکہِ پیش لفظ لیٚکھنہٕ وِزِ چھُ یِتھ کتھِ سنِ سون کران زِ ''زیرِ نظر منظومات'' چھِ پننہِ قسمچہ گوڈنچہ تہٕ قبوٗل عام حأصل کرُن چھُنہٕ یِہنٛدِ خأطرِ ضروری۔ ''قبولِ عام'' چھُنہٕ شأعری باپتھ کھوچہٕ ہُنٛد اعتبارٕ تھوان۔ ساقی سُنٛد یہِ وَنُن چھُنہٕ اتفاقیہِ۔ ییٚمہِ کتابہِ ہنٛز نظمہٕ چھےٚ تہِ واریاہ تہٕ مختلف مگر چھےٚ ژکہِ یہِ اکأے نظم، اکھ زٕ ہتھ نظم رزمیہ یا طربیہ ہیچ ہمش یِتھ چھلہٕ گرِتھ چھاپ کرُن یا پرُن مُنأسب ہیکہِ ہے نہٕ اُسِتھ۔ مےٚ

چھنہٕ خبر یمہٕ چھا کتابہِ ہنٛز شکلہِ بروٗنٹھ کُنہِ رسالس منٛز چھپے ٚمژٕ ۔حسن منٛز قسط وار یا سائلم۔ چھپے ٚمژٕ آسن تہٕ یمن پیٹھ آسہِ خاےٚ تنقیدی نظر تراونہٕ آمٕژ۔ وجہ چھُ میانٮ۪ کنہِ یی زِ یمن ہیکہِ سامیتس منٛزٕ ے نظر کرنہٕ یتھ۔

ساقی سُنٛدٕ ے بیا کھ نوقطہٕ انو زیرِ نظر۔ سُہ چھُ ونان زِ ''شاعرن چھُ یتھ طویل منظومس منٛز کشیرِ ہُنٛد حُسن تہٕ باگہِ یوٚرُت تہذیبی تہٕ تمدنی پوٚت کال نہایت ہونرمندی۔سان وٚیپر وومُت'' یعنے حُسن تہٕ تمدنی توٲریخ تہِ چھِ نظمہِ منٛز زیرِ ذکر آمٕتی یتھٕ کنٛہ بیٚہ باقٕے کتھٕ آمژٕ چھےٚ۔ بے شک یمہٕ سارے چھےٚ ''پٕدٕ سمیکٕ'' ہکہِ موضوعک حِصہٕ مگر بُنیٲدی طور چھُ شاعرِ سُنٛد مُدعا اوسمُت سمے ووکھناوُن۔ سمے چھُ چونکہِ متوٲتر تہٕ تسلسل آسان یہ چھُ شاعرٲ کس محدود زمینی حقیقتس ستی گنڈان تہٕ امہِ کِس توٲریخی سلسلس جغرافیٲیی محلِ وقوع دِوان۔ یہِ چھُ اکھ قودرتی عمل زِ ارجن دیو مجبور یُس کشمیر یاتک Kashmirology اکھ شوقین طاٮ۪لب تہٕ محقق اوس ، ٮ۪یہِ کشیرِ ہُنٛدے حوالہٕ تہٕ سمیکٕ پٕدٕ آکھ ژھار۔

یہِ چھےٚ اکھ طوٗیل نظم تہِ کیازِ سمیچِ سلسلہٕ وارٲنکل ہیکہِ یہٕ ہے نظمہِ اندر زیرِ نظر یتھ مگر طوٗیل نظم ونہٕ نُے چھُنہٕ کاٗفی ۔ یہِ چھُ دراصل اکھ ''پرٕ بندھ کاویہ'' Prabandh Kavya یُس سنسکرت شاعری ہُنٛد طاٮ۪لبِ علم ارجن دیو مجبور کاشرِ شاعری اندر أنتھ کاشرِ بن شعرِ صنفن اِضافہٕ

کران چھُ ۔ ''پرٛ بندھ'' لفظ چھُ بطور اصطلاح طویل کتھاے یا بیا نیا Narrational تہٕ منظوم شاعری خاطرٕ استعمال سپدان۔ مجبوٗر چھُنہٕ یتھ ''پرٛ بندھ'' ونان مگر اَمہِ کٕنہٕ بابن چھُ ''سرِگ'' ونان۔ سنسکرت شاعری منٛز چھِ یِژھ طوٖیل نظم پَرٕ ویاسے یا کانڈیا سرگن منٛز بٲگراوِتھ آسان۔ پرٛ بندھ لفظُک معنہِ چھُ دلیلہِ ہُنٛد بیان یا نریشن ۔ جسامتہٕ حسابہٕ چھُ یہِ دوٚیہِ قسمُک آسان۔ مہاکاویہ تہٕ کھنڈکاویہ یعنے بٔڈ تہٕ طویل نظم تہٕ لوٚکٹ تہٕ ژھوٚٹ نظم ۔ اَمہِ حسابہٕ چھُ سمکھ پٔڈی اکھ ''مہا کاویہ''۔ اتھ چھِ نو سرِگ ۔ کتھا سوٗتر یعنے کتھا یہِ ( کتھٕ ) ہُنٛد پن چھُ یتھٕ کٔنۍ: (تقریبن تمنے لفظن منٛز )۔

☆ سنگر مال چھےٚ ڈلس ترانٛ سوچان زِ یہِ تواٲریخی شہر سرینگر کیازِ رِوان ہیوٚ۔ شکارٕ بن چھِ روٚو کرُن موٚٹھمُت۔ پرٕ بتھ چھُ یَتھ کالس وٕنۍ دِوان تہٕ درگاہن چھےٚ ووسہٕ دروسہٕ کم گٲمژ ۔ مندرن اندر چھُنہٕ گنٹایہِ وزانے ۔ لۆکھ چھِ بسن اندر خاموش سفر کران۔ سمن بل چُھ خٲلی۔ کوچن اندر چھِ لۆکھ ژۆرِ ژۆرِ زن پکان۔ پرٕ بتھ طرفہٕ چھُ گولین ہنٛدی نشانہٕ، ودن کریکہٕ چھےٚ یوان۔ یہِ کُس ژٕکی پھیٚر چھُ گومُت ۔ وتن چھِ تٲرکی دی دی۔ آگرن ہنٛدی مُحافظ چھِ تاوِلگی متی ۔ مائِلس نِش چھُ اولاد ژھینہٕ گومُت۔ اسمانس کھۆتہ سیاہ زۆن تہٕ کم جانانہٕ گیہٕ میٛوٗ شرٛ بتھ ۔ ہے یہِ ریٖش وٲرگوٚو نہٕ ہایہِ گژھنۍ۔

☆ سنگرمال چھےٚ سارِنےٚ سنگر مالن ناد دِوان ؤلو ماجہِ کٔشیرِ ونہٕ وَو (یاونہٕ ناوَو) ۔ شوقہٕ سان ؤ ژھ سو بالہٕ ڈٔندِس اتہِ وُچھن آبےٚ آب۔ یہِ زَن اوس نپہٕ نپہ کرٕ وُن روپہِ تھال۔ أتی پیوٚو ''اکھ لولہٕ ہوٚ تاہ'' اور وأتتھ پڑژُھن أمِس ۔ ''ژٕ کس پڑاران'' تِمِس سنٛبولول تہٕ پڑژھنَس۔ ژٕ کتہِ آکھ؟ أتی گیہِ اسمأنٛی کربکھ ''تُہی رٕ زِو امر تُہنٛد لول رٕ زِن امر'' نیلہٕ سرُک لولہٕ امرٕ بتھ چیٚو پھری پھری''

☆ تِم دوشوَ ے ہیٚتھی أ رٕکس پلس ہیٚتھ۔وق گذورُکھ آرامہٕ سان ۔ لُکن أس چشمن منٛز تراوتھ۔ زندگی أس یدواتدوا چلان۔

☆ اکہِ دوہہٕ دژاوسنگر سأ لس ۔ جنگلس منٛز روٗٹ کموتام خونخوار وحشی یو تہٕ کوٚر رُکھ قأد۔ سنگر مالہِ دِتی وبداکھ۔ سنگرُ تہِ گوٚو فراقس منٛز۔ اغوا کارو کوٚر تِمِس شلکھ تہٕ اِشارن منٛز وٚننکھ بہٕ چھُس بے خطا۔ تِمو دوٚپہس یور کیازِ آکھ۔ أخرس کوٚر تہنٛدی سردارن آزاد تہٕ سُہ ژٕول۔ تیٚسنٛدِ واپس ییٚنۍ خوٚشی منٛز سپُن معجز ۔ کٔشیرِ گوٚو آب رسہٕ رَسہٕ وسان تہٕ سو دژایہِ گٹہِ تلہٕ نٕنۍ ۔ سبزار پھأ لیوو مُشکہِ عنبر گیہِ ژوپأری ۔ وبتھ دژایہِ سَرس ۔ وتہِ سمکھے لیس آرٕ، کولہٕ، سرتہٕ تِمہٕ ئلہٕ رأوی لُکن واکھ تہٕ شُرکی بوزنأوِتھ دأدی۔

☆ ییٚ أری دژایہِ کونسر ناگہٕ وِشوکا (ویشو) کونگہٕ وٹن تہٕ أہربلہٕ کِنۍ۔ رٕنی آرٕ آو دوٚبِی جن تہٕ سٕنۍ کول لارسأری سنگمس تانٛی ۔ بڑنگی آرٕ پتھ لیدر

سمکھییہِ وٚتھِ ہرناگس نِش ۔ مانسرور سرُک نچوٗ سِندھ دریاو وٚتھ مدِ مأتی پیربو تہٕ ژاوسونہٕ مرگہِ ۔ ہرموکھ لٕج بڑ ہمہ سرس وُ زِنی ۔ شمالس کُن چھےٚ کِشن گنگا۔ تپأرِ اوس بروٗنہہ کالہِ شانڈِ لیہ ریوٚش تیٚمی واک شارداہِ ہُنٛد درشن کوٚر۔ تمہِ دِتُس وَر زِ بختہٕ بوٚڈ آسکھ۔ وٚتھ وأژأ خرس وولرس تہٕ گیہِ غأب ۔ اِدِ چھ نہٕ بروٗنٹھ۔

☆ ییٚلہِ کٔشیرِ ہِنٛدی سبز مأدان نٔنۍ دژایہِ ناگن ہنٛز بستی لٔج اَتہِ ۔ ناگہٕ زنانن اوس کلس ترنگہٕ کلپوٗش تہٕ زوٗج گٔنڈِتھ آسان۔ گندروتہٕ کِنز أسی نژان تہٕ گیوان۔ سبزی ین، اناجن تہٕ موٗن ہنٛز افراط أس شمالہِ کِنی آیہِ نشاد، پشاچ، یکش تہٕ آریا ناہکی آفتاب پرست لۄکھ۔ کأشر روٗدی کوہن تہٕ صحراون کھسان۔ تم أسی آریہ تہٕ جنگجو قبیلن ہِنٛدی یمو سِندھ علاقس تام راجت کوٚر۔ دژاوِڈ ژٕلہٕ رأوِکھ تہٕ ویدن ہنٛز تخلیق کٔرکھ ۔ مگر یوٚت تہٕتھ سپدی سأری شانت۔ ییٚتہِ اوس گیان تہٕ آریہ ریٚشو دِژ تتھ اندر ڈُنگ۔

☆ یہ داستان چھُ سنگُر سنگر مالہِ بوزانان۔ وُچھ ییٚمہِ شہرُک پرأنی کھنڈر کیا دلیل چھِ بوزناوان ۔ پرتس پیٹھ پڑ دِمن پیٹھ ناوچھُ، چھُ ژکری شور۔ وٚیتھِ چھِ ناون ہِنٛدی کٔدل۔ پرورسین رازن چھُ بہماوت نأوی سورگہٕ دار ہیوٗ بنوومُت ۔ یہِ شہر چھُ پرٛون مگر زانہہ تہِ پژانیو نہٕ تہِ کیازِ یور آیہِ وقتہٕ وقتہٕ مختلف ذأژن تہٕ درمن ہِنٛدی لۄکھ نٔوی رسم

رواج تہٕ وبٔوار ہیتھ روزنہٕ تہٕ یہِ سرے شوٗبہٕ راونہٕ۔ یوٚت آیہِ کُشان۔ ییٚتہِ اوس للتادتیہ سبٹھاہ نامور راجہ یس ایرانکۍ تہِ ثنا خوانی کران أسی۔ سُہ گوٚو شُمال کُن، مگدھ موٚنڈن اُتکل زیٖوٗنن۔ بودن ہُنٛد اثر رُو دییٚتہِ۔ تِمن ہِنٛدِس مہایانس لوٗگ کونڈل ونس منٛز زایُن۔ ہأرون اوس تہُنٛد مرکز۔ ییٚتہِ چھُ درمن دوستانہٕ پرکرٛ منٛزٕ ے چھُ ییٚتہِ مِلوار۔

☆ پرسپور چھُ الکاپُری تہِ پتھ دِوان۔ للتادتن گرِ ءکتی فتوحات۔ پوٚری تہٕ دارکایہٕ تہِ پژأون فتح۔ مرازس منٛز چھےٚ وُڈٕر پیٹھ بڑگ شاکھا بھگوتی ہنٛز استھاپنا۔ مارتنڈ مندرس نکھ أسکھ اکھ رسدگاہ قایم گرمٕژ۔ تتہِ أسی دیوارن پیٹھ خوبصوٗرت نقش کرنہٕ آمتی۔ یمن منٛز ستارن ہُنٛد آکار وو تلاونہٕ آمٕت اوس۔ یوہے راجہ ووت پتہٕ کلنگ تہٕ بنگال تہٕ أخرس ییلہِ شُمألی مُہمہِ دوران فوج تھوٚک یارازن کوٚر پانہٕ مور۔

☆ لبتہٕ پورِ نکھہٕ تہِ ووٗنتی پور چھُ سری مندر یتھ وُچھ وُچھ راجہ توشان اوس۔ سُہ اوس نامور فلسفی وسو گُپت سُند وق بییٚہ تَس مشہورِ زمان آنند وردھن سُنٛد۔ دبہٕ رأنی أس پنٛژ اہن ؤری ین کشیرِ ہنٛز لکہٕ ٹاٹھ رأنی۔ دپان یتھےٚ کوٹ رأنی سمبلس نکھہٕ جیاپور وأژ تتہِ نس گرٕکھ سوقتل۔

☆ عرب چھُ سکیٚل مَلکھا ہ ییٚتہِ اسلامُک منشوٗرنوٚن دڑاو۔ عرب فاتح وأتی کوبُل تہٕ اکھ خلیفہٕ آو کٔشیر حملس مگر للتادتیس نِش ہٕوٗرُن۔ غزنی ہُنٛد محموٗد آو لوٚہرکوٹ تام تہٕ ناکام گوٚو۔ ہرشنن کٔری ترُک فوجس اندر بُرتی تہٕ صوفین ہِنٛدِ کرمہٕ ووت یور اسلام۔ بوٛٹہٕ راجہِ بنوو بُلبُل شاہن مسلمان تہٕ شاہ ہمدانہٕ ہِنٛدِ ینہٕ ہریوو عقیدت مندن شُمار۔ بادشاہ شہاب الدین اوس ہیٚنٛدبن تہٕ مُسلمانن برابر رچھان ووں گوٚو سِکندر سُنٛد دور اوس ٹھوس تعمیرن سۄرکران تہٕ ڈلس کھارنوو تمی کتابن ہُنٛد سوٚتھ مگر رسم سُتی کوٚرُن ختم۔ یہہ بٹن گالہٕ نأوی تہٕ ژلہٕ نأوی بٹہٕ مگر ریٚشو تہٕ صوٗفیو تھأو مِلہٕ ژارِچ روایتھ قأیم۔ شمس عراقی ہِنٛدِ کنِ کوٚر کأتیو پنڈی تو مذہب تبدیل تہٕ کأتی ژٕلی تہٕ کٔشیر ترأوِکھ۔

☆ علماہن منٛز أسی میر ہمدأنی، مخدوٗم صأب، دستگیر صأب یم گیانکی سمندر أسی۔ لل دیدِ ییٚشہِ نوو وطن تہٕ تصوفن تہٕ شیو درمس کوٚرُن میٖل۔ سہزانند ریٚشی کھور کأشرِ ہُنٛد شان تہٕ سُہ مونٛگھ دین تہٕ درمُک سنگم۔

☆ راز بڈشہن أنی مُلکس شادمأنی واپس، شاسترن کرنأوِن فارسی ترجمہٕ تہٕ ژٕلمتی لۄکھ انہ نأوِن واپس۔ تمی بسأو وولرس منٛز زأنہٕ لنکا۔ دُرانیو کٔری کأشرِ خارتہٕ سِکو ہیوٚت واوس تہٕ تہِ کاوس تہِ باج۔

☆ وبتھہٕ بٹھس پیٹھ شیر گڈی چھےٚ غولأمی ہنٛز نشأنی یُس مٹاونہٕ اکھ

بلہٕ وپر رہنماۄ وتھ ۔ ہُپاٗری اوس دژٕس مُلکس منٛز فرنگین ہٕنٛز تصوٗدُم چلان۔ تمو کوٚر ہندوستان تقسیم تہٕ فساد تلُکھ۔ قباٗلی حملہٕ سپُد مگر اٗسی روٗدی شیٖر وشکر۔ اٗسی گیہ آزاد مگر سیاست کین دُکانن اندر گیہِ فند باٗزی عام۔ اتھ اندر ہبلکھ ژٕرے پرٕزٕرچ کتھ کٔرتھ اے لِکھاریا! زندگی اَنٛن ووٚنی میزانس پٮ۪ٹھ واپس۔

☆ یہ بوٗزِتھ دِژ سنگر مالہِ ڈال تہٕ کوہہ تینتالین پھوٚل نوٚر۔ پوٗنپرٕ ہو ہیوٚت نژٕن شینہٕ بیٖر پھوٚلی کٔجہِ تہٕ پوشہِ نوٚل، ژٕنہِ ہانگرتہٕ بُلبُل لگی بولنہٕ ۔سوٗنچ دِوے لٔج۔ اَسہِ کاٗشرٕ ہن ہندِ باپتھ چھےٚ قودرتھ دٕہن تہٕ دے۔ یارٕ ہن زالہِ دردلی ہٕنٛدی نغمہٕ۔لُکھ چھِ ووٚنی بےٚ پھرٕ وکھ درگاہ گوٗھان تہٕ نورٕچ بارگاہ پژاوان۔ ژرارٕ چُھ علمدارس سوکھ منٛگنگ وق آمُت ۔ بٔھتی چھِ ژکریشور واتان، اُٹھم دوہہٕ تُلہِ مُلہِ دِوے لگان تہٕ اوٚش هاران۔ اٗسی چھِ خوش ہواوٕکی پرٕاٗنی باپاٗری۔ پیٚتہِ چھُ ہرُ دتہِ موکھتہٕ تہٕ موہرٕ چھکران ۔ کونگ پوٚش چھِ پھولان۔ وندس چھِ شینہٕ تھوٚسی وسان تہٕ لوٗکھ چھِ تیٚلہِ تہِ تہوار مناوان یمن منٛز کھیٚژِ ماوس تہٕ گاڈٕ بتہٕ تہِ چھُ۔

☆ مگر یمن سارِنے ہنٛز یاد چھےٚ مےٚ جگرس زخمن ہٕنٛدی پاٗٹھی چھاٗوِتھ، سوٗنتس چھُ کُس تام کھش کٔرتھ گومُت ۔ مرگن کُمی ترٕاٗوی ہالوسنگر مالہٕ زاجن گرٕ واٗلی کٔڈٕن تہٕ صحراون گرٕن دربدر۔ کینٛہہ ہاہ سپُد ہے

معجزاہ سونتھا ژٕ ے ووتھ تہٕ ییٚہِ خوشبوے چھکراوتہٕ نوِسرٕ!

یہِ چھےٚ "پدٕ ی سمپکھٕ" نظمہِ ہنٛز سو داستان یوسہٕ دوٚن کردارن سنگٕر تہٕ سنگر مالہِ درمیان تقریبن مکالمہٕ کس صورتس منٛز بیان کرنہٕ آمژ چھےٚ۔ شاعرسُند مُدعا چھُ داستان تہِ وٕنٕنۍ مگر رزمیہ ہِکہِ پاٹھۍ نہٕ بلکہِ داستانہِ ہُنٛد پسِ منظر دِتھ چھےٚ تمِس بدل شیٚچھ ؤنۍ۔ تمِس چھُنہٕ کشیرِ ہُنٛد ویوٚ دتوارِیخ دُبارٕ وٕنن نہٕ چھُس ناوگرداٮ۪نی کرٕنی مُدعا مگر واقعاتن تہٕ جاین شخصیاتن تہٕ تہنٛد بن کارنامن ہُنٛد ذکر کرُن چھُس ضرٗری یتھ سٕہ پرن وألِس أکِس خاص ماحولس منٛز منتقل کرِتھ ہیٚکہِ۔ یہِ ماحول چھُ ژکہِ شاعرٕ سنٛدِ انفرأدی ردِعملہٕ ستۍ ووتلان یُس تَس کشیرِ نشہِ ژھنہٕ گژھنہٕ کہِ صدمہٕ ستۍ ذٕہنس اندر ووتلان چھُ۔ أسۍ چھِ وُچھان زِ وطن بدری تہٕ موٗلہٕ پژاٹنہٕ تیٚنٛج دَگ چھےٚ سأری سےٕ نظمہِ اندر موٗجوٗد۔

یہِ خیال کہ کموتام خونخوار وحشی یوکوٚر سنگٕر اغواتہِ قأد تہٕ أخرس آزاد چھُ یتھ سأری سےٕ بیانس مرکزی موڈ (Mood) بخشان۔ سٕہ اوس قبل ازتوأریخُک وق مگر سوے داستان آیہِ 1990 ءیَس منٛز ڈرراونہٕ یمن دوہن مجبوٗر ییمہِ نظمہِ ہنٛز تخلیق کران اوس۔ اَسہِ چھُ یاد زِ وطن بدری پتہٕ کمن گوڈنکمن ژون پانژن ؤرین أس لُکن سخ ووندٕ وأرأنی۔ کہنۍ ومید أسکھ نہٕ کشیرِ کیاہ لبون أسۍ ییٚہِ۔ پٲٹھ زوتہٕ وُن پوٚت کال أسۍ سوٚپنن اندر وُچھان تہٕ انفرأدی کیو اجتمأعی روادأری تہٕ مِلژارچہِ

پڑانہٕ علمہٕ اٲسی واوس منز لہراوان۔ لَلہٕ تہٕ نُندٕ ریوٚشؠ، بڈ شاہ تہٕ للتادت، ژرار تہٕ تُلہٕ مُل یاد کرِ کرِ اٲسی ٲدی متین ذیٚہنن تہٕ زندگین شیٚہجار واتناوان۔ بونہٕ شیٚہلبوٕ تہٕ شیٖنہٕ ژُکبوٕ کِنہ خاطرٕ اٲسکھ تن ترسان تمہٕ وقتک کاشُر نغمہٕ، غزل، افسانہٕ، ڈرامایُس جۆمہٕ، دِلہٕ تہٕ باقین جاین لیٚکھنہٕ آو سُہ چھُ اَمی ماحولُک پٲداوار۔ ''ٲدی سمبکی'' نظم تہِ چھےٚ کاشرِ شاعری ہنٛدِ اَمی ذہنی ماحوٕچ پیداوار۔ نون بابن یا سرگن اندر تقسیم یہِ زیٹھ نظم یتھ کتابہِ اندر چھاپ چھےٚ تتھی اندر چھےٚ اٲخرس پیٹھ نَو آزاد نظمہِ تہِ تھونہٕ آمژ یمن اندر مندرجہ بالا کیفیتھ سرس چھےٚ۔ یمو منز چھےٚ کینٛہہ یمہٕ ''لفظ پھُٹراوم گرِم'' (لفظن دوٚیم نوبن معنے ین کرِو تلاش) ''ناگی رایو کوٚت گژھکھ'' (ناگی رایا ریٚش وارِ چھےٚ بوٚلی لجمۍ۔ ناگی رائے ژوٚل تہٕ ہی مال کیاہ کرِ) جانٛوارا آسہٕ ہا (ریٚش وارِ گژھہٕ ہاوُڈان وُڈان) پینٛہٕ ناوٗنلہِ وطن پڑاگاش (نَس ژٕٹ آیہٕ تہٕ شہمتھ واہراوِن۔ میون وجود گۆو چھلہِ چھلہِ۔ کاش سوٕنٛچ واوِ رِنگ ییہِ)۔ یمن لفظن چُھ ''سمبکی ٲدی'' نظمہِ ستۍ ذیلی احساسُک گُنہ تہٕ سُہ احساس چھُ پوٚت کل تہٕ پوٚت یاداشُک میچھر وُزناوِتھ۔ حالُک کرٛ پچھر کم کرُن۔

''سمبکی ٲدی'' نظمہِ ہُنٛد شعری رٕویہٕ **Poetic approach**

چُھ کشیرِ ہنٛدِس تواٲرتخس پھیرُ دِتھ یہٕ حقیقتھ مُشخص کرٕنۍ زِ یوٚ دوَے اَتہِ وُنۍ کس حالاتھ نامساعد چھِ تہٕ زندگی ناہموار چھےٚ، رواداٲری، قوت

برداش تہٕ زندگیہ ہندی مثبت زور چھِ امہِ کَس خمیرس منٛز تہٕ تمہِ پتہٕ بییہ بارسس ۔ یہِ ہیکہِ اکھ خیال اُستھ یتھ شعری جامہٕ لاگنہٕ خاطر فنتاسی (Fantacy) ہُند وَل استعمال کرُن ہیوٚ تمُت چھُ۔ مگر یہِ فنتاسی چھنہٕ اَسہِ کاشرِ زمینی روأیتو تہٕ کاشر شعری مزاجہِ نِشہٕ دوٗر رراوان۔ اتہِ چھےٚ سوے وبتھ سُے سنگُر تہٕ سوے سنگر مال یم شاعرُسند مُدعا کاشرِس بُجس تہٕ کاشرس لوٗکہٕ محاورن منٛز پیش کران چھِ۔ ییمہِ داستانہٕ ہندی عنأصر یعنے واقعاتھ تہٕ کردار چھِ روأنی دار کاشرِس بحرس منٛز بعضے مثنوی بعضے وژُن بعضے لیلایہِ ہُند باس دِوان۔ یہِ چھُ اہم زِ اَکس بابس یا سرگس منٛز چُھنہٕ ہمیشہِ اَکُے بحر چلان تہٕ نہ چھُ بحر کُنہِ میٹھ تہٕ گنڈِتھ پیمانس لور۔ دوٚیم یہِ زِ کتھِ ہنٛز روأنی چھنہٕ بدلونہٕ بحرن اندر مجروح گژھان۔ شاعر چھُ پوٗر آزأدی سان شعرس پٹھ شعر گران تہٕ موضوٗ ہکہِ مزاجہِ مُطأبق زبأنی تہٕ شعرتُک حُسن ووتلاوان۔

پوٚت کال وُزناونہٕ تہٕ حالُک کرچھر مُشراونہٕ خاطرِ ییلہِ توأریخ وُزناونہٕ یِوان چھُ، توأریخ چھُ اکہِ میٹھِ تہٕ قأبلِ تعبیر خابہٕ کِس روٗپس منٛز یِوان۔ یہِ نٚیج چھےٚ پربتھ روٗمأنی شاعری اندر ووتلان بامے سو کاشرِس تناظرس منٛز اُسی تن یا بییہٕ کُنہِ جغرافیأیی تناظرس منٛز۔ پوٚت کال تہٕ پوٚت کالکی پرٛزناون نشانہٕ چھِ زوتہٕ وِنی مُنار بنان۔ قومہٕ چہ توأریخی ناکامیہ چھےٚ مشرفس پُشراونہٕ یِوان یا کم بیأنی ہنٛدِس پردس تل کھٹنہٕ یِوان۔ آزموٗدِ

ادبی تژ ایہِ چھےٚ دُبارٕ کاڈ کڈان تہٕ نۆی ادبی (شعری یا غاۄرشعری) تجربہٕ چھِ تِمن تژاین زیرِ استعمال اَنتھ نوِ سرٕ یہِ ڈٕلۍ زِ تہٕ راۄتیج کران۔ 1990ء پتہٕ جۆمِس اندر لیلا تہٕ کٔشیرِ اندر نعت ہشہِ موضوٗعی صِنفہِ (یِمہٕ چھنہٕ اسلوٗبی صِنفہِ۔تِمہِ حسابہٕ چھےٚ یِمہٕ وژن) دُبار زِندٕ گژھنُک تہٕ زیرِ بحث یِنُک عمل چھُ اَمی نوِ روٗمانیتُک اظہار۔ ''دسمِکی پٔدی'' ہکون اَسی اَتھی پسِ منظرس منٛز زرٕتھ۔

یہِ چُھ وُچھن لایق زِ مجبوٗرنٛی اَمہِ ہیٚتہٕ شعرٕ کتاب چھےٚ ''تیوٗل'' یتھ اندر روٗمانیت چھےٚ مگر لہجہِ چھُ بدلیوٗمُت تتہٕ چھنہٕ زبانٔی تہٕ محاورس منٛز پیٚمتُک ہیوٗ میچھر تہٕ جذباتی وولساو۔ کُنہِ کُنہِ چھےٚ تتہٕ قنوطیت تہِ ییٚمہٕ ستی شعرُک بہاو بعضے سۆت گژھان چھُ۔ ییٚتہِ چھنہٕ سوٗز بلکہِ تیزی ییٚمہٕ کِنی بعضے کتھِ ہنٛدِس فطرتی تہٕ منطقی رفتارس زخنہٕ پوان چھُ۔ ابتداہس منٛز چھےٚ سنگر مال کُنی زٔنی حالہٕ کیٚن المناک واقعاتن ہُنٛد ذٕ دونہٕ ژبتران تہٕ پشتاوان زِ ریٚش وارِ کوسہٕ وَنن چھےٚ گاٚمژٕ۔ پتہٕ ییٚلہِ سنگرس ستی تَس میٚل گژھان چھُ کتھ چھےٚ یکدم پتھ کالس اندر واتان۔ سنگر چھُ کٔشیرٕ ہنٛدِس ووتھہٕ بوس کُن پھیران تہٕ نوِ سرٕ تواۄریخ ژبتراونٛی ہوان۔ اَتھی منٛز چھُ آرین تہٕ عرب قومن ہنٛدی حوالہِ تہِ انان وغاۄرٕ وغاۄرٕ۔ اَتھ ساۄری سے بیانیاہس منٛز چھےٚ زٕ تھٕ ژھن ذیلی بیانیاہن ہنٛز نظمہٕ تہٕ وژن۔ نُمایاں بیانیاہو کھوتہٕ چھِ ذیلی بیانیاہی شعری حُسنہٕ لحاظہٕ زیادٕ خوبصوٗرت حالانکہِ

تمہٕ چھنہٕ کتھہِ ہنٛدِس رواں بیانس کانٛہہ اضافہٕ کران۔ مگر تمہِ چھِ شأعر ہنٛدِس جذبأتی آورِیس تہٕ وابستہٕ گی ہنٛدی بھرپوٗر اِشارٕ کران۔ یہٕ چھےٚ نٔو رومانٛیتھ یوسہٕ کلاسیکی شأعری ہنٛز قأعدٕ بندی تابع چھنہٕ۔ اَمیُک وجہ چھُ سُہ زمانہٕ یتھ منٛز یہٕ لفظ بند کرنہٕ یوان چھےٚ۔ اتھ زمانس (۲۰ ہمہِ تہٕ ۲۱ ہمہِ صٔدی) اندر چھُ معأصر سمأجی تہٕ ادبی رٔوشن تہٕ رٔوی ین ہُنٛد دباو یُس شأعرس پتھ نظر تڑاوٕنچ لائسنس دِوان چھُ مگر تتی نظر بند گوٚھنک اجازتھ دِوان چھنہٕ۔

اگر سے مجبوٗر صأبنہِ شأعری ہُنٛد کلُہم موازنہٕ کٔرِو أسی وُچھو شأعر چھُ وقتہٕ کٕو عہد ساز شأعروٕ ستی سبٹھاہ متحرک گوٚمُت۔ أمی ہنٛدِ شأعرانہٕ شخصیتُک محرک عنصر چھُ روأیتی ادبی أڈرنہِ ہُنٛد تخلیقی ورتاو تہٕ ادبی جہار۔ آزاد، مہجوٗر تہٕ نأدم چھِ أمی ہنٛدی ہم کال یِہنٛز ادبی تحریک تہٕ سمأجی کیٚو سیأسی وابستہٕ گی ہنٛز بازگشت اَسہِ أمِس منٛز میلان چھےٚ۔ مگر مجبوٗر چُھنہٕ کانٛہہ اثر تِتھہٕ کٕنی قبول کران تہٕ ورتاوان یِتھ سُہ تقلید بنہِ یا باسہِ۔ سنگرمال یا وٚبتھ چھِ بُنیأدی طور کأشرِ آدن ژہتہٕ کی (Archetype آرکی ٹایپکی) نُمایاں نِشانہٕ یِم شأعروٕ تہٕ گونماتوٚ پٔنٕنی پٔنٕنی معنے دِتھ پرٛزلأوی ہٕتی چھِ۔ مجبوٗر چھُ یِمن پٔنٕنی معنے دِوان تہٕ پننِہ نس مخصوص تنوظرس منٛز مخصوص رول بخشان۔ ضِمنن چھِ یِم کأشرِ قدرتی حُسنکی تہِ لینڈ مارک Landmark۔ یِم چھِ شأعروٕ کأشرِ ثقافتہٕ چِنہٕ بُلند تہٕ باوقار قدرن ہنٛز

نشأندہی کرنہٕ خأطرٕ تہٕ شأعری منٛز استعمال کٔرۍ ٲسۍ۔ کأشُر صُبح چھُ سنگر مالن پراگاش پیٚنہٕ سٟتۍ شروع گوٚھان تہٕ وٕتھِ چھےٚ مرازٕ پیٚٹھ کمراز تام سأرٕے وادی وحاطہٕ کران سنگر چھِ وادی ژھوٚلۍ ٲرۍ رأ چھدرن ہٕندی پأٹھۍ کھڈاتہٕ امہِ کِس توأرٟخس شہادتھ۔ سنگر مال تہٕ سنگر چھِ سمکۍ سٔنۍ تہٕ ووٚگنۍ بیان کرنہٕ باپتھ کأشرِ لُکہٕ دلیلن منٛز ہارِ تہٕ طوطہٕ سُنٛد رِوایتی رول نباوان تہٕ ویٚتھِ سٟتۍ ہمسفر بُنتھ امہِ کیٚن بٹھن پیٚٹھ ووٚتل وِنہِ تہذیٖبک نظارٕ کران۔ یہِ سفر چھُ شأعرس کشیٖرِ ہٕندِ سونہٲرۍ توأریخ تہٕ روٗپہٲرۍ حُسنٕک تصویر نقش کرنس موقہٕ فراہم کران۔ ییٚمہِ نظمہِ ہٕندۍ کیٚنہہ خوبصوٗرت حِصہٕ چھِ أتھۍ دوران تشکیل پژاوان ییٚتھن روأنی دار بیان چھُ تتہِ چھِ أسۍ منظوٗم لُکہٕ دٔلیلن مثنوی ین تہٕ بیانیا طویل نظمن ہنٛز بازگشت بوزان۔ گلریزتہٕ پرکاش راماینٛج ہش۔

| | |
|---|---|
| رسہٕ رَسہٕ گوآب وسان پانے | ژٕنۍ دژاے زمینکۍ تاہ خانے |
| دھرتی وُژھ پان پٮ۪ن شیران | ہتھ ہیچ اتھن کبتھ مَس پأران |
| ژٕنۍ دژایہٕ مھا اند کار تلے | کس تام دوس نِش اُس ژھلے |



| | |
|---|---|
| وُزِنۍ ئج ہرموکھس تے ہمسہٕ دارس | أتی ووٚن برہمہ سرنے وأنسہِ پرارس |
| دپان سوکھ دوکھ چھےٚ أتی نےٚ ناگہٕ جویا | چھِ أش پھیرۍ پاروَتہٕ ہٕندۍ لول دوٗریا |



ہما لُک ہالہِ مأدان کھلِ ؤتھر ہیؤ	سبندے گنگایہِ ہُند رؤچھمُت پوٗتھُر ہیؤ
سطح سامانہٕ ہٕتھ تم اؤری وأتی	بسأوِکھ پۄرکی کأتیا کرٕ نگری
چھوکھاہ تموے منٛزے پھوٗج کاشیرس	سوندر جایا ڈیکس نؤرا سمیرس
سپدی جنگجوتہِ یوٗت ہتھ شانت سأری	ژٕجِکھ خأری تہٕ گیہ آباد سأری

مگر شأعر چھنہٕ صرف بیان کران سہ چھُ قودرتی حُسنس گرا ونہٕ وان تہِ گراوژنن اندر مسرت ظأہر کران۔

ژٕری مستس جُرِتھ سون تالہِ تالے	ہُر دبرٕ کتھ چھُ شیران مالہِ مالے
ہبلبن چھوٕنی چھوٕنی کران سأنس چُھ نیران	دجن ڈورٕبن تہٕ نارن والہٕ پھیران
چھُ روٗٹمُت بونہِ باغو کیسری رنگ	گوسانو دوتہِ لأگتھ زألی ٹِتی کنگ
پرٕزلوٕنی بالہِ تھنگبن اؤبرٕ دستار	کھلن منٛز گنگہٕ راوان لؤکہٕ اشعار

ریٚشی وارِ امرٕتھ چاوتے اُتی یے	کتی مدٕمتی یے مالیُن چون
دِوتا چھی وُچھان برونٛٹھ تے ٹتی یے	کتی ہٕتھ آ کیھ کوسم پھوٗتی یے
ونتے بامبر تمہِ چی چھے	لؤکھ چھی لاران پتہ مُتی مُتی یے

کُشیرِ چھےٚ شأعر سنٛدِ خأطرٕ درٕس ہندوستانٕچ علامتھ تہٕ اوے چھُ سہ سأری مُلکہِ پتہٕ بجرٕ کی گیت تہِ گوان۔

ہمالا سانہِ وحدتٕچ نشأنی	وتہٕتا سون جانہٕ چھےٚ تھبکأنی
چُھ کالی داس عظمت کُے نگہبان	کبیرو چستی و غألب غزل خوان

بدتر تہٕ یِچھ بندی فرقہٕ آسان چھےٚ سر گروٗ منزٕل تیٚلی تہٕ یکجا پٔکو یہ شعر چھُ شأعرسُنٛد مُدعا تہٕ شعری رٕویہ مشخٔص کران۔

گُلابن کأشرٚن خوش بوے وکھرے

یہِ قوٗدرتھ سانہِ باپتھ دٕہن تے دٔے



# تحقیق - اکھ تبصرٕ

سید رسول پونٛپر

تحقیق چھےٚ ارجن دیو مجبور نٛہن ستن تحقیقی مقالن تہٕ اکھ سفرناؠچ سومبرن ۔'' بہٕ تہٕ میون تخلیقی'' سفر چھُ اَمہِ ہُر یمانہٕ ۔یہٕ سومبرن چھےٚ کاشرِس ، کٲشرِ ہنٛدِس قدیم تہٕ ہمکال توأرٟخس ، تہذیبس مُتلق سانہِ پنٛنہِ ثقأفژ ہنٛدی انہار تہٕ آکار ژٕاوان یمن پتہٕ کنہِ سون تمدُن ژھایہِ گتی چھُ کران۔ مقالہٕ چھُ یمہِ انمانہٕ!

۱/ عظیم تاجدار: کنشک

۲/ ہسٹری اینڈ کلچر آف ہمالین سٹیٹس جلد ۵:۱۹۸۰ء: ڈاکٹر سُکھ دیو سنگھ چارک۔

۳/ اے ہسٹری آف کشمیر ۱۹۶۲ء پی۔این۔کے۔بامزئی۔

۴/ کٲشیر شےٚ انگریزی کتابہٕ (۱۹۶۸ء پیٹھ ۱۹۸۰ء تام) ایم۔ایل۔ کپور۔

۵/ بودھ تہٕ ہندو دورٕ چ کٲشیر (۱۹۷۳ء) فدا محمد حسنین۔

۶/ گلاب نامَس منٛز کٲشیر ۱۹۱۹ء ۱۹۷۷ء: دیوان کرپارام

۱۷ کاشُر ونہٕ وُن تہٕ دیو مالا۔

یہِ کتاب چھےٚ سنٹرل انسچیوٹ آف انڈین لنگویجز میسور کہِ مألی تعاونہٕ سٟتی چھاپ سپز مژ۔

یہِ کتھ چھےٚ یقینن پھرِنی لایق زِ ''تحقیق'' ناوے چھےٚ وار یاہ وٕری برونٹھ کأشرِ زبأنی ہنٛدِس معروٗف شأعر، نقاد تہٕ محقق غلام نبی آتش سٕنٛز ادبس تہٕ زبأنی مُتلق کأشرِن مضموٗنن ہنٛز سومبرن چھاپ سپز مژ۔ مجبور صأبن چھُ پرٛتھ کُنہِ زیرِ مطالعہٕ توأریخُک گوڑٕ بڈٕ رٕتی پأٹھی خلاصہٕ پیش کوٚرمُت تہٕ پتہٕ سبٹھاہ رٕتی پأٹھی کلُہم توأریخُک، سیأسی، سمأجی، معأشی تہٕ باقے پہلوٗہن ہُنٛد شایستہٕ گی سان عألمانہ اندازٕ جأیزٕ ہیوٚتمُت تہِ کرنہٕ باپتھ چھُ مجبوٗر صأبن کُنہ اکہِ توأریخہٕ جأیز باپتھ واریاہ کتابہٕ پَرِمژٕ یِتھ گٔی سٕنٛز تنقیدی سام زیادٕ معتبر تہٕ معنہِ پروربَنہِ۔ یتھ ہیوٗ رٕ ویہٕ چھُ ووٚنی عنقا، یُس مجبوٗر صأبنہِ آورشی زندگی ہُنٛد خاصہٕ چھُ رُوٗدمُت۔ سُہ چھُنہٕ کانٛہہ اکھ خاص عأنکھ لٲگتھ یا مصلحتٕ آویز روٗزِتھ کانٛہہ خاص گوشہِ سام ہینہٕ باپتھ ٹلان یا ترٛاوان۔ تکیازِ تَس چھُ بے پناہ زِتہِ کرنہٕ سٟتی گژھِ اکھ زبر تہٕ جان کأم وَتہٕ زد۔ کشیرِ ہنٛدِ انسأنی توأریخُک جأیزٕ ہوان چھُنہٕ تَس قدیم آثارن ہنٛز اہمیت کُنہِ تہِ صوٗرتہٕ نظرو ڈلان۔ سُہ چھُ امہِ کنہِ شروٗعاتن تہٕ دوٗررَس اثراتن ہُنٛد جأیزٕ ہوان پننہِ کامہِ ہنٛز زان کرناوان لیکھان۔

''موجوٗدٕ دورِچ اَکھ خصوصیتھ چھےٚ یہِ زِ ماقبل توٲریخی دورُک توٲریخ تہٕ آو برونٹھ کُن۔ زٔمینہِ تلہٕ درامتو سِکو، مُرژو، کترِ مُرژو، لوے، ترٛام تہٕ شُشترٕ بانو، انسانٔی کرٛنزو، کنہٕ تہٕ سیرِ تعمیروگری واریاہ تم پزرٕ ٔنی یِموٚ ستۍ لیکھنہٕ آمژن توٲریخن نوسرٕ سام ہیٚنٛج ضروٗرت محسوس سپز۔ اَوے آیہِ سانٮ۪ہِ کاشرِس توٲریخس کلچرل اکیڈٔمی ذٔسی نوِ سرٕ سام ہیٚنٛج کأم بدس رنہٕ۔ یہ کأم روٗز ۱۹۸۴ء پیٹھ ۱۹۸۷ء تام جأری۔ کٔشیرِ متلق توٲریخن، مُتلق کیا کیا چھُ تحریر کرنہٕ آمُت۔ یِمن منٛز دٕرج کوسہٕ کتھ صحی۔ لیکھنُک اندازٕ کیا چھُ تہٕ واقعاتن ہنٛز پیش کأری رکژھ چھےٚ یِمن آو کھُلہٕ دِلہٕ دَل دِنہٕ۔

اَتھ سلسلس منٛز چھُ تمہِ سیمنارُک ذِکر کرُن تہٕ ییٚتھن ضروٗری یُس ریاستکِس ممتاز، صحأفی، بلراج پوٗری یَس ستۍ عملی اشتراک کٔرِتھ ریاستی کلچرل اکیڈٔمی سرینگرس منٛز منعقد کوٚر، یتھ منٛز پرنہٕ آیہٕ فکر انگیز انگریزی مقالہٕ ووٚنی کٔشیرِ ہنٛدِ توٲریخٕکی پانٛژھ ساس وٕری۔

**Five thousand years Kashmir History** ناوٕک بازرس منٛز چھپتھ دستیاب چھ۔ یتھ کنۍ چھےٚ دوہہٕ کھوتہٕ دوہہ توٲریخکہِ بازیابی فتح بیوٚن بیوٚن سوٗترن پیٹھ عمل جأری۔

مجبوٗر صأبس چھنہٕ توٲریخن سام ہینہٕ وِزِ کاشرِس تہذیب توٲریخ شناس سِندِ حیثیتہٕ پٔنُن منصب نظرٕ و ڈلان سُہ چھُ بڑٕ متانتہٕ سان رژِ کامہِ

ہنٛدی گوٗن تہٕ گِوان تہٕ پتہٕ روزمرٕ ن کوتاہین کُن تہٕ ژینہٕ وَن دِوان ۔ کُنہِ تہٕ جایہِ چھُنہٕ یہِ باس لگان زِ مجبور صابس کیا کھٔر ڈیکس درٕہ یا تَس کیا گۆو کتھ کرنُک عالمانہٕ تہٕ سنجیدٕ اندازٕ مُشتھ ۔ یہے وضعداری چھےٚ تٔمۍ پننِس دلچسپ سفرنامہٕ میسور یُس مےٚ وُچھ تہٕ بہٕ تہٕ میون تخلیقی سفر رواںٹھوٕمرٕ ۔ یِم چھِ دۆنوے سفرنامے اکھ چھُ مکانی سفرنامہٕ تہٕ بیٚاکھ ذاتی (تہنٛدِ پننہِ ذاتُک تہٕ زندگی) ہُنٛد سفرنامہٕ ۔ یِم دۆنوے شۆبہٕ ہن ترتیپس منٛز گوڈٕ انوارِتھوٕنۍ تکیازِ ادبی تخلیق خاص کرشعری تخلیق ، چھُ مجبوٗر صابن گوڈنیُک عشق تہٕ تحقیق تہٕ تنقید اُسی تمہِ پتے تھوٕنۍ لایق تہِ تہٕ ہیٚز لایق تہِ ۔ کتھ توٗاریخ وبٕڑھناوِنچ اُسی تن یا گرتہٕ پرٕ انسانی زندگی ہنٛز نقاب کُشائی کرٕنۍ اُسی تن کشیرِ تہٕ کشیرِ ہنٛدی لۆکھ چھِ مجبوٗر صابس نظرن تلے روزان ۔

''راج ترنگنی مۆجُب بساوِ راجہ جے سمہاہن (۱۱۴۹ء-۱۱۲۸ء) جہلم بٔٹھس (اَمُن گۆژھ وینٛتھِ بٔٹھِس پٹھ) سمہاپور مَٹھ تعمیر کرن وِزِ واریاہ دژاوڈیِم سدھ ژکلس منٛز روزان اُسی''

وونۍ چھِ کاشرِس تہذیبس ، زبانۍ تہٕ ادبس پٹھ ماقبل تاریخی آسٹرک تہٕ دراوِڑ اثرات بدِکڈنس کُن سانۍ معروٗف محقق محمد یوسف ٹینگ تہٕ آفاق عزیز بیترٕ لِکھتھ تہٕ سورگیہ موتی لال ساقی صابن تہِ چھُ اور کُن پننِن حال کین تحریرن منٛز واضح اشارٕ دِتۍ متۍ ۔

''یہ تہٕ میون تخلیقی سفر'' چھُ مجبوٗر صأبن میأنی ہے درخاستس پٮ۪ٹھ کاشرِ شیرازِ باپتھ لیوٗکھمُت ییٚلہِ یٚہ جون ۱۹۹۴ء پٮ۪ٹھ مارچ ۱۹۹۶ء تام ایڈیٹر کشمیری اوٚسُس۔ یہ زِندگی ہُنٛد مجبور صأبن سفر نامہٕ چھُ شیرازِ جون ۱۹۹۴ء تا مارچ ۱۹۹۶ء منز دژامُت۔ یہ چھُ اکہِ پاسہٕ مجبوٗر صأبنہِ پننہِ زندگی تہٕ تِمُہ سُنٛد ادبی دیٚت برونٛٹھ کُن انان تہٕ بیٚکہِ پاسہٕ چھُ بڈٕ لوٗبہٕ وِنس اندازس منٛز تمہِ وقتُک کٔشیرِ ہُنٛد سیأسی تہٕ معاشرتی ماحول سانٮ۪ن أچھن برونٛٹھہِ کنہٕ نژنہِ لگان۔

عظیم تاجدار۔ کنشک نِس دورس منٛز یوسہٕ ژوٗرِم عالمی بودھ کانفرنس سپٕز تہٕ تتھ منٛز یِم فأصلہِ نِنہٕ آے تم آیہِ ترامہٕ پٹٮ۪ن پٮ۪ٹھ کھٔنِتھ زمینس تل دوٚبرأوِتھ محفوٗظ تھونہٕ۔ کتیتھ آیہِ تھونہٕ تمٮ۪ک شبٕہ اتا پتا ہ چھُنہٕ معلوٗم۔ محمد امین ابن مہجور صأبس اوس دعوا زِ تَس چھُ پے تہٕ ووٚنی چھُ محمد یوسف ٹینگ تمہِ جایہِ ہُنٛد موٗلہِ تہٕ شبٕہٕ پے آسنُک دعوا کران۔ پوٚز زانہِ خداے۔ ووٚں اگر پُزی پأٹھی کأنٛسہِ پَے آسہِ تَس پزِ تمٮ۪ک ننہٕ لیکھِتھ کٔرِتھ تھوٗن۔

بامزٕ ے صأب چھُ وٮ۪تھِ ہِوِس اہم دریاوٕکِس آگرس متعلق ترٛٮ۪ن جاین ترٛے کتھ ونان۔ أکِس جایہِ چھُ ونان زِ ٮ۪یل کونٛڈ چھُ اَمِیُک آگُر۔ بیٚیِس جایہِ وٮ۪تھہِ دوٚتُر تہٕ ترٛیٚیمہِ جایہِ چھِ ونان زِ وٮ۪تھِ ہُنٛد آگر چھُ کونسر ناگ حالانکہِ یہِ کتھ چھےٚ سارِنے معلوٗم زِ کونسر ناگ چھُنہٕ کُنہِ

تہٕ صوٗرتہٕ وٕستھِ ہُنٛد آگر۔ بلکہٕ چھےٚ اَمہِ سرِ منٛزٕ ''ویشو'' نیران یتھ توٲرِیخن منٛز ''وشوکا'' تہٕ ناو دِنہٕ آمُت چھُ۔ پزر چھُ یہِ زِ وٕتھ چھےٚ وٕتھہٕ وٕتر نیران ''کوثر ناگس'' چھِ ''ناو بنٛد'' تہٕ ونان۔ بامزٕ ے ہِنٛدِس توٲرِیخس منٛز روزٕمژ کوتاہیہِ چھےٚ مجبوٗر صابن نہ صرف ننہٕ کٔرِمژ بلکہِ سبٹھاہ جان پاٹھۍ پننِس مقالس منٛز دوٗر تہٕ کرٕمژ۔

ڈاکٹر۔ ایم۔ ایل۔ کپور چھُ سُہ ہمکال مورخ ییٚمۍ کٲشرِ ہنٛدِس توٲرِیخس تہٕ تمدنس پیٹھ وارِیاہ کینٛہہ تہٕ اَمہِ کٮ۪ن وکھرٕ وکھرٕ پہلوٗہن متعلق أہنزٕ نےٚ شیٚن انگریزی کتابن پیٹھ اظہارِ خیال کران یِمن منٛز بیعنامہ امرتسر، کٲشرِ ہنٛدِ منٛز کالک توٲریخ، قدیم کٲشرِ ہنٛدی کینٛہہ ممتاز حکمران، گلاب سنٛگھس خلاف انکوائری کمشن، جموں وکشمیر ریاستک توٲرِیخس۔ جلد ا۔ یِمہٕ سارے کتابہٕ چھےٚ ۱۹۶۸ء پیٹھٕ ۱۹۸۰ء تام چھپمژ۔

''بودھ تہٕ ہندو دورٕ چ کٲشِر'' مقالہٕ چھُ پروفیسر فدا محمد حسنین سٕنٛز انگریزی کتابہِ بُدھسٹ کشمیر (۱۹۷۳ء) لیس پیٹھ مبنی۔ یہ موخصر کتاب چھےٚ کٲشِرِ منٛز تمِ وقتہٕ کٮ۪ن سیٲسی، سماجی تہٕ معاشی حالاتن مُتلق وٕضاحتہِ کران۔ یِمہٕ کوٗتاہیہِ مجبوٗر صابس اتھ منٛز تہٕ لبنہٕ آیہِ تِمن ہنٛز نشاندہی تہٕ چھِ تِمۍ بڈٕ عالمانہ تہٕ محققانہ انداز کرٕمژ۔

ڈوٗگرِ گورنر دیوان کرپا رام سُنٛد فارسی گلاب نامہ، چھ سو تاریخی دستاویز یُس مہاراجہ گلاب سنگھ نہِ زندگی، جوٗملِکس توٲرِیخس کٲشرِ

ہندبن کینٛژٕن اہم سیأسی واقعاتن احاطہٕ کران چھُ ۔ مرصع ادبی زبان آسنہٕ باوجود چھُ گلاب نامہٕ اکھ پٔز تہٕ ثبقہٕ دستاویز۔یتھ منٛز تتھی چیز تہٕ شأمِل چھِ یِم نہٕ بیٚیہِ کُنہِ جایہِ پاتھانٕے چھِ۔تِہنٛز گورنری منٛز آیہِ انتظامیہِ ہس صحت مند بنیاد فراہم کرنہٕ ییمہِ کِنۍ سون ممتاز مورخ تہٕ شأعر حسن کھویہامی یہِ وَنس منٛز حق بجانب چھُ زِ ''سُہ اوس ہمہ گیر ، غیر معمۆلی ذہانتُک مألک آسنہٕ علاوٕ عأِلم ، مُدبر، سیاستدان ، شأیستہٕ آدابِ محفل زانن وول تہٕ فیأضی منٛز لاثأنی ۔''

''کأشُر ونہٕ وُن تہٕ دیو مالا'' چھُ سبٹھاہ زبر مقالہ۔ اَمِیُک عنوان گوٚژھ ہینٛزے تہٕ دیو مالا یا بٔتہٕ وَن وُن تہٕ دیو مالا آسُن۔ یہِ چھُ کلہم کأشرِ ونہٕ ونُک اکھ لوٚٲبہٕ وُن تہٕ بُنیأدی اَنگ ییمیٚ وقت بدلنس ستۍ ستۍ وہراوتہٕ وُسہٕ جار تہِ لوٚب تہٕ نوٚ ونوٚ ورنگ آہنگ تہِ۔ مجبوٗر صأبن پچھےٚ مختلف تقریبن ستۍ وابستہٕ یا ورتاونہٕ یِنہٕ وازِنۍ دیو مالا جان پأٹھی وبۄھنأومٕژ تہٕ تمِیُک دھارمِکی پہلو زبر پأٹھی نوٚن کوٚڈمُت۔

یتھ مقالہٕ سومبرٕنی منٛز چھےٚ آثارن ہنٛز کُل أٹھ موٗزٕ ژ تصویرٕ تہٕ شأمِل یِمو ستۍ اَمِیُک موٗل یا اَہمِ موٗلہٕ قدر بیٚیہِ ہن ہُر یِمٕژ چھےٚ۔ سرورقچہِ نأدِر حوالہٕ مُرژٕ تصویرٕ ہنٛز وضاحت گوٚژھ ، أندری ٹائیٹل ورقس پیٹھ دِتھ آسٕنۍ۔

ارجن دیو مجبوٗر صأبُن یہِ مقالہٕ مجموعہ ''تحقیق'' چھُ کأشر تہذیب ،

کٲشرِ ہُنٛد توٲریخ تہٕ ثقافت زانٛنس کُن اَکھ اہم قدم۔ یِژھہٕ رٕژٕ معیٲری توٲریخی کتابہٕ چھےٚ خال خالٕے پاتھان ، خاص کر کٲشرِس حوصلہٕ شکن ماحولس منٛز۔ توقع چھُ زِ تحقیق سپدِ کٲشرٮ۪ن ادبی حلقن منٛز مقبوٗل ۔ کٲشرِ تہٕ کٲشرِس تہذیبس لول برن والین پزِ یہِ کتاب مُلی ہیتھ پرٕنۍ۔



# "پدٕ سمیکھ"
# شعری تنوظر

منشور بانہالی

ادب تہٕ شاعری چھےٚ توأریخہٕ کھوتہٕ تہٕ زندگی ہنٛدٕ بن کوٚیفن زیادٕ نزدیک آسان تہٕ اَمہِ کنہٕ جُملہٕ پرتون اُنہٕ ہاوان۔ توأریخ چھُ واقعاتن تہٕ وکانن، تہٕ بادشاہن تہٕ سربراہِ مملکتن ہنٛدِ عورٗچ تہٕ زوالچ باوتھ کأری کرنہٕ کِنہ ییٚمہِ کائناتکہِ رنگ ہأری تصویرُک صِرف اَکھ پاس گاشناوان ییٚلہِ زَن شعر و ادب زِندگی ہنٛد بن بسیار پاسل انہارن تہٕ آکارن ہنٛز جلوہ نمأیی چھِ کران اَوے کِنہ چھُ ادب تہٕ شاعری زِندگی ہُنٛد اُنہٕ پوٚٹ یا سام کأری تہٕ زانہٕ آمُت۔ییہ کتھ چھنہٕ ضرٗری زِ ادبس منٛز ییہِ عصری روہ رکانن تہٕ جُملہٕ حقیقژن ہُنٛد سیٚدِ سیوٚد وبوہارٕ کرنہٕ تکیاز اَمہِ سِتۍ چھنہٕ سارے تخلیقی قوٗژ کامہِ انہِ مُمکن سپدان۔ اجتماعی لاشعوُرک وبوہار چھُ شعر و ادبس منٛز ورگہٕ پأٹھی زیادٕ پژییہِ ؤن باسان یُس سانہِ دلچسپی تہٕ خوش باشی ہُنٛد تہٕ سامان فراہم چھُ کران۔ اوے کِنہ چھُ تخلیق شعرس نشاطِ سروُرک حض تلُنس منٛز ہمیشہِ اولیت حاصِل روٗزِمژ۔ یمہٕ کینٛہہ سطرٕ عرض کرنٛک مُدّعا چھُ ارجن دیو مجبوٗرنہِ شاعرانہٕ سروقدُک

تہٕ ''پۆدۍ سمیکھ'' ناو تسنٛزٕ شعرٕ سومبرنہِ ہٕنٛدبن کینژن فکری تہٕ فنی گوشن ہُنٛد اکھ وِچھل وبستار پیشِ مطالعہٕ تھوٗن۔

سورگ مکأنی ارجن دیو مجبوٗر أسی کأشرِ زبأنۍ ہٕندۍ اکھ ناماوار تہٕ بزرگوار ، ادیب ، شأعر، افسانہٕ نولیس، محقق تہٕ ترجمہٕ کار ۔یہندۍ ادبی خدمات قریباً نصف صدی پیٹھ کأشرس شعروادبس وہراوِکرتھ چھِ ۔ مجبوٗر زاو ۱۶ اگست ۱۹۲۴ء منٛز شُپین اننت ناگ کِس مردم خیز علاقس منٛز یۆتہٕ کأشرِ شعر و ادبکۍ قاموسی قلم، ادیب ،محقق تہٕ شأعر ووتلیہٕ۔ مجبوٗر زاو أکِس متوسط پنڈت گرس منٛز۔ ہندی زبأنی منٛز اوسن پوسٹ گریجویشن کۆرمُت تہٕ سأرِسے وأنسہِ رؤد أکِس محنتی تہٕ بے لوٗث ووستادٕسٕنٛدِ حثیتہٕ یۆتہٕ درس و تدریس کِس باوقار پیشس سٟتۍ وابستہٕ۔ پننس ادبی سفرس دوران آو تمن کأشرِ زبأنۍ ہٕنٛدبن تحریک ساز تہٕ بہلہِ پایہٕ کٲمن شأعرن تہٕ ادیبن سٟتۍ مجلس آرأیی کرنک موقعہٕ۔ تمو چھُ شأعرِ کشمیر مہجورس سٟتۍ تہِ شعر مجلسن منٛز شرکت کٔرمٕژ تہٕ عبدالستار رنجورس سٟتۍ تہِ، یُس ترقی پسندی تہٕ مارکسی نظریہٕ ہُنٛد ہأمی تہٕ ترجمان اوس۔ دینا ناتھ نادم ، مرزا عارف، امین کامل، رحمان راہی تہٕ غلام نبی فراقؔ بیترِ سرکردٕ شأعر چھِ تِمنٛدبن ہم کالن تہٕ ہم سفرن منٛز شأمل۔ مجبورن کۆر پنُن ادبی سفر کأشرِ عوأمی شأعری سٟتۍ شروع۔ یتھ منٛز ترقی پسندی تہٕ مارکسی ادبک تہِ اثر اوس ۔یہِ اوس دراصل تمہِ وقتہٕ کِس جأگیردارانہٕ استحصال تہٕ معاشی

بدحالی خلاف اکھ ردِ عمل۔ ۱۹۴۵ء منٛز سپز تہنٛز گوڈنیچ شعرٕ سومبرن ''کلام مجبوٗر'' ناوِ شایع۔ وق گُزرنس ستی ستی ہیٚتی تسٕنزِ شاعری خوٗب سے خوٗب مٔنزل پژاوِنی، تہٕ ئو فکری تاہ دأری تہٕ حبس آگہی ہیٚتی تسٕندِس فنی کینواسس پیٹھ نٔوی رنگ بأگرِنی۔ ''پٔدی سمیکھ'' چھےٚ تہنٛز ترٛیم شعرٕ سومبرن یوس ۱۹۹۳ء منٛز شایع سپز، تہٕ یتھ نسبتھ سردست کینٛژن کتھن ہنٛز وبھ ھنے کرِنی مقصود چھُ۔

یہِ گتھ وٕنٛی چھنہٕ شاید بے موقہٕ زِ وَق چھُ اَکھ پکہٕ وُن دریاو، یُس مُسلسل پٔنن رفتار جأری تھٔوتھ چھُ تہٕ یُس بروٚنہہ بروٚنہہ پِکتھ پانس پتہٕ پنٛنی نشانہٕ ترٛاوان چھُ تہٕ ''پٔدی سمیکھ'' شعر سومبرنہِ تہِ چھےٚ یتھی ہے ہوِس خیالس گوڈ بران تہٕ آبیأری کران۔

یہِ سومبرن چھےٚ اَکھ طویل منظوٗم یتھ منٛز پتھ کالہِ پیٹھ از تام کٔشیرِ ہنٛدِ تہذیب وتمدٕنکی تہٕ توأریخکی مختلف سٔنٛی ووٕنٛی انہار تہٕ آکار اکہِ رنبہٕ وِنہٕ مُسلسل آیہِ دأرِنہٕ چھِ آمٕتی یوسہٕ کأشرِس شعر وادبس منٛز پننہٕ نٔوعیچ اکھ مُنفرد کأوِش چھےٚ۔ یتھ اکھ منظوٗم توأریخ وَنُن بے جا چھنہٕ۔ شأعرن چھُ یتھ منظوٗمس اکھ تمثیلی رنگ بوٗ رمُت تہٕ پننہِ فنی ووستہٕ کأری ہنٛدی گون بدِ کڈٕمتی۔ سومبرنہِ منٛز شأمِل بیشتر کلامُک حِصہٕ چھُ بحرِ ہزج منٛز یمیٚک ورتاو عام طور کأشرٕ بن مثنوی ین منٛز چھُ درٛینٹھی گوھان۔ سومبرنہِ ہنٛدِ مطالعہٕ تل چھُ ننان زِ شأعرس چھُ، نیل مت پُران تہٕ دوٚیمبن تأریخی

معلوماتن پیٹھ پوٗر نظر تہٕ تمو چھُ پننِس موضوع کِس پأراوس منٛز یسلہٕ پأٹھی ، توأریخی روایات کہ اوٚسطور کاپہٕ اوٚنمت۔ سومبرن چھےٚ دۄن باگن منٛز بأگرِتھ ، گوڈنکس باگس منٛز چھِ نو سرگ، پانٛژھ وژن، اکھ نغمہٕ تہٕ اکھ وبد اکھ تہٕ دوٚیمس حِصس منٛز چھِ شےٚ موضوعأتی آزاد نظمہٕ، پانٛژھ غأر موضوعأتی آزاد نظمہٕ ، اکھ نغمہٕ تہٕ اکھ گیت۔ موضوع لحاظہٕ چھِ دوشوٚے باگ اکھ أکِس نِشہِ ہنا وَکھرِ ۔ گوڈنکس باگس منٛز چھُ شاعر کشیرِ ہنٛدِ توأریخُک سفر ، امِکی مختلف سٔنٛز ووٗگنی، کشیرِ ہُنٛد بے مثال تہٕ رنبہٕ وُن حُسن ، باگہِ یوٚ رُت تہذیبی ، تمدنی تہٕ ثقافتی پوٚت کال، باہمی روادأری ، روحأنی قدرن ہُنٛد تہٕ ورٲثکی عظیم روایات ، پننہِ فنی ووستہٕ گأری ستی أکِس شوٗبہٕ دار تہٕ سہل پرایہِ اظہارس منٛز دأیرأوٕمتی تہٕ یِمن ستی پننہِ بےٚ لوث تہٕ اَژھین محبتُک اِظہار تہٕ تفوخر کوٚرمُت، یتھ منٛز اکھ شادأبی ہُنٛد رنگ نمایان چھُ۔ یِیلہِ زَن دوٚیمس باگس منٛز عصری آشوبُک رنگ غألب چھُ تہٕ شاعر چھُ یِمن قدرن ہنٛزِ پامألی پیٹھ مویوٗسی تہٕ برہمی ہُنٛد اظہار کران۔ سومبرنہٕ ہنٛدِس ڈسلابس منٛز چھُ "اَژھوٗن نغمہٕ" عنوانہٕ موتی لال ساقی سُنٛد اکھ موخصر تہٕ معنہِ سوو تبصرٕ ۔

"پدی سمکی" یہِ شعرِ سومبرن چھےٚ شاعر سٕندِ ادبی سفرکہِ پڑاوچ اکھ میلہٕ گٔنٛز ، یتھ منٛز اکھ تازٕ کأری فکری معنویت تہٕ تاہ دأری چھُ، تیچ شاعرن وارہ سٔرِتھ سوٗنچتھ ، وونہِ باوَتھ چھےٚ کرٕمٕژ۔ سومبرنہٕ ہنٛدِ مطالعہٕ

تل چھےٚ یہِ کتھ بروٚنہہ کُن یوان زِ سومبرنہِ ہُنٛد گوڈنیُک باگ چھُ شاعر
سٕنٛدِ اکہِ ذہنی اطمینان کہِ دوٗرک وۄپداو یتھ منٛز تمو بہ فراغت واقعاتن
وٕون دِتھ اظہارُک وردن جوٚرمُت چھُ۔ییٚلہِ زَن دوٚیمس باگس منٛز اکہِ
ذہنی اضطرابُک، پراگندگی تہٕ عصری آشوبُک رنٛگ دریٚنٛٹھی چھُ گژھان۔
شاعر چھُ گوڈنِکس باگس منٛز، سنگر تہٕ سنگر مال، ناوِکئن فرضی کردارن ہٕنٛز
تجسیم کأری کٔرتھ تمن اظہارٕچ زبو عطا کران تہٕ تِہنٛدِ توسُل اَکہِ تمثیلہٕ
رٔنگی، کشیٖرِ ہُنٛد کلہم تہذیبی، تأریخی صورتِ حالُک منظرستان دِیدٕ مان
بناوان۔ تہٕ قأری یس تہ پانس ستی ستی شریکِ نظارٕ بناوان۔

گوڈنِکس سرگس منٛز چھُ شاعر سنگر مالہٕ ہنٛز زبأنی کشیٖرِ ہنٛدِ موجوٗدٕ
صورتِ حالُک ناخوشگوار منظر بروٚنہہ کُن انان۔ سنگر مال چھےٚ ڈلس تران
یتھ کتھِ پٮ۪ٹھ حأرانگی ہُنٛد اظہار کران تہٕ ونان زِ یہِ تأریخی شہر کیازِ چھُ
زنتہٕ وأران ہیوٗ باسان۔ شکارٕ چھےٚ تھامہِ گأمٕژ۔ درگاہس کُن ینہٕ گژھنٕچ
ووسہِ دروسہٕ چھےٚ ژھوکیمٕژ۔ سمن بل تہٕ یاربل چھُ پریشان۔ لوٗکھ چھِ
کُٹھن منٛز ژھوپہِ دَم کٔرتھ بہتھ۔ واراہ شہر دار چھِ ژٔلی متی۔ ووزٕلی
واون چھُ فضا آلودٕ کوٚرمُت۔ أشِس چھِ ڈیرٕ گأمتی تہٕ برن چھِ تأری
لگیمتی۔ آگرن ہُنٛد محأفظ چھُ سورگ ترأوِتھ ییرٕونی ناوِ لگیمتی۔

امایم رأوی متی جانانہٕ ہِن کر؟ شرٕپتھ میٚژٕ گیہِ تمے دُردانہٕ ہِن کر؟ اَمہِ
پتہٕ چھُ شاعر ''وژُن'' پیش کران۔ یتھ منٛز گٕژہِ زوٚل دوٗر گژھنٕچ آہی تہٕ

سنگر مالن یکوٹہٕ سمکھنُک ناو چھُ ۔

سُمیوٗ ے سنگر مالو ماجہِ کٲشیرِ وَنہٕ ناوو

گوڈنیُک یہِ سرگ چھُ مأنی تو اکھ ڈراپ سین یٔمہِ پتہٕ شاعر کٲشیرِ ہنٛدِ توأریخہٕ کہِ پوٗت کالُک داستان شروع چھ کران دوٚیمس سرگس منٛز چھ سنگر مالہِ اکھ صاف تہٕ شوٗد آبہٕ سرنظرِ گژھان، یتھے سو اَتھ نزدیک چھےٚ واتان تہٕ سنگُر چھُ اوٗت وأتتھ پیوان۔ سنگر چھُ تَس وُچھِتھ پنُن تاشوقہٕ وژن گیوان ۔

بأٔلی بأٔلی ؤ ژکھے سنگرمأٔلی لأٔلی ژٕ کیٚسے پرٛاران چھکھ

سنگر مال چھےٚ تَس نزدیک یوان تہٕ تَس پنُن احوال پرٕژھان۔

نکھٕ آیہِ سنگرس ہیوٚتنس ونہٕ ووٚنے

پنٕنے چھُکھ وَن کتہِ پٮ۪ٹھ آکھ

شاعر چھُ دراصل اَمہِ حوالہٕ سٕہ وق بروٗنہہ کُن انان یٮ۪لہِ سأرٕے کٲشیر اکھ آبہٕ سرأس تہٕ صرف أسی بالہٕ تینالین پٮ۪ٹھ زندگی ہنٛدی آثار موجود۔ أتھی دوران چھےٚ اکھ غمی آواز یوان یوسہٕ سنگرس تہٕ سنگر مالہِ دوٚشوٚنے پوشہٕ وِن لوٗلچ أہی چھےٚ دِوان ؛ ۔

اَمر رؤزیو اَمر روزِن تھُنٛد لول

یہِ بوزِتھ چھِ یِم دوٚشوَ ے فرطِ مسرت ستی خوٚشی ہُنٛد نغمہٕ گیوان۔

گوٚرِ گوٚرِ کرہوے واوو چھاوو لول

یِمن نکھے چھُ اکھ بۆڈ پلاہ وَہراوٕ گرِتھ آسان۔ یہِ چھُ اکھ وُ جاے تہٕ غاراَباد عالم ییٚتہِ ژُوپارٕ ژھوپہٕ پھٕٹے آسان۔ یم چھِ اَتھی منٛز گُزر بسر کران۔ دۆہس چھِ آفتابس تہٕ راتس زۆنہٕ گاشس کاٚم ہوان۔ یہِ چھُ دراصل زندگی ہنٛدِ آغازُک سُہ اولین تہٕ بے سروسامانہٕ دور ییٚلہِ کٔشیرِ منٛز گُنہِ تہٕ تہذیٖب کانٛہہ گاشہٕ لے موجود اُس نہٕ تہٕ نہ انسأنی آبأدی ہنٛز کانٛہہ ووسہٕ دروسہٕ اُس۔

وُرُن وَتھرُن کران دِودأر شاخن

گِہے رۆدس اندر فاقے کران اَسی!

گِہے شِشرس اندر مُرِی مُرِی زُوان اَسی

اَتھی منٛز سنگُر اکہِ دوہہٕ اَمہِ جایہِ پیٹھ دۆر نیران

دۆر ہاسأنپُن تہٕ سنگُر دزاوسأنس

سُہ چھُ اَکِس جنٛگلی جایہِ واتان ییٚتہِ کوس تام وٕحشی تہٕ خونخوار ذاتھ پھٕٹے آسان۔ یوسہٕ سنگرس قأد چھِ کران زِ سُہ کیازِ آو تہنٛدِس علاقس منٛز۔ سنگر مال پھٕٹے تسنٛز جُدأیی ہنٛز پریشان حألی ہنٛدی وبد اکھ دِوان:

کھبنم ما شال ہاپتھ ووٚنی بنم کیا

دِیم نا پے تسُند کانٛژھا بنم کیا

گٔیس ما دِے تہٕ نفرت میأنی جل جل

پیٚیس ما کانٛہہ بلایا بارٕ جودَل

لشے ویرن کرے زُولا ژٕ یِکھنا
سرے شامن پرے بأتھا ژٕ یِکھنا

سنگر تہٕ چھُ خوفزدٕ سپدان تہٕ تَس تہِ چھُ وُیۆ دُر ووتھان تہٕ سہٕ چھُ وبداکھ دِوان ، یِمن منٛز شأعرسُند باؤژ بلٕک ہُنر ، پوٚختگی تہٕ معنہِ ساوبر دریٚنٛٹھی چھُ گوٚھان۔

خیالس چانٔی سےٚ أندی أندی نژان چھُس
گوٚھتھ دیوانہٕ وُچھ پنٕنے ژٹان چھُس
اگر أچھی ڈألی گژھنے! سوزیاون؟
گٔنڈِتھ گٔلی چون خأدِم روزیاون؟
عقیدن فلسفن ہنٛز کتھ چھِ وکھرے
یہِ لوٗرِچ میٛٹھ وَتھ تے گتھ چھِ وکھرے

سنگرس چھُ وحشی مخلوق اذیت دِوان تہٕ شلکھ کران ۔

تُلے موٗرے گٔنڈِتھ الوند تژووکھ
تہٕ لوربن ماز تٔمی سُند وارہ کھولُکھ
تہِمو د ۆوپہس ژٕ کوٚو چھُ یور آمُت
علاقس سأنی سےٚ منٛز کیازِ ژامُت

ییٚلہِ نبصف رأژ بأگی ، وحشی مخلوقو سنگُر مارُن ہیۆت ، تٔمی تژوو تِہنٛدس سردارس کھورن تَل پان تہٕ پتہٕ لاعلمی تہٕ بےٚ گوناہی ہُند کوٚرُن

اظہار۔ سردارس آو انصاف تہٕ کوٚ رُکھ آزاد:

سنگر صُحائے کوٚ رُکھ آزاد جل جل

پکان لتھواں ژ ٚول بےٚ چارٕ جل جل

ترٛتیمس سرگس منٛز چھُ شاعر کشیٖرِ ہنٛز سریہِ ہُنٛد وجودس منٛز یِنگ وجہ تہٕ منظرعکساوان یتھ نیل مت پُران، ہندو،اسطور تہٕ بیٚیہٕ کینٛہہ توأریخی تذکرٕ ڈوٚکھ چھِ کران[1]۔

---

[1] درج بالا تذکرٕ مطأبق اُس کشیٖر بالن منٛز باگ اکھ بوٚڈ آبہٕ سر۔ بال اُسی اکھ أکِس ستۍ جوٗرِتھ تہٕ آبس اُس نہٕ نیرنٕچ کانٛہہ وَتھ۔ أتھۍ دوران اُس ہرموکھ بالس پیٚٹھ ماتا سُتی (پاروتی) یوسہٕ سری مہادیو جی سٕنٛز اکھ مکمل طاقت چھےٚ اُس اتھ آبہٕ ڈلس منٛز کوثر ناگ کین بالہٕ تینتالِٕن تام ناوِ منٛز سأ لا کران۔اوے اُسی اَتھ سُتی سروتان، سُتی سرس منٛز اوس جلدیو ناوُک دیو روزان یُس خوفناک تہٕ مشٹنڈ اوس۔ یہِ اوس برٛہما سُنٛد پٔزأری تہٕ تِمۍ اوس تس أہی دِژمٕژ زِ تَس ہیکِہٕ آبس منٛز کانٛہہ تہِ مأرِتھ۔ مگر کینٛہہ وقتہٕ پتہٕ بنیو یہِ خونخوار تہٕ لوٚگ آبہٕ نیٚرتھ أندی پکھی علاقن منٛز جاندارن مارنہٕ تہٕ ظُلم کرنہِ ۔ اَمہِ پتہٕ آوارہ وقتہٕ پتہٕ برہما سُنٛد ذُرکشف کھیشر تہٕ وٗت سُتی سرڈلس نزدیک یِیٚتہٕ تَس موأفق آب و ہوا باسیو تہٕ بیوٚٹھ۔أتی بوزتِمۍ أکِس بُڈس زِنٛشہِ جلدیو سٕنٛدِ ظُلمُک داستان تہٕ گوٚتس نیال گالنہٕ باپتھ تیار۔ سُہ ووت کوثر ناگ بالِ کِس منزس ہیٚر پوٗرٕ نکھ نو بندن جلیہِ تہٕ کرِن أکس ساسس ؤریس عبادت تہٕ قو درتس موٚنگُن زِیہِ بلاے گوٚژھِ نابود گوٚژھنۍ ۔ دیپان تسُنٛد دعا گوٚ وقبول تہٕ برٛہما، بشن تہٕ ہشیرس ناوِ کین کارگُزارن آے دیوس گالنٕچ کأم ذمہٕ کرنہٕ۔ تِمو کٔر واریاہ کوٚشش مگر دیو گوٚ کھ نہٕ قوبو۔ دیپان اکِہ دوہہ وُچھ بشن جی ین ورمُلہِ نکھ آب نیٚرٕچ جاے تہٕ پننہِ سُدرشن ژٔکرِ ستۍ کرِن اَتھ ریٖژ ریٖژ تہٕ آب کوٚ ڈُن نبر۔ مگر دیو روٗد کتھ تام چھپِن جلیہِ منٛز ژٕبتھ دِتھ۔ کشف کھیشرن موٚنگ بیٚیہٕ دُعا تہٕ دیپان تسنٛز شکتی گیہِ أکِس ہارِ ہنٛز (صفہٕ پیٚٹھ بیٖیس صفس پیٚٹھ)

گٔیہِ شووے کیاہتام سپٕن
ورمُلو کنٛز آبس دام دِیُٚن
رسہِ رَسہِ گو آب وسان پانے
ژٕنٛز دژاے زمینکو تاہ خانے

کٔشیرِ ہنٛز سرزمین دژایِہ مہریٚنہِ ہٕندی پٲٹھۍ ژٕنٛز۔ ژوپٲرۍ ہیوٚتُن سبزار وہپدٕن۔ مٔدر میٹھۍ ناگ تہٕ کولہٕ گٔیہِ جأرۍ یِم وبتھِ ستۍ رلان گٔے تہٕ اَتھ پُشنے کران گٔیہِ۔

وبتھ تأبیا تھاوٕنۍ بُتھِ لکھنس
کونگہِ ژادر پوشرۍ ہٕٹۍ ووٚلنس

شاعر چھُ وبتھِ ہٕندی گون گٕوان تہٕ ونان ؎
پرۍ تژاوان چھکھ خاموش خاموش
شوٗژ لاگے وبتھِ پادن پمپوش
سمے أسِن سبٹھاہ ٹاکارٕ جان
دوہس رالتس پکنٕے چھےٚ چأنۍ شان

(باقی پتۍ مہِ صفہِ پٮ۪ٹھ) شکلہِ منٛز نموٗدار تیٚمۍ سُمیر بالُک اکھ حِصہِ تونتہٕ منٛز نٔکتھ دیو ستۍ چھپن جایہِ پٮ۪ٹھ تژ دو ییمو ستۍ سہ از جان سپٕد۔ اَتھبالس چھ ہاری پربت تہِ ونان تہٕ شارکا بھگوتی ہنٛز جاے تہِ۔ یِیلہِ اَتھ پتھرِ آب ژوتھ تہٕ بےشُمار کولہٕ تہٕ ناگ گٔیہِ جأرۍ تہٕ آے طرفاتو پٮ۪ٹھ رٕتۍ رٕتۍ لوٗکھ تہٕ عالَم تہٕ بسے اَتھ پوشہِ پتھرِ منٛز۔
(تاریخ حسن۔ ترجمہٕ ڈاکٹر شمس الدین احمد ۱۰۴)

هوٚنن منٛز ژھکھ دوان پتھ کاءلکی ناد
اتھو چانوٚ چھُنا کشمیر آباد[1]

وبتھِ چھِ سأری ناگ تہٕ کولہٕ استقبال کران تہٕ لولہٕ متہٕ لاے کران تہٕ اَمیُک حصہٕ بنان۔ اہربل، رٕنبی آرٕ، لیٚدر یا لمبودری تہٕ ہرناگ بیترِ ہیوٚ صاف وشفاف ناگ چھِ اَتھ نرِ آلوان تہٕ أتھی منٛز چھُ مدغم سپدان۔

وُچھ اہربلن مہریٚنہٕ آیے
رٕنبی آرن لولہٕ وژن پرٕیے
پٕچ لید بشاشت ازلِچ ہبتھ
ہرناگہٕ نکھے سمکھیس وبتھ
دون بیٚنین پوٚشن ماے تہٕ سَتھ

---

[1] نیل مت پُرانس منٛز چھ یہِ کتھ تہِ لیکھِتھ زِ شوجی ین کرٕ پٔنٕنز آشیٚنز پاروتی دریایہٕ وبتاچہِ شکلہِ منٛز زمینہِ منٛز تہٕ لتس و وٗتن ویری ناگ آبس منٛز وَسُن ییمہِ کِنی کأشرِ بن برہمن منٛز وبتا اہم چھےٚ۔ تہٕ تم چھِ اتھ پاروتی ہُند اکھ روٗپ زانان۔ شاستر زبانہِ منٛز چھِ اتھ وبتا، فارسی پأٹھی بیت تہٕ کأشری پأٹھی وبتھ ونان۔ پتہٕ چھِ ناگ تہٕ کولہٕ أتھی ستی رلان۔ یہِ چھےٚ سرینگرٕ منٛزی پکان۔ کھنہٕ بل چھِ اتھ لیٚدر تہٕ پتہٕ وبشو کول، رٕنبی آرٕ رلان۔ پتہٕ چھس پانپورٕ کہِ بالہٕ ہوم سُمبلہٕ کولہِ ہُند آب، کاکہ پور راش کولہِ ہُند آب، چھتہٕ بل نٔشہِ دودگنگا رلان تہٕ پتہٕ چھےٚ یہِ وولرس منٛز وسان۔ (تاریخ حسن ترجمہ ڈاکٹر شمس الدین احمد صفہٕ ۵۳۵)

شاعر چھُ شنکرآچاریہ تہٕ کاوس بالُک ذِکرکران تہٕ اَتھ بالن ہُنٛد رازٕ زانان۔ سُہ چھُ ہرموکھ بالُک[1]، کوثر ناگک[2] تہِ ذکرکران۔ اَمہِ علاوٕ چھُ سُہ کٔشیرِ ہٕنٛزن مخملی زارمرگن ہُنٛد تہِ ذِکرکران یِمن سُہ فطرت چہِ واجہِ ہٕنٛدی نبہٕ نبہٕ کرٕوٗن کرانکھ چھُ ونان۔ وۄنتھ چھےٚ سأرِےٚ کٔشیرِ سأراب کران۔ تازگی تہٕ شادأبی بخشان ؎

رێشی وارِ امر بتھ چاوتے أتی یے        کتہِ مدِ متئے مالئین چون

شاعر چھُ ژۄرمس سرگس منٛز کٔشیرِ ہٕنٛز شادأبی تہٕ آباد کأری ہُنٛد ذِکرکران ۔سُہ چھُ ناگن تہٕ پشاجن تہٕ دۄیمن آریٲئی قومن ہٕنٛدِ یور واتنک ذِکرکران۔

سبز مأدانہٕ ییٚلہِ دژاے سأری
اَژن ہیۆت قأفلو ژھوہ مأرِ مأری
ہیۆتکھ ناگن نکھے دیٚن بُستی ین گٔن
نہ کُنہِ درأنٹھاک رۄدی تے نہ کُنہِ جن

---

[1] ہرموکھ چھُ سرینگر پێٹھ شُمالس کُن لار تہٕ کھویہامہِ پرگنس متصل شراہ شتھ فٹہٕ تھۆد پانژھ کھنگرتھون وول بال۔ یتھ پێٹھ شہن چھُ موجوٗد روزان۔ مُنزمہِ کھنگرِ چھِ ہرموکھ ونان۔ ہرچھ سداسیوس لقب تہٕ موکھ گو بُتھ، یعنے شیو سُنٛد بُتھ۔ (تاریخ حسن شمس الدین احمد صفہٕ ۱۲۶)

[2] کوثر ناگ چھُ ناما وار ناگ۔ ہێنٛدی عقید موجُب چھُ یہِ ناگ وِشن جی ہِنٛدِ کھوروتلہٕ پھۆٹمُت ۔ دیان موج پاروتی اُس گوڈنِکس زنمس منٛزستی ناوٕ زانہٕ یوان تہٕ سو اُس اُتھی ناگہٕ کِس بالس پێٹھ روزان۔ (تاریخ حسن ترجمہ ڈاکٹر شمس الدین احمد ۱۷۲)

ہنگا ، شولا، مکایا میٹھ کاٹژا
وچن میچھر تہٕ ہٕلی ہٕلی ڈٗونی گوٗجا
دوٕ پاسک اُسی لُکھ اتہِ آفتاہکی
سبٹھاہ گاٹلی تہٕ ماہر ، کارکسبکی

آریاوأتی کشیرِ مختلف گامن تہٕ بستی یِہ کربکھ آباد۔ جایہِ جایہِ بنأوِکھ آشرم تہٕ برہمی خط گوٗ رأ تیج۔

پونژہس سرگس منٛز چھُ سنگر پیٹھ سنگر مالہِ سمکھان تہٕ سُہ چھُ کشیرِ ہٕندِ بن شاداب نظارن تہٕ لوٗکن ہٕنز خوشحألی ہُنٛد مشاہِد کرنک دعوتِ توجہ دِوان ۔

دوداگر ساچھُ حأضر جایہِ جایے چھُ مُفتے بأ گراوان لولہِ مایے

شأعر چھُ راجہِ پرورسین سُنٛد ذِکر کران ییٚمی پتہٕ شیٹھن وُری ین ہٕندِس دورِ حکومتس منٛز دوٗر دوٗر تام جنوبی ہندوستان تام سبقت پرأو۔ تِمی اوٚن کشیرِ منٛز تعمیراتن وُژھ تہٕ دین و دھرمس دیُتن اکھ نوٚو زو زہتہٕ۔
شأعر چھُ نامور بودھ عالم ناگ ارجن سُنٛد ذِکر کران ییٚمی پتہٕ دینی تعلیماتن ہُنٛد اثرات دوٗر دوٗر تام ترأوی۔

ولیکن نقشہ کینہہ سنہٕ وِنی چھِ روزان
اثر تہنٛدٕے چھُ صٔدی ین تام پوشان
توارتخن اندر شولان چھُ پتھ کال
دِمو وٚوں کلہنٕس حسنس کرو سال

تتھے پاٹھی چھُ شاعر شیٚمس سرگس منز راز للتا دتیہ سُنْد ذِکرکران
یمو دوٗر دوٗر تام وجے پرأو تہٕ کشیرِ ہُنْد ناوکوٗرُن روشن ۔

وجے پرأوِتھ سہٕ واپس راش ہیتھ آو
کشیرِ دزایہٕ بُتھِ تَس وارِ ملہٕ ژاو

شاعر چھُ راجہ ورمن ، آنند وردھن تہٕ واسو گپت بیترِ رازن ہُنْد
شاندار دورِ حکومتک تہٕ تہنز عوام دوستی ہُنْد ذِکرکران۔ سَتِمس سرگس منز چھُ
شاعر تُرکستان پیٹھ ییٚنہٕ وأتِس غزنی بادشاہ سُنْد ذِکرکران یُس بقول تسِنْدِ
کوہُل تام پنٕنۍ فتوحات کران آو البتہٕ ہیوٚک نہٕ کشیرِ پیٹھ سبقت پراونس
منز کامیاب سپدِتھ۔ شاعر چھُ ایران تہٕ عربہٕ پیٹھ یور ییٚنہٕ والین عالمن
ہُنْد ذِکرکران تہٕ کشیرِ منز دین اسلامکہِ واتنُک تہٕ ذِکرکران۔ ۔

یوٚتہٕ راجا گوٚھان اشرف بہٕ اسلام
چھُ بُلبُل شاہ دِوان تیٚتھ کار انجام

شاعر چھُ سُلطان شہاب الدین تہٕ سُلطان قطب الدین سِنْدِس
دورِ حکومتس کشیرِ ہِنْدِ بن لوٗکن ہِنْز شادمانی ہُنْد دور زانان۔ البتہ چھُ
سہہ بٹ سِنْدِس دورِ حکومتس پیٹھ انگشت نُمائی کران تہٕ تَس سخت گیر مذہب
مخالف زانان تہٕ یوہے شکوہ چھُ شمس الدین عراقی ییٚس ستی تہٕ کران۔
شاعر چھُ سید علی ہمدانیؒ صأبن ہُنْد کشیرِ واتُن اکھ خوشگوار اتفاق
زانان ، یمو علم و عرفانک ، تمدنی ترقی تہٕ بأے بندتیک درس دیت۔

کٔشیرِ منٛز لوٚب اَتھ دورس منٛز ریٖشِٮ۪کی سلسلن وۄتھ بوٗتہٕ للہٕ عآرفن چآوی لولہٕ عرفانٕکی مس ملر ۔

تصوّف شیو درس میُل کوٚرُن پور
دِلن منٛز بأے چارُک بأگرُن نوٗر
تِمی گیان تہٕ دیانُک پڑوو منٛزل
تِمس شکتی تہٕ وأنی أسی حاصِل

یہ ہے عقیدت بوٚرُت نذرانہٕ چھُ سُہ نُندِ ریٖشس تہِ ارپن کران تہٕ ونان ۔

سُہ سہزا نندہ ریوٚش رہبر چھُ سونٕے
اہنسک ، وأنسہ ، مونن پر پیونٕے
وٕنِتھ شرُکی کأشرِبن ہُنٛد شان کھورُن
محبت لول سارِبن بأگراوُن

شأعر ییٚتہٕ بڑٕ شاہ ہِنٛدِس دورِ حکومتس کٔشیرِ ہُنٛد سونہأری تہٕ بٔخ بیدأری ہُنٛد دور چھُ ونان ۔

ژُلن دس تازہ تعمیرن بہ جلدی
نِصف ستی لِس کران روٗد بادشأہی

تتہٕ چھُ سُہ افغان تہٕ سِکھ دورِ حکومت کِنہِ ناسہٕ تژ اسہٕ حأدثن پیٹھ مویوسی تہٕ بیزأری ہُنٛد اظہار کران ۔ یتھ دوران لُکھ باج گزٕاری تہٕ

بارٕ ٹیکسن ہٕنٛدِس بارس تَل دبأوِتھ روٗدی۔

اِٹھمِس سرگس منٛز چھُ شأعر مُلکس منٛز بدیسی حأکمن ہٕنٛدِ تسلسلُک تہٕ کشیٖرِ ہنٛز خستہٕ حأ لی ہُنٛد ذِکر کران ۔

گٹن گامن چھےٚ غوربت زال وٲہرِتھ
پری محلس نژان پیٹھ کالہٕ ا ٘ وبراہ!
پتھر ہأرِتھ بہتھ کأشر گوٚبراہ!

اَمہِ پتہٕ چھُ شأعر ملکس منٛز غولأمی خلاف تحریکِ آزأدی ہُنٛد بارسس ییٚنک ذِکر کران یتھ منٛز بیشمار زُو چھپہٕ لگی۔ آزأدی یوٚ دوَے آے تہِ تہٕ ملک سپُن چھلہِ چھلہِ تہٕ تقسیم۔ مگر کٔشیرِ منٛز ووت نہٕ بأے بندٕتس کانٛہہ دداری۔

ملک زخمی مگر أسی شیرو شکر
روایت کأشرو رٕژھرٕ ے برابر
نوٚبن آشن گبوان روٗد سون مجبوٗر
تٔمِس أس کأشرٚبن ہنٛز ماے بر پوٗر

شأعر چھُ محسوس کران زِ آزأدی پتہٕ ییٚمی پرٚیہِ وٕنٛی خاب لوٗکن أچھن منٛز رٕژھراوِتھ أسی، تِمن ہیوٚک نہٕ پورٕ ترٚ نیرِتھ۔

خبر اَسہِ أس گے آزاد سأری
غولأمی ہٕنٛدی بلن ووٚنی دأدی سأری

اما طرزِ حکومت کیازِ پژونے
أندرٕ کنہٕ ژھوژنیٚرٕ کنہٕ نُند بونے
دیٚتھ نعرہ تہٕ مُلکس چھے لگان نار
فقط ووٹک ژوولپأرٕ چھ باپار

دراصل چھُ شاعر یِمن ناتجربہٕ کار سیاست کارن طنز کران۔ یِم جمہوریت کِس ناوس پٮ۪ٹھ لوکن گمراہ چھِ کران تہٕ جمہوریت کِس اصل روٗحس تام وأتتھ چھنہٕ ہیٚکان۔ یِہنٛدِک مقصد عام فلاح تہٕ بہبوٗدی چھُ۔
ژوٗمِس تہٕ أخری سرگس منٛز چھُ شاعر کشیرِ ہُنٛد بہارُک منظر ووتلاوان۔ سُہ چھُ سیاحتی مرگن ہنٛز بیٚیہٕ سأل ائنن ہنٛز گہما گہمی وُچھان تہٕ درگاہ گرٛٮ۪چ تہٕ گُردوارن تہٕ مندرن منٛز عقیدتمندن ہنٛز ووسہٕ دروسہٕ وُچھان۔

گوٚھان درگاہِ اعلیٰ لوکھ سأرٕ
کران حاجتمندن سُے پانہٕ یأرٕ
بٔھتی ژکر یشورس پوزایہٕ واتان
کران دیوی چھِ ارپن پران تے پان
چھُ رٕوٹمت بونہِ باغو کیسری رنگ
گوسانو یونہِ لأگتھ زالہِ ژتی کنگ

أخرس پٮ۪ٹھ چھِ شاعرس کشیرِ منٛز رونما سپدن والین غأر یقینی حالاتن پٮ۪ٹھ حأرانگی تہٕ مویوٗسی ہُنٛد ذکر کران تہٕ اتھ نوٗسرٕ آے کانچھان۔

ۆتھرس ۆتھرس بُتھ پۆشنأوِتھ　　　سوٗنتس کُس کتر أوِتھ گو

چنانچہِ کٔشیرِ ہِنٛدِس توٲرٟخس منٛز چھِ وِزِوِزِ تِتھی وُترِ بُنٛیل وکانہٕ تہٕ

وأری داتھ رونما سپدان رٗدی مٕتؠ ییلہِ کأشرِ بن زوٗن محال چھُ سپُدمُت

تہٕ وارہ کأشر چھِ پٔنٕنؠ گروٗ بٹھ ترأوِتھ ژٔلی مٕتؠ تہٕ مساپُن زُو بچأوِتھ ہیٚکی مٕتؠ ۔

پتھ کالہِ قحطو ، سیلابو تہٕ شخصی دور کیو کینٛژٕ و ناسہٕ تراسہٕ حالاتو کٔنہ چھِ واریا

کأشر وادی ترأوِتھ پانژال بالہٕ کٔنن جنٛگلن تہٕ کوہن منٛز پناہ ہوان

رٗدی مٕتؠ تہٕ جنٛگلی پھلن تہٕ گاسس پٮ۪ٹھ پنٕن گزار کٔرِتھ زُو بچاوان

رٗدی مٕتؠ مگر تو پتہٕ تہٕ چھِ یمن وأرانن منٛز روزِتھ پنٕنس کلچرس تہٕ پنٕنہِ ماجہِ

زبوٕ وِچھس ستؠ لأ گتھ محفوظ تھاوان رٗدی مٕتؠ ۔ توٲرٟخکی تِتھے ہیٚوٗ بدِ

قسمت دورن کھیوٗ و بییہِ اکہِ پھِرِ لرِ پھِرُن ۔ کأشر بٹہٕ بأے یمو کأشرِ

سماجُک اکھ دور اندیش تہٕ روشن فکر حصہٕ چھُ کٔری وادی پٮ۪ٹھ اجتمأعی

ہجرت تہٕ اتھ دوران پیوٚ تِمن سورُے کینٛہہ وتراوُن یہٕ پٕنُن گر ترأوِتھ

سرُن پیوان چھُ ۔ البتہٕ وادی منٛز نیرنہٕ پتہٕ رٗدی تِم ، پنٕنہِ زنم ماترا ے

ستؠ ذہنی تہٕ جذبأتی لحاظٕ برابر جُرِتھ تہٕ وابستہٕ ۔ ''پٔدی سمیکھ'' شعر سوٚمبرن

ہُنٛد دوٚیم باگ چھُ مجموعی طور أتھی آشوبس تہٕ پراگندگی زبوٕ دوان تہٕ للہِ

کھوٚل کران ۔

☆☆☆

# مجبوٗر چھُ مانڈان پٔدۍ سمیکۍ

ڈاکٹر رتن تلاشی

بزرگ شاعر ارجن دیو مجبوٗر سنز ''پٔدۍ سمیکۍ'' شعرِ سومبرنہٕ چھےٚ کاشرِ زبانۍ ہنٛدِس پتٕمین دوٚن دہلین ہنٛدِس شعرِ سرمایس منٛز اکھ اہم مقام۔خاص پأٹھۍ تتھ شاعری منٛز یتھ اَسۍ جلا وطنی ہنٛز شاعری ونان چھِ۔نہ صرف امہِ کہِ موضوع تہٕ مزاز ِکنۍ بلکہِ یمہٕ موجوب تہِ زِ امہِ تصنیفہِ ستۍ پھُٹ سُہ جمود تہٕ خاموشی یوس وطن بدری ہنٛدِ نتیجہ کاشرِن قلمکارن باگہِ آمٕژ اَس۔یہِ شعرِ تصنیف سپز 1993ء منٛز شایع۔یہِ اوس سُہ دور ییٚلہِ کینٛہہ ؤری بڈٕ وٕنہے کشیرِ ہنٛزِ آبأدی ہُنٛد اکھ نمایاں بوگ تشدد کہ کانٛہہ گرِ تژاونس پتہٕ حالاتو مجبور سپُد مُت اوس۔حالاتن ہنٛدِ امہِ موکھہٕ پژبتھ ستۍ اوس کأشر ادب تہِ متأثر سپُد مُت۔گرِ تژاون والین منٛز اَسۍ ادیب تہٕ قلمکار تہِ شأمِل یِمن یہِ دُپٕزِ تہٕ ہجرت کیو کرٕ تچھر ووٚٹھن ٹیب دِژٕمٕژ اَس۔مگر وارِ وارِ پھُٹ قلمٕچ خاموشی تہٕ مہاجر شاعرو ہیوٚت پتمین شعرِ باوژن منٛز پننہٕ گرِ راونکہِ ہجرُک بوس لوٗ ژراوُن تہٕ نوٚ ین حالاتن تہٕ ہوانو اہس منٛز پننین موٗلن سٕنٛن۔ ''پٔدۍ سمیکۍ'' بنیہِ امہِ باپتھ اکھ گلبانگ۔ اتھ سومبرنہِ منٛز چھےٚ مجبور سنٛزٕ کینٛہہ نظمہٕ شأمِل۔یِمو منٛزٕ کینٛہہ نمتھ بڈٕ وٕنہے

تہٕ تخلیق سپٕز ہٮ۪ژ چھےٚ۔اماپوٚز سومبرنہِ ہُنٛد ڈبکہٕ ٹکہٕ چھےٚ پٔدٕ سمیکی عنوانہٕ طویل نظم۔دپان اتھ نظمہِ تہِ چھُ مجبورن کٔشیری گوڈٕ ہیوٚ تمُت ووٚنی گوٚ ومکمل آیہِ وطن بدری منٛز ے کرنہٕ ییمہِ ستی اتھ منٛز وطنک راگ شِدتہٕ سان ووتلیومُت چھُ۔نظمہِ منٛز چھُ مجبورپننہِ وطنہٕ کِس پتھ کالس زٲلۍ دِتھ امہِ کٮ۪ن گوشن گوشن ہنٛدی پٔدی مأنٛڈِتھ امیُک پتھ کٲلی بجرتہٕ تہذیبی اوسوٚد حٲلی ہنٛدی گیت گیوان۔

''پٔدی سمیکی''بڑ وٕنہہ تہٕ خاص پأٹھی جدید دورس منٛزآو مجبورسُنٛد وارِیاہ کلامہٕ بروٕنہہ کُن۔مگر یہِ نظم چھےٚ مجبورنہِ اکہِ نوِ بیانیہ اندازُک ڈٕسلابہٕ۔امہِ بڑ وٕنہہ اوس مجبور بیشترپأٹھی جدید شأعرن ہنٛزِ آوازِ ستی آواز رلأوِتھ جدید مشینی تہذیبس منٛز ہنہٕ آمتس آدم سنٛز بےٚ بُسی تہٕ تسنٛزِ پرٛزنٕو ہنٛدی فِہہِ باوان تہٕ کُل عالمہٕ کِس انسانہٕ سنٛزن قدرن تہٕ تشخص کِس راونس پشان۔امہِ پتہٕ یُس کلامہٕ تسُنٛد بڑ وٕنہہ کُن آوتھ منٛز چھےٚ خاص پأٹھی''تیوٚل''شعرِتصنیف شأمل۔مجبورِنس کلامس منٛزآو مختلف زبانن منٛز تنقید رٕنگی تہِ وارِیاہ کینٛہہ۔خاص پأٹھی بنیہِ''تیوٚل''توجہک مرکز۔مگر پٔدی سمیکی گٔیہِ اتھ مقابلہٕ نظرانداز۔پٔتمین ؤری ین منٛز یہِ کینٛژھا مجبورس متعلق لکھنہٕ آوتھ منٛز چھُ''پٔدی سمیکی'' نظمہِ ہُنٛد محض ناونظرِ گوھان تہٕ بس۔ییمہِ کِس نظرانداز سپدنس تہٕ تیوٚل لایق توجہ بننس چھُ شاید یِہ تہٕ وجہ زِ''تیوٚل''یتھ زمانس منٛز آیہِ تمہِ ساتہٕ اُس ملک بدرادیبن منٛز ادبی

سرگرمی معمولس پٹھ آمٕژ۔نتہٕ چھےٚ یمن دوشوٕنی نظمن مزاز تہٕ موضوع کِنی اکھ مماٗثلت نظرِ گژھان۔دوشوے چھےٚ طویل بیانیہ نظمہٕ تہٕ دوشوٕنی منٛز چھنہٕ صرف بیان واظہارُک ہشر عیان بلکہٕ چھُ پنُن گرٕ تہٕ تہذیبی موٗل راوُنک احساس شدتہٕ سان باوتھ لبان۔یمٚ دوَے دوشوے بحر آہنگ اوٚک طرف ترٛاٗوِتھ شوزِ مثنوی فارمہِ منٛز چھنہٕ تہِ کٔرِتھ تہِ چھےٚ دوشوے مثنوی چالہِ وژنوتہٕ باٗتوٚ ستی شوٚ براونہٕ آمٕژ۔دوشوٕنی منٛز چھےٚ پتھ کاٚلچ مالے باوتھ لبان ووٚنی گوٚو ''ستیٚول'' نظمہِ منٛز چھُ سوانحی عنصر نمایاں پاٗٹھی آمتی۔ ساختہٕ لحاظہٕ یمٚ دوَے دوشوٕنی مشترکہ خصوصیژ بدِ کڈِتھ ہکو، ووٚنی گوٚو دوشوٕنی ہنٛزِ بیانیہ ترکیبہِ منٛز چھُ ہناپھیر۔تہٕ پٹھے بانہٕ پھیر چھُ یہِ زِ واٗحد راٗوی آسنہٕ کِنی چھےٚ ''ستیٚول'' ''پدٕ سمیکٕ'' مقابلہٕ زیادٕ مربوط۔''پدٕ سمیکٕ'' منٛز چھےٚ راٗوی تبدیلی۔اتھ منٛز چھِ اندوند ترٛے راٗوی ییمیٚک نہ نظمہِ ہنٛدِس ساختس یا توٚ ژس پٹھ کانٛہہ تہِ مثبت الگاٗے اثر پیوٚمُت چھُ۔یہِ راٗوی تبدیلی چھنہٕ نمایاں تہٕ سپزٕمژ۔امہِ علاوٕ چھےٚ''پدٕ سمیکٕ''نظمہِ منٛزِ اسہِ بحرٕ تبدیلی کُنہ کُنہِ نظرِ گژھان ییٚلہِ زن''ستیٚول''نظمہِ منٛز اندوند کُنی بحرورتاونہٕ آمٕژ چھےٚ۔ بہرحال تقوبل اوٚک طرف ترٛاٗوِتھ ہرگاہ وُچھو ''پدٕ سمیکٕ'' چھُ موضوع لحاظہٕ وسیع باڈو۔یہِ بیانیہ نظم چھےٚ کٔشیرٕ ہنٛزٕ داستان۔یوسہٕ ستی سرٕ پٹھہٕ شروع سپدان چھےٚ۔تہٕ یتھ منٛز کٔشیرٕ ہنٛدِ فطری ماٗری منٛزرتہٕ ذرخیز تہذیبی پتھ کالکین مختلف پڑاون ہنٛزٕ جلکیہٕ

دیدمانہٕ یِوان چھےٚ۔شاعرٕ سُنٛد مقصد چھنہٕ کٲشِرٕ ہنٛدِ ثقافتی توٲریخُک مورخہ ہنٛدِ نوقطہ نظرٕ وچھنے کرٕنۍ تہٕ نہ کٲشرِ تہذیبکہٕ حوالہٕ کانٛہہ مستند زانکٲری دِنۍ بلکہِ چھُ شاعر تخٔیل کہ پڑاگاشہِ کٲشرِ توٲریخی تہٕ تہذیبی سفرٕکۍ گٹے ہتۍ پٔدۍ آکھ بدِ کڈٕنۍ تہٕ یِہ پتھ کالس تتھٕ پٲٹھۍ رقصاوٕن یتھ یِہٕ منظر فرحت تہٕ انبساطُک موجب تہ بنہٕ تہٕ بدس کالُک کرب تہٕ انتشار مٔشراونُک وٚسیلہٕ تہِ۔نظمہِ منٛز چھُ توٲریخ تہٕ تخٔیلُک مٲرۍ موٚند سنگم۔

یوٚ تام نظمہٕ ہنٛدِ ساختُک تعلق چھُ یِہ طویل منظوم چھُ نون سرگن یا حصن پیٹھ مشتمل تہٕ امہِ علاوٕ چھُس موکھ یُس دٕرُس نظمہٕ ہُنٛد تعارف یا پرولوگ مٲنِتھ ہیکو یتھ منٛز مہاپرلے تہٕ طوٗفانہٕ نوح پتہٕ زندگی دُبارٕ آے لگنس کُن تہِ اِشارٕ کرنہٕ آمُت تہٕ یتھ کتھہِ کُن تہٕ زِ امہِ سأدٕ روار حیاتُک پرٕتھن پاے۔کتھہٕ پٲٹھۍ چھُ کٲشِرِ منٛزٕ سپدٕمُت تمی چھُ ونان ؎

''پیوٚ ولیٚد رِبٹھس پیٹھ تھنہٕ آدمؔ''

نظمہِ ہنٛزٕ اصل کاے چھےٚ امہِ پتہٕ یعنے گوڈٕنکہِ سرگہ پیٹھہٕ شروع سپدان یتھ منٛز شاعر تتھ تباہ حال صوٗرت حالس پیٹھ واویلاہ کران چھُ یُس کٲشِرِ نمتہ کیو حالاتو ٚکنۍ باگہِ آو۔چنانچہ شاعر چھُ پانہٕ یمو حالاتو منٛزۍ گذریومُت۔ تمہِ سبہٕ چھُ تُنٛد لہجہ کُنہٕ کُنہِ فوری ردِعملہٕ ٚکنۍ شکایتی تہٕ جذبل۔ مثلن ؎

چھہِ آگرن ہنٛدٕ محافظ تاوِ لگۍ ہتۍ

سورگ ترٲوِتھ چھِہ پرٕ وِنۍ ناوِ لگۍ ہتۍ

دماہ اکھ آبہٕ چھوٚلیو یور یِنہٕ ہے
ژٕھرِے نظراہ ژٕ پوشے نوٚلہٕ دِزِ ہے

گرٕچ وَتھ سو پنہٕ مایاے چھِ گاران
پٔنن اولاد ووپرٕ جاین چھِ ژھاران

عیان چھُ زِ شاعر سٕنز قرارٕ زندگی چھےٚ تہس نہس سپز مٕژ۔ گامہٕ شہر چھےٚ وُدٕژھوٕے گٔمٕژ۔ شاعرس چھُ ہمسوسہٕ زِ یہِ ووٚبوٚ دُرتُلہٕ وُن یہِ اونٛد پوٚکھ کرسورِ۔ شاعر چھُ امکُے عذاب للہٕ وان۔ یوہے عذاب چھُ شاعر سٕندِ باپتھ وُتش تہٕ فراہم کران ییمہٕ ستیٚ سُہ نظمہِ منٛز بڑٕ وٕنہہ کُن الہٕ پلہٕ اُٹھن حصن منٛز تخیُل چوپکھوٗ ڈوٚگرِتھ پننِ وطنہٕ چنٕ پتھ کالٕی چنٕ مرگن تہٕ یادِ ووٚ ترٕکنن وادی ین ہٕنٛدی وتہٕ یٔدی مأنٛدِتھ یِوان چھُ۔ یہے چھےٚ تٕسنٛدِ باپتھ موجوٗدِ وقتہٕ کہِ کرٕچھرِ نِش فرار حأصل کٔرِتھ موجوٗدعذاب مٔشراونٕچ وَتھ۔ ازکالکہِ کرٕچھرِ پیٹھٕ پتھ کالس کُن یہِ ژھال چھےٚ دم پھُٹٕ کرٕ وِنِس ماحولس منٛز سوٗنتہٕ واوِچ تراوتھ انان۔ پتھ کالکہِ امہِ سفرٕکی چھِ نظمہِ ہٕنٛدٕ بن مختلف حصن منٛز کٔشیرِ ہٕنٛزِ زندگی ہٕنٛدی بیوٚن بیوٚن پہلوگاشراونہٕ آمتیٚ۔ مثلن ترٕیمس حصس منٛز چھُ کٔشیرِ ہٕنٛز جغرافیٲیی تصویر تہٕ ژوٚرِمس منٛز ستی سرہوکھنہٕ پتہٕ مختلف قومن ہنٛد یوریتھ ملہٕ مِش تہذیبس زاین دِنٕچ تصویرکأری کرنہٕ آمٕژ۔ پٔنٛژِمس تہٕ شیٚمِس حصس منٛز

چھُ ہندوِدورِ چہِ تہٕ سُتمِس منٛز مسلم دورچہِ کٔشیرِ ہٕنٛز تصویرکأری کرنہٕ آمٕژ۔ اِتھمِس سرگس منٛز چھُ وُہمہِ صدی ہٕنٛدٮ۪ن واقعن لٔل کھوٗل کرنہٕ آمٕت۔ اٰخری یعنے ژُٔمِس حصس منٛز چھِ مختلف موسمن ہٕنٛدِ حوالہِ کٔشیرِ ہٕنٛزِ خوبصوٗرتی تہٕ مختلف بڈٮ۪ن دوہن ہٕنٛدِ حوالہِ کاشرِ تہذیبی زندگی ہٕنٛز ووسہٕ دژ وسہٕ درشاونہٕ آمٕژ۔

چناچہِ بڑ ؤنِہہ پہن وؤن اسہِ زِ ''پٔدٕ سمکی'' چھےٚ اکھ بیانیہ نظم تہٕ اتھ بیانیہس بیان کرنہٕ باپتھ چھےٚ شاعرن ڈٔلیلہِ منٛز ڈٔلیل ٹیکنیک ورتاوٕچ کوٗشش کٔرمٕژ۔اکہِ طرفہٕ چھےٚ اکھ خیألی ڈٔلیل۔یہِ ڈٔلیل چھےٚ دوٚن عاشقن ہٕنٛز،سنگرٛ تہٕ سنگرمال۔نظمہِ منٛز باونہٕ آمٕژ کٔشیرِ ہٕنٛز دلیل چھےٚ یِہندی ؤسیلہٕ بڑ ؤنِہہ کُن اننہٕ آمٕژ۔نظمہِ ہٕنٛدِس آغازس منٛز چھےٚ سنگرٛ تہٕ سنگرمالہِ ہٕنٛز ڈٔلیل نمایاں۔ شاعرن چھےٚ ڈٔلیل ٮ۪تھہٕ پأٹھی شروع کٔرمٕژ زِ باسان چھُ نظم چھےٚ اٰکِس دلچسپ لولہٕ قصس کُن پکان۔خاص پأٹھی چھےٚ نظمہِ ہٕنٛدِ بیشتر حصن منٛز بحرِ ہزج یوسہٕ لولہٕ مثنوی ین ہٕنٛز مقبولہِ عام بحر مانیہ آمٕژ چھےٚ۔مگر وارٕ وارٕ چھُ اتھ پٮ۪ٹھ شاعرسُنٛد فوکس کم سپدان تہٕ یؤت یؤت نظم بڑ ؤنِہہ پکان چھےٚ یہِ رومأنی قصہٕ چھُ پسہِ پردٕ گژھان۔دراصل چھُ باسان زِ شاعر سُنٛد مقصد چھُنہٕ سنگرٛ تہٕ سنگرمالہِ ہٕنٛز کانِہہ عشقہٕ ڈٔلیل پیش کرٕنۍ تہٕ نہ چھُ سُہ قأری لیس ٮ۪تھ کُن متوجہ کرٕنچی کوٗشش کران۔بلکہِ چھُ باسان زِ شاعرن چھُ یہِ قصہٕ نظمہِ منٛز اکھ مخصوص بیانیہ سکیم ورتاونہٕ

موجُب اوٗنمُت۔ قاری ہِنٛدِ باپتھ تہٕ چھِ نظمہِ ہِنٛدِ دُنیٖہکی وتہٕ ہاوک امی قصٕکی یِمے زٕ کردار، سنگُر تہٕ سنگرمال۔ یِم دوشوے چھِ فطری مورٲض تہٕ یِہنٛز قربت تہِ چھےٚ فطری تہٕ دوشوے چھِ قرنو پٮ۪ٹھٕ قایٔم تہٕ دایٔم تھزرو پٮ۪ٹھٕ وقتہٕ کٔمِن لرِ پھِرٕن ہِنٛدی چشم دیٖد گواہ یِمے ہمکِن مستندرأوی سُنٛد رول ادا کٔرِتھ۔ ووٚنی گوٚو مختلف رٔوِیَن ہِنٛزِ موجودگی آسنہٕ باوجود تہِ چھنہٕ نظمہِ ہِنٛدِس ساختس منٛز کانٛہہ تہِ نمایاں خصوصیت وو تلیمٕو۔ بلکہِ چھُ اتھ برعکس بیانیہ سوٚتھرِس پٮ۪ٹھ اکھ ڈُلمیل ہیوٚ تہِ باضے پأدٕ سپدمُت۔ اگریٖم مختلف رأوی آسن تہِ نہٕ اتھ سفرس گژھہِ توتہٕ قاری أنٛزی منٛزی۔ یِہ کتھ چھےٚ اہم زِ مجبورس چھُ سنسکرت ادبک تہِ جان مطالعہ تہٕ تسنٛزِ شاعری پٮ۪ٹھ ہیٚکہِ امہِ ادبکہِ اثرٕچ نشاندہی تہِ سپدِتھ مگر مےٚ چھُ باسان زِ یُدی سمیکی نظمہِ پٮ۪ٹھ چھُ ہیٚنٛدی شاعر جےشنکر پرسادنہٕ ''کامایٔنی'' ہُنٛد اثر نے کم سے کم تحریک محسوس سپدان۔ خاص پأٹھی امہِ لولہِ قصہٕ کہِ حوالہٕ۔ مثلن کامایٔنی ہِنٛدی ابتدأیی شعرتہٕ تہٕ آہنگ تہِ پأوِ وژنبس تہٕ پتہٕ پٔرِی تو نظمہِ ہِنٛدی یِم شعر:

شوٗقٕک عالم ہٮ۪تھ سنگر مال	وٗژھ بالہٕ ڈٔنٛدِس پوٚت زوٚناہِش

انگوٗری أچھو نظراہ ترأوِن	أنٛدی أنٛدی اوس آبے آب نژان

''ووٚنی گوٚو یِہ فرق چھےٚ دوشوٚنی باہم اہم زِ ''کامایٔنی'' ییٚتہٕ تمثیلی رنگ پٮ۪ٹھ أوِتھ کردارن علامتہٕ رٔنگی پیش کران چھےٚ تتہِ چھِ ''یُدی سمیکی'' نظمہِ ہِنٛدی یِم کردار امہِ خصوصیٖژ نِشہِ مُچھہٕ۔

کینژٕ ن نقادن ہُنٛد وُنُن چھُ زِ مجبورچھُ مُلہٕ تلہٕ شوٚ د فطرت پرست شأعر۔مگر شاید چھُنہٕ یہِ ہتھ فی صد صحی۔تِمس ہیکوٚ نہٕ تتھ معنیس منٛز فطرت پرست شأعر وٕنتھ یتھ معنیس منٛز أسی مہجورس ونان چھِ۔یا تیٚنٛدی دورِکس غلام نبی فراقس۔یتہِ چھُ پزرزِ فطرت کہِ رنگارنگ أنہٕ خانٛچ تصویر کأری ہیکہِ نہٕ مجبورنہٕ شأعری منٛز غأر موجودأسِتھ تِکیازِ شأعری چھےٚ بقولہ ڈرایڈن فطرچی شبیہہ کأری۔تسنٛزٕ مذکورٕ نظم تہٕ چھُنہٕ امہِ نِش مبرابلکہِ چھُ تمی اتھ نظمہِ منٛز بقولہِ موتی لال ساقی کٔشیرِ ہُنٛد مأری مُنٛزرتہٕ فطرچ فراخدلی تہٕ وُسعت لفظن ہِنٛدِس قالبس منٛز وأنٛجھو۔مگرتمہِ باوجودتہٕ چھُنہٕ شأعرسُنٛد چھیکرس مقصد کٔشیرِ ہُنٛد فطری حُسن ہیشہٕ ناوُن بلکہِ چھےٚ فطرت تِمس نِش اکھ وٕسیلہٕ نہ زِ مٔنزِل۔تسنٛزٕ بیشتر شأعری متعلق چھُ یہِ صحی۔فطرت چھےٚ تس اکھ وُتش فراہم کران۔یہِ تژ اے چھےٚ تٔہنٛزٕ بڑٕ نہمہِ شأعری منٛز تہِ۔مثالے''شونگان ییٚلہِ راتھ بالن شانٛد تھأوِتھ''نظم چھےٚ اَمِچ رٕژ مثال۔مجبورس نِش چھےٚ فطرتِ آدٕمی تہذیب چہِ شیرپأرِ باپتھ اکھ کوٚ چھ یتھ منٛز انسأنی تہذیب پھأنٛپھلان چھُ۔''پٔدٕ سمیکۍ''نظمہِ ہِنٛدِس تژٕ ہِمس سرگس منٛز تہِ چھِ فطرتکۍ مختلف عنصر مثلن مرگہ،ناگ،نالہِ تہٕ بال چاوٕسان پنٕنی پنٕنی جاے امی باپتھ رٹان۔مثلن۔

سبز مأدان ننٛی ییٚلہِ درأیہِ سأری

اَژُن ہیوٚت قافلو ژھوہ مأری مأری

ہیوٚتھ ناگن نکھے دیُن بُستین کُن
نہ کُنہِ دریِنٹھاک رۄدی ، رۄدی کتہِ جن

نظمہِ منٛز چھےٚ فطرتےپنہِ معاشرُکبن موٗلن ہُند احساس دِنک تہِ پتھ کالس ستۍ اکھ اڑھیوٚن رِشتہِ قائیم کرنُک وسیلہِ۔تس چھُ فطرت کبن سبزر، پزر،شوذرتہِ رِژرِکبن پہلوٗہن پیٹھ نظرتہِ سُہ چھُ انسانی زندگی منٛز تہِ یِمنے پہلوٗہن آے کانٛچھان۔"پدٕ سمیکو"نظمہِ منٛز تہِ ییلہِ سُہ کٲشرِ ہنٛز پرٛانہِ تہذیبی زندگی لل کھوٚل کران چھُ تتہِ تہِ چھُ سُہ دوشوٕنی ہنٛدبن یِمنے پہلوٗہن وکھناوان۔تِتھن موقن پیٹھ چھےٚ زندگی ہنٛزِ ووسہِ دروسہِ منٛز فطرت برابر شاٲمل۔مثلن۔

دکھنٕ واوا چھُ لوٚت پانژالی آمُت
گرِتھ گتھ ویرناگس ڈوٗری درامُت

ہوا مالا پھران بدنس چھِ شہجار
دزان مأدان گرشمس منٛز تُلونار
کوکر ناگس چھُ لوٚگمُت واز وانا
کھوان سالا چھوان ترٛیشہِ داماہ

مجبورس چھےٚ فطرتِکس رِژرس،شوٚژرس تہِ شوذرس پیٹھ نظرتہِ یہے رِتۍ گون چھِ فطرتچہِ خوبصوٗرتی ہنٛدی موجب۔سُہ چھُ ویدن ہنٛدِ"وشو

کوٗمب'' خیالُک قائیل۔ چونکہ فطرتس منٛز چھُ رِژرس پێٹھ مبنی اکھ نظام تس چھےٚ انسانٕی زندگی منٛز تہِ یِی وُچھنٛچ منہٕ کامن۔ یوہَے ہمسوسہٕ چھُ پٔدی سمیکی نظمہِ منٛز تہِ۔ پزر چھُ یہِ زِ مُلہٕ تلہٕ چھُ سُہ انسانٕی رِژرُک تہٕ انسانٕی لولُک شاعر۔ چناچہِ پنٕنہِ ابتدأیی ادبی سفرس دوران روٗ دتس ترقی پسند ادیبن ستی واسطہٕ۔ سیأسی نعرٕ بأزی اوٚک طرف تژأوِتھ آوتس امہِ تحریکہِ ہُنٛد انسان دوست رویہِ براہ۔ سُہ چھُنہٕ نعرٕ باز کمیونسٹ روٗ دمُت۔ بلکہِ چھُ یہِ پزرزِ ہرگاہ تس کمیونسٹ ووتھ پێٹھ تہِ آسہِ ہے نہٕ سُہ آسہِ ہے توتہِ انسان دوست تِکیازِ غربت تہٕ افلاس قربتہٕ سان وُچھِتھ چھُ تسُنٛد دِل حساس بنیومُت۔ تسُنٛد دِل چھُ پوشہٕ کھوتہٕ اُوٚیل یتھ انسانٕی زندگی ہُنٛد کانٛہہ تہِ وِبھراروٗچھِتھ ترٛسی لگان چھِ۔ تس چھُنہٕ انسانٕی فطرتُک سیاہ پۄکھ زِ رونہٕ یوان۔ تِکیازِ تیٚنٛدی کٔنی چھنہٕ صرف انسانٕی زندگی بدصورت بنان بلکہِ چھُ امہِ ستی فطرتُک میزان تہِ متأثر سپدان۔ مثلن

ہوا از کھوٗژی کھوٗژی پٔدی چھُ تژاوان

فضاہ روٗ زِتھ گوٗمُت شیٚشدر اوِیزان

''پٔدی سمیکی'' نظمہِ ہُنٛد مواد چھُ کٔشیرِ ہنٛدِس مِتھ، لچنٛڈ، توأریخ تہٕ رِوایتس پێٹھ مبنی۔ یتھس وِیدِس موادس منظومُک رنگ کھارنس منٛز ہرگاہ اہمیت چھےٚ سو چھُنہٕ موادکس نوٚرس بٔلکہِ شاعرٕ سنٛدِس زبأنی بیانس۔ اتہِ چھےٚ شاعرس معلوم کتھ خوبصورتی سان وننہٕ یوان۔ یتھس موادس منٛز

شعرُت ووتلاونہٕ باپتھ چھُ شاعرسہٕ پزٕ بتھ کاشہہ ول ورتاونچ کوٗشش کران ییمہٕ ستیٚ اظہارِ دِلکش بنہِ۔مجبورچھُ امہِ کتھہِ نِش باخبر۔تٔمۍ تہٕ چھُ اندازِ بیان پُر اثر تہٕ پُر ترنم بناونہٕ باپتھ حرفہٕ تکرار،تشبیہہ سأزی پیکر ترأشی تہٕ شخصاونکأری بیترِ مختلف ول ورتأوی مٕتۍ۔مثلن نی توٚیم شعریٚمن منٛز حرفہٕ تکرارس کأم ہینہٕ آمٕژ چھےٚ۔

تمو ورتوو ویدکی کھورہس باو

بنأوِکھ آشرم شہرو نشے دوٗر

تہٕتھے پأٹھۍ یہِ تشبیہہ سأزی ییمہِ ستیٚ عام زانکأری تخلیقی مُل مایہِ کھوٗتمُت چھُ۔

ہما لُک ہالہ مأدان کھیل وتھر ہیوٗ

سندے گنگایہِ ہُند روٗ چھمُت پوٗتھُر ہیوٗ

کُنہِ کُنہِ چھےٚ فطری موروضن ہنٛز خوبصوٗرت شخصاونکأری کرنہٕ آمٕژ ییمہِ ستیٚ نہ شعرن منٛز ڈرأمیت پأدٕ گمٕژ چھےٚ۔وُچھتوٚیمن شعرن منٛز کِتھہٕ پأٹھۍ چھِ فطرتکۍ معروض اسہِ برٕونٛہہ کنہِ نہ صرف محض حبس حرکتہٕ سان بلکہِ صوٗرتحالہِ مطأبق ردعمل کیو جذبأتی باوٕژ سان یِوان۔

کُس اوس بالہٕ دامنٛہ نو بہارا

أچھو ستیٚ ہوونس دوٗری اِشارا

یمبرزل زانہٕ کۄ اُس بامبرپمو
برٛنزِس پتہٕ آیہِ شاید تمبلے مۄ

چھےٚ اوشا اور واٗرتھ پان ناوان
سری دیوتا تٔمِس ورنے چھُ واتان

غرض مجبور چھُ اکایل تہذیب تہٕ تواٗریخ ٹھوس صوٗرتس منٛز تمہٕ انمانہٕ پیش کران زِ یہِ سوٗرے چھُ اسہِ برٛوٗنہہ کنہٕ باحرکت آیہِ دیدمانہٕ سپدان۔ مگر یہِ چھُ تیٚلی ممکن سپدمُت ییٚلہِ مجبور پانہٕ یمن پتھ کالہٕ چینن وتن ہٕندی ہٕدی مانٛڈِتھ پتھ کاٹِلکی یم منظرِ پانہٕ کُنہٕ گٕرِتہٕ ژھایہِ روٗس وُچھان چھُ۔ نظمہِ ہُند راٗوی چھُ ہر جایہِ موٗجوٗد۔ اسہِ چھُ باسان زِ زنتہٕ امہِ نظمہِ ہُندیہِ راٗوی پانہٕ کُنہٕ تھزرس پیٹھ بہتھ پتھ کال ازکاچ یہِ کھُلہٕ کتاب ورقہٕ ورقہٕ وُچھان چھُ۔ یتھہِ پاٹھی زنتہٕ کامانی ہُند سُہ ہے بنگہٕ منوش بالہٕ تینتالہٕ پیٹھہٕ مہاپرلے چِہ تباٗہی ہُند رٕقص وُچھان اوس تیتھے پاٹھی چھُ ''ہٕدی سمیکی'' نظمہِ منٛزتہِ کاٗشرِ ثقافت کٔس کمالن تہٕ زوالن ہنٛز داستان سمیہِ کِس پردس پیٹھ سپدان وُچھنہٕ تہٕ وننہٕ باپتھ۔

کتھہٕ گوٚر اکھ بالہٕ ڈٔنڈِس لاٗرتھ

☆☆☆

# تیوٗل......اکھ سام

پروفیسر بشیر بشرؔ

ہو لئے کیوں نامہ بر کے ساتھ ساتھ
یا ربّ! اپنے خط کو ہم پہنچائیں کیا

(غالبؔ)

مجنونن ییٚلہِ یہِ بوٗز زِ ووٗنٹس پیٹھ سوار شخصس چھُ تتھ شہرس گژھُن ییتہِ لاٗل روزان چھےٚ۔ تمیٚ کوٚر سوارس زارِ پارِ زِ میاٗنۍ چِٹھۍ نِتہٕ پانس سٟتۍ۔ سوارن کوٚرُس اقرار تہٕ رٲژِ چِٹھۍ۔ سُہ آسہِ ہے کینٛہہ منزلا پوٚکمُت زِ مجنونن سوٗنچ ییٚیہِ تہِ کینٛہہ کتھہٕ آسہٕ خطس منٛز لکھنہِ۔ دوان دوران ووت سوارس نِش تہٕ باوٕنس پننۍ خاہش تہٕ تمِس آو عار تہٕ موننس۔ یہِ سلسلہٕ روٗ دجاری یوٚت تام مجنون تہِ لاٗلہِ ہُنٛد شہر ووت۔ یہِ ووٗنٹ سوار اوس اکھ حکیم کوٚٹ تمیٚ وٗنۍ اَمِس دیوانہٕ نفرس ژٕ دٕلیل گرِ۔ مالی ووٚنس ہَتا ژٕ اوسکھ سوار تہٕ سُہ پیدٕ لی۔ یوٗت سفر گرِتھ آسہِ تَس کھورن منٛز خوٗن سمیٚومُت۔

سُہ ییٚلہِ ووٗنۍ اچانک یوٗت سفر گرِتھ نندرِ پیٚیہِ لَس گژھہِ زنگن منٛز رتھ باثدِ۔ حکیم زادس باسیاو زِ مےٚ گوٚواتر۔ مائلس پرژھُن اتھ کیاہ علاج

ہیکہٕ اٚسِتھ۔دۄ پٔنس سٕہ گۄ ژھ کھورن رزگٔنڈِتھ الوند روزٕن یُتھ یہِ خۄ ن واپس جسمس کُن وسبس۔حکیم زادٕ دراٗو پۄ تٕے واپس۔ژھاران ژھاران لوٚبُن مجنون۔نظر اٚکرنس تہٕ خوش گوٚھتھ دراٗوژھوپہٕ کٔرِتھ واپس تِکیازِ تٔمی ؤ چھ مجنون کھورآسمانس کُن کٔرِتھ۔خبرتس کٔمی اوس یہِ علاج وۄنمُت؟

ژ کہِ ییٚلہِ تھٔکِتھ ژھیٚنِتھ مجنون پتھراوس پیٚومُت سٕہ اوس سونچان زِ خبر کمہِ اندٕ آسہِ اٚلِہِ ہُند گرٕ؟تورٕکُن گۄھم نہٕ کھورگژھنی۔توٚے اٚسِن کھور آسمانس کُن ووٕدِنی رٔژٕ تی۔غالب نہٕ شعرُک پۄت منظرچھُ شاید یی۔

سون تیٚول نظمہِ ہُند مجنون یا شعری کردارُیس بذاتِ خود شاعر ارجن دیو مجبوٗرصابٕنی نمایندگی چھُ کران تہِ چھُ کینژھا یتھٕے ہیٚو کران تہٕ ژھتہٕ رٚکس رازٕ ہونژس پٔنٕنی سپر ونان تہٕ چھُس کتھ تام مقامس کُن روانہٕ کرٕان(بظاہرِ کٔشیرِ ییتہِ پٔتھٕہ سٕہ دزٕ امُت چھُ تہٕ اتھ ماے تہٕ محبت چھُس پوشہٕ وُن تیٚول بٔنِتھ دِلس تہٕ ذٔہنس کوٗران)۔

مےٚ بووُم سپر ژھتہٕ رٚکس راز ہونژس
پٔنٕنی رتھ یادٕ ؤترِکی ستی دِتٕمس
مقاما اکھ زُوا تس یاد پاٗوِتھ
کھسُن آکاشی وۄنمس تیز وُپھ دِتھ
سبٹھاہ پۄرمس تہٕ کوٚرمس زارٕ پارے
وُنل آسی تہٕ یٔکی زے وارٕ وارے

سوال چھُ ژینتہٕ رازٕ ہوٚنزُکس چھُ۔یاونو رازٕ ہوٚنزِ ے کیاہ زِ۔ بقولِ مجبور
''سائنین شاسترن منٛزہو ادبس منٛز چھُ ہنس یانی رازٕ ہوٚنز تخلیقی
اظہارُک ذٔریعہِ بناونہٕ آمت۔یہِ علامتھ چھےٚ کاشرِس ادبس منٛز تہٕ
ورتاونہٕ آمٕژ۔ سنسکرت ادبس منٛز چھِ اتھ علامژ ستیٚ کیٚتی معنی مطلب
وابستہٕ........... ہنس گوٚو کامہِ دیووتہٕ یُس حُسن تہٕ خوٗبصوٗرتی ہُنٛد دیوتا
چھُ۔ہنس گوٚو ژینتھ یانی سُہ حِس یُس انسانس پزٕ ربدِ کڈنُک شعور بخشان
چھُ۔تی گوٚو دودتہٕ آب بیوٚن بیوٚن کڈُن۔یہے مانہِ ساٚو علامتھ چھےٚ
مےٚ''تیوٚل''نظمہِ منٛز ورتاومٕژ''۔

''تیوٚل''چھےٚ بنیاٚدی طور وطنہٕ نِشہِ دوٗری یاونو مجبوری ہِنٛدِس
موضوعس پیٹھ لیکھنہٕ آمٕژ اکھ طویل نظم تہٕ امی نسبتہٕ چھُ اکھ ہتھ تہٕ اکھ صفن
پیٹھ مشتمل پننہِ شعرٕ سومبرنہٕ تہٕ مجبورصابُن''تیوٚل''ناوتھوومُت۔

نظمہِ منٛز شاعر سُنٛد نوکتے نظر(Point of view)چھُ مطالعہٕ
خاطرٕ دلچسپ۔نوکتے نظرٕ ژنتھ چھُ مطلب سوجاے ییتہِ پیٹھ شاعر مختلف
منظرن ہُنٛد مُشاہد کران چھُ۔ظاہر چھُ زِ وطنہٕ نِشہِ دوٗرآسنہٕ کِنی چھُ سُہ
پننہٕ نِس یادٕ وٕترِس یاژنتس کامہِ لاگان تہٕ اُمی سےٚ رازٕ ہوٚنز ونان۔یتھہٕ
کِنی چھےٚ شاعر سنٛز شخصیت دون حصن منٛز باگرنہٕ یوان۔اکھ گوٚو اُمی سُنٛد
ظاہری وجود یا جسم تہٕ دوٗیم گوٚو ژینتھ یُس نظمہِ منٛز اکھ الگ تہٕ مکمل کردار
چھُ بنان۔گذریمتہِ وقتکی تم واقعات یم شاعرس یا شعری کردارس اُچھن

دِپد مان سپدی ٕمتی چھِ یا تٔمی پنٕنہٕ نبو اُچھو وُچھی ٕمتی چھِ تمن ہٕنٛز زانکاری چھُ شعری کردار ژٕہتہٕ کَس رازٕ ہوٗنٛزس دِوان۔اماپوٗز رازٕ ہوٗنٛز یِیلہِ یہِ سفر طے کٔرِتھ تتھ مٔنزلس واتان چھُ یمیُٚک نیب تَس شعری کردار دِوان چھُ۔تمہِ پتہٕ کتھ کُس ونہٕ؟اکھ صوٗرت اُس یہِ زِ رازٕ ہوٗنٛز پھیرِ واپس تہٕ کرِاتھ بیان دوٚیِم صوٗرت یہِ زِ رازٕ ہوٗنٛزس ژھانڈان واتہِ گوڈنیُک شعری کردار تہِ اُتھی جایہِ مگرشعوری طور تہٕ وجودٕچ یا جسمٕچ مجبوری چھنہٕ شاعرس یہِ کرنہٕ دِوان۔

نتیجہ کَنی چھُ شاعر نبشونٛکی پأٹھی نظمہِ ہٕندِس اُخرس کیٚتھ ہیوٗ رازٕ ہوٗنٛزس لرِلوٚ ررٕ زِتھ ونان۔

وولو ہا رازٕ ہوٗنٛزو دوٗر نیرو
سبٛطھاہ وأناکھ جاین ژوٗرِ پھیرو
ہٕہ زاشُر کُس سنا تژ اُوِتھ چھُ دراُمت؟
کمِٕس سن ظألمس یُتھ وونٕ آمُت!

اُمِس انسأنٛی یتھ رولیس چھےٚ پژیڈان
چھُ زگتس سو پنٕنہٕ کَس مٔنز فرٛستہٕ ڈیشان
یہِ شور و شر وُچھِتھ چھےٚ کانٛپہٕ نیومُت
چھُ یتھ وأران جایے باگہِ آمُت

وغأر..........................................

گویا جذبن ہنٛدِ شُدتہٕ کٔنز تہٕ اکہِ ماحولہٕ تہٕ زمانہٕ پٮ۪ٹھ بٔنِس
ماحولس تہٕ زمانس تام واتان واتان چھُ شاعرِ سُند گوڈٕ ترتیٖب دیُتمُت
تکنیٖکی نظام بدلان تہٕ دوٚیمس اصل علامتی کردارس (رازٕ ہونٛزس) یُس
اوٗت تام پھاپھجار میلِن چھُن آسان ہیوٚتمُت تتھ چھُ ہٲژ گرٛنڈُم لگان
تہٕ چھُ وٕنسی گوٗھان۔ تٔمۍ سٕنٛز حیثیت چھےٚ محض اَکِس مخاطبانہٕ کردار
سٕنٛز بنان۔ نظمہِ ہنٛدی آخری اَٹھ مصرٕوٲلی سداہ بندیٚمن منٛز وٲرٲنی
پریشان حالی تہٕ وٲراچ کتھ بیان چھےٚ کرنہٕ آمٕژ سوٚہن تہِ چھُ شاعر پننے
نٔسوِ بیان کران ییٚلہِ زن نوکتہٕ نظرٕ کٔنز سُہ اتہِ حاضر چھُیی نہٕ۔ شکٕ فٲیدٕ
تخلیق کارس دِتھ تہٕ امہِ بڑوٚنہہ کیٚنژن بندن منٛز برصغیرس سٕتی نسبت
تھاوان واجنٮ۪ن جاین، کردارن تہٕ واقعن ہنٛز ذکر نظرِ تل تھاوِتھ ہکو یتہٕ
وٚنتھ زِ شاعر چھُ نظمہِ ہنٛدبن آخری بندن منٛز تمی پریشان حالی ہنٛز
ذکر کران یوسہٕ تتھ ماحولس منٛزتس باگہِ چھےٚ آمٕژ ییٚتہٕ سُہ کٔشیرِ دوٗررٕوٚزِتھ
قرار چھُ کرِتھ مگر تتھ صوٗرژ منٛزتہِ چھُ نظمہِ ہنٛدِس کُلہم توٗژرس یہِ دوارٕ
واتان زِ تخلیق کار سٕنٛدِس بیانس منٛز یہِ ماحولٕچ بیانہٕ بدلی (Shift) چھےٚ
اچانک باسان۔ اوٗت تانٛی یوسہٕ تجسس تہٕ بیقرٲری ہنٛز کفیت ونہِ چھےٚ
یِوان تمہِ مطابق گوٚژھ رازٕ ہونٛز سفرس پٮ۪ٹھ نیرُن تہٕ شاعرتٕسنٛدِس
انتظارس منٛز بیقرار آسُن۔

وسیع مانین منٛز چھےٚ "تیوٚل" نظمہِ ہنٛز ہیت کلس پٮ۪ٹھ روٲیتی

کاشرِ مثنوی ہٕنز رلان تہٕ پرٛ بتھ شعرٕکۍ زٕ مصرعہ چھِس ہم قافیہٕ۔ معنی لِس منٛز چھُس اندٕ وٚند ربط۔ نظم چھےٚ اٚکھن اٚکھن مصرن یا ژٕون ژٕون شعرن ہٕندٕ بن بیوٚن بیوٚن بندن منٛز بأگرتھ یم الہٕ پلہٕ سأری کُنہٕ اٚکس خاص منظرس یا واقعس کُن اِشارٕ چھِ کران۔ روأیتی مثنوی ہٕندی پأٹھۍ چھِ نظمہِ منٛز بیوٚن بیوٚن جاین ترٛے بأتھ شأمِل کرنہٕ آمٕتۍ۔ یمو ژٕمصری بأتو منٛز چھِ زٕ تِتھۍ یمن ژٕورِم مصرٕ ووج چھُ۔ نظمہِ ہٕندٕ ہو گوڈنِکو اٚکھن مصرن ہٕندٕ ہو کُنوہو بندو پتہٕ چھُ گوڈنیُک بأتھ۔ تِتھے کٕنۍ چھُ پتہٕ نوو بندو پتہٕ ''نغمہ'' عنوانہٕ بأتھ تہٕ پتہٕ اٚٹھہٕ مصرٕ والہٕ دوٚیمہٕ اٚتھو بندو پتہٕ ''اند'' عنوانس تحت بیاکھ ووج دار ژٕمصری بأتھ شأمِل۔ مثنوی ہٕندی پأٹھۍ یوٚ دوٚے پرٛ بتھ شعرٕکٕن دوٚن مصرن منٛز قأفین ہُنٛد اہتمام چھُ لأزمی پأٹھۍ رچھنہٕ آمُت تاہم چھُ کیٚنٛژن بندن منٛز اٚتھوٚنی یا کیٚنٛژن منٛز شیٚن تہٕ کیٚنٛژن منٛز ژٕون مصرن ہوُے قأفیہ، لفظہٕ ژأر، اچھرٕ تکرار تہٕ خاص بحرٕ تہٕ وزنہٕ کہِ ورتاوٕ چھُ نظمہِ منٛز خوش یوٗن سازٕت پأدٕ سپُد مُت۔

نظمہِ منٛز چھےٚ شأعرن بیانس منٛز جغرافیائی ترتیب تہٕ رٕچھمٕژ سٕہ ییمہِ ساعتہٕ رازٕ ہوٚنٛزس کشیرِ ہٕنٛزِ وتہٕ ہٕنٛز راہنمأیی یا اتھ متعلق نیب چھُ دِوان سٕہ چھُ ترتیب وار بالہٕ تھوٚنگٕن، جنگلن، آبشارن، مرگن تہٕ نین، مأدانن، گامن تہٕ اٚخرس سرین تہٕ گُلہم پأٹھۍ وادی تہٕ پننہٕ روزن جایہِ ہٕنٛز کتھ کران۔ یِتہٕ نہٕ بٔلکہِ یمن جغرافیائی انہارن ہٕنٛزٕ ہٕنٛز یمن نسبت موسمی

حالاتن تہٕ لُکہٕ زٕوی ‑ین ہُنٛد تہٕ چھُ بیانس منٛز اظہار میلان۔مثالے یتھی ہوی شعر۔

اوٚبُر آسی کوٚہن وتھ وُچھِ زِ وارے
کراماتھا ژٕ ہاوُم چھے نہٕ چارے

کھٕسِتھ بالن نین ییٚلہِ ژھالہٕ مارکھ
ژٕ وِگنے کاٗنسہِ پتھ ینہٕ ووندٕ ہارکھ

اٚژِتھ مرگے لٔنجے کُنہِ رأیلس پٔٹھ
کھیوکھرٛاشو اٚنٛدرٕ ‑کنہٕ ژھاٚری زے وَتھ
اگر کُنہِ آبہِ چھوکس نِش لگی راتھ
چھٕجل یارے کھٕسِتھ گٔنزرأوی زے ساتھ

ژٕے پھیری مامے سبزارٕچ نین ہنٛز
لبھ اسرار بوٗزِتھ نے نین ہنٛز

وُڈو کر شوقہٕ مأدانن نژان گرٛھ
کھٕنِتھ نقشا ووندس اندر رچھان گرٛھ

وَتن أندی یٔکۍ سبز پینٛجہٕ ٮ۪کہٕ ڈیشکھ
پھٲلے سٔنٛدی جے ہٕنٛز ِ ے یٔوکاٹلی چھاوَکھ

شُرا ماجے چوٗان دوٗد دامہٕ داما
ژھیپے پاربو وٕلتھ بِر سأوی گاما

تخلیق کار ہٕنٛدِس ذِہنس منٛز کٲشرِ ہُنٛد پرٛٮ۪ن ثقافتی تہٕ تہذیبی بجر تہٕ چھُ خأرجی منظر نگاری ہتۍ ہتۍ نظمہِ منٛز اظہار پرٛاوان بقولِ شاعر۔

وُچھکھ لیٚدربن پلن لیکھِتھ ژٕ سبزرا
رُمس روٗمس کٲشرے پرٛون تھزرا

نہٕ صرف ویٚدبن اوسطوٗرن تہٕ کنہِ کال تہذیب کٕن آثارن ہٕنٛز چھےٚ نظمہِ منٛز ذکر بٔلکہِ چھِ کیٚنژن تتھٕن توأریخی کردارن کُن تہٕ نظمہِ منٛز اِشارٕ یمن متعلق صحیح یا غلط کینٛہہ واقعہٕ کیٚنژو مورخو درج چھِ کٔری متۍ۔ مثالہِ خأطرٕ یہِ شعر یتھ منٛز عأدل بادشاہ وینہ دیٚنکۍ ذکر چھےٚ۔

گگر بل ژھاٗرن سُہ وینادت ژوپأری
یُس نہٕ حق کھیٚنہٕ چی دِوان اوس کانٛسہِ وأری

تتھے کٔنۍ چھےٚ کٲشرِ ہٕنٛزن صحت افزا جاین ہتۍ ہتۍ کیٚنژن توأریخی اعتبارٕ اہمیژ ہٕنٛدبن مقامن ہٕنٛز تہٕ نظمہِ منٛز ذکر۔ یادن ہٕنٛدِس سوٚدرس پھیُر لٔگِتھ چھُ شاعر 1947ہس أندی یٔکۍ مُلک تقسیم سپدنہٕ برونٛہمن تخریبن

تہٕ تکلیفن ہنٛز تہِ کتھ کران۔ تہٕ سُہ وقت تہِ چھُس یاد ییٚلہِ برصغیرچن باقٕے جاین ستیٚ بانہالٕکہ کنہٕ تہٕ مظفرآبادٕ کنہٕ تہِ برصغیرکین باقین علاقن ستیٚ رأبطہٕ اوس۔

چھُ لوہوٗرک سفر سفرن اندر یاد
تران أسۍ بانہٕ ہألی گاہ مظفر آباد

مُلک تقسیم سپدنہٕ کِس نتیجس منٛز تہٕ اتھ دوران لُکن ہنٛدین تکلیفن متعلق چھُ شأعرسُند ردِعمل یتھہٕ پأٹھۍ۔

حکمرانو لیٚتر لأج ماجہِ سینٛس
کُرِتھ آزاد دِلہٕ تٔہس جینٛس

کبیٖرن تے نظیٖرن دیس موٗرکھ
شُرد تہٕ خُسروَس سوٗن نیزٕ توٗرکھ
رُژِ نانک وتن پیٹھ کانٛپہٕ نووٗکھ
سُہ گنٛگ و جمنہٕ کُے تہذیب گوٗلکھ

لچھن ہنٛدی لچھ گرٕ ھتھ بے گر گرٕ ے درا ے
نٔوِس ہندوستانس چاک تیلیٹا ے

نظمہِ ہُنٛد بیشتر حصہٕ چھُ تتھ منظرنامس پیٹھ تشکیل پرٛاوان یتھ أسۍ

زیادٕ ٹا کارٕ پٲٹھی سیاسی ؤنتھ ہیکو تہٕ نظمہِ ہنٛز روانی تہٕ شارُت چھُ تمیٛنے جاین کاڈ کڈان ییٚتہِ تخلیق کار نبشونکی پٲٹھی محض تہٕ محض ذاتی لولہٕ جذبن زٕو چھُ دِوان۔ یِوٚھن جاین چھُ شاعرسُند طرزِ اظہار فطری رنگ رٹان تہٕ جذبن ہنٛز شِدَت ژیناوان۔

خیالن منٛز دہ ہے میانِٮ۪ن وُزان چھکھ
کرکھ نا وِیہہ تہٕ ساتھا یۆری واتکھ

وتن چانِٮ۪ن دَوان ننہٕ وور نیرے
یتھُے ڈیٛشتھ بہٕ شیرے تاج شیرے

ژٔری ژٔری چھِم کتھن ژُری ناو آمٕژ
سبٹھاہ گاسل دِلن اندر سمٲمٕژ

اما کُس کاسہِ ژُھر کُس آسہِ رُستم
فقط ساری چھِ ہاوان پانٛی پانٛیم

یاپاٹھ یتھ ہیوٗ بند:

گوٚھہِ دے یۆد پانے یارے
زبتہٕ نارس کھور ٹھہراو

مجبورس شاید گارے

لولہِ وارے دارِ مۆراو

ارجن دیو مجبورؔس چھُ پننہِ ادبی رِوایژ ہُنٛدسۆن شعور۔ پژانہن کأشرِبن اہم شأعرن خاص کٔرِتھ شیخ العالمؒ سُند اثر چھُ تس نِش تیتھے کٔنۍ جایہِ جایہِ نظرِ یِوان یتھہٕ کٔنۍ سانہن باقے ناماوار تہٕ اہم شأعرن نِشہِ یِم اثر نبشونکی پأٹھۍ اظہارس منٛز آمتۍ چھِ۔ حقیقت چھےٚ یہِ زِ یتھۍ اثر چھِ سانہِ ثقافتی زندگیہِ تہٕ وراثژ منٛز تتھہٕ پأٹھۍ شرٛپیمتۍ زِ یِم چھِ امکی لأزمی عنصر تہٕ پژزٕ ناون نشانہٕ۔

''نستوٗل''نظمہِ ہنٛدۍ یِم شعر پران پران زِ

اہم راوُن لبُن چھےٚ گاشدارس

اہم گٹہِ منٛز چھُ تژاوُن گاش غارس

اہم گو کأنٛسہِ باپتھ پان مارُن

اہم تپسی کٔرِتھ پارد چھُ کارُن

کس ییہِ نہٕ شیخ العالمؒ صأبُن سُہ شُرٛک ذہنس منٛز ییمِنٛیک گوڈ مصرعہٕ یتھہٕ کٔنۍ چھُ۔

ژالُن چھےٚ وُزملہٕ تہٕ ترٛٹہٕ

یا یتھے کٔنۍ مجبور صأبنۍ یتھۍ ہوۍ مصرعہٕ ۔

وتن ہنٛز بۄٹہِ پانے وارِ پرکھاو
چھُ وۄنمُت گاٹلبوٗ وقس پیٹھے کڑاو

نظمہِ منٛز چھےٚ یِوٚھہٕ وار یہہ مثالہِ ییٚتہِ سانین پرٛانین شاعرن ہُنٛد کلامہٕ زن تہٕ ذہنہٕ رٕکس کتھ تانی گوشس منٛز گنگراونہٕ چھُ یِوان مثالے یہِ شعر پرِٛتھ چھُ رۄسُل میر یاد پیوان۔

"دِلس میأنِس دِژأیتھ تھپھ غزأ لی
یہِ چانے دادِ سنٛزیاسیا گُپأ لی

مجبور صأبنہِ شأعری ہنٛز یہِ خصوصیت چھےٚ تٕمی سنٛدِ رِوایژستی جُڑِتھ تہٕ وأرِتھ آسنٕچ دٔلیل یہِ زن اکھ خوش یۄن ماملہِ چھُ تہٕ کأشرِ شأعری ہنٛزِ عوأمی مقبولیژ ہنٛز دیلیل تہٕ اتھ نسبت شأعرسنٛز حق ادأیی تہِ چھےٚ۔

"ستیٚوُل"نظمہِ ہنٛز بیا کھ نمایاں خأصیت چھےٚ کأشرِن محاورن ہُنٛد بے پھرٕوک تہٕ برمحل ورتاو۔اتھ سلسلس منٛز ہیکن یم مصرِ بطورِ مثال پیش کرنہٕ یِتھ۔

کرے بو دعایہِ خأرا ٹۄپٕی وأرِتھ



سمبٕھاہ گأسل دِلن اندر سمیأہ



ژٕ وِگنے کأنٛسہِ پتھ ینہٕ وۄنٛدٕ ہارکھ

ژٕ ازلی گاٹہٕ جارٕکی طوٗر منٛگو زے
یرادن پوٗر کاہ شتھ پوٗر منٛگو زے

ابل وٕنی دوہہ دبل وٕنہٕ رأژ سارے
جوأنی ہُنٛد نیٛہل سمسار دیٛتمے

أتی تیٚہ ریٛش وُچھکھ تپسے اندر مس
تِمن کھینٛچل کرکھ یِنہٕ سا ہواوس

گٔژ خابن اما کوٕ لاے میأنِن
رٕنیومُت کیٛازِ میونُے شوٗژ دامن

ژٕ ے أسس ماجہِ ہٕنز بب کُس سأتژ اوی
گُگأ منزٕلِس اندر کُس مالہِ ساوی

نظمہِ ہٕنٛدی شعری محأسن خاص کٔرِتھ اسطوٗر، تلمیح تہٕ استعارٕ چھِ نہ صرف شأعرٕ سٕنٛدِ مشاہدُک پے دِوان بلکہِ یِہُنٛد ورتاو چھُ نظمہِ اکھ مقأمیت بخشان یتھ کٔشیرِ ہُنٛد رنگ تہٕ مشک ژھٹان چھُ۔امہِ کِس پوٚت منظرس منٛز چھُ فلسفیانہٕ اوبر گوبر تہٕ یُس کأشرِ شعری رِوأیژ

ہُنٛد اکھ خاص انہار چھُ۔

چناچہِ کٲشرِ ہِنٛدی ناگ،سر،ندۍ تہٕ نالہِ چھِنہٕ محض اَبی ؤسیلن ہٕنٛزِ صوٗرژ منٛز کاشرِ فلسفیانہٕ ماحولہٕ تہٕ شعر ربوایُٔ منٛز بیان سپدی ٲتی بلکہِ چھِ یِم دیوی دیوتاہن تہٕ نازل تہٕ منہٕ مانین کردارن ہٕنٛزِ صوٗرژ منٛز پیش کرنہٕ آمتۍ تہٕ تیوٚل نظمہِ منٛز تہِ چھُ تتھے صورتحال ونہٕ یوان۔

وِشو کایے چھُ ماتا مال کرٛمؠ سر
گرٛزان اکھ سپمنٛیا بےٚ باک ندہر

تمِس زاہِو چھےٚ سوندر ٹاٹھ کوٗرا
نژان نارن اندر یتھ روٗسۍ حوٗرا

وُہری وٕری یس تھوان تژیشا مویسر
ژٕتھ وچھ یاوِ کوٗرا نازِ ادفر

کھٕسِتھ نارن نٹمن شوٚمہٕ راونے پان
پلو چھس نیلہِ لاگِتھ زانٛہہ نہٕ ٹھہران

امہِ شکلہِ ہُنٛد بیاکھ پاس چھُ یِہ تہِ زِ شاعر چھُ تتھی تلمیح تہٕ محاورتہِ یُٔژ پاٹھی ورتاوان۔یمن ویوٚداسلاٰمی پوٚت منظر چھُ۔

ژٕ ازلی گاٹہٕ جارِکی طۄر منٛگو زے
یرادن پۄژٕ کاہ شتھ پۄژٕ منٛگو زے

یہِ باوُن آسہِ تتھ پزٕ پۄر پرکھاو
چھے طۄفانن اندر از نوح سٕنٛز ناو

توے اکھ شۄژ شایا شۄبہٕ رأوِتھ
یہٕ پژارے شابشکو محراب کھأرِتھ

پھُلے سٕندری جے ہٕنٛزٕ ے یٔژ کائلی چھاوَکھ
وسان شامن اوٗتےٚ لوٚت لوٚت ملأ یک

''تیوٚل چھےٚ ہم عصر کشیرِ ہٕنٛد ہن سمأجی تہٕ سیأسی حالاتن ،لۄکن درپیش کرب وعذاب کیٚن مالن سٕتۍ سٕتۍ ییٚتچہٕ فطری خۄبصۄرتیہِ تہٕ فلسفیانہٕ عظمُو تہٕ قدرن ہٕنٛدِ تعمیروتخریب کس موضوعس پیٹھ لیکھنہٕ آمژ قابلِ توجہ نظم۔

☆☆☆

# یادن ہُنٛد سفر
## _اکھ سام

پیارے ہتاش

تمہِ گٔژِ پچھِ رأژ ژٕے کیاہ سۆنچُھ
ییٚلہِ موتھ امارن برٛم دِتھ گو
سوٕے راتھ مےٚ زآٹِھتھ گیہِ ازتام
ژُھنہٕ گاش پھولان مےٚ چھُ یاد پیٚوان

پنٛنس پتھ کالس کھولۆ دِتھ چھِ مےٚ واریاہ سُنٛز وۄگنٛز یاد پیٚوان۔ مےٚ چھُ پٔتُن یادِ وۆتُر گنہِ وِزِ زچہِ ژٕژِ ناوان تہٕ گنہِ وِزِ پتمن ناکامین پتھ ٹسنہٕ ژٹناوان۔ پزر چھُ یِ زِ مےٚ وُچھ أچھن منٛز دوہے ؤہراتھ ۔خبر کیاز؟ مرِگ رۆد پھران، حالات گیہِ بتھی پھری ،بتھِ آیہِ بال ؤسی ؤسی تہٕ أخرس پییہِ پینڈ پُرن تراوِنی ...... پتہٕ روزِ کینٛہہ یادِ......

'یادن ہُنٛد سفر'ناوچہِ کتابہِ سام ہیٚوان چھُس بہٕ شبقہٕ پأٹھی تہٕ وسۆخ سان مجبوٗر صأبنہِ زِندگی ہُنٛد ہر تر مانان۔ یہِ چھِ کأشرِ زبأنۍ منٛز لیکھنہٕ آمٕت اکھ زِندگی نامہٕ تہِ، تہٕ سفر نامہٕ تہِ۔ امہِ کتابہِ ہُنٛد انتساب چھُ أکِس گول آکارس منٛز یتھِ پأٹھی لیکھنہٕ آمٕت ۔تہِ زَن

گوٗدٕ أدیبن'' دوستن تہٕ کأشرٕ بن ہنٛدِ نأوِ مایہ تہٕ موحبتہٕ سان''

اَمہِ انتسابہٕ تلے چھُ ننان زِ مجبوٗر صأبس کوتا اوس پننین أدیب باین ، یارن دوستن تہٕ کُل ہم پأٹھی کأشرٕ بن ہُند ژ کھ تہٕ ماے۔ کتابہِ چھِ اکھ ہتھ تہٕ اکہٕ ستتھ صفہٕ تہٕ کاغذٕچھس شوٗبہٕ دار۔ پیش لفظ چھُ پانے مجبوٗر صأبن لیکھمُت ۔ اَمہِ کتابہٕ ہنٛز خأصیت چھِ یہِ زِ لکھأری چھُ قریب اکھ ہتھ تہٕ ستتھن أدیبن ، شأعرن ، ادب نوازن ہُند ''شکریہ نامہٕ'' وٕنتھ حق ادأیی کرٕمٕژ یمو زَن یہنٛزن کتابن پیٹھ وقتہٕ وقتہٕ پنٛنی یا تبصرٕ یا خط لیکھیٕمٕتۍ چھِ۔ اَمہِ علاوٕ چھُ پنداہو لکھاریو ، پتر کاروہٕ نیورسٹی ہنٛدہو پروفیسر تہٕ تہنٛزن دوٕن انگریزی کتابن پیٹھ تہٕ تمن یاتہِ خط لیکھیٕمٕتۍ تہٕ تبصرٕ کریٕمٕتۍ۔ یێتہٕ نَس چھےٚ یہِ کتھ لیکھنٕی ضروٗری زِ یمن خطن منٛز چھُ اکھ خاص خط سُہ یُس زَن 31 دسمبر 2004 ءیس منٛز راشٹر پتی بھون ، نوِ دِلہِ پیٹھٕ یمن ووت سُہ اوس عالی جناب اے ۔پی ۔ جے عبدالکلام صأبن یُس زن پروفیسر، بہلہِ پایہٕ سائنس دان، تہٕ اکھ نامور أدیب تہِ چھُ۔ تہنٛد خط اوس یمن ''Waves'' تہٕ ''Arjan Dev Majboor'' کتابہٕ پرنہٕ پتہٕ سوزنہٕ آمُت۔

اَتھ کتابہِ منٛز چھِ وُہ فوٹو تہٕ پنداہ باب۔ یم فوٹو چھِ توأرٛیخی نوٗعیتکۍ تہِ ہتہٕ پننین یارن دوستن سٕتۍ تہِ تُلنہٕ آمٕتۍ ۔ امہِ علاوٕ چھِ یہنٛدی زِ فوٹو تہِ ، یم ملہٕ وٕرقس گوڈٕ تہٕ أخری صفس پیٹھ چھِ۔ تمن منٛز چھُ یہنٛد

ذاتھ نامہٕ تہٕ درٕج تہٕ یہنٛز ادبی کاٗم تہٕ شاٲمِل۔ یہنٛدِ ژٕسی لیکھنہٕ آمژن کتابن ہُنٛد لِسٹ تہٕ چھُ ٲخری ملہٕ ورقس پیٹھ درٕج۔ یِمن فوٹون منٛز چھےٚ یہنٛز مرحوم ماجہ پوشہِ کُج، مرحوٗم غلام محمد صادق سابقہٕ وزیر اعلیٰ رِیاست جموں و کشمیر (مجبوٗر صاٲبس ٲسی یِم قریبی دوست تہٕ) مرحوٗم رام ناتھ شاستری (پدم شری) مرحوٗم مکھن لال گوجا (آرٹسٹ تہٕ افسانہٕ نگار) تہٕ مرحوٗم موتی رام بیگرڈہ تہٕ شاٲمِل۔

کِتابہِ ہُنٛد کور چھُ کٲشرِ ہنٛز اکھ دِلچسپ تصویر ہاوان۔ اتھ چھُ پیٹھی مہِ طرفہٕ اکھ گوٚن جنگل تہٕ مٔنزی اکھ کول وسان ہاونہٕ آمُت۔ یہ کتاب چھےٚ کاشُر پرن والین ہِنٛدِ باپتھ اکھ ژٕھرِتھ تھون وول دستاویز تہِ تہٕ سفر نامہٕ تہِ۔

مجبوٗر صاٲب اوس مختلف جایہِ وُچھنُک سبٹھاہ شوقین۔ پرٛتھ وِزِ اوس یِمن جاین ہُنٛد تواٗریخی پسِ منظر زانہٕ نٕچ کوٗشش کران روزان۔ یِمن جاین منٛز چھِ آگرہ، میسور، راجستھان، کولکتہ، ممبئی، پوٗنے، ہماچل، اُدے پور، ببکانیر، ناتھ دارا، اجنتا، ایلورا، تہٕ پٹیالہ جایہِ تہِ شاٲمِل۔ اَمہِ علاوٕ آیا وٕ یِمن وِلایت گژھنُک موقہٕ تہٕ اتھِ، مگر سیاست تہٕ یہُنٛد لیفٹسٹ (Leftist) آسن بنیو وتتھ سفرس ٹھوٗر۔ اتھ کتابہِ منٛز چھُ تٔمی پننین ینامن ہُنٛد تہِ ذِکر کوٗرمُت یِم ینامہٕ تِمن سرکار طرفہٕ تہٕ مُختلف اُنجمنو دِتی۔ لاہورس منٛز ٲسی تِمن ستی شمبھوناتھ بھٹ حلیمؔ تہِ پران یِم زَن پتہٕ

آ کاش وانی منز کأشرِن خبرن ہنٛدِس شُعبس ستۍ ارتہٕ ہن ؤری ین وابستہٕ روٗدی۔ أتی سمکھیہِ تِم کشپ بندھو جی لیس تہِ یُس سیأسی کارکُن آسنہٕ علاوٕ اکھ ناموٗر صحأفی تہِ اوس۔

پننہِ گامُک یعنی زأنہِ پوٗرُک ذِکر چھِ تِم بار بار کران۔ تِمن روٗد 1990 ہٕ پتہٕ زِندگی ہنٛدِس أخری دمس تام یہِ طمع زِ سُہ گژھہے پنُن گام مگر حالاتو دیُت نہٕ تَس اِجازت۔ یِیتہِ نَس چھِ یہِ کتھ وننۍ لٲزِم زِ تِمن أسی پننہِ گاہکی لوٗکھ تہٕ خاص کرحق ہمسایہِ اکثر سمکھہٕ نہِ یوان تہٕ فونس پتہٕ تہِ مُلاقاتھ کران۔ مجبوٗر صأبس اوس اکھ باڈ و دار حلقہٕ زانان تہٕ مانان۔

اَتھ کتابہِ منز چھُ لاہور ( لوہوٗر ) شہرس مُتلق واریاہ کتھہٕ لیکھنہٕ آمژ یِم زَن سبٹھاہ دِلچسپ چھےٚ۔ تِمو چھِ اتھ منز واریاہن أدیبن تہٕ شأعر دوستن ہُنٛد ذِکر تہِ کوٚرمُت۔ تِمو چھِ دیناناتھ نأدِم، رحمان راہی، امین کامل، غلام نبی فراق، محمد یوسف ٹینگ، سوم ناتھ زُتشی، حبیب کامران، جی۔ آر۔ سنتوش، عزیز ہارون، موتی لال ساقی، ڈاکٹر بھوشن لال کول تہٕ واریاہن لِکھارِن ہُنٛد تہٕ ذِکر کوٚرمُت۔ کلچرل کانگریس، کأشُر ادب تہٕ زبان مضموٗنس منز چھُ تِمو مصورَن ہُنٛد تہِ ذِکر کوٚرمُت۔ ''گلریز'' کأشُر رِسالُک چھپُن تہٕ پتہٕ اَمہِ کہِ بند گژھنُک وجہ تہِ چھُ اتھ کتابہِ منز درٕج کرنہٕ آمُت۔

☆☆☆

# جانٕہ وارا آسہٕ ہا
# — اکھ جائزٕ

ڈاکٹر محفوظہ جان

ارجن دیو مجبوٗر چھُ وُہمہِ صدی ہُند اکھ معروف تہٕ معتبر شاعر یس سُند کاشرس ادبس کأفی دیُت چھُ۔ مجبوٗر چھُ بنیأدی ترقی پسند دورک شاعر تہٕ اتھ موضوعس پیٹھ چھےٚ أہنٛز واریا شاعری یتھ منٛز یہِ موضوع نفیس پأٹھی ورتاونہٕ آمُت چھُ۔ اگرچہِ مجبوٗر تحقیقی تہٕ تنقیدی مقالن ستۍ ستۍ اکھ اہم ترجمہٕ کار تہِ چھُ مگر اوہند اصل شوٗغل روٗزشاعری یتھ منٛز یمو زیادٕ پہن توجہ نظمہِ کُن مرکوز کوٗرمُت چھُ۔ کشیرِ ہندیو سیأسی حالاتوٚ کنۍ پیوٚ مجبوٗرس وطن ترٛاوِتھ کشیرِ نیبر لسُن بسُن تہٕ اتھ غریب الوطنی دورس منٛز تہِ روٗد مجبوٗر سنجیدگی سان نظم تہٕ غزل لیکھان۔ تہنٛزِ شاعری منٛز روٗد پننہِ وطنُک محبت تہِ لول تہِ کارفرماتہٕ ہجرتُک غم تہٕ دوکھ تہِ روٗدتس وچھ کوٗران۔ یم دوشوے چیز چھِ مجبوٗرسندس کلامس منٛز ٹاکارٕ مگر یہِ کتھ چھےٚ صحی زِ تمۍ سنٛز یہِ شاعری چھنہٕ محض نعرٕبأزی بلکہ چھُ اتھ منٛز شاعرانہٕ فن تہٕ حُسن نظرِ گژھان۔ تمو لیچھ واریاہ نظمہٕ یمن منٛزسہ پنُن وطن ترٛاونُک غم تہِ باوان چھُ تہٕ تمہِ کین حسین نظارن ہُند منظرکأری تہِ کران چھُ۔

''جانہٕ وارا آسہِ ہا''نظمہِ منٛز تہٕ چھُ تِتھے ہیٛو فضاو وتلاونہٕ آمُت۔ پٔننہِ گرٛنِش دۄ ربر چھُ نظمائی کردارس وۄبوٗدُرٹُلان تہٕ وقتن چھُ سُہ یوٗت مجبورکوٗ رمُت زِ سُہ ہیکہِ نہٕ پننِس اصلی روٗپس منٛز گرٕتھ۔سُہ چھُ روٗپ بدلِتھ تہٕ یژھان ییٚن مگر تہٕ کرنس منٛز تہٕ چھس کوستام تھوس یِوان۔سُہ چھُ چھیکرس کائنسہِ جانوارسُنٛد روٗپ دھارن کرٕتھ پننِس گرس اکہِ لٹہِ چھُن یژھان۔یِی چھُ ییمہِ نظمہِ ہنٛدِ عنوانُک سبب تہٕ بنان۔''جانہٕ وارا آسہِ ہا'' نظم چھنہٕ کائنسہِ مخصوص جانوارس کُن اِشارٕ بلکہِ امیُک ابہامے چھُ اتھ منٛز معنی ہیٚچ وسعت پاٛدکران۔نظمہِ ہنٛدِ عنوانُک یہِ جاناوار گژھہِ تیٚتھ آسُن یُس بلندی پیٹھ وُڈن وول آسہِ نہ کہ یُس پست ژرٕوٗ ڈوکران آسہِ۔تَمۍ سُنٛد قوت رفتار گژھہِ سبٕتھے تیز آسُن یُتھ سُہ کُنہٕ تہٕ ممکنہٕ ناگہانی مصیبتُک مقابلہٕ ہیکہِ کرٕتھ۔تَمۍ سُنٛد رنٛگ گژھہِ اَندی پکھس ستۍ ہمرنٛگ سپدُن تاکہ یہِ بنہٕ تس باپتھ بچن باتھ تہٕ نظمہِ ہُنٛد نصفہٕ کھوتہٕ زیادٕ حُسن چھُ امہِ کِس عنوانس منٛز رٔژھرِتھ۔نظم چھےٚ ژون بندن پیٹھ مشتمل۔ پرٛتھ بند چھُ اکہِ ڈرامہٕ اکھ سین پیش کران۔سینہ بدلی باوجود تہٕ چھےٚ دگہِ ہنٛز شدت ہُران تہٕ کُنہِ جایہِ چھُنہٕ کانٛہہ رخنہ پیوان۔نظم چھےٚ پیٹھ بصریVisual زِ سورُے چھُ زنتہٕ پرن وألۍ سٕنٛزن أچھن برٛونٛہہ کنہِ سپدان۔مثالے

جانہٕ وارا اکھ یِوان

أنٛدی پٔکھی نژان یٔولیا کران

گژبشمہ کژاین منٛز پھیران شہجار ہیوٗ

رأتی راتس یٔولی ژٔمی ہشنز

ٔ دی ہتس میأنس وجودس

روٗدِ ورشن ہیوٗ کران

شأعر چھُ گوڈٕنکس یتھ بندس منٛز اکھ سین Establish کران۔ اکھ تیُتھ ماحول تہٕ فضاوتلاوان زِ أسی چھِ کینٛہہ مشاہدٕ کرنہٕ خأطرِ آمادٕ گوھان۔ جانہٕ وارسُنٛدیُن، یتھ أنٛدی پٔکھ نوٗن تہٕ پتہٕ یٔولی کرٕنی۔ أمی ہنٛدِ امہِ چُری گشہِ ستی شدید گرمی منٛز شہجار پھأٹُن تہٕ نظمہِ ہنٛدِس کردارٕ سُنٛد دوٗ دمُت وجود روٗدٕ ستی سُری گژھُن، چھِ تتھی افعال یمو ستی أسی نظمہِ ہنٛدِ درواژٕ اندراژ ٹنک سٹز کرنہٕ چھِ لگان۔ گوٗ وکہ گوڈنیُک بند چھُ گُلہم نظمہِ ہنٛز کلید بنان ییمہِ ورأے نظمہِ ہنٛدِس روٗحس تام رسأیی پراوٕنی ناممکن چھےٚ۔ جاناوارسُنٛدیُن ،نوٗن تہٕ یٔولی کرٕنی چھےٚ شأعرس یاونو نظمٕ ٔتی کردارس سکوٗن ،راحت تہٕ فرحت بخشان۔

مگر دوٗیمس بندس منٛز چھُ شأعر تتھی کینٛہہ لفظ ورتاوان یمو ستی مایوسی، منفیت تہٕ خوف ووتلان چھُ۔ مثلن نارٕدم موتُن ،أہرنیمٕ زندگی، حالِ حأران قدری ،تاوٗنن بازر تہٕ سڑکن ہُنٛد خوف وغأرٕ چُھ تیُتھ ماحول ووتلاوان زِ ورگہٕ پأٹھی نہٕ بلکہِ سیٚدسیوٗد چھُ فکرِتران زِنظمہِ ہُنٛد رأوی

کِتھِس ہوِس ماحولس تہٕ دم پھُٹ ففھس منز چھُ ہینہٕ آمُت۔شاعر سُند یہِ آرزو کرُن زِ اے کاش سہٕ آسہِ ہاا کھ جاناوار چھُ تمُی ہِندِ جذبٕچ وُتش ہاوان۔ بدیہی نظرو چھِتھ چھُ باسان زِ شاعر چھُ صرف جاناوار بنُن یژھان مگر جاناوار بننس ہتی ہتی چھِ تِمس پینہِ کینٛہہ ارمان تہٕ آمہٕ تاو۔سُہ چھُنہٕ صرف جاناوار سُند روٗپ دھارن کرُن یژھان بلکہِ چھُ یہِ روٗپ پرٛأوِتھ ماشہِ مأرِتھ نیرُن یژھان،تاونہِ بازرٕ منزی چھُ ژوٗرِ پأٹھی پکُن یژھان یتھنہٕ کانٛسہِ تِمس پیٹھ نظر پیینہِ،تھز رس پیٹھ چھُ اسمانٛی وُڈوکرُن یژھان۔بالہٕ تیتھا نٛس پیٹھ چھُ تھکھ کڈُن یژھان،انتھٕ چھُ ناگہٕ ترٛیشہِ ہتی پنٛنز ترٛیش ہمراونی یژھان۔مگر کتابہِ زندگی ہِندِ ورقُک بیا کھ پاس چھُ سبٹھاہ دلدوز تہٕ جان گسل۔سڑکن کوچن تہٕ گلی ین ہنٛز خاموشی،خوف تہٕ موتن وُچھِتھ ہیکہِ نہٕ جاناوار بنِتھ وُڈوٗکری تھے۔اوے چھُ تمنا کران زِ گلی تہہر بو پیٹھی وُچھِتھ کرٕ ہاپننہِ گرِکس کُنہٕ تھٕدِس مقامس پیٹھ قرار تا کہ Birds viewحأصل گژھِتھ کرٕ ہا سارِ کُے مشاہد۔گوٚو کہ مختصرن ہکو وٕنِتھ زِ دوٚیم بند چھُ بلکل ارمانن،آرزون تہٕ وومیزن وحاطہٕ کران، سورُے دود،دگ تہٕ وأراگ چھُ یتیمہِ آیہِ شرٛوپتھ۔

میٹھ لے،اوٚ ندپوٚک بدل

نارٕ دم موتُن

ژالہٕ کوتاہ أہرٕنیمہٕ زندگی

حالِ حأران قأدی ہیُؤ

دفترا وڈ ننس مگر خاموش لب

کاش بہٕ تہٕ اکھ جانہٕ وار آسہٕ ہا

ماشہِ مأرِتھ نیرٕ ہا

تاوٕنہِ بازٲری ژوٗری شی گرِتھ

دوٗرٕ آ کاشس اندر وُڈوا گرِتھ

بالہٕ تھنگِس پیٹھ بےٚ پھرٕ وک ووشواہ کڈِتھ

ناگہٕ تریشاہ چیتھ

سوندر ریشٕ وارِ منٛز

سڑکنےٚ ہُند خوف خاموشی وُچھِتھ

تہرِ تہرے وُپھ تُلِتھ

پلنے لرے پیٹھ گُن درے

اَکی ہےٚ گرے کرٕ ہا قرار

تژیم بند چھُ تمن کتھن ہُند عکس ریزیمن ستی شاعرس اکہِ نتہٕ بیٚیہِ طریقہٕ کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ واٹھ چھُ اوسمُت۔ اکہِ طرفہٕ چھُ شاعر پتھ کال پرست Nostalgia بنِتھ پژانِس ژون دِوان مگر برباد ی ہٕندی آثار وُچھِتھ چھُس ژٕس گژھان تہٕ چھُ نالہٕ دِنس تہٕ آلو لاینس پیٹھ مجبور گژھان۔ شاعر چھُ پٔن گرِتژ اوِتھ نہ ختم گژھوٕنس سفرس منٛز وَرفتار۔

تِمس چھ تیتھۍ خاب اَسۍ ؤتۍ یم نہٕ زانٛہہ شرمندٕ تعبیر سپد ییہِ ۔ تِمۍ ؤنٛدٕ بن
سارِنٕے خابن ، آشن ،امیدن چھُ اَلۍ ناش گوٚمُت ۔ ''وہراَژ رۄ دُک''
ذکر کرِتھ چھُ شاعٔر اڈٕ پھٹٕمٕتیٚن ارمانن ہنٛز باوتھ بڈٕ چابکدستی سان
کران ۔بیٚیا کھ کتھ یوسہٕ یتھ بندس متعلق چھےٚ ۔ سُہ گوٚ وچیزن تہٕ جاین
ہنٛز اہمیت ،ماہیت تہٕ پننٛز اصلیت راوٕنۍ ۔ گرٕ ییٚلہِ وُ جاےٕ چھُ گوٚھان یہِ
سورُے سپدُن چھُ لاَزمی ۔ تکیازِ مکانس چھےٚ مکینوٕ ستۍ شوٗب ۔ شاعٔر چھُ
کولہِ سرٕ وٕ گُلچہِ دارِ، ہاکہٕ وارِ تہٕ آنگنچہٕ برباَدی ہُنٛد منظر سبٕٹھاہ استعاراَتی
اندازس منٛز کران ۔ یِمن سارِنٕے چھُ ڈُب ڈاس گوٚمُت ۔ کولہِ ہنٛز ترٛیش
چھےٚ ہوٚکھِتھ گمٕژ یا چھےٚ تِمۍ تام دراندازن تھپھ دِتھ نٕمژ ۔ سرٕ وٕکُل چھُ پننہِ
وُ جارگی پیٚٹھ ودان تہٕ کاَر چھےٚ نوٚمرِتھ ۔ دارِ ہنٛدی پٕٹۍ چھِ بلکل ییلے زِ
شاید یِن نہٕ یِم ووٕنۍ برابر ۔ اتھ چھُ غاَلبن پرٛاکرٛ ژامُت ۔ ہاکہٕ وارِ ہنٛز
ہیتھ تہِ چھےٚ کاَفی خراب تہٕ خستہٕ تہٕ اتھ چھےٚ سوٕ ےنوٚہمٕژ تہٕ پھیٖمٕژ ۔ درمن
کانٛجہِ تہِ چھےٚ پنِنس بنِنس پیٚٹھ ودان تہٕ رِوان ۔ شاعٔرن چھےٚ پننہِ گرِچ
اَندرِم تہٕ نیٚبرِم اکھ قلمی تصویر پیش کرٕمٕژ ۔ وُ چھتو کھ یِم شعر ۔

واَنٛسہِ یکۍ یکۍ یُس نہٕ کُن ووٕتے
تِمِس ؤتۍ زندگی ہنٛدی خاب
لرٕ جاے ،آشن ہنٛدی سراب
کیٚژون ژِہٕن ہُنٛد کانٛہہ آرام

چھے تیٚتھے یُتھ شلہ تۄ

وہراٚ ژ رۄٚ دُک آوآو

یُس نہٕ زانہہ پۄٚ رے گوٚ ھان

میٲنی کوٚ لی چاینِن اتھن ہنٛز ترٛلیش

کٔمی تھپہِ دِتھ ییٚم

سرِ وُکلہِ میٲنہِ مہ وَد

تھوکاٚر تھٕز

دارِ میٲنے پٔڑ یلے

آلہِ رۄٚس کٔتی جاوُ چھان

ہاکہِ وارے سوے چھےٚ تیلہٕ سبٹھاہ

آ نگنٛج اکھ اکھ درمن کانٛج رِوان

نظمہِ ہنٛدِس اٚخری بندس منٛز چھُ شاعرن کوٚر بندِک پاٚٹھی اکہِ طرفہٕ پڑاٚنِس زمانس ؤنی دِوان تہٕ دۄیمہِ طرفہٕ تٔمِس جانہٕ وارسُنٛد شکرانہٕ تہِ اداکران تیٚمِس وُچھِتھ اٚمِس پٔنن نُندِ بون وطن یاد پیٚو۔ شاعر چھُ سہ وق یاد کران یێلہِ پرٛ بتھ طرفہٕ آدمی شوراوس۔ اتھ لرِ منٛز اٚسی باٚژ تہٕ بسکین روزان۔ییٚمہِ وقتہٕ یہِ جاے وحشتکی منظر پیش اٚس نہٕ کران۔تتھ دورس منٛز اوس شربن ہنٛدِس اسنس ،پرٛ ییٚن ہنٛدِس ونہٕ وِنس تہٕ کُکلہِ کوٚ کوٚ ہس کانہہ مذہبی پوشاکھ لاگنہٕ آمُت۔سہ دور اوس شاعرٕ سنٛدِ نقطہ نظرِ کنی اکھ

سیکولر دور۔ یتھ دورس منز سأری خوش تہٕ خوشحال أسی۔ مگر منز ے چھُ کیاہتام گژھان تہٕ سارٕنے قدرن تہٕ جذباتن چھُ ژُکی پھٔیر گژھان۔ انسان دوستی، روادأری، بأے برادری تہٕ اخوت ہیترِ چیز یِمہٕ چہِ بنیأد پیٹھ کمپوزٹ کلچر وول شاعرٕ سُند وطن ڈٔرِتھ اوس، چھُ کانہٕ کانہٕ گژھان۔ شاعر چھُ پنٕنہِ وطنہٕ کہ قومی عقیدٕ مطأبق پٔنٕنی اتھہ دراز کران تہٕ أہی کران زِ اے کاش کانٛہہ سعید یا کانٛہہ ریوٗ شاہ گژھِ ہابِنِہ پأدٕ یُس لۄکن انہِ گٹہِ تہٕ گٹہٕ زلہِ منز کڈِہا۔

شاعر چھُ جاناوارٕ سٕنز خوش حألی ہٕندی تہِ تعریف تہٕ توصیف کران تہٕ ستی چھُس پٔنٕنی بۄلی تیز راونس پیٹھ آمادٕ کران تاکہ تٔمی سٕنز بۄلی بنہِ شاعرٕ سٕندِ مافی الضمیرُک اکھ اعلانیہ۔ مثلن۔

برنہِ پٕٹھ آدٕمی أچھن پژاران ہوی
چِری گیٔشے مۄٹھمُت چھُ فضہس

جانہٕ ور ہے بنگہٕ ہوی
چوکہٕ أندرِم خوش یوٗنی کتھ باتھ
''دسٔین کیاہ رونواز''
موصمن ہُندرُت اسٔن

یتھ نہٕ کانٛہہ مذہب چھُ ناو
پٔری یہِ ونٕوٗن، کُکلہِ کۄکۄ

آبہٕ جوین ہُنٛد اُسن

مانہِ اتھ بدلیوووقتن ٹُل بٕنٛیل

کاش کانٛہہ ساداہ ریوٚ شاہ

بٔنِیہِ پأدٕ گوٗھہِ ہے

کرٕ اری بلہٕ ہن یتھ ڈبکس ہی مالہٕ کِس

جانہٕ وارا گوٗھ ژٕرے لٔگی نے آے

سنکیٖتس ہٕتس

بولہِ چانے جاوِدأنی أسی نے

جانہٕ وارا تیز کرہٕ لیاٗ پنٛز

چھِس گوٗمُت از گیر ژٕرے تہٕ کوتاہ ونے

اکھ ٹوٗابایوٚ دکرکھ

یم میأنٛی ووٗش میأنی وبدا کھ

دٔر آسمانس اندر وہرکھ ژوپور

یوٚ تام زن کُلہم نظمہِ ہُنٛد تعلق چھُ۔شأعر چھُ جایہِ جایہِ سأنٛی حواسِ خمسہ آوراوان۔چونکہ وننہٕ چھُ یِوان زِ شأعری خاصکر نظمہِ منٛز یوٗت ابہام تہٕ ابہام آسہِ تیوٗت چھُ تمیُک حُسن نیشناونہٕ یِوان۔یہِ نظم تہِ چھنہٕ امہِ نِش خألی۔نظمہِ منٛز ہاونہٕ آمُت وطن اگرا کہِ طرفہٕ سون توجہ کٔشیرِ کُن نِوان چھُ مگر تہِ کٔرتھ تہِ ہکون نہٕ یہِ نظم چھر اکٔشیرِ ہستی یوت منسوب

گرِتھ۔ نظم چھےٚ تہنٛدٮ۪ن آشن تہٕ جذبن ترجمأنی کران یِم پننہِ وطنہٕ نِش اکہِ نتہٕ بیٚیہِ ہتہٕ دوٗر رٕہتی چھِ بامے تہُنٛد وطن گُس تہِ چھُ۔ نظمہِ ہُنٛد حُسن چھُ امہِ کِنہٕ بر وقت تہٕ برجستہٕ استعارن ، اشارن تہٕ کِنایَن منٛز۔ شأعرن چھُ واریاہن جایَن صفت تجنیس Personification تہٕ کأم ہیٚژمژ۔ مثلن اہرِ نیمہٕ زندگی، کولہ ہِنٛدٮ۪ن اتھن ہنٛز ترٛیش، سرِ گُل یُس کلہٕ نوٚمرِتھ چھُ، آنگنٕچ اکھ اکھ درمن کانج یمہٕ روان تہٕ ودان چھےٚ ، برنہِ پٮ۪ٹھ یِم آدمی أچھن پژاران چھِ، آبہٕ جوین ہُنٛد اُسن ، ہی مال پہاڑکہِ ڈیٚلکی کزٕ ألی بیترِ۔ کُلس پٮ۪ٹھ ہکوِیی وٕنتھ زِ یہِ نظم چھےٚ مہجوری ہنٛز اکھ بہترین تصویر نگأری۔

☆☆☆

# سنگُر تہٕ سنگر مال
# مجبوٗرنٕی مہا کاویہ

شہزادہ رفیق

مُفکرن ہُنٛد ماننُن چھُ زِ سون شعوٗر چھُ موجوٗدٕ نبرٕ مہِ دُنیہک محض شبیہہ۔ یہ تہِ چھُ پزر زِ اَتھ شبیہہٕ اثرس اظہارٕ دِنٕہ تاثراتی تہٕ معروٗضی پربوٗنتھ بخشن وول چھُ سُہ ظونہٕ عکسأوی ردِعملے آسان یُس انسأنی شعوٗرس اندر وپان چھُ۔ یِمن دوٗن عنصرن میٗل گُوڈھی تھے چھُ آدم پننٕس معروٗضس ویوٗد گوٗھتھ ارضی نفسیات تہٕ فطری توأریخ تہٕ تأریخ زأنتھ ہبکان۔ زُوذأ ژن ہِنٛدِس ارتقاہس ستی ستی چھُ ارضی ارتقاتہٕ مُسلسل۔

مرحوٗم ارجن دیو مجبوٗر چھُ کشیٖرِ ہِنٛدِ ارضی ارتقہک حال نظمأوِتی لیہِ منز گرِتھ ادبی افأدیتُک اقرار کران تہٕ شأعری ہِنٛدِ معروٗضی تفہیمک امکان تہِ بدِ کڈان۔ یِمہِ خأطرٕ تمہ مثنوی انداز ژھوٗنٛڈن تہٕ زیٛٹھن بحرن ہِنٛدِس ورتاوس ستی مُبہم رٔوِیہِ عاشق تہٕ معشوق سُنٛد بےٚ ناو کردار وتلأوِتھ، طربہٕ کرٕبکی قصہٕ وتلأوِتھ خاکہٕ تیار کران۔

پننِہ طوٗیل نظمہِ ”سنگُر تہٕ سنگر مال“ منز چھُ مجبوٗر صأب تمہِ پتھ کالُک ذِکر کران یُس نہٕ سون توأریخ تہِ دریافت ہیوٚک کٔرِتھ۔ سأئنس

توٚأ رٕنہٕ کِس چھِ کینٛہہ مُغالطہٕ یِم معروٗضی تہٕ فطری ارضی تہٕ نفسیأتی صوٗرژن منٛز نُمایاں چھِ۔ یِمن تدوٗرُک کرنُک سمجھاہ ضروٗرت چھُ۔

''دسنگر تہٕ سنگر مال'' نظم یِژ دوَے فطری طور توٚأ رٕنہٕ کہِ مأدی شعوٗرٕ رکس عصری اثرس تل زاینٛن چھُ لبان، مگر اَمیُک ورتاو چھُ رومانوی تہٕ تخلیق کارسُند تحقیق چھُ غأر معروٗضی پرٛژھِ تہٕ عقیدس پٮ۪ٹھ ڈٕرِتھ پرٛاو طے کران۔ حالانکہِ یِمن پرٛژھن ہُند بےٚ توٚژھ گرٛھنگ اندازٕ چھُ تخلیق کارس تہِ۔ سُہ چھُ پانہٕ تہٕ ونان۔

''سائنسی دورس منٛز ییلہِ سیاست، سماج، ادب تہٕ تعلیمہِ ہٕندٮ۪ن مأدانن منٛز واریا تبدیلی آمٕژ چھِ مہا کاویہ یا طویل نظمہِ ہٕندٮ۪ن پرانٮ۪ن لوٚأزماتن ہنٛز بہٕژ تقلید کرُن چھُ مُشکل۔ آوٕ یمتی تہٕ ختم گأمتی تصورات ہکن نہٕ شأعری ہٕندی موٚضوٗع بٔنِتھ''

وونٛی چھُ کھرٕ سپُدمُت زِ سأنۍ زمین تہٕ نظامِ شمسی منٛز موجوٗد باقٕے سیارٕ چھِ شُنٛیس منٛز گیس (Gas) تہٕ گردٕ ہٕندٕرٕ گرٛھنہٕ کِنۍ وجودس منٛز آمتۍ۔ سانہِ زمینہٕ منٛز یِژتاہ گیس (Gas) خأرج گرٛھنہٕ کِنۍ ہندرٕ جاۓ جاۓ اثر کران گوٚ وَمہِ ستۍ گےٚ ایٹمی عنصرن منٛز تعمیری تخریبی کفیت پأدٕ۔ یمہِ کِنۍ ییتھ بُتلہِ پٮ۪ٹھ تتھ فطری حالتھ ووتلے یہِ۔ یمہِ کِنۍ زندٕگی ہٕندی آثار نُمایاں تہٕ پائیدار سپدۍ۔

زندگی ہٕندس وولہِ سنٛس ینہٕ ستۍ ووتلے یہِ، پھاپھلے یہِ تہذیب

مختلف انہار رٲژِتھ تہٕ گیہِ پانہٕ وٲنی مُتأثر کران۔ تِکیازِ تعمیری تہٕ انسٲنی تہذیبن ہُنٛد فطری رٲوی یہِ چھُ رُت سماج تہٕ رِتین انسٲنی قدرن ہنٛدِ ارتقہٕک آگہی پرأوِتھ بیوٚن بیوٚن پتھربن پٹھ آباد سماجن ہُنٛد میٖل۔ یِمن قدرن ہنٛدِس واتنیارس منٛز چھُ سائینس تہٕ فن اہم کردار نکھِ والان۔ زندگی نِش بےٚ ظوٗن فنکارانہٕ اظہار ہیکہِ نہٕ زِندگی ہنٛزِ بَبہٕ شپر چیتھ حیأتی ہنٛزِ لافأنی ہنٛز سند پرأوِتھ۔ یِزر چھُ ادب، علم تہٕ زندگی چھُ اَکُے شعبہٕ۔ یِم ماجہِ بُترأژ ہُنٛد گہنہٕ چھِ یِیمہٕ کِنی پتھ کالس تہٕ ازکالس درمیان جدلی رشتہٕ قأیم گژھتھ انسأنی مُستقبل ماجہِ بُترأژ ہنٛدِ تعلقہٕ توژھ تہٕ سکت چھِ حأصل کران۔ یُس فن صحی علمی اندازٕ یِمن حقیقوٗن ہنٛز آگہی پراونس منٛزاتھِ روٚٹ کرِ سُہ فن ہیکہِ یِزی ادبی ڈکشنری منٛز تھزِ زأژ ہُنٛد دعوا کرِتھ۔

''مہا کاویہ، یِیمیٚک لفظی مفہوٗمے تھٕز شأعری چھِ، چھِ مجبوٗر صأب 'دسنگر تہٕ سنگر مال'' نأوی کأشرِس فنی اظہارس وِیوٚد کران۔ یہِ مثنوی نموٗ طویل نظم چھِ پٔنٛن موضوٗع بیوٚن بیوٚن منظرن ہنٛز نقاب کُشأیی تمہِ وصفہٕ کران زِ انکشأفی آفرینی ہنٛدی ظوٗن چھِ زوٗل کران۔ خوش قسمتی کِنی چھِ تمٕی سُنٛد موضوٗع بارسہٕ ماجہِ بُترأژ ہُنٛد سُہ زمینہٕ ژُکل یتھ مأج کٔشیرٕ، ریٚشی وأر، پیر وأرتہٕ جنّتِ بےنظیر چھِ ونان۔ یتھ توأریخ لِکھن وألی سٔتی سر چھِ مانان۔ ییٚتہٕ بےٚ سوکھ ریٚشن قرار میوٗل۔ ییٚتہِ مہاجر عأملن یِزتھ میوٗل۔

یُتھ ہیوٗ زمینہِ ژُکل پاتالہٕ منٛز نوٗن نیرُن نتہٕ آکاشہِ پٮ۪ٹھ وَسُن چھُ پزی سٕنٛن لایق، تہٕ مجبوٗر صأب چھُ اتھ سنان۔ سنگر تہٕ سنگر مال وکھنے دٕسی چھِ یِم پاتالس تہٕ آکاشس میٖل کرِتھ سورگ ہش کٔشیر زنمان تہٕ شِو تہٕ ہمدأنی خوش بوے أکی سے تھالس شیرِتھ ماجہِ کٔشیرِ ہٕنٛدِس تاجس یِزدأنی رنگہِ رٔنگِتھ لولہٕ ہُری ونہٕ وان۔

''سنگر تہٕ سنگر مال'' طویل نظم چھےٚ اکھ شعوٗری کوٗشش ۔ یِتھ ہٕتی فِکر ، اکھ لأزمی جُز چھ۔ امی کِنی چھِ نظم مختلف باگے کرِتھ نظماونہٕ آمٕژ۔ یِمن باگنن تخلیق کارن ہونر سأزی ہٕطیرِ کأشُر وردن چھُ پأرووُمت۔ زَن تہٕ عاشقس بروٚنٛہہ کنہِ معشوق تمام معنوٗیی پأراوٕ منٛز أوِتھ حقیقی صوٗرتس منٛز دیٖد مان یِتھ آثارن تہٕ آکارن انہار دِنہٕ خأطرِ تنبہٕ لاوان چھُ۔ یِم باگنے چھِ یِتھ پأٹھی۔ موکھ، یُس پأراوہُری رٔنگی چھُ ورتاونہٕ آمُت۔ یِتھ منٛز شأعر کلہُم پأٹھی شناختی وکھنے چھُ کران۔ اَوِیٚ دتہٕ وِیٚ دتوأرٔنٛگی دورتہِ۔ یٮ۪مہِ ہٕتی عرضِ غرض پٮ۪ٹھ بانے چھُ ننان۔ ہٕتی سرماحوٚچ عکأسی۔

ہیٚر پانژالن سوسراے کرٕنی
کِٹہٕ کال وَتن وکھوارِکی وِہہ
اکھ شوٗر شراہ پوٚز درٮ۪ٹھی تہٕ کینٛہہ
کھٕژ نیلہِ کونٛڈس منٛز وٕتھ واپس
بیٚیہٕ آرٕ کرِتھ ٔسرٕپھنٛی ہش پٮ۪ٹھ

پاٹھ سرس گوٚل یَلہٕ گژھنہٕ کِنۍ ییٚلہِ پتھرٕ تٔۍ درلیہِ۔ ارجن دیو مجبوٗر چھُ توٲریخی سونچہِ اتھ وۄتلنس سکیچ (Sketch) تیار کران فنکارانہٕ رٕویعہِ اختیار کران ونان ؎

ڈٕرتی ہٕنٛدی دِوتا آیہِ ژٕسِتھ
اتھہِ ڈولُکھ لوٚت لوٚت گاسہٕ کرٕچن
پتہٕ شُنگرٕنۍ شیلن میٹھو دِتِکھ
سونزلہِ ہٕنٛدی ڈٕہرِکھ وٕنِکو نبس

موکھ چھُ ظاہری طور تہٕ کُنہِ تہٕ مادی وجوٗدُک پچھان ۔ اَمی کلہٕ چھُ تخلیق کارتہِ اَمیُک ورتاو عقلی رٕوی یہِ کرِتھ اتھ طویل مثنوی نما نظمہِ لوتہِ لوتہِ خدوخال تٔۍ راونہٕ خاطرِ استعمال کران یُس تسلسُل سان پکِتھ فنکارانہٕ مہارژ ہُنٛد پے چھُ دِوان۔ پتھرٕ تٔۍ نیرِتھ چھُ بالہٕ پیٹھکی وادی منز وَسان۔ بالہٕ اَپارِ چھِ ریشۍ دریو دریو پیور تٕرِتھ گیانس تہٕ دٔے دھیانس منز آورٕ گوھان۔ یکتیُک تہٕ مِلہٕ ژارُک درس دِوان۔ حضرت شاہ ہمدانؒ چھُ عالمن ،مُفکرن ، زاہدن، دانشورن ، قاصبن ہنٛزِ جماژ وتہٕ ہاوِکی بُنتھ یتھ سورگہِ بُستی پنہِ درشنہٕ ستۍ فیضیاب کران، ییٚمہِ کِنۍ اکھ نوٚو تہذیب تہٕ ثقافتی شعوٗر پھاپھلیوو۔ کشیرٕ اَسے ریشۍ رٕوی یُک آگر۔ اسلامی تخلیقی پڑھہِ ہنٛدِ ظونہٕ کِنۍ بنیو یہِ ریشت ڈٕنگجل۔ ییٚمیُک فنکارانہٕ اظہار مجبوٗر صاًب پنہِ تھزِ دٲژ ہنٛزِ شاعری ، مہاکاویہ ہنٛد بن ییٚمن شعرن منز چھُ

کران۔ یتھ منز کھیا کالن ہُند میُل گاشراونہٕ چھُ آمُت۔

انسأنی سبزر توٚر بالہِ اَپور
اَتھ واس پِشاجو ناگو کوٚر
یکہِ امنکی گاشِری ووترس کُن
اخلاص نرل شِو شانتی گو
ہمدأنی مُشک گامن تیلیٚو
دِژ سنطورن مِلہِ ژارِچ لے
ریٚشی وارِ گبوٗن ہیوٚت ''سوہم سو''

انسأنی شعوٗر چھُ مُشاہدو تہٕ مطالعہٕ کِنی وأنسہِ وادن ہُند تأریخ، توأریخ، تجربات، تجزیہٕ کٔرِتھ پزر تحقیق کران۔ مجبوٗر صأبنس شعوٗرس منز تہِ چھُ یہ ہے تحقیقِ نقش۔ یتھ سہ زبہٕ دِوان چھُ۔ کأشرِ معروٗضی دٔلیلن ژھٔنن دِتھ تسلسُل سان اکھ تأریخی توأریخ پدِ پد بارسس چھُ انان۔ یتھ منز انسأنی سرگرمی کِنی اکھ قوم، اکھ تہذیب بارسس چھُ آمُت۔ کأشُر قوم چھُ عالمہٕ کِین قدیم قومن لرِ لوٚر وجوٗدس منز آمُت۔ یتھ پٹھ سأنی اکثر دأنشور سوٚنچُن ضروٗرت چھِنہٕ زانان، اَتھ کُن چھُ یمو شعروٗ ستی اشارٕ میلان۔

کتھ ساسہٕ بدٕن ؤرین ہٕژ پرأنی
کتھ زٔمن ہٕژ اندٕ رٔوستے کتھ

یتھ سیمس کتہِ گو از تہٕ پگاہ
سومبرأوِم کینٛہہ تہٕ یادٕ ؤتری
أطلاس ؤلِتھ سنٛگمی سوچکی
اکھ نوٚو عالم تخلیق کوٚرُم

ووٚنی چھُ یتھ کتھِ پٮ۪ٹھ مُکمل اتفاق زِ شاعری یا ادب چھُنہٕ فقط ذٲتی خابن ہُنٛد اظہار یا بے بُنیاد تصوراتن ہُنٛد ترجمان، بلکہِ چھُ سانہِ شاعری تہٕ ادبس قومی تہٕ انسانی اعتبار یت حاصل۔ اتھ اگر قومی ادبس ستی کُلہم انسانی ادب تہِ ونو غلط چھُنہٕ۔ دُنی یمکین قومن تہٕ انسانی نسلن ہُنٛد زنمانے ارتقا چھُ ہشر تھاوان۔ اَتھ ارتقہس یم عنصر تسلسل بخشان چھِ۔ تھکہٕ روٚس بروٛنہہ پکہٕ نچ کل پھاپھلاوان چھُ، قدیم تہذیبن ہنٛزِ کوچھِ منٛز زنمان تہذیبن ڈیکجل توژھ بخشاوی ہونر یاف تھاوان چھُ۔ قومن پننِس پتھ کالس ستی زان کرن والین عنصرن منٛز چھِ زبان، تہٕ زبانی ہنٛدی دٔسی معروضی اظہار تہِ اہم۔ یمے اظہاری عنصر چھِ جمالیاتی قدرٕ تھٔران۔ یم آفاقی قدرن (Universal Values) ہنٛز اہمیت حاصل چھِ کران۔

ارجن دیو مجبوٗر چھِ کاشرِ زبانی ہنٛدی گوڈٕنکی حساس شاعر یمو یمن آفاقی قدرن ہنٛز حساسیت تواریخی تنوظرس منٛز ژینٛتھ فنکارانہٕ وکھنے کٔر، یتھ لاعلمی ہُنٛد شاپھ چھُنہٕ، تمن غار فطری رٔوی یہِ ین مُتعلق

چھِ لوتہٕ وٲے ردِ عمل بارسس انان، یمو کِنۍ شاعری فقط خیالی یا جنسی مٲل ڈیٚزِ ناون وول اظہارٕ کِنۍ رومانوی یا لولہٕ شاعری ہیکہِ ٲسِتھ۔ مہا کاویہٕ نظمہِ ہُنْد اظہارٲتی سفر چھُ جدلیاتی ژ وی یہٕ رومان پرور۔ تیٚمِکۍ کردار مُبہم ٲسِتھ تہٕ شعوٗری طور محسوٗس کرٕنی چھِ۔ یم کردار چھِ وقتی ارتقا کِنۍ تہٕ ارتقائی مزازس مِلہٕ ژار ہشر ووتلاونہٕ کِنۍ ووتلان۔ موضوٗع توٲریٚخی ٲسِتھ تہِ چھُ فنکارانہٕ ہونرِ کِنۍ جذبن ہِکتہٕ کرٕنکۍ سٲری ول تھاوان۔

شوقُک عالمِ ہیٚتھ سنگر مال
کھٔو بالہٕ تھگِبن پوٚت زوٗنا ہِش
سونہٕ سٲوی ٲچھو نظراہ ترٛاوِن
ٲندی ٲندی اوس آبے آب نژان
اَنہٕ ہُری خابن ہُنْد بزم ہیوٗ گوس
مَنہٕ منزلس منز ژشکِیا تیلیوس
دِوداٗری ہوا اوس شیٚچھ باوان
کھونہِ پوش ژیٹھ اوس چھکراوان

توٲریٚخی قواعدس (Historical Grammar) شاعرانہٕ اصولن ہُنْد رنگ مُلتھ چھُ ارجن دیو مجبوٗر توٲریٚخی زمانن ہُنْد ووٚتُر بدس انان۔ تیٚمہِ ستۍ سانین داٗنشورن ہٕنز ڈٕٹھ پھسراوی نظریہِ بےٚ توژھ

چھُ گوٚھان ۔ تہٕ مجبوٗر صأبنۍ فِکر تہٕ ظوٗن چھِ عظمتکہِ مقام سرٕ کرٕنکہِ سنٛز کران، سبپلہٕ ژھاران یہِ فکر پھہلاوی بناونہٕ خأطرٕ چھُ وژنن ہُنٛد وقفی ٹھہراو، ورتاو تہٕ جمالیأتی پأراوا اہم ۔ یَیمنٛیک یمن احساس چھُ۔

مثلن تِمَس منشس یُس نہٕ یہِ سأنۍ رێشی وأر آبہٕ سُری آسنہٕ کِنۍ ئین منٛز بسِتھ یا وٕسِتھ اوس ہبکان تس چھُ وَن موہنیو ونہٕ بجایہِ سنگری موہنیو ونان۔ یہِ سنگری موہنیو اوس قدیم انسان یَیمۍ عالمہٕ کِس قدیم انسان ہنٛدی پأٹھی بےٚ پڑھ موسمی حالاتن ، بے رحم تہٕ طاقت ور وحشی درندن خلاف کمر گوٚنڈ تہٕ پنُن پان بچاونہٕ موکھہِ کُلی گوٚنڈن تہٕ گوپھن منٛز جاے شیٛر ، تہٕ پنُن پان زندٕ تھأوِتھ وطنٕک لون شوٗر ۔ یتھ پوشہِ وطن کٔشیرِ ناو چھُ ، سُہ قدیم انسان یَس مجبوٗر صأب سنگر موہنیو ونان چھُ اوس کأشرٕ ے۔ یُس سرٕ منٛز ، یتھ ستی سرأسی ونان ، خوشکی نٔۍ گوٚھتھ و وٚتھ لوٚگ تخلیقی سوٚتھرِس پیٹھ روزنہٕ ظونہٕ کرنہِ ، آدمس ہیچ حوا ، اونٛد پوٚکھ گوٚ وحسین تہٕ محفوٗظ۔

سنگری موہنیُو یُہ اوس تھوٚکمُت
کِتھٕ تام پأٹھی سُہ تہِ او نتھُے ووت
حوٗرا بے ہوٗشی منٛز ڈیٚشتھ
ژہریو أخٕر دادس ووت
آبہٕ چھِکو ستی مسوَل وُزٕن
لولہٕ اَتھو ستی چھوٚلنَس روے

کِتھٕ کرِ ژھوپہٕ بُتھ دوشوٕنۍ ووشلیو و
حبس پھیوٗرُکھ ساہٕنۍ باہوش

سنگر تہٕ سنگر مال چھِ پزی کاشرِس تخلیقی ادبس فکری سوٗتھرس پیٹھ اکھ تہٕ تکمیلی کیفیت خاطرٕ وتہٕ گاشراون زِ اکھ نظر یہ چھُ بارسس یوان۔ مرحوٗم ارجن دیو مجبوٗر چھِ امہِ ذٕسلابہٕ خاطرٕ بجرٕکی حقدار۔



# "سفر یادن ہُنْد"

## _ اکھ مطالعہ

وجے ولی

ارجن دیو مجبوٗر چھُ سانہِ ادبُک اکھ مولُل لعل یٔمی خاص کٔرِتھ
کأشرِ جدید ادبکی ترٛے دورُ چھ۔ گوڈنیُک سُہ دور یتھ منٛز عبدل
احد آزادتہٕ غلام احمد مہجوٗر ہی شاعر کأشرِس ادبی پسِ منظرس منٛز نوبر تہٕ
تازگی ورتاوٕنچہِ کوٗششہِ کران أسی تہٕ کأشُر ادب اوس نٔٹو نغموپٹھہٕ سنجیدٕ
ادبی، ثقافتی کیوسیأسی نہجہ ورتاونس کُن پکان۔ مجبوٗرصأبس منٛز گِتھ شاعر
تہِ ہیوٗتُن اتھ دورس منٛز نیٔندرِ ووتھُن ۔ دوٚیم سُہ دور ییٚلہِ دیناناتھ نادم،
رحمان راہیؔ،سوم ناتھ زتشیؔ،اختر محی الدینؔ،غلام حسن بیگ عارفؔ،ماسٹر
زندہ کولؔ تہٕ عبدالاحد زرگرؔہی گونماتھ کأشرِس زبأنی و ادبس باوٕژبل
بخشان أسی ۔اتھ دورس منٛز آو کأشرِس منٛز نثرتہٕ بارسس یٔمی زَن افسانو
ذٔسی کأشرِ زبأنی ہُنْد بٕرتہٕ طاقت دُنیاہس پیٹھ عیاں کوٚر۔امہِ علاوٕ آیہٕ
ڈرامہ،ناول ،انشائیہ،سفرنامہٕ تہٕ دیگراصناف تہِ وارٕ وارٕ بارسس۔مجبوٗر
صأب رُوٗدی پانہٕ امہِ کارواٗنکی سرگرم تہٕ اہم رُکن یم ادبہٕ علاوٕ ثقافتس تہٕ
تحقیقس تہِ پڑیہِ بران رُوٗدی ۔ترٛیٚیم دور چھُ سُہ ییٚلہِ زن جدیدیت طیس

پیٹھ وأژ۔ابہام ہی نٔوۍ نٔوۍ تجربہٕ روٗدۍ نظمس تہٕ نثرس دوشوٕنی منز سپدان۔ غزل تہٕ آزادنظم ہشہِ صنفہٕ گیہٕ مقبول تہٕ عالمی سطحس پیٹھ پرٛتھوٕنمن تہٕ چلوٕنمن رُجانن تحت آوادب تخلیق کرنہٕ۔رفیق رازؔ،اقبال فہیمؔ، فیاض تلہٕ گامیؔ،عزیز حاجنیؔ تہٕ شمشادکرالہٕ وأریؔ ہی واریاہ شاعرتہٕ لکھن وألی روٗدۍ ناچیز رأقمس سان نوِ تژایہِ نٔوۍ انمانہٕ گران تہٕ ژران۔مجبورصأب روٗدۍ اتھ دورس منز تہٕ پننہِ فنکی جوہر ہاوان تہٕ بدلوٕنمن تژاین منز پننہِ انفرأدیت قأیم تھٲوِتھ۔

ییمہِ کتابہٕ ہُنْد انتساب چھُ مصنفن مایہِ سان دوستن، ادیبن تہٕ کأشرٕ بن وقف کوٚرمُت۔امہِ پتہٕ چھُ پیش لفظ یتھ منز مصنِف زندگی ہندٕ بن سنہٕن وونمن ہُن اشارٕ کران اَسہِ پتہٕن یادن ہنْدِس سفرس کُن برٛونہہ پکہٕ ناوان چھُ۔

مجبورصأب ییٚتہِ اکھ رٕتی شاعر چھِ تیٚتہِ چھِ جان تحقیق دان تہٕ۔ کأشرِ زبأنی تہٕ ادبک چھکھ سبٹھاہ ژُک۔حالانکہ ہندی،اُردو، انگریزی تہٕ فارسی زبان تہِ چھکھ تگان مگر کأشرٕیک وَسہِ آسنہٕ کِنی کوٚرُکھ عموٗمن کأشرِ سے منز اظہارِ خیال۔

’’یادن ہُنْد سفر‘‘ چھےٚ ارجن دیو مجبوٗر سنٛز أخری تخلیق یوسہٕ 172 صفن پیٹھ مشتمل چھےٚ۔کتابہِ منز یتھ یادٕ ؤترس مجبوٗر صأب پھیٛر دِوان چھِ سہٕ چھُ تہنٛزِ زندگی ہندٕ بن ذأتی مُشأہدن پیٹھ مبنی۔لہٰذا چھُ ارجن دیو

ہنٛزِ زندگی پیٹھ تہٕ یہِ کتاب کم کاسہٕ گاش ترٛاوان۔

کتابہِ ہنٛدِس مفہومس پیٹھ چھُ مصنفہٕ سُنٛد نظریہ چھاَوِتھ آسان۔ لہٰذا چھُ یہِ تہٕ وُچھن زِ مصنف کمہِ نوکتہٕ نگاہ کِنۍ چھُ حقیقت پیش کران یعنے سُہ کُس عاَنکھ لگاَوِتھ چھُ وُچھان۔ تِمس چھُ پننۍ انفراَدی آزادرائے قائیم تہٕ اظہار کرنُک پوٗرِ انساَنی تہٕ جمہوری حق آسان۔ وونۍ ہرگاہ یہِ رائے عام موضوعن مثلن انساَنی،سماَجی تہٕ سیاَسی قدرن ہنٛز برہمی،رشوٕ کھوری، عالمِ انساَنتیس درپیش خطرن پیٹھ منی اَسی تیٚلہِ چھِ اتھ ستی اختلافکی سبٹھاہ کم اِمکانات آسان۔ یتھ کتابہِ منٛز چھُ ارزن دیون پننہِ وقتہٕ کین حالاتن سام ہیوان تِمن پیٹھ پننۍ بے باک رائے دِژٕمٕژ۔

یوٗ تام زن کتابہِ ہنٛدی ہیتی انہارُک تعلق چھُ ،کتاب چھےٚ اکھ Memorior یعنے یادن ہُنٛد مجموعہ۔حالانکہ کتاب چھےٚ سوانح حیات آیہِ لیکھنہٕ آمٕژ تہٕ بذاتِ خود مجبوٗرصاَب چھنہٕ اتھ Auto Biography ونس وائے کران مگر اتھ کتابہِ سوانح حیات ونس چھِ وارِیاہ وجوہات ڈٲری یوان۔ مثلن کتاب چھےٚ مولہٕ پاَٹھی ارجن دیو مجبوٗر سٕنٛدِس پرنس لیکھنس Carrier تہٕ تہنٛدی سماَجی،سیاَسی کیٚو ادبی پزٕژھس پیٹھ منی۔ امہِ علاوٕ تہٕ چھِ انسان سٕنٛز زندگی ہنٛدی وارِیاہ پہلو آسان ییم زن تحریر نِشہِ مُچھہِ تھونہٕ آمٕتی چھِ۔ ستی چھُ مجبوٗرصاَب اَکِس قداور مفکر سٕنٛدی پاَٹھی ذاَتی داَیرو نبر نیرِتھ باقین موضوعن پیٹھ

تہِ کتھ کران یمن زن نہٕ تہنٛزِ ذأتی زندگی ستۍ سیٚدِ سیوٚد کانٛہہ تعلق چھُ۔امہِ علاوٕ چھِ کتابہِ منٛز سفرنامہ تہِ شأمل یم زن موضوعأتی سوٚتھرِس پیٹھ بینبر ہاوان چھِ۔ کتابہِ منٛز یوٚ دوَے کانٛہہ موضوعأتی یکُت چھُنہٕ مگر کتاب چھےٚ سبٹھاہ دلچسپ تہٕ پرٛانہِ سمٲجُک تھلہِ تھلہِ وُچھوٗن احساس کرناوان۔

خأر صورتحال أسۍتن کینٛہہ تہِ یہِ کتاب چھےٚ ارزن دیو مجبوؔر نوٚ جان تخلیقو منٛز گنٛزراونٕ لایق۔ یِژھہِ ہشہِ کتابہِ چھےٚ زیادٕ مغربس منٛز پسندکرنہٕ یوان تہِ کیازِ تتہِ چھِ غأرروأیتی موضوعن پیٹھ لیکھنس تھدِ نظرِ وُچھنہِ یوان۔ یِژھن کتابن منٛز چھُ مصنف قأریس ستۍ سیٚدِ سیوٚد رأبطہٕ قأیم کران تہٕ تس پننٛۍ کتھہِ مُشاہدٕ تہٕ رایہِ باوان۔ کتابہِ ہُنٛد گوڈنیُک باب چھُ تہنٛزن لوکچارکین یادن پیٹھ مبنی تہٕ ستی چھُ زینہ پور گام تہٕ اتھ أنٛدی پکٕکین علاقن ہُنٛد مختصر تعرف تہِ دنہٕ آمُت۔

مجبوؔرصأبنٛۍ لوکچارکی حالات یوٚ دوَے زن تہنٛدی تمہِ وِزِ گرزیادٕ اوسوٕد حال نہ آسنس ،موضون تعلیمی سہولیات نہ آسنہٕ تہٕ پرنہٕ خأطرِ تہنٛدی سبٹھاہ جستہٕ خأز کرنہٕ کِنہٕ حوالوٕ جوب دِل ملوٗل ہیوٗ کران چھِ تاہم چھِ مجبوؔرصأب قأریس پننٛۍ مشأہدٕ ،قلمکہِ بلہ تہِ سہی سماں کأری ستۍ پرٛأنِس وقتس،گامن تہٕ شہرن سأ لاہ گرِتھ ینس مجبورکران۔یِتہِ زن ارزن دیو موضون منظرنامہٕ وتلاوِتھ دلچسپی ہُرراوان چھِ تتہِ چھِ تم سمأجی

سوٚتھرِس پیٹھ پانس أندی پکھٕ لُکن ہُند تہٕ ذِکرکران تہٕ ءستی چھِ سالن، کھاندرن کُھنڈرن، ماٚلن، وورسن تہٕ رہوأیژن ہنٛز کتھ تہٕ کران۔ یمن کردارن ہنٛز تمہ عکاٚسی چھِ کران تِمن منٛز چھِ دمالہِ فقیر، پٕنٛز وأنی، ہاپتھ وأنی، لڑی شاہ تہٕ سیتاٚری بیترِ تہٕ شاٚمل۔ تِم چھِ تمہِ وقتہٕ کبن لُکن تہٕ سماجی قدرن ہنٛز جان پاٹھی باوتھ کران یہٕ ڈٕلۍ زِ تہٕ پرن وأنی ءسنٛدِس تصورس منٛز زن چھِ تِم کردار بیٚیہِ اکہِ لٹہِ زندٕ گژھتھ رقصاں سپدان۔ مثلن وُچھی تو یہِ اقتباس:

''کنٹھٕ رام اوس ہسپتالس منٛز نوکری کران۔ قداورموہنیٛ، نل نکھ پوٗٹھی، گونٛژہٕ بردم تہٕ کلس دستارٕ۔ أمِس اوس خاندرٕ موکھہٕ ہمسایو وِرِزیٚن آنگنس منٛز جمع کوٚرمُت۔ ووٚنی أسی بتہٕ کھیتھ تِم قہوٕ چوان زِ کنٹھ رام ژاو آنگنس منٛز تہٕ وٚوٗن سارِنے زِ زیٚن کیاز چھُوٕ پھاٖلوٕنہِ تھومُت۔ درجواب وٚونہس تِمو مہرا ووٚنی تھکی پگاہ وُچھو۔ کنٹھ کاکن کوٚرمیانہِ رچھن ماجہِ آلو''راجرینٛی پھری چاے دیگچہ تہٕ مکایہِ ژوچہٕ ترٛہمرکر پھٹاپھٹھ'' تمہِ ووٚنُس تورٕ''چاے مہراچھےٚ تیار'' چاے تہٕ ژوچہٕ واٚژ۔ کنٹھ جُون چیٚیہِ چایہِ کھاٚسی دَہ مرٕ تہٕ ژوچہٕ پاٚنشہِ۔ باقیو تہِ چیٚیہِ چاے۔ کنٹھ جُون ووٚن مےٚ''گژھ سا مالیا عزیز کاندرس نِش اَن پانٛژٕ کلوٚنی مکھٕ۔'' مےٚ أنی مکھٕ، أمی کوٚڈ پھبرنہٕ منٛزٕ ڈچھن اتھہٕ نبر، سری کاکس ووٚنُن ژٕ رٹھ زیرٕ تہٕ ہیوٚتُن زیٚن پھالوٗن۔ ساٚری چھِ وُچھان تہٕ حاٚران۔ دون گھنٹن منٛز

پھالنوٗن سوٗرے زیٗن تہٕ ہمساین دوٗپُن ''اتھ کٔری زبہ بنہٕ پتہٕ نیرو
تہٕنٛدی کارا ٔسی دِلچسپ''۔

باقٕے باب تہِ چھِ مجبوٗرصابنہٕ یادن ہٕنٛدِس ترتیبس منٛز وبڑھناوِتھ۔
مجبوٗرصأب چھِ گامہٕ پٮ۪ٹھہٕ شہر پرنہِ وسان۔تہٕ شہر باشن ہٕنٛز مبیعنہٕ خودغرضی
پٮ۪ٹھ تژاس کھوٗان مگر پتہٕ تہنٛدِ مدتک تہِ اعتراف کران۔ کتھ چھِ پرنٛچ
چلان تہٕ ووستادن ہُنٛد ذکر چھُ سپدان تہٕ زندگی تہٕ سمسارچین نتھنین
حقیقت'' ہُنٛد تہٕ۔سُہ چھُ پرُن مجبوری سببہٕ اڈلیوٚکٕے تژٲوِتھ کارپرٛیٹس تہٕ
عدالتس منٛز نوکری کران مگر سمسار کِس پٔزِس اپزِس وبہ ہارس چھس نہٕ
برابٔری یِوان تہٕ أتھی اثناہس منٛز چھُ تِمس ہٕتھ تِتھِ پرنہٕ خأطرِ لوہور
گوٚھنٛک موقہٕ یِوان۔

لوہوٗرک ذکر چھُ دلچسپ تہٕ تتیُک رواں منظر پیش کران۔تتیُک
شالیمار باغ،انارکلی بازار چُھ تِمن خاص جاین منٛز شأمِل یِیمٕیُک تِم کم
کاسہٕ تفصیل تہِ دِوان چھِ۔یِمن ہٕستین ہٕتی تِمن شرفِ مُلاقات حأصل
سپدان چھُ تِمن منٛز چھِ شُہرہٕ آفاق مِلاپ،اخبارُک ایڈیٹر خوشحال چند
تہٕ پرتاپ کِس ایڈیٹر مہاشا کرشن تہِ شأمل۔یِیمہٕ ہٕتی تہنٛدی صحافتی تہٕ
سیأسی ذوقُک اندازِ تہِ سپدان چھُ۔ارجن دیو مجبور چھِ سمأجی، سیأسی تہٕ
انتظأمی حالاتن سام ہوٚان تہٕ اتھ پٮ۪ٹھ پنٕنہٕ بے باک راے تہِ دِوان تہٕ
کتابہِ منٛز وقتاً فوقتاً سیأسی لیڈرن تہٕ حکمرانن ہٕنٛدِس رٔوِیس پٮ۪ٹھ تہٕ

ناراضگی ہُنٛد اظہار کران۔

جوان ارزن دیوس بڑ وٲنٛہہ کنہِ چھُ مُلک آزادسپدان۔ گاندھی جی، پنڈت نہرو، شیخ محمد عبداللہ، شیاما پرشاد مکھرجی تہٕ علی محمد جناہ ہوٚبن لیڈرن ہنٛدی تقریر تہٕ خیالات چھُ سُہ پانہٕ بوزان۔ تٔسی بڑ وٲنٛہہ کنہِ وو پدٕییہ تمہِ ہندوستانٕچ آش، یتھ منٛز سٲری طٲیفہ اکہِ وٹہِ رٔلتھ اکھ نوٚو ہندوستان تعمیر کرٕن یژھان ٲسی۔ یُس تمی وِزِیہِ ڈٟلۍ زِ تہِ سُپر پاور بنیو مُت آسہِ ہے۔ مگر تہِ سپُد نہٕ تہٕ امیُک ذکر چھُ مجبوٗر صٲب کتابہِ منٛز أکِس عینی شاہدٕ ہنٛدی پٲٹھی کران۔ یتس تھی گیہِ مُلکس زٕ چھلہٕ، تمٕس چھُ یہِ سخ محسوس گوٚھان، سُہ چھُ خونریزی تہٕ ہول ہالیہ پیٹھٕ تڑاہہِ تڑاہہِ کران۔

یوٚ تام ارزن دیو ہنٛد بن سیٲسی یادن ہُنٛد تعلق چھُ تم چھِ کمیونسٹ تہٕ باقیہِ پارٹین ہُنٛد سیوٚد یا ورگہٕ پٲٹھی اظہار کران مگر تحریری طور چھِنہٕ یتھہٕ کنٛی کُنہِ پارٹی منٛز شٲمِل روزنُک اعتراف کران۔ یمن سیٲسی لیڈرن تہٕ سیاست دانن ہُنٛد تم ذکر کران چھِ تمن منٛز چھِ بخشی غلام محمد، شیخ محمد عبدا للہ، غلام محمد صادق، ڈی پی دھر تہٕ پیارے لال ہنٛڈو وغارٕ تہِ شٲمِل۔

ادبی تہٕ ثقافتی انجمنن ہُنٛد یُس ذکر کرنہٕ آمُت چھُ تتھ منٛز چھُ کلچرل کانگریس، کلچرل فرنٹ Progressive writer association تہٕ کلچرل کانفرنس ہشہٕ تنظیمہٕ شٲمِل یمن سٟتؠ مجبوٗر صٲبس سیوٚد ورگہٕ پٲٹھی کانٛہہ تعلق روٗد۔ تم چھِ امت ناگ چلونٕبن

ادبی سرگرمین ہُنٛد ذکرتہٕ کران تہٕ ووستادن ہنٛز پاپرجائیٖ خاطرٕ لڑان لڑان مُشکلاتن ہُنٛد تہٕ مقابلہٕ کران۔

کتابہٕ ہنٛدِس آخری حصس منٛز چھِ کینٛہہ لوٚکٹ لوٚکٹ سفرنامہٕ شامِل یمن منٛز اجنتا، ایلورا، میسور، کلکتہ، آگرہ، راجستھان تہٕ ہماچلُک سٲر تہٕ ذکر ژھوٚٹہِ موٚٹہِ پاٚٹھی کرنہٕ آمُت چھُ۔ تہٕ امی پتہٕ چھِ تِمن اشخاصن ہنٛدی ناو دِنہٕ آمٕتی یِم کُنہِ نتہٕ کُنہِ رنٛگی مجبور صٲبس سٍتی وابستہٕ روٗدی مٕتی چھِ یا یِموٗ تِمن پیٹھ کینٛہہ لیوٚکھمُت چھُ۔

کتابہِ منٛز چھےٚ کینٛہہ تصویرٕ تہِ یمن منٛز تِمن سٍتی گریلو بأژو علاوٕ سابقہ وزیراعلیٰ غلام محمد صادقؔ، پروفیسر رحمان راہیؔ تہٕ شمبھوناتھ بٹ حلیمؔ تہِ نظرِ گژھان چھِ۔ یوٚ تام کتابہِ ہنٛزِ زبأنی ہنٛدی اصلوٗبُک سوال چھُ، زبان چھےٚ عام فہم تہٕ ساد مگر کُنہِ کُنہِ چھُ تیُتھ لفظا تہِ نظرِ گژھان یُس کأشرِس قریب باسان چھُنہٕ مثلن کھمن کھیوٚن، تِتہٕ ہیکہِ بٔنتھ زِ موزون لفظ بدس نہٕ آسنہٕ کنٛز اوس نہٕ امہِ ورأے چارٕ۔

''یادن ہُنٛد سفر'' چھُ أکِس تِتھس گونماتھ سٕندٕ بن یادن ہُنٛد خزانہٕ یێمِہ سٲری ہے وُمرِ کأشرِ ادبٕچ خدمت کٔر۔ یہِ چھُ رٔژھرُن لایق أکِس عظیم ادیب سٕنٛز اکھ موٚلوٗنی لایق تخلیق۔

☆☆☆

# باوَتھ ــــ اکھ تنقیدی جائزٕ

ڈاکٹر شفقت الطاف

''باوَتھ'' چھےٚ ارجن دیو مجبورٕنی اکھ نمایندٕ نظم۔ یہ نظم چھےٚ ترقی پسند دورٕچ پیداوار ۔ ارجن دیو مجبوٗرن یَتھ دورس منٛز بحیثیتِ تخلیق کار کاڈ کوٚڈ سُہ اوس پرٛتھ لحاظٕ ناہموار تہٕ ناہنجار دور۔ سمأجی پسماندگی تہٕ اقتصأدی بدحألی أس عام انسانس ڈٔکس مُرتھ ۔ غربی تہٕ نابرابری رٚنٛز أسی عام لوٗکھ پٔتھرِس لاینہٕ آمٕتی ۔ یَتھٕ پأٹھی چھےٚ 'باوتھ' نظم تہٕ اَمی شعوٗرٕچ تہٕ ادراکٕچ عکأسی کران۔ یہ نظم چھےٚ سماجیأتی حقیقت پسندی (socialistic Realism ) ہنٛدی ؤسیلہٕ کامہِ لأگتھ بےٚ پرٛتھ تہٕ بےٚ لگام کأشرِس سماجس وُرن ٹُلان۔ کأشرِس سماجیأتی ادبٕکس تخلیقی ووٚتھٕ واشرس منٛز چھےٚ اَتھ نظمہِ پزٕنہٕ پأٹھی توأریخی اہمیتھ حأصل۔ سماجیأتی ادبٕک مُدعا تہٕ مقصد چھُ فقط طبقأتی تصادم( Class conflict)ستٕی سمأجی تبدیلی باعمل اَنٕنۍ ۔ سماجیأتی نظریہٕکی اکثر حأمی چھِ سماجیأتی ادبس تہٕ فنس، سمأجی تبدیلین ہُنٛد سارِوے کھوتہٕ موثر تہٕ پُر قوّت ہتھیار مانان۔ تہُنٛد وَنُن چھُ زِ:

"Socialistic literature is a means of social

change through the class struggle. The job of literature in such a scenario is to make the reader conscious of the contradiction and conflicts in her/ his society as well as the way in which those contradiction can be resolved. This should not be taken to mean that literature is more propaganda, that it is a straight propagation of certain views in preference to others. According to socialist criticism, literary writing in human history has evolved its own specific rules which should be observed and adhered to."

باوَتھ نظمہِ چھِ کُل ترٛےٚ بند۔ گوڈنِکس بندس منٛز چھُ تخلیق کارغأر عامیانہ تہٕ ٹھوس استعارِ تہٕ تشبیہہ کامہِ لأگتھ دوہ رأژ ہنٛزِ ناپائیدأری تہٕ گردشہِ ہنٛز تلخ حقیقتھ بروٚنٛہہ کُن انان ۔

دوہ بأژی گراہ ہیوٚ آو

تہٕ ڈابر وأتِتھ ژٕول

وٕژھ راتھ مُہِج مستانیاہ

آیہِ تہٕ دِل پھرکأوِتھ ژٕج

☆

1. Asha S. Kanwar, literary criticsim and theory p. 243.

مجبوٗرنہِ اَمہِ تخلیق ہُنٛد بأزی گردوہ تہٕ مۆہج مستأنی راتھ چھنہٕ کُنہِ اسرأری دُنیاہس منٛز ڈابر واین وول مدأری یا دِل وُچھلاون واجِنی اپسرا بَلکہِ چھِ یم دوشوَے سماجکی تہٕ دُنیہکی علامتی کِردار یم اَسہِ لرِلوٚر زوان، پرِیتھان تہٕ پوٚشان چھِ۔ عصری تہٕ انسأنی سماجکین عملی تجربن، واقعن تہٕ حالاتن ہنٛز نشاندٕہی کرِتھ چھےٚ یہِ نظم سماجیأتی تہٕ مارکسی ادٕبکین اوصوٗلن کوم کران۔

"...our consciousness should be the consciousness of the world around us"

نظمہِ منٛز چھُ تخلیق کار دُنیہِ بأزی گری تہٕ رأژ ہنٛز مستی نہ پوٚشوٗنی تہٕ فأنی عمل مانان۔ زمانچہِ تژ کرِ ہٕنٛدی یم دوشوَے پوٚترٕ چھِ یتھ بے ترتیب سماجس منٛز غأر مستقل تہٕ غأر سأکن۔ یٕتہِ بأزی گردوہ ڈابر وأیتھ تہٕ پارے دِتھ شأعرس بأزی تأرِتھ دگ تھاوان چُھ تتہِ چھےٚ رأژ ہنٛز مۆہج مستأنی بُتر أژ پیٚٹھ وٕستھ تخلیق کارس دِل وُچھلأوِتھ تہٕ ہوش ڈألِتھ غأب گژھان۔ دوہ رأژ ہنٛز یہِ پھندفریبی تہٕ ڈرامہِ چھُ شأعرس توس ٹلان۔ کتھ چھےٚ دراصل یہِ زِ شأعرس چھےٚ کأشرِبن ہنٛز لاچأری، مُفلسی بدحألی تہٕ جہالت یہٕ ڈٕلی زِ تہِ وٚوبوٗدُر ٹلان۔ تَس چُھ احساس زِ دُنیچ بأزی گری تہٕ راژِچ مستی چھِ سانہِ عام زندگی سٟتی وابستہٕ مفلوک الحال تہٕ کمزور

لۄکن کانٛہہ سوچھ تہٕ راحت واتناونہٕ بجایہ دُژیوٚت تہٕ پریشان کران۔ دُہِکس پرگاشس پٮ۪ٹھ پژھ اَستھ تہٕ نم ژَم گاٲلتھ چھِ توتہِ یم لۄکھ زندگی ہندِ بۄ بُنیادی ضروٗرتو نشہِ محروم روزان تہٕ تِتھے کٲنٛژ چھنہٕ شۆنٛج تہٕ مۄجھ راتھ فاقہٕ پھرٕ بن ہندِ رورٲے بیٚیہٕ کینٛہہ دِتھ ہبکان۔ اَسی ہکوٚ وۄنتھ زِ گاش تہٕ گوٚٹ چھِ نظمہِ منٛز پھنٛد بازی، جالسازی تہٕ دوکھہٕ بازی ہنٛز علامژ بنٛتھ ووتلیمژٕ یم پزتھ کنہِ رنگہٕ یِیمہِ بے ربط سماجُک نظام ڈنجہِ تھاونس منٛز تھوس انان چھِ۔

ژٕلہِ لارِ اندر تُلہِ تژاو اوس  
لٲج کارِ وٕٹھن لیس کٲر ووٲنٛز  
گٲیہِ مارِ سیاہ تارِ سفید  
گوٚو صُبحس شام تہٕ شامس راتھ

نظمہِ ہندِ اَمہِ بندکہِ تجزیہٕ ستۍ چھُ ننان زِ ظاٲلمن ہندِ ظُلمہٕ تہٕ استبدادٕ کنٛی اَس تَس کٲر مۄرنہٕ یوان یُس اکھا کٲر تھوٚد تُلِتھ عزتہٕ تہٕ غٲرتہٕ سان زِندٕ روزن اوس یژھان۔ بقول فیض

نثار میں تیری گلیوں پہ اے وطن کے جہاں  
چلی ہے رسم کہ کوئی نہ سر اُٹھا کے چلے  
جو کوئی چاہنے والا طواف کو نکلے  
نظر چُرا کے چلے جسم و جان بچا کے چلے

زیرِ بحث تخلیق منز چھُ ماٗدی تہٕ سماٗجی استحصالس خلاف نفرت تہٕ احتجاج اَتھِ یوان۔ یتھس بے مروت سماجس منز چھِ انساٗنی قدٕر چھلنہٕ آمٕژ تہٕ أچھن ہُنٛد لحاظہٕ چھُنہٕ کُنی ڈیشنہٕ یوان۔ اَتھ غاٗر انساٗنی ژلہٕ لارِ منز چھُنہٕ عام انسانن کانٛہہ وُقعت تہٕ قدٕر۔ رنٛگک تہٕ نسلک امتیاز تہٕ پاس کرنہٕ ورأے چھُ لوٗکن پیٹھ پیٚہم ظُلم جاٗرِی۔ خوفکہِ ماحول تہٕ انتشاٗری ٕکفیت کِنیٚ چھُ وتھک میزان موٗ لے ڈٕلِتھ۔ صُبحس گوٗمُت شام تہٕ شامس راتھ۔ وجہ چھُ یِ زِ سرمایہِ دارن ہٕنٛدِ بن اتھن ہُنٛد طاقت چھُنہٕ عام لوٗکن زِنٛدٕ روزنہٕ دِوان

نتہٕ تاپہٕ تٕوٗر نتہٕ پوشہِ مَوٗر
یا رنٛگے رنٛگ نتہٕ خاٗلی نب
شُنی شُنٛز شُنی شُنٛز

اَمہِ بنٛدُک مطالعہٕ کرنہٕ پتہٕ چھِ یہِ کتھ واشگاف سپدان زِ تخلیق کار چھُ کٔشیٖرِ ہٕنٛدِس قدرتی ماٗری منزرس منز اکہِ پاسہٕ وٕ لسنس یوان مگر بیٚیہِ پاسہٕ چھُ تَس کاٗشرٕ بن ہٕنٛزِ لاچاٗری، مفلسی، بدحاٗلی تہٕ جہالت دِلس دگ تُلان۔ اَمہِ سماٗجی ناہموٗاٗری تہٕ بےتوازنی کِنیٚ چھُ تَس کٔشیٖرِ ہُنٛد دِلفریب بیرونی حُسن نامکمل تہٕ پرژھیوٗن باسان۔ مجبوٗر چھُ کٔشیٖرِ ہٕنٛدِس مثالہِ روٗس حُسنچ تہٕ اَمہِ وقتہٕ کِس پریشان کُن سماٗجی اونٛدٕ پکس متعلق یتھِ پاٗٹھی پٔزٕن تاثُر باوان:

''دون عالمن ہنٛز یہِ ناہموأری أس مےٚ شُری پانہٕ پیٛٹھے توس ٹلان تکیازِ بہٕ اوُسس پانہٕ تہِ اَمہِ ناہموأری تہٕ عجیب ماحولُک شکار ۔ یہِ احساس گوٚو گنان تہٕ مےٚ ہیوٚت قدرت ِکس حُسنس سٕتۍ انسأنی حُسن تہٕ لوٚگُم وِتش دِنہٕ تہٕ مےٚ سوچ زِبہٕ دِمہٕ ہا اتھ سأری سےٚ اوٚندِ پکس سام ہیتھ باوٗژ منٛز زیو''

نظمہِ ہنٛز پرنے تہٕ تجزیہ پتہٕ وَنہٕ بہٕ أخرس پؠٹھ کتھ زِ فنی تہٕ تکنیکی اعتبارٕ چھُ یہِ اکھ مکمل ادب پارٕ۔ تخلیق کار چھُ نہایت ہُنٛر مندی تہٕ فنکأری سان کأشرِ سماجک پھانپھلیومُت شہوٗد أِکس عام قأریس تام واتنأوِتھ ہیوٚکمُت۔ تخلیق کار چھُ ترقی پسندی ہنٛز پوودِ پیٛٹھ مستقل پأٹھی کھور ٹھکراونہٕ باوۄجود اَتھ فن پارس منٛز پنُن بدٕون مزازٕ تہٕ اسلوٗب زِندٕ تھأوِتھ ہیوٚکمُت۔



---

ا ''بہٕ کیازِ کتھہ پأٹھی چھُس لیکھان'' آلو جلد ۴ شمارٕ ۴۔ صفہٕ ۱۱

# "میسور: یُس مےٚ وُچھ"
## _ اکھ مُطالعہ

ڈاکٹر گلزار احمد راتھر

دُنیاہچین کہو یاہ زبانین منٛز چھِ قدیم کالہٕ پیٹھے سفرنامہٕ لیکھنہٕ آمتی۔ مشہوٗر چینی سیاح ہیون سانگن کوٚر ہندوستان تہٕ اَتھ أندی پٔکی شُرہن (16) مُلکن ہُند سفر۔ تٔمی ہِنٛدی سفرنامہٕ چھِ از تہِ معتبر تہٕ مستند توأریخی ماخذ مانہٕ یوان۔ دپان مشہوٗرِ عالم سیاح کرسٹوفر کولمبس (1451-1506ء) اوس مشہوٗر سیاح مارکو پولو ہِنٛدی سفرنامہٕ پٔری تِھے ئدرونٛزی ہندوستان تام وَتھ ژھارنٔک شوق گنیوومُت۔ تِتھے پأٹھی چھُ ابو ریحان البیرونی ہِنٛز "کتابُ الہند" پانٛژہ ترٛہن (35) ؤری ین ہِنٛدِ ہندوستانچہِ سیاحتُک نتیجہٕ مانہٕ یوان۔

کأشرِ زبأنۍ منٛز گیہِ سفرنامہٕ لیکھنٕچ روایت 1961 عیسوی یَس منٛز تمہِ وِزِ شروع ییٚلہِ غلام حسن بیگ عأرفن پنٕنۍ سفرنامہٕ "میون چینک سفر" لیوٗکھ۔ عأرف صأبن یہ سفرنامہٕ سپُد گوڈٕ، گلریز رسالس منٛز قسط وار چھاپ تہٕ پتہٕ آیس کتأبی شکل دِنہٕ۔ اَمہِ پتہٕ لیکھی واریاہو ادیبو کأشرِس منٛز پنٕنۍ سفرنامہٕ یمن منٛز اختر محی الدین صأبن روٗسک سفرنامہٕ "سلاوٕمرٕ

1986 عیسوی یس منٛز چھاپ کوٚر۔ میر غلام رسول نازکی سُنٛد سعودی عربُک سفرنامہٕ ، قیصر قلندر سُنٛد بیلجیمُک سفرنامہٕ، غلام رسول سنتوش سُنٛد فرانسُک سفرنامہٕ ،علی محمد لون سُنٛد ماسکوٗچ سفرنامہٕ 1975 عیسوی یس منٛز سون ادب: سفرنامہٕ نمبرس منٛز چھاپ سپدی ۔ تِتھے پاٹھی لیٛکھ فاروق نازکی صأبن جرمنی ہُنٛد سفرنامہٕ ،موتی لال ساقی ین قزاقستانُک سفرنامہٕ، ارجن دیو مجبور ن میسورُک سفرنامہٕ، ایاز رسول نازکی ین مظفر آبادُک سفرنامہٕ (مظفر آبادس منٛزاکھ پچھ)تہٕ مکھن لال پنڈتاہن کنیڈا ہُک سفرنامہٕ۔

ارجن دیو مجبور چھُ اکھ بِسیار پاسل ادیب ، شاعر، محقق ، افسانہٕ نگار تہٕ ترجمہٕ کار۔ سُہ رُوٗد دُرس وأنسہِ کاشُرِ زبانِۍ ہنٛز خدمت کران۔ تٔمی یُس سفرنامہٕ لیٛکھ تمیُک عنوان چھُ'' میسور: یُس مےٚ وُچھ''، یُس تٔمی ''تحقیق'' ناوی پننہِ کتابہِ منٛز 1999 عیسوی یس منٛز چھوپمُت چھُ۔ سفرنامہٕ چھُ لوکُٹ ییمُک باڈوصرف پنداہ صفہٕ چھُ۔مگر مجبور صأبن چھُ یہِ مختلف باگین منٛز بأگرووُمت۔مثالے ڈسلابہٕ ،آمدن برسرِ مطلب ،میسور پیلس ،آرٹ گیلری ،چڑیا گر، دریائے دولت محل، باغِ ورنداون، زبانن ہُنٛد مرکزی ادارٕ تہٕ فوک لور میوٗزیم بیترِ۔

ڈسلابس منٛز چھُ مجبوٗرصأبن کرناٹک صوبچ پوٚر زان دِژمٕژ ، یتھ منٛز زن اتیُک آب و ہوا( یُس وُہری ڈریس ہوٗے روزان چھ )،

کاویری ڈریاو (یُس اَتھ سأرے ایگریکلچرل زمین سگہٕ ناوان چھُ) تہٕ اَتِکی مختلف فصل مثالے دانہِ، شونٹھ، مرٕژ، سبز اٗلہِ تہٕ تمر ہندی یمو کَنہِ میسور مشہوٗر چھُ، تہِ شأمل چھُ۔

سفرنامہٕ چھِ بذاتی تتھ ادبی صنفہِ ونان یتھ منز سفر کرن وول سفرس دوران پیش آمتی حالات، مُشاہد تہٕ تجربہٕ قلم بند کران چھُ، یہِ ہیکہِ اکھ سرسری بیان تہِ آستھ تہٕ تیُتھ دستاویز تہِ یُس تمہِ شہرٕچ، مُلکٕچ یا تمہِ جایہٕ ہنز توأریخی زان کرناوِ یتھ شہرس یا مُلکس منز سفر کرن وول گوٚمُت آسہِ۔ تتھے پأٹھی ییلہِ مجبور صأب میسور پیلس وُچھنہِ چھُ گژھان، سُہ چھُ قأری یس مختلف توأریخی نوکتن ہنز زان کرناوان۔ مثالے میسور چھُ ٹیپوٗ سُلطان سٕندِس وقتس منز کرناٹکُک دارالخلافہٕ روٗدمُت، 1395 عیسوی ییس منز چھےٚ ؤڑی یارن میسورٕچ بُنیاد ترأومٕژ، یُس 1610 عیسوی ییس منز تختس بہان چھُ۔ 1761-1795 عیسوی ییس دورن أسی حیدر علی تہٕ ٹیپوٗ سُلطان درحقیقت کرناٹکی حُکمران۔ شأہی محلس متعلق چھِ مجبور صأبن پرٛتھ کانٛہہ ارنفارمیشن (Information) بأنہٕ بأنہٕ درٕج کٔرمٕتۍ۔

ارجن دیو مجبور تہٕ ڈاکٹر رتن لال تلاشی أسی دراصل زبانن ہنٛدِس مرکزی ادارٕس منز ڈاکٹر اوم کار ناتھ کول صأبن اِو موجوٗب بُلأوی مٕتۍ زِ تِمن اوس ورکشاپس دوران اکھ ترٛجمہ کتاب ترتیب دِنۍ یوسہٕ کأشُر

ہیٚچھناوٕنس منٛز مدد گار ثابت سپد ہے۔

سفر نامہٕ لیکھُن چھُ اکھ فن چاہے سُہ پوٗرٕ کتاب آسِ تن یا لوکُٹ موٗکُٹ مضموٗن ۔ دُنیاہس منٛز چھِ گرٛزرٕوس لۄکھ اورٕ یور سفر کران مگر سفر نامہٕ چھُ خالے کانٛہہ لیکھان ۔ یوٚہے وجہ چھُ اٚمِین کاٚمل صاٚبس یُتھ ہیوٗ جُملہٕ لیکھناوان زِ" یہ باٹُر چھُنہٕ ہرکانٛسہِ بدس یوان خاہ سُہ کونہٕ آسہِ اٚدیبے"

مجبور صاٚبُن کلھُم سفر نامہٕ پٔرِتھ چھ یہِ کتھ عیاں سپدان زِ اَمِچ زبان چھےٚ شوٚز تہٕ سہل یوسہٕ قاٚرِیس پانس سٟتی پکناوان پکناوان تٔمن چیزن ہُند مشاہدٕ کرناوان چھِ یِم سفر نامہٕ لیکھن واٚلی سفرس دوران قلم بند کٔرِمٕتی چھِ۔ ہرگاہ تٔم آرٹ گیلری منٛز وُچھٕمٕتی تٔم تصویرِ یِم مختلف راجن ،موسمن، پوشن تہٕ بالن ہٕنٛدی چھِ، یِم گٕنٛو ہمہِ صٔدی ہُنٛد مصوری طرز بروٗنٛہہ کُن انان چھِ یا چرٛیا گرٕکی تٔم جاناوار یِمن منٛز ژٔرِ، بٔطخ، گگر، بژارِ، خرگوش تہٕ باقی جانور تہٕ چھِ، یِم وُچھن والین ہُنٛد توجہ پانس کُن پھِران چھِ یاسہٕ دریائے دولتِ محل یُس ٹیپو سُلطان سٟنٛدی کیٛنٛہہ یاد گار فوٹو دسیاب آسنہٕ علاوٕ تٔمی سٟنٛز تہٕ سُلطان حیدر علی سٟنٛزٕ قبرٕ اکھ اٚکس نِش فقط کیٛنٛہہ گز دوٗر چھِ تہٕ یِمن سٟہہ مُسلہِ چالہِ کیٛرٕ وٕلِتھ چھُ۔

تِتھے پاٚٹھی چھُ مجبور صاٚبن سفرس دورن باغ ورنداون تہٕ وُچھمُت یُس میسور شہرٕ پٮ۪ٹھٕ قریب ژوداہ (14) کلومیٹر دوٗر چھُ۔ اَمہِ باغُک حال بوزِتھ چھُ قاٚرِیس زنتہٕ موسمِ بہارٕکی نشاط ، شالہِ ماٚر تہٕ باقی مغل

باغ یاد پیوان۔

میسور شہرُک بیاکھ عجوبہٕ چھُ فوک لور میوزیم( Folk lore Musium) یُس میسور یونیورسٹی ؠتہٕ مُنسلک ادارٕ چھُ، ؠتھ منٛز گٔژھیا نوٲدِرات تھاونہٕ آمتی چھِ۔ لُکہٕ عجاٸب گرس متعلق مجبوٗر صاٮ۪بنہِ دِژمژ زان پُرِتھ چھُ انسان حاٸرتس پیوان ییٚلہِ تمو منٛز اکثر چیز کٔشیرِ ؠتی ہوٚ بہوٚ رلان چھِ۔ یمن منٛز دزٲتی ، اَلہ بٲنی ، کرٛنڈ ، گاڑ ، ہٲنز پھٔہو ، تومبورِ ، لونگُن ، یٔٹ ، ، ناستہِ ڈبہٕ ، ہتجہِ ، گاسہٕ ژٲنگی جہِ، وگوٕی ، گاڑ زال تہٕ کھُرِ ، بہی کھاتہٕ ، پڑون کاغذ رنٛد ، ہچو ینٛدر ، کانٛوی سوٗٹ کیس ، قُلف ، لوٹنہٕ ،منٛز لی گٔنس ، چونٛچہِ ، ترٛکر ، گرٛیٹنی ، ہچوٕی مصالہٕ ڈبہٕ ، لڑھلی بیترِ شامِل۔

اَمہِ سفر ناماچ خاص کتھ چھےٚ اَمِچ ساد زبان تہٕ مجبوٗر صاٮ۪بُن تیز مُشاہدٕ ، تِمَو یہِ کینٛژھا وُچھمُت چھُ تہِ چھُن سادِ زبٲنی منٛز تمہِ طریقہٕ بوومُت زِ پرن وول چھُ زنتہٕ لیکھن واٲلس ؠتی ؠتی پکان، نہ صرف انفارمیشن پڑوان بلکہِ محفوٗظ تہِ سپدان تہِ ہیکو یہِ تہِ وٕنتھ زِ مجبور چھُ اَتھ سفرنامس منٛز پرن واٲلِس پانس ؠتی پکناوِتھ سٲل کرناوان ، وُچھ تو میسورِکس چڑیا گرس متعلق مجبور صاٮ۪بُن بیان:

”میسورُک چڑیا گر چھُ اکھ عجوبہٕ۔ اور چھِ پرٛتھ دوہ ہتہٕ بٔدی لۆکھ واتان۔ داخلہٕ چھُ ٹکٹہِ ذٔریعہِ میلان۔ چڑیا گرس منٛز چھُ گوڈنیُک وُچھن لایق پوٚش زراف ۔ زراف چھُ میٹر تارٕ تھوٚد آسان تہٕ گردن

چھس واریاہ زٲنٛٹھی ۔ گٕلی لنجن تام چھُ آرامہٕ سان چونٹھ واتہٕ نأوِتھ ہبکان۔ نر تہٕ مادٕ زراف چھِ اَکھ أکِس ٹاٹھنیار تہِ کران۔ دارِدار ڈری یأوی گر تہِ چھُ وُچھن لایق۔ لوکٹ پہن ژھوٹہِ قدٕ نیلہٕ گر یَس سأری ہے جسمس سیاہ رأٹھ چھِ کھأرِتھ۔ یم جانہٕ ور چھِ یلے۔ چڑیا گرس منٛز چھِ ژَرِ، بطخ، گگر، ہنس، برارِ، خرگوش تہٕ واریاہہٕ قسمکی جاناوار وُچھن والین ہُنٛد توجہ پانس کُن پھِران۔ مگر أکِس سٕنِس گنڈی ہٕتس احاطس منٛز ہُہ وَن موہنیوٗ وُچھتو کمہِ اندازٕ چُھ أسس منٛز سگریٹ رٕٹِتھ دٕہ پھُکاران۔ یُس کیلہٕ یا کأنٛہہ کھینہٕ چیز تراوبس تس چھُ سلیوٗٹ کران تہٕ شُکرانہٕ سان وُچھان بڈٕ رکماس منٛز چھُ بہتھ وُچھن والین تماشہِ وُچھان۔ فقط چھس نہٕ زیوٕ ے یأژ۔ مگر باقٕے احساسات جذبات سأری انسان ہٕندی ہوی۔

ہٕہن ہُنٛد گرٕ تہِ چھُنہٕ کینٛہہ کم۔ یتی ہٕہہ چھِ گنٛڈِتھ۔ أڈی گر ہٕزان تہٕ أڑی ٹوجہِ گری گری وُچھان۔ چھُنا صلاح تھکھاہ کڈو۔ آ! ہُمس خام نارجیل کِنن وأرِس نِش بھمو ۔ تلہٕ سادِ اکھ کھوٗ پراہ اَسہِ تہِ یہِ چُھ ہأضمہٕ بڈٕراوان یڈٕ ہٕندی دأدی گالان۔ ویسے تہِ چھُ نارجیل کرناٹک باپتھ سبٹھاہ اہم۔ امیُک تیل چھِ سِنہن تژاوان ۔ اتھ چھِ ژٹینٛی بناوان، حلوس تہِ چھُ لگان تہٕ اَمیُک کوٗچ آب چھُ ہردِل عزیز مشروب تہِ۔ یتھ چڑیا گرس منٛز یم ہٕسی چھِ تم چھِ کرٕہٕنی۔ ہُہ ستہٕ زاو ہٕسی بچہٕ چھُ ماجہِ أندی

أندی نڑان۔ چڑیا گرِچ بُڈ خوٗبی چھِ صفأیی ۔اد! یپأری اَے لوٗکھ سمے یہِ۔ آیہِ گو گینڈا ! زبردست طاقتہٕ وول جانور مگر آبس منٛز قأد۔ سأری چھِ أمِس تھلہِ تھلہِ وُچھان۔"

بیا کھ اہم کتھ چھےٚ زِ اتھ مختصر سفرنامس منٛز چھُ مجبور صأب کٲشیرِ تہٕ کرناٹک کٮ۪ن تعلقاتن ہٕنٛدی پرأنی پن واٹھ ہٕنٛکی اشارٕ تہِ کران۔ سُہ چھ لکھان زِ میسور میوزیمس منٛز موجوٗد چیز وُچھِتھ چھُ باسان زِ کٲشیرِ تہٕ کرناٹکس چھُ پرأنِس زمانس منٛز اورِ یورٕیُن گوٗڈھن اوسمُت۔ للتادتیہ سُنٛد اَتھ بارس منٛز راج ترنگنی ہُنٛد یہ ذِکر زِ کاویری دٔریاوکٮ۪ن بٹھٮ۪ن پیٹھ بیوٗٹھ تسُنٛد فوج ناریل گُلٮ۪ن تل چھُ دیان دِنس لایق۔ کیٛژہ ومورخو چھُ وٚنمُت زِ دراوڑ چھِ بلوچستان وتہِ ہندوستان آمٕتی۔



# یادن ہُنٛد آدن گام

میون گام زأنہٕ پور چھُ پتھ کالہِ سبٹھاہ مشہوٗر اوسمُت۔ دَپان اَتہِ چُھ وَرناگس پیٹھ جنمی جِین سَر پھِہ یِگنٛز کوٗرمُت۔ شاید چھَ اَتہِ ناگن تہٕ آرِیَن جنگ تہِ گوٚمُت۔ جوان راجنہِ مُطأبِق چھےٚ زأنہٕ پور نگری کرٛال کولہِ پیٹھ زین العابدین بڈشٲہن بسأومٕژ۔ شأنکی وُڈٕر پیٹھ راز دأنی ٹنٛگ چھُ اَمہِ کتھِ ہُنٛد ثبوٗت زِ بڈشٲہن أس اَتہِ راز دأنی تہِ بناونأومٕژ تہٕ سُہ اوس اور کینٛہہ کال روزنہِ تہِ یوان۔ زأنہٕ پورَس نکھہ باپورِ چھےٚ شمس الدین بغدادی سُنٛد مقبرٕ تہٕ۔ یہِ چھُ بَہلہ پایہ رۄحأنی بزرگ اوسمُت۔ أمِس وَنیوو بڈشٲہن زِ سُہ بناوِ أہنٛدِ باپتھ محل خانس نکھہٕ روزن جاے مگر أمی پایہِ بُڈی دَرویشن وٚنُس زِ تلوارِ چھَنہٕ أکِس میانس منٛز واتان۔

أتھی وُڈٕر پیٹھ چھُ ''کُٹہٕ'' یمیٚک مطلب کوٗٹ یعنی قلعہٕ گوٚو۔

أتھی وُڈٕر پیٹھ چھُ اَکھ کنیٛوٗ مندر اوسمُت۔ اَمہِ چہ کنہِ آسہٕ واریاہ بجہٕ تہٕ زیٖچھِ۔ یمہٕ کنہِ چھےٚ وُنہِ دوٚبی پورِ یارٕ بَلن لاگتھ، بَٹہٕ یارٕ بلن تہِ آسہٕ یمہٕ زیٖچھِ کنہِ شوٗبان۔ اَتہِ چھُ اکھ بودھ مندر تہِ اوسمُت۔ از برونٛہہ قریب ترٛہ وُری دژایہ اَتہِ ''پرتھرَم فارمہٕ'' منٛز گوتم بُدھ سنٛز کرٛہنہِ سنگِ مرمرٕچ اکھ موٗرتی۔ اَتھ چھُ پتٕ کنہِ وہار بنأوِتھ تہٕ برونٛٹھی کنہِ چھےٚ مُدرا دأرِتھ

اَکھ شاہکار بُدھ موٗرتی۔ یہ موٗرتی چھےٚ مےٚ شری جواہر لال بھان کیوٗریٹر (Curator) نہِ دٗسی لال منڈی میوٗزیَمس منٛز جمع کرناوٕمٕژ۔ یہِ چھےٚ لگ بگ ژودداہ شتھ وٕری پرأنی۔

وَرناگس پپٹھ اوس پٔرتھ وٕری یہِ گامَس منٛز نو رہہ برونٛہہ اَکھ دوہہ مألہٕ لگان۔ أندی پٔکی گامن تہٕ قصبن ہنٛدی لوٗکھ أسی ناگس پپٹھ شرٛان تہٕ پوٗزا کران۔ گامَس منٛز أسی ویٚنٛجہِ بزارِکی پأ کأری، حلوأ ے، بنٛگرِ بیترِ کٔنٛن وألی بازر لاگان تہٕ سأری أسی یمن نِش مختلف چیز ہوان۔ زأنہٕ پور اوس گوڈٕ کولگام تحصیلس، پتہٕ پُلوأمی ضِلعس تہٕ از چھُ شوپین ڈِسٹرکس ستی۔

گامَس منٛز چھےٚ ترٛے ہَتھ شیٹھ ناگ تہٕ نأگر نہِ آسمٕژ۔ کینٛہہ نأگر نہِ چھےٚ ووٗنی کانیمٕژ۔ گامہٕ منٛزی چھےٚ اکھ لوٚکٹ گول ٹونٛگر وَسان یوسہٕ ویشوِ منٛز نیران چھےٚ۔ گام چھُ سَنٛزرس تہٕ اگر پپٹھٕ فَرش دِموس یہ بَنہِ پاتال لوٗکھ۔ ٹی۔ ایس۔ ایلیٹن (T.S.Eliot) یُس عالمی شوہرتُک انگریزی شأعر چھُ، چھُ پَنٕنہِ أکِس نظمہِ منٛز انگلینڈ کِہ اکہِ گامُک ذِکر نہایَت خوٗبصوٗرت شَہدَ ن منٛز کوٚرمُت۔ سُہ چھُ وَنان'' یہ گام اوس پرٕتھ رنگہٕ مأری موٚند۔ مَکانہٕ سوٚندر تہٕ اوٚنٛد پوٚک لوٗبہٕ وُن۔ چھمنوٕ کٔنی اوس صبحس دِ ہہ نیران تہٕ مرغوٗلہٕ بنأوی بنأوی اوس آکاشس کھَسان''......بیترِ بیترِ۔

امایوٗ زمےٚ چھُ باسان سون گام اوس اَمہِ کھوتہٕ قأبلہِ دید تہٕ لوٗبہٕ وُن۔

میأنِس لوکچارس آسہٕ اَتہِ خام جایہِ ژھٔیہِ پَش دِتھ شۆ بان۔ لٔہر ماران داں کھاہ یٚم رہتہٕ کالہِ ریٚشمی تھان ہوی باسان أسی، أسی ہردَس منٛز سوٚنہٕ وَردَن لارِگتھ داں لایہ پژاران۔ سوٚنتھ اوس وارِ وارِ یوان، ژرمَن کانجہِ آسہٕ واش کڈان۔ ناگن تہٕ نأگی نٮ۪ن ہٕنٛز شِل تہٕ گوتھیر أس زوتان، وِربن اوس بامُن پھٹان۔ بید مُشک أسی پھولان، فرٛبس أسی نمب ہران، کولہِ ٹوٚنچ کولن گتھ کران، ژٕنہِ ہانگر أسی گلی تہربن پٮ۪ٹھ ہچان، ژیرٕ تہٕ ژۆنٹھی پھلے أس سینکی دأدی ئِلہِ راوان، دورِ پھوٚچھو ژٕنٛی گُج أس شوخ رنگ ژھٹان۔ سَبز رنگہٕ وُڈٕری بُٹھی أسی چشمن شہلتھ بخشان۔ کولن ،جوین تہٕ آرَن اوس آب ہُران۔ لۆکہ أسی گوٗنگُل کرِتھ زٕمیندأری ہُنٛد سَنٛز کران۔

میأنہِ ماجہِ پوٚشہِ کُجہِ چھُ مےٚ وۆنمُت زِ یٚیلہِ مٮ۪ون گوڈنیُک ووہر وود تِمو منو وتِمو وٚون کالے کینٛژن ہمساین سالس یِنہٕ موکہٕ۔ راتھ کٔیت کھۆت سُہلاب تہٕ وَتہٕ گیہِ بند، مگر سال کھہنہٕ وألی آے کینٛہہ ژھانٛٹھ وایان تہٕ کینٛہہ سُہلاب پانہِ منٛزی تران بَتہٕ کھٮ۪نہِ۔ یہٕ چھُس 16 اگست 1924 عیسوی منٛز امُت۔ زأنہٕ پوٚرِ اوس یٚمن دوٚہن فقط اکھ پرائمری سکوٗل لہٰذا پیٚو مےٚ شیٚمہِ جمأژ پٮ۪ٹھ سِرینگر گژھُن ۔ یہٕ کوٚرُس 1935 ءمنٛز گرِ کیوٚ روٗخصتھ۔ تِمن دوٚہن أس ویٚنجہِ بڑارِشہرٕچ بَس رٕٹنٛی پیوان۔ اوٚتانی اوس پیدل گژھُن پیوان۔ لاری کرائے أس فقط شےٚ

آنہٕ ڈٔبل۔ مےٚ چھُ کالُک بتہٕ یاد ییٚلہِ بہٕ پٔنٛس مأٔلِس پنڈت کیلاس رام کولس ستیٚ لاری منٛز پولو گراونڈ نکھہٕ ووتُس ، لیمبأٹ لینہٕ (Lambert lane) نکھہٕ ( کھوٕرۍ کَنہِ )ؤ چھ مےٚ سفید رنگہٕ ہچو گرُ یُس ہؤ بہؤ گُرے ہیٚو باسان اوس ۔ یہِ وُچھِتھ گوس بہٕ سٹھاہ مُتأثر۔ دراصل اوس یہِ کمہِ تام کمپنی ہُنٛد اشتہار۔

أسۍ وأتۍ ڈٔرِس پٔٹھ بُہری کَدٕل۔ یہِ اوس میٲنہِ پوپھہِ ہُنٛد گرٕ، أمِس ڈٔکہٕ بچہٕ اوس بتھِس پٔٹھ سیاہ لکھٕچ۔ بُتھ اوسس ہمیشہِ خشمہٕ ہوٚت آسان۔ ماے محبتھ نہٕ دأنۍ تہِ۔ پوٚز بہٕ اوسُس مجبوٗر مےٚ اوس گزارٕ کرُن۔ بہٕ کوٚر ہس روگناتھ مندر مِڈل سکوٗلس منٛز دأخل۔ یہِ سکوٗل اوس پرائیویٹ مکانس منٛز۔ آنگن اوس بوٚڈ ییٚتہِ دوہے ڈٔرِل (Drill) کرناوان أسۍ۔ اکہِ دوہہٕ اوس نہٕ مےٚ ڈٔرِل کرٕنٕک مَن ، بہٕ روٗدُس اکہِ دارِ کَنہِ وُچھان۔اما اچانک لٔاے مےٚ کمۍ تام چرٕونۍ گرِتھ تھاپر۔ بہٕ پھیوٗرُس پتھ کُن ، یہِ اوس سکوٗلُک ہیڈماسٹر صأب۔ أمِس تہٕ أس شکل خشمہٕ ہٕژ۔

یَمن دوہن اوس عمومن سرکأری ووستادن تنخواہ کم آسان تہٕ اوَسے أسۍ یَم جُمعہ دوہہ کانٛہہ کھنہٕ چیز منگناوِتھ کھوان۔ ییٚلہِ بہٕ ژوٗرمہِ جمأژ اوسُس ، ناسنٛوٗرُک مولوی عبدالرحمان صأب اوس گرِ پٔٹھ ووزٕچہِ رازماہ ستیٚ انان، أکِس تِلہِ وأنۍ لٔرکِس تیل ہوان تہٕ بُخارِ پٔٹھ تٔلِتھ رازماہ

کھوٚان ۔ یِتھے پاٹھی اوس روگناتھ مندر مڈل سکوٗلس منٛز ماسٹر رادھا کرشن جی أکِس بچ لڑکس نشہِ تجہِ ماز اَناوِتھ بُخارِ منٛز بُزِتھ کھوٚان ۔

ڈیرِ رٔنگی اوس مےٚ سخ عذاب۔ پوٚ پھ أس اکثر ونان ''ہتہٕ با رٔٹھ یم زٕ پونٛسہٕ ڈبل تہٕ اَن کھرِس نشہِ ہاکھ، ٹپٲنس مائِلس اوس نہٕ کار کینٛہہ، تٔمی پُتُر ووٗکھ مےٚ ۔ بہٕ اوٚسس أندری اوٚش ترٛاوان تہٕ پانس ستی ونان یہِ بلاے کرترٛ اوِ مےٚ ۔ شاید اوس اَمیُک اکھ وجہ یہِ تہٕ زِ تٔس أسی زٕ نیچوٚی تہٕ خانہٕ دارٕٹی ۔ بیٚ ستی گُزرِہمتی ، ووٚنی أسس اکھ کوٗریس میٚے تھی خاندر کوٚرُن ۔ سو أس جان گرس باٗگنی آمٕژ ، پوٚز ماجہٕ ہٕندی پاٹھی کرٛاڈ تہٕ ہُنی ۔ گہے آسہٕ مےٚ ہٕندرِ بتہٕ منٛز ژٕنہِ نیران تہٕ گہے شیشہِ کھنٛجہِ ۔ بہٕ اوٚسس بَتہٕ پھٔلی ژٲرِتھ نفس بران ۔ سٕیٚن گیوو ہاکھ، وانگن، کانگرِ پیٹھ بُزِتھ ہوگاڈٕ، ووزِلس مَرٕژٕ وانگن آبس منٛز پیران ۔ پوٚ پھِ ہٕندِس مکانس اکِہ طرفہٕ اوس بازر یتھ دُکانہٕ لٲنہٕ دوشوٚیو طرفو آسہٕ ۔ بوٚڈ بازریُس زٲنہٕ کٔدلہِ پیٹھ مہاراج گنج گوٚھان اوس، اوس نکھے۔

میٲنہِ پوٚ پھِ اوس بازٕری طرفہٕ أکِس مکانس ستی دہ یورٕ زوٕ ستی اکھ کانگرِ کھور گوٚ نڈمُت۔ اَمہِ دٕسی أس سو سٕنٛز مِلہٕ وَن، کانٛز مِلہٕ وَن کران۔ اکِہ دوہہٕ پوٚک اپٲرٕی اکھ وَتہِ پکن ووٚل۔ کھارِ منٛز پیوٚو رَس یُس تھہٕندِس کلس پیوٚو تہٕ سہ ژوٚل ''کھاٗرٕی ہا موٗرس خدایو ونان ونان'' نہ ژٲرن لبھ تہٕ نہ ووہو۔

تیٚلہِ اُسی لۆکھ مأٔلن تہٕ ڈل سأٔلس گژھان۔ کرالیس پٔٹھ کریوکھ ڈونگہٕ ، کھٔمن چٔھن تہٕ بانہٕ بِستر واجوکھ ڈونگس منٛز وژالیے یہِ نشاط ، شالمأٔر ، نگین بیترِ جایہِ وُچھنہِ۔ وَتہِ اُسی تازٕ ڈل گاڑٕ ہأٔزن ہوان تہٕ پتہٕ تٔلِتھ ژھوس ستۍ کھوان۔ گوٚن اُسی لاگان، اَسناہ کِندٕناہ کران تہٕ ڈل ہَوٕہِک لُطف تُلِتھ واپس یوان۔ تمن دوہن اُسی ڈلس پیٹھ رادنژان ، یمن منٛز اُس سبٕزاہ صاف تہٕ جان سبزی مُہیا آسان۔ یہِ تہٕ نیٚوس اُکی ہمساین ڈل سأٔلس تہٕ ڈلکی اَسرار وُچھِتھ گوس یہِ حأٔران۔

یوٚہے گرٕ یمن گاڑٕ دواہ کِنہٕ موکھ گاڑٕری اُسی ونان اوس مے باقے شُربن ستۍ ٹانگس پیٹھ چاند مأٔری وُچھنہِ نوان۔ اُزی کِس بٹہِ مأٔلنٛ اَڈس یون پیٚہن اوس اکھ بوٚڈ مأٔدان یتہِ مہاراجہ ہری سنگن فوج مارچ پاسٹ اوس کران تہٕ اُتی اوس راوٕن تہِ زالنہِ یوان۔ اُسی اُسی یہِ تماشہِ ٹانگس پیٹھے وُچھِتھ خوش گژھان۔

میٲنہِ پوٚپھہِ ہٕنٛدِس دژے ہنٛدِس بٔڈِس نیچوس وید لالس ییٚلہِ زا دوہہ واتان اوس ، سُہ اوس دٕہن روپین ژور تژکھ ماز اَنِتھ آشناون کیو ہمساین سال کران۔ شامہٕ کُٹوال اوس گوٚبہِ یوان۔ سُہ اوس گوڈٕ اُکِس بٔند کُٹھِس منٛز کیٛاہ تام چوان ، پتہٕ بتہٕ کھوان تہٕ پتہٕ کأشِری بأتھ کیو لیلایہِ گوان۔ وید لال اوس سرکأٔری ڈژا فِٹس مین ، پوٚز اَولاد اوسُس نہٕ کینٛہہ ، لہٰذا اوس تِمۍ دارِ کاناتھ تیٚمِس دور اُسی ونان منگتہٕ اونُمت۔ تس

اوس اَ لگ کُٹھ ییتہٕ سہ پرٛنس ءٚستۍ ءٚستۍ چلم تہٕ چوٚان اوس۔ تٔمۍ چھوٗس بہٕ تہٕ اکہٕ دوہہٕ تمأ کی داما، مےٚ گٔیہ ءگٹھ تہٕ رٕوٗدُس نہٕ اَتھ لور۔ اَمہٕ پتہٕ دیُت مےٚ تٔمۍ بیاکھ جٕکہٕ ۔ ییٚمن دوہن اُس نہٕ گامن منٛز بجلی آمٕژ ۔ سائنس گامَس آیہٕ 1970 عیسوی منٛز بجلی۔ دارکاناتھن تھوٚو ننگہٕ تارِ پٮ۪ٹھ کُنزٕ کوٚرتہٕ مےٚ دوٚپُن ،''تلا یہ کُنزٕ کوٚر پلناو''تتھُے مےٚ اَتھ اَتھہٕ لوگ مےٚ آیہٕ گرٛزین مگر اَتھہٕ تُلم ژٕستی تھوٚد۔ ییٚمن دوہن اُس نہٕ بجلی ژٕوٗر سپدان۔ ہیٖٹر اُسۍ نہٕ۔ دأرِس تہٕ مےٚ اوس اکھ کھارٕ زِیہ شامہٕ کُٹوال کیا چُھ کمرس منٛز چوٚان اُسۍ گٔے بَرٕ ژٕرنوٚ کنۍ وُچھنہٕ ،مگر دریٚنٹھۍ آو نہٕ کیٚنہہ۔ پتہٕ وٚون مےٚ دأرِس ''ہیو بیقلا یہٕ ہا آسی چشمہٕ شأہی ہُنٛد پوٚنۍ چوٚان ، یُتھ ہوٚٹ صاف روزِبس'' آیہٕ گٔیہ کتھا۔

مےٚ چھُ یاد پوٚان ییٚلہٕ میون پِتاجی اُخری دَمن پٮ۪ٹھ اوس۔ ونہٕ اوس سخ تہٕ سہ اوس مےٚ اَڈٕ کجہٕ زٮ۪وٕ کیاہ تام قطرٕ شاید بڑانڈی منگان،مگر بہٕ اوسُس اَمہٕ نِشہٕ بے خبر۔ ییٚلہٕ بہٕ پالیس پٮ۪وس ،مےٚ توٚر فِکرِ زِشامہٕ کُٹوال کیاہ اوس بتہٕ بروٗنہہ چوٚان۔شہرس کیو قصبس منٛز تہٕ اُسۍ نہٕ زیادٕ اُمیر تہٕ گام اُسۍ جأ گردأری نظامہٕ کنۍ غرٕبٕژ ژٕلی ءٚتی ۔پأداوارکم ، تعلیم محدوٗد پوٚز قتِل ، مار داڑ یہٕ اوس زیرو(Zero) ہس پٮ۪ٹھ۔ اگر کُنہٕ شامس اَسانسَ ووزُل اوبُر کھسہٕ ہے،لوٗکھ اُسۍ وَنان،''خبر کتھ جایہٕ چھُ مار گومُت'' ۔غربِچی ہندی زخم ژألِتھ تہٕ اُسۍ لوٗکھ خوش۔ ووٚنۍ گوٚو قرٕض

فرٕض یا بیمارِ وِزِ اُسی بےٚ حد پریشان گژھان۔

رٕحم چور اوس اکثر سون گرِ بَتہٕ کھنہِ یوان۔ اَسہِ تہِ اُسی گہے فاقہٕ لگان۔ سرکار اوس مُجوزِ ہوان تہٕ لُکن اوس وَندِ سورُوٗنے وَے موکلان۔ اُسی اُسی گہے مکایہِ واٹھ کھوان تہٕ گہے وِشکہٕ ژوچہِ تہٕ ٹیٚٹھ چاے۔ داں کھار اُس ژون روپین مگر پونسہٕ ندارد۔ یِم زیادٕ غریب اُسی، تِم اُسی سِتھ مکایہِ وَچہِ، تُل تہٕ ژیرِ کھبتھ یَڈ بران۔ اَمہِ باوجوٗد اُسی گامس منٛز بونٛین تل گیوٚن جشنہٕ لگان۔ ویٚنہِ بڑٕ اُری مأِلس (شیخ نور الدین وٕلی صأبُن ووٗرُس) پیٚٹھ اُسی دَمالہِ فقیر دَمأِلی کرِتھ دانہِ سومبران۔ پٔنزی وأِلی، ہاپتھ وأِلی، لڑی شاہ، سیتأری تہٕ سارنگ واین وأِلی اُسی بڈٕین دوہن پیٚٹھ لُکن رنزٕنأوِتھ مانگے سومبراوان۔

اکہِ دوہہٕ آو سأئِنس گامس منٛز اکھ وؠنٛٹہٕ وول۔ دٚوپُکھ یہِ چھُ عربہٕ پیٚٹھٕ آمُت۔ پَلو اُسِس تِتھی گاہکی شُری دژاے اُمِس پتہٕ پتہٕ تماشہِ وُچھنہِ۔ ییٚلہِ وؠنٛٹہٕ وول سون نِش ووت، شام اوس گومُت۔ تِمۍ دٚوپ "یہِ روزِ ہا پیٚتی"۔ سانہِ بروٗنٛہہ کنہِ اوس لوٗکٹ مأدان، تِمۍ گوٚنڈ وؠنٛٹھ اُتھی منٛز۔ گامہٕ شُر بیٚ سومبر وو وؠنٛٹس کٔیت گاسہٕ۔ سانیٚ گرِ کیٚو دیٚت وؠنٛٹہٕ وأِلِس مکایہِ اوٹ تہٕ سبزی بیترِ۔ سُہ شوٚنگ راتس سانہِ کُچھِ ۂندِس ڈأِلانس منٛز تہٕ صُبحن چاے چیٚتھ دژاو بییٚس گامس کُن۔ نہ پزٕ ژھ لتس کأنٛسہِ ژُکس چھُکھ تہٕ کتیٚک چھکھ زنتہٕ سُہ تہِ کأشُر ے اوس، یہِ اوس سبزر تہٕ پزٕر۔

ژۄر آسہِ گژھان مگر کم۔ کانٛسہِ نیٚو کھ کٕھ، کانٛسہِ گُر یا گاو۔ اکہِ دوہہِ آو اکھ ژۄر تہٕ ژاو أکس بٹہٕ ہِنٛزِ گُجھ منٛز گُلف پھٹرأوِتھ۔ پنڈت اوس پنہٕ جایہِ منٛز کأنی پٹھ تموک چوان، ییٚلہِ ژۄرن یوہرِ دانہِ برُن ہیوٚت پنڈِ تن وُنُس، ”ہے مالہ پہُس اوس دانبس رٕے گومُت، یمہٕ چھے چھرا ہَچہِ یمن کیا نیری“۔ ژۄرس گوژَس تہٕ سُہ ژوٚل بُہری خألی کرِتھ۔

سأنِس گامس منٛز أسی کینٛہہ بوٚہدر، کینٛہہ سوٚری تہٕ کینٛہہ لیٚڑی تہِ۔ کانٛٹھہٕ رام اوس ہسپتالس منٛز نوکری کران۔ قداوار موہنیوٗ، نَل نکھ پوٚٹھی، گونٛژھہٕ برُدَم تہٕ کلس دستار۔ اَسہِ اوس کھاندر موکھہٕ ہمسایو وِرِ زیٚن ژٕٹتھ آنگنس منٛز جمع کوٚرمُت ووٗنی أسی بَتہٕ کھیتھ تموکاہ چوان زِ کانٛٹھہٕ کاک ژاو آنگنس منٛز تہٕ ووٚنُن سارِنے زِ ”زیٚن کیازِ چھوٗ پھالونے تھوٚومُت“ درجواب وٚون ہس تموٗ ”مہارا! ووٗنی تھٔکی، پگاہ وُچھو۔ کانٛٹھہٕ کاکن کوٚر میانہِ رَچھن ماجہِ آلوٗ“ راجہِ رٔنٛز شیری چایہِ دیگچہِ تہٕ مکایہِ ژوچہِ تژٕہرِ کر پھٹا پھٹ“۔ تمہِ ووٚنُس چاے مہارا چھےٚ تیار۔ چاے تہٕ ژوچہِ واژٕ۔ کانٛٹھہٕ جوٗن چینہِ چایہِ کھأسی دہرِ تہٕ ژوچہِ پوٚنشہِ۔ باقیو تہٕ چینہِ چاے۔ کانٛٹھہٕ جوٗن ووٚن مےٚ ”گژھہ سا مالیا! عزیز کاندرس نِش اَن پانٛژ کلوٕہنٛز مکیٚو۔ مےٚ أنی مکیٚو أمی کوٚڈ پھبرنہٕ منٛزٕ دٕچھن اَتھہٕ نبر سری کاکس ووٚنُن ژٕ رَٹھ زیرِ تہٕ ہیوٚتُن زیٚن پھالہٕ وُن۔ سأری چھہِ وُچھان تہٕ حأران۔ دون گنٹن منٛز پھالوٗن سورُے زیٚن تہٕ ہمسایٔن دوٚپن اَتھ کرِو بَنہٕ تہٕ پتہٕ

.ہیرٕ و۔ تیٚنٛدی کار أسی دِلچسپ۔ییٚلہِ سہٕ پُلوامہِ ہسپتالس منٛز کاٛم اوس کران۔ ڈاکٹر صأبن و وٗنُس مےٚ گژھَس ہیرِ ژ پیٚٹھ سوزنہٕ موکھہِ کورِ ہنٛدٕ بن وأری وبن ٚکتی ڈٔنُس زٕ ساس آسنہٕ۔'' کأنٛژھ جُون دوٚپُس مہارا فِکر مہ ہیٚو۔ کینٛہہ دوہ گٔرِتھ توٚرسہٕ گرِ۔ دوہیہ دوٚہَے درٛاو راتھ کٔیت ، وَتہِ وُچھُن ڈٔنی باغا یوٚڈ ، دوٚپُن ووٚنی کیا گژھبس اکھ کُل چھأنتھ نِنہٕ ستی صُبحن اوس ڈاکٹر ہنٛدِس کواٹرس سُلی ٹھُک ٹھُک گژھان۔ ڈاکٹرن دوٚپ بِمارِیہِ نہٕ یِوٗت سُلہِ ، درواژٕ مُژرُن تہٕ کأنٛژھ رامن دِژ ڈٔنی بہری اَندر برِتھ۔

ییٚلہِ سہٕ پہلگامہٕ ہسپتالس ڈِوٗٹی اوس تَس ستی اوس وٕچی گامُک گٔبر ووٚنی تہِ مُلاٰزِم۔ ڈاکٹر اوس وَندس گرِ گژھان تہٕ سیٹھ أسی سمبالان یِم زٕ۔ کنس آسہِ ہے کأنٛسہِ دود تہٕ ترٛاوِہس أچھ دوا ، أچھ آسہِ ہے کأنٛسہِ دود ترٛاوِہس سہٕ دوا۔تُتھ تَس وارے أچھ گاش کم اوس گژھان۔ دوشوَ ے أسی اَنپرٛھ ۔ اکہِ لٹہِ پیوٚ گٔبر وأنی بِمار، ہِچِن برانٛتھ روٗزِس نہٕ ۔ شیٖن اوس گز کھنٛڈ پیوٚمُت ۔ گاڑِ آسہٕ بند۔ گٔبر وأنی وٗون کأنٛژھ رامس ''شوٗھس اوس مرنُے ، اگر گری مَرٕ باقی گیو جان۔'' کأنٛژھ کاکن وٗنُس صُبحس روز تیار۔شیٖن مانٛڈان وَتھ کڈان وتہٕ نووٗن گٔبر ووٚنی شانَن پیٚٹھ پچھانٛڈس منٛز گرِ۔ گٔبر جُونہِ کوٚرُس دُعاے خأرتہٕ وٗون ہس راتس روزِ پیٚتی ۔ کأنٛژھ جُوٗن ووٚنکھ ''زٔ نہٕ پوٗر تام گیہِ ژور ووتہٕ'' تِمن ہیوٚتن توٚمُل تہٕ کھنٛڈ مِلہٕ وِتھ ، یُس وَتہِ ژاپان ژاپان نٔو بجے رأژ گرِ ووت۔

کأنٹھٕ جوٗ زانٕہ ہے نہٕ کھوژن کھوٗرن۔ گاٮ۪کی ژٕھی پنڈت ناٗتھٕ کاکن تھوٗو شرٕط زِ یُس شخص یہٕ تولیا راز بلہٕ پپٹھٕ راتھ کیٛت گرٕھتھ اَنہِ تَس دِمہٕ بہٕ داہ روپیہِ یَنامہٕ۔ تژٕے ژٕنی گیہِ تیار یمن منٛز اوس کأنٹھٕ رام نمبر اکھ۔ صُبحن لٔج ناٗتھٕ کاکنہٕ کأنی پپٹھ بیٹھک۔ سأری گاٮ۪کی آسی پژاران زِ شرٕط کُس زیٖنہِ۔ تانی وٗون کُمی تام زِ زٕ نفر چھِ کالے کھوٗ ژِتھ خألی آمٕتی تہٕ دپان تِمن چھُ تصرپھ گوٗمُت۔ تِمہ چھُکھ تہٕ بِسترس منٛز چھِ شوٗنگِتھ۔ اُتھی منٛز کھوٗت کأنٹھٕ رام بشانہ جم پأٹھی۔ تولیا پلناوٕن ناتھٕ کاکس تہٕ تٔمی کوٗرُس ڈٮ۪کس میوٗٹھ تہٕ دٕہ روپیٖن تھوٗونس اَتھس منٛز۔

اکہِ دوہہٕ اوٗسُس بہٕ یارِ پورِ، تھوٗ کمُت اوٗسُس تانی گوہنگتہٕ منگہٕ کأنٹھٕ جوٗ ظأہر، گر اوٗسُس ہتی۔ مےٚ کوٗرُس نمسکار تٔمی وٗون ''مالیا ژٕ کتہِ یور؟'' مےٚ وٗنُس شُپینہٕ پپٹھ آس ''تھوٗ کمُت آسکھ رٕٹھ کھس میأنس گرِس بہٕ تہِ ووٗتُس ژٕے پتہٕ'' مےٚ آیہِ نہٕ پَژھ، گرِس لٔرٕم لتھ تہٕ تھکھ کوٗرُم گرِ۔ گُر گوٗنڈُم آنگنس منٛز گاسہٕ لووا تژ ووٚمس۔ گرِ کہوٕ لاج شیٖر چاے تہٕ توٗ ملہٕ ژوچہِ۔ فقط اوٗڈ گنٹہٕ آسہِ ہے گوٗمُت کأنٹھٕ جوٗ زَن گوٗو سانہِ آنگنہٕ منٛز پأدٕ۔ گرِ کہوٕ کھور سہ کأنی پپٹھ، چاے چووٗکھ گرِس کیٛت دِتھس مکایہِ مَنٛٹا تہٕ گرِس لاکمہِ تھپھ کٔرتھ دژ اوسہ پٔتن گرِ۔ از کتہِ بَنَن تِتھی آدم۔

اوٗمراوٕتی آس دِلدار بٔنٛژ۔ خانہٕ دار اوٗسُس گذریوٗمُت۔ یہِ آس سون خبر اَتر پژٕھنہِ یوان۔ یتھُے ہمسأے بایو تہٕنٛدِ ینگ بوزوو سارِنے

اُس ہُر لگان۔ مےٚ اُس سوٗ تموک چاوٕنچ کاٗم ذمہٕ۔ جُجیر ساٗدٕر وار پوٗنی برُن ، تمہٕ ہِس پیٹھ تیوٚنگلن پھوکھ پھوکھ دیُن تہٕ بس سوٗ اُس چالوٗ گرٕھان۔ ''ہتے فلانٕن ہنٛزِ ے ژٕ کیازِ چھُکھ شُس گمُت، اَچھ چھےٚ اندر ژامٕت۔ توٚرُم فِکرِ پھوٚٹیہ...... کھٔنِ چینن گرِ ٹھیکھ تہٕ کرٕچھ مُہل کرِفِل حال بند۔ سارے زنانہٕ آسہٕ اَسی اَسی پھٹان۔ یہٕ اوٚسُس یہ تماشہٕ لوتہٕ پأٹھۍ وُچھان اَماپوٚز اَمۍ ہنٛز سونٛہری لبکہٕ آسم نہٕ فکرِ تران۔ پتہٕ اُس سوٗ کتھ بوزِ ناوان۔ ''سُمبلہٕ اُس اکھ کوٗر روزان ، ناو اوٚسُس چاندا، ییٚلہِ سوٗ کھاندرس لایق گیہٕ تَس کوٚرُکھ شہر کھاندر۔ تیٚلہِ آسہٕ نہٕ گاڈِ پکان۔ تَس اَسی گُرِس پیٹھ وأرِو نِوان یا مالِیُن اَنان۔ کینٛہہ وُری پتہٕ ہیوٚت تمہِ گرچہٕ مأدی یانہِ پیٹھ پانے یُن تہٕ گژھن۔ اکہِ دوہہ دژ ایہ سوٗ کرٕہنہِ مأدی یانہِ کھٔسِتھ وأرِو۔ تُتھ ہمسایہ تہِ دژاو کمِ تام کامہِ باپتھ نِلہٕ گُرِس کھٔسِتھ۔ چاندا یہٕ تھٕے سہٕ وُچھ تمہِ گُر مأدی یانہِ کھوٗرتہٕ سوٗ ژٕج ہوا۔ خبر یوٗسفس کیاہ اوس منٛس منز سہٕ تہِ لاریوو اُمس پتے۔ نِلہٕ گُری کرے یہٕ سبٹھاہ کوٗشش مأدی یانہِ رَٹنٕچ مگر تمۍ ہور۔ چاندا ژ ایہ پتٕن وأرِو تہٕ یوسف دژاو پتہِ کامہِ اماپوٚز اَمہِ کتھِ ہنٛز لجٕ نہٕ کأنٛسی خبر۔ یمہٕ آسہٕ زنانہٕ نتہٕ گیوٗ تُہی روت گژا کرِ نہٕ۔'' سارے زنانہٕ آسہٕ ٹھاہ ٹھاہ گُری گُری اَسان۔

☆☆☆

# بہٕ تہٕ میون تخلیقی سفر

بہٕ زاس 16 اگست 1924ء (شرٛ اہ اگست گنٛوٕ ہہ شتھ تہٕ ژووٕہ) زٲنہٕ پور گامس منٛز شرٛ اونہٕ پٔنم دوٕہہ۔ اَمی دوٕہہٕ چھِ امرناتھ یاترالگان تہٕ سارٕی سہٕ مُلکس منٛز چھُ بیٚنہٕ باین راکھی گنڈان۔ دوٚشوَے کتھٕ چھِ مِلوٲرِکی تواریخی گواہ۔ میٚون زاسَنہٕ چھُ مُختلف اَدیبو وکھرٕ ہوومُت۔ پرٛزر چھُ یہٕ زِ میٲنو گرِ کیو تہٕ اوس اَتھ منٛز اکھ وٕری یک ہُر بر کوٚرمُت تہٕ بہٕ سکوٗلس منٛز درٕج کرناونہٕ وِزِ اوسُکھ اندراج 1923ء کرنوومُت۔ وٕری کھنڈ گوٚومےٚ دیُت خاندٲنی برٛہمن پنٛنہِ اتھٕ لیٚوٕکھمُت زاتُچہِ۔ یتھ منٛز 1924 عیسوی میٚون زینہٕ وٕری درٕج چھُ کرنہٕ آمُت۔ بہر حال شُہ وُہر سپدِتھ آس بہٕ سکوٗلس منٛز درٕج کرنہٕ۔ پرائمری سکوٗل اوس میٲنہِ گرِ پیٹھ کینٛہہ گجرٕ پیٚ دوٗر۔ زٲنہٕ پور اوس تتھ زمانس منٛز کولگامہٕ تحصیلس تہٕ اننت ناگ ضلس منٛز گنڈنہٕ یوان۔ از چھُ یہٕ گام شوٗپین تحصیلس تہٕ پُلوامہٕ ضلس منٛز شُمارس۔ یہ اوس تمہِ وِزِ بے حد سوندر گام۔ یہٕ چھُ ٹونگرِ آرس پیٹھ بٔستھ۔ ٹوٚنگر چھےٚ کاٹُز بُلر گامس نکھٕ ویٚشوِ منٛزٕ نیران۔ سون نوٚو مکانہٕ چھُ اَتھی آرٕ بٔتھس پیٹھ اَکس زوٗس منٛز۔ پرٛون مکانہٕ اوس خام تہٕ یہٕ آیوو

پوٚختہٕ مکانہٕ بناونہٕ وِزِ والنہٕ ۔ ئوٚس مکانس منٛز اُس مےٚ اکھ جان لایبریری بنأومٕژ ۔میانہِ سارے کتابہٕ تہٕ میأنی جمع کٔری مٕتۍ تہٕ لیکھمٕتۍ دستاویز چھِ میانہِ نیرنہٕ پتہٕ ژنہٕ آمٕتۍ ۔

مےٚ چھُ شُری کالہٕ پیٹھے ،غرٖیبی ہندی ژٕکتی وُچھمٕتۍ تہٕ وبترٲوی مٕتۍ ۔ میون قدرتی اوٚنٛد پوٚک یوٗتاہ شوٗبہٕ وُن تہٕ لوٗبہٕ وُن اوس تیوٗتاہ بدحال اوس معأشی اوٚند پوٚک ۔ سأری سے گامس منٛز اوس کینٛژٕ نے گرن وِہری وٕری یَس بتہٕ پوشان تہٕ باقے اُسی گاہے واتھ ، گاہے مکایہِ وچہِ تہٕ گاہے وِشکہِ سوٚتس تہٕ چایہِ پیٹھ گٔذران کران۔ بتہٕ اوس کینٛژن رتہٕ نٕے میسرآسان۔ مُجوٗزٕ اوس لأزمی برُن۔ مےٚ چھُ پانہٕ دانہِ مٔلی ہتھ مُجوٗزٕ بوٚرمُت ۔پوٚنسہٕ اوس نایاب ، پأداوار اوس کم تہٕ ئو معأشی ترقی اُس عام سپدٕ نے ۔مگر یہِ حالتھ بدلے یہِ 1950 ؑ پتہٕ۔ از چھِ تم لُکھ اوٚنگجن پیٹھ گنز رٕنی لایق یمن نہٕ زندگی ہنٛز بُنٛی یأدی سہوٗلژٕ مُہیا آسن ۔

اکہِ طرفہٕ اُسی مےٚ کٔشیرِ ہنٛدی اچھوی منظر آکاشس منٛز وُپھناوان تہٕ دوٚیمہِ پاسہٕ لاچأری ہُنٛد اوٚند پوٚک لوکٕٹس تہٕ مأصم سوچس تِلہٕ تلٕئین دِوان۔ یوہے کشمکش بنیٚہٕ میانہٕ اظہارُک وٕسیلہٕ ۔تتھ وقتس منٛز اوس ہائی سکوٗل گرٛھنہٕ باپتھ سرینگر گژھن پیوان۔ أزِکی پأٹھی اُسی نہٕ گامہٕ گوم مِڈل تہٕ ہائی سکوٗل ۔ تعلیم تہٕ اُس نہٕ أزکی پأٹھی مُفت ۔ساینٛچ تعلیم تہِ اُس نہٕ أزِکی پأٹھی عام۔ گام روزن وألس لڑکس اوس یاتہٕ

کائسہِ اٗشناوس نِش Paying Guast روزٕن پہٕوان نتہٕ پٔنٕن ڈیرٕ کرُن پہٕوان۔ دوشوَے چیز اٗسی مُشکل ۔ گوڈٕ شہر اٗشناو آسُن تہٕ سُہ یہِ ذمہٕ دأری مٔتہِ ہیوٚن دوٚیم ڈیرُک تہٕ تعلیمہِ ہُند خرٕچ برداش کرنٕک توانگر آسُن ،یوٚ ہے اوس وجہ زِ گام روٗدی اتھ دورس منٛز واریاہ پتھ۔

مےٚ پوٚر شیٖمہِ تہٕ سٔتی مہِ جمأژ تام سٹیٹ ہائی سکوٗل باغِ دلاور خان سرینگرٕ۔ڈیرٕ اوسُم پننہِ پوپھِ نِش۔تَس تہِ اوس نہٕ خأطِر خاہ گٔذارٕ ، اَوٕ موکھ اٗس سو مےٚ پتھ ہمیشہِ ژکھی آسان۔ اوَے آس بہٕ مِڈل امتحان پاس کرنہِ پتہٕ شُپین ۔ڈیرس اوسُس بہٕ جمنگر روزان۔یہ گام چھُ شُپینہٕ پتھ شےٚ میل دوٗر۔ اَتہِ اوسُس بہٕ پننہِ زیٖچھِ بیٚنہِ نِش ڈیرس ۔مگر چھیکرس پیوٚو مےٚ شُپینہٕ ہائی سکوٗل نہ آسنہٕ موکھ شہر بیٚنہٕ گرٕ ھن۔ بیٚنہٕ ووٚتُس توٚتےٚ بیٚتہِ بہٕ ژٔلِتھ آیوس۔ میانہِ پوپھِ ہنٛدبو درٕیوٗ کرٕمہربأنی تہٕ تِم اٗسی مےٚ پننہٕ نٔنہٕ شُر ہنٛدی پأٹھی رچھان۔ میٹرک کوٚر مےٚ 1940ء منٛز پنجاب یونیورسٹی ذٕسی پاس۔تیٚلہِ اٗس نہٕ اَسہِ پٔننٕز یونیورسٹی ۔ مےٚ اٗس کالج گژھنٕچ بے پناہ خأہش۔مگر میأنٛس مألِس آسہٕ کہِ مجبوٗری اوسے سپُد نہٕ تسُنٛد تہٕ میوٚن یہِ خاب پوٗرٕ۔مگر پتہٕ ووٚتُس اٗون مےٚ یہِ بوٗل بجا تہٕ پانہٕ ووٚتُس پرائیویٹ امتحان دِوان اہم ۔اے ہس تام۔

اَتھ زمانس منٛز اٗس نوکری میلنٕز مُشکل۔زٔمین زراعت تہِ اوس نہٕ تیٚوٗت نہ اوس باغ بیترٕ۔میأنٛس مألِس اوس پنڈت کیلاس رام کول

ناو۔ سُہ اوس سبٕھاہ خوددار ، مہمان نواز ، مُشکِل برداش کرن وول تہٕ انسان دوس۔ اَوے کُن تِمٕی میٲنہِ ماجہِ ہُنٛد چانٛدِ زیور أکِس گرٕپسی سُنٛد قرض نکھ والنہٕ موکھ۔ سرکاری مُلازِم بیترِ أسی سانہِ گرِ بتہٕ ہبکان کھٮ۪تھ۔ بتہٕ دِنس تہٕ پٔڑھی پوزا کرنس منٛز أسی أسی ہمیشہِ پیش پیش شاید اوے گوٚو نہٕ سانہِ خاندانٕک کانٛہہ فردنبر نیرتھ بتہٕ یا ڈیرِ خاطرِ پریشان۔ میٲنہِ ماجہِ اوس پوشہِ گُج ناو۔ سو أس ہاٚچ (ہال چھُ پُلوامہٕ تحصیلُک اکھ گام) بہٕ ر وٚچھس پننہِ پیچنہِ یَس راجہ ریٚنہٕ ناو اوس نچوی ہِنٛدی پأٹھی۔ تَس اوس نہٕ اولاد۔ فقط أکِس اکھ کوٗر۔ توے آس بہٕ تَس کُن منِگتھ تھاونہٕ۔ راجہِ ریٚنہٕ أس پٔزی پأٹھی راجہِ ریٚنہٕ۔ تَس اوس میوٗن وَسہِ۔ سو أس سبٕھاہ بوٗزدبار۔ یمہٕ دوشوَے ماجہِ آسہٕ ذأژ بندی تہٕ فرقہٕ بندی ہِنٛدٕ بو کھُر بوٚنِش مُکمل آزاد۔ سانہِ آنگنہٕ نبرِ کنہِ یُس ناگ اوس اَتیتھ آسہٕ تِمہٕ اکثر سارِنٕے گامہٕ کٮ۪ن خبر اَتر پڑ ژھان تہٕ گنٹہٕ وادن تِمن سٕتی کتھ کران۔ کُنہِ مذہبی لحاظہٕ بغأر أس گامس منٛز روزن والیٚن ہِنٛدِس سوکھس دوکھس منٛز شریک سپدان۔ خبر کیاہ گوٚو تتھ زمانس ، مایہِ تہٕ تتھ سبزرس پزرس مےٚ چھِ أزی کَس ہاو باوس تہٕ مایہِ رٚوس ورتاوس سٕتی بے پناہ نِکھ شاید چھُنہٕ یہِ وٚہٕ ہارتھ وٚہٕ ہارس سٕتی واٹھ کھوان یُس مےٚ لوکچارس وُچھمُت چھُ۔

کواپریٹو محکمس منٛز شٕےٚ رٮ۪تھ تہٕ عدالتس منٛز کینٛہہ رٮ۪تھ عارضی نوکری کٔرتھ ژٔلس بہٕ لوہور تہٕ اَتہِ اوٚسس پران۔ بہٕ اوٚسس لوہوٗر

ووتمُت تہٕ کہِے کالا اوسُم اُنزی مُنزی گاٹِسں گومُت زِ میٖون مالُک صاٗب پیوٚ توٗ ری واٗتتھ۔ مےٚ اوس محکمہ عدلس منٛز ناٗظر پیشگ آرڈر دژامُت۔ ذاٗتی طور اٗس مےٚ تمہِ زمانہٕ کیٚنہ عدالت وانٕن ہُنٛز سَخ دٕ ے۔ اَتہٕ اوس اَپرٕ ے پرٛان تہٕ سیّد ہِن سادن اٗسی مُسلہٕ والان۔ اوَے کوٚر مےٚ بُکر دوٚر گرِتھ تِمس مااٗلس نِش واپس نہ گژھنُک فاٗصلہٕ بیان تیٚمی یہٕ گرٕ و وہمیدو تہٕ آشاٗیو سان بڈٕ جان پاٗٹھی رٚوچھمُت اوٗسس۔ پنٕنہِ مقدوٗرٕ موٗجوٗب اوس سہ مےٚ رٕتی پاٗٹھی بروٚنہہ پکناونٕچ کوشش کران۔ کرِ ہے تہٕ کیا گرِ اوٗسس پکناوُن تہٕ سہ اوس نہٕ باقین ہٕندی پاٗٹھی رُشوس تہٕ حوٗقلی ناسس لورتوے اوٗسس اکثر اَتھٕ تنگ آسان ےمےٚ چھ اَمہِ کتھِ ہُنٛد فخر زِ سہ اوس بلالحاظہٕ مذہب و مِلت پرٛتھ کاٗنسہِ اتھٕ روٚٹ کرنس تیار روزان۔ اوے اٗسی تس ماہِ سان لُکھ کٗلی جج ونان۔

لوہوٗر روٗدُس یہٕ وٗری تارے تہٕ مُلک تقسیم کرنٛک ہول ہول وۄتھ۔ یہٕ آس واپس گرِ تہٕ پتہٕ تہِ گوس نہٕ دُبارٕ لوہوٗر۔ یہٕ اوٗسس پرٛتھ وٗری یہِ چھٹھی یَن منٛز کشیٖرِ تران۔ میٖون لیکھُن چھُ لوہوٗرٕ ے شوٗروٗ گوڈھان۔ اتہِ اوٗسس یہٕ روزانہٕ اخبار پران۔ منگل سوٗتر ناولہِ بغاٗر چھُ مےٚ سوٗرے پریم چند پوٚ رمُت لوہوٗرے۔ واپس یِتھ روٗدُس یہٕ کینژَس کالس بیکار۔ چھیکرس گوس شری پریم ناتھ بزازٕسٕندِس اخبار ہمدردس منٛز بحیثیتِ ایڈورٹیز منٹ منیجر مُلازمت کرنہٕ۔اخبارٕچ مُلازمت اٗس تمہِ

ساتہٕ کلہٕ دود مےٚ چھُ عبدالاحد آزاد پانہٕ بزاز صاُبس نِش یوان تہٕ کتھ باتھ کران وُچھمُت۔ شہرتہٕ اَمیُک اؤ ند پوٚک چھُ مےٚ لوکچارٕ پیٹھے وجدس اَنان رودمُت۔ مےٚ چھُ یہ شہر بحیثیتِ اکھ لوکُٹ طاُلب علم، نوجوانٕی ہُنْد جوٚنوٚنی دورس، آزاُدی ہنٛز تحریک کِس وقتس تہٕ توپتہٕ بحیثیتِ اکھ ووستاد تہٕ ووستادن ہنٛزٕ بجہٕ بارٕ اُنجمنہٕ ہُنْد جنزل سیکریٹری ہِنْدِ حٔثیتہٕ تہٕ چھیکرس ترقی پسند ادبی تحریکہٕ ہِنْدِس دورس تہٕ پوٚتُس وومیدن تہٕ روایتن ہِنْدِس چھلہٕ ؤگرٕ گرٕھنہٕ کِس دورس منٛز وُچھمُت۔ سوٗرے چھُ میأنِس دِلس دِمٲغس تہٕ یادٕ وٚوترِس کھٔنِتھ۔

لوہوٗراوُسس یہٕ اُردو پأٹھی لیکھان۔ کشیرِ ہتھ تہِ أتھی زبأنی منٛز ووتلنچہٕ آیہ گرایہِ کران۔ مگر 1947ء پتہٕ ہیوٚتُن ماحول بدلُن تہٕ کأشرِ زبأنی کُن ہیوٚتن وارٕ وارٕ مأل پھیرُن۔ زور دار ترقی پسند تحریکہِ دیُت مےٚ پوٗرٕ پأٹھی کأشرِ زبأنی کُن پِنُک دعوت تہٕ مےٚ بوٚر پتہٕ أتھی زبأنی لول۔ یوٚ دوَے یہٕ ہندی ، اُردو تہٕ انگریزی زبانن منٛز تہِ مُختلف صِنفن منٛز لیٚکھان روٗدُس مگر بُنیأدی چھُس یہٕ اکھ کأشُر أدیب تہٕ أتھی لونٛچہٕ چھُس گنڈنہٕ آمُت۔ باگہِ بُرٕژ زبان آسنہٕ باوٚجود ہیٚچ نہٕ کأشرٕ یہ زبان تتھ مقامس واتنأوِتھ یتھ ہندستانچہٕ باقٕے بجہٕ زبانہٕ واژمٕژ چھےٚ۔ مےٚ چھُ تمہِ وِزِ انتہأیی دُکھ سپدان ییلہِ یہٕ کأشری چھُسکھ پننین بچن ماجہِ زیوٚ نِشہِ دوٗر رٹنچ کوٚشش کران وُچھان۔ ہندی یا انگریزی پرناوٗن گوٚو جان مگر یہٕ

ڈرراوٕ ییٚتھِن یہِ کتھ زِ کاشُر زبان چھےٚ یمن زبانن مُقابلہٕ ؤسی پایہِ۔ اَتھ زبأنؠ منٛز چھُ بےشُمار تہذیبی سرمایہِ موجوٗد۔ صرف ونحوٕ تہٕ باوٕژ بلہٕ رٕنگی تہٕ چھےٚ یہِ زبان بختاوار۔ مگر سانہِ شناخت (Identity) بڈ ضمانت گژھِ کأشر زبانِ آسنۍ چاہے اَسی کتہِ تہِ آسو۔

کأشر زبأنؠ ہُند طرح سازتہٕ بہلہِ پایہِ شاعر نأدم صأب سمکھ مےٚ اکہِ دوہہٕ مِسٹر علی محمد بُک سیلر سرینگر ہٕندِس وانس نِش۔ گٔو تام کرنوو تعارُف۔ نأدِم صأبن ووٚن زِ تہٕندس ذہنس منٛز اوس میانہِ شناختُک بدلہٕ تصوُر۔ بہرحال تموٚ ووٚن مےٚ کلچرل کانگریس چَن مٹنگن منٛز شأمِل سپدنہٕ باپتھ۔ گَل تہِ اَس کانچھان دانہِ ـــمےٚ باسیوو یہِ مشورٕ رُت تہٕ یہٕ ہیوٚت نس وارٕ وارٕ اَتھِ ادارس سٟتؠ مکمل طور وابستہٕ گژھن۔ کأشر زبأنؠ ہٕندؠ ممتاز شأعر رحمان راہؔی، امین کامل بیترِ تہِ اَسی اور یوان۔ ترقی پَسند مُصنفین نأوؠ اِدارٕ بنیوو یتہٕ کتھن کأشرین اُدیبن ہُند تھدن مُقام۔ کأشرِ زبأنؠ ہٕندؠ وارِیاہ اُدیب اَسی اور یوان۔ عأرف صأب، مجبوٗر صأب تہِ چھِ مےٚ اَتی سمکھی متؠ۔ یِزر چھُ یِی زِ میٚون ادبی سفر چھُ اَتی پٮ۪تھٕ شروٗع سپدان۔

کلچرل کانگرس اَسی ترٛے شعبہٕ۔ ترقی پسند مُصنفین، ترقی پسند مُصوٚر، تہٕ IPTA ترقی پسند تھیٹر۔ یہِ اوس اکھ مخصوٗص سیأسی نظریہِ تہٕ اَمہِ وقتُک اَدب بیترٕ اوس اَتھی اَندؠ اَندؠ نژان۔ مگر اَتھ کتھِ منٛز چھُنہٕ

کاشہ شک زِ کأشرِ زبأنۍ تہٕ ادبس تحریک دِنَس ہمکون ینہٕ ادارٕ مُشرٲوِتھ۔ کونگ پوش رسالہٕ اوس کلچرل کانگرس کہِ طرفے نیران۔ یہٕ رۄدُس اَتھ کینژوس کالس اسسٹنٹ ایڈیٹر۔ کینژَن ؤری ین رۄد یہ بڈٕ جان پأٹھۍ چلان۔ اَتھ اوس گوڈٕ کِتأبی سایز۔ میٲنہِ گوڈٕ کالُک لیٛکھمُت چھُ أتھۍ منز چھاپ سپدُمُت۔ نأدِم صأبُن افسانہٕ ''جوأبی کارڈ'' تہٕ میٲون افسانہٕ ''کولہٕ وان'' تہِ چھُ ترقی پسند مُصنفین چَن ہفتہٕ وأری میٖٹنگن منز پرنہٕ آمُت۔ سومناتھ زُتشی یُس اَمہِ ادارُک سرگرم رُکن اوس، اوس باضأبطہٕ اورواتان۔ تٔمۍ تہِ چُھ سہٕ افسانہٕ أتی پوٚرمُت یُس کأشرِ زبأنۍ ہِندِ بُنیأدی افسانو منزٕ اکھ افسانہٕ چُھ۔ صادِق صأب اوس اَتھ ادارس سرپرست۔

مےٚ چھُ مہجوٗر صأبُن تکیہٕ تِتھے پأٹھۍ کالُک بتہٕ یاد۔ تِم أسۍ ونان پرٛتھ کتھ شروع کرنہٕ وِزِ ''چھِوٕ بوزان''۔ آزأدی نظم چھِ تِمو اَمی ادارچہٕ أکِس میٖٹنگہِ منز پٔرمٕژ۔ اَتھ ادارس اوس واریاہ باڑو۔ تحصیل بڈگام شہرس نزدیک آسنہٕ موکھٕ أسۍ اَمہِ ادارٕ طرفہٕ بڈۍ مُشاعرٕ، ڈراماتہٕ مُصوٚری ہنزٕ نمأیشہِ اَتہِ کٔمن مختلف علاقن منز مُنعقد سپدان۔ جوش اوس زبردس، لۆکھ أسۍ ساسن ہِندِس تیداس منز یمن جلسن منز یوان۔ مگر پتہٕ کیا گوٚو اَتھ جوشَس تتھ وَنہٕ نَس گژھِ فُرصت تہِ آسنۍ تہٕ جاے تہِ۔ یہِ مضموٗن کوتاہ وتر اوِ۔

کأمل صأبس اوس واریاہس وقتس خیال زِ یہِ چھُس مُسلمان تہٕ تِم

أسی اَمی آیہِ مےٚ ءسیٚ کتھ باتھ کران۔ بہرحال بڈگامہِ کِس أکِس اجلاسس منٛز گرٕی تمو اَمہِ کتھِ ہنٛز باوَتھ تہٕ مےٚ ژٕول ٹھاہ ٹھاہ گرِتھ اُسن نیٚرتھ۔ وُنیُک تام چھُم نہٕ تنگ نظری زانہہ تہِ پانس کُن ینہٕ دیُتمت یہٕ دوَے تنہٕ زمانَن ءکیٚ ودلہٕ گوٗتنٛ کھیٚنہِ۔ مےٚ چھ سیأسی چالبازن تہٕ استحصال کرن والین ہنٛز ووتل بجہِ وُچھمٕژ۔ اَدبی چالبازتہِ چھِم وُچھٕمتیٚ۔ بہرحال یہِ چھُ پرٛتھ زمانس منٛز سپدان روٗدمُت۔

شہرس منٛز روزنس دوران پوٚرمےٚ گورکی، ٹالسٹائی تہٕ چخوف، یہنٛز ءکیٚژ ناولہِ پرٛبم۔ بہٕ اوٗسس أکِس پرائیویٹ تعلیمی ادارس منٛز یتھ ڈی۔ اے۔ وی ہائی سکول مگرمل باغ ناو اوس کأم کران۔ اتہِ تہِ وُچھم استحصال۔ لچھِ بہٕ د روپیہِ ڈپازِٹ مگر ووستادس تنخواہ ہُرراونس نہٕ ووندٕ یوان۔ میر تقی میر، غأالب، اقبال تہٕ اَمہِ دورٕکی مشہوٗر ترقی پسند شأعر کیٚو أدیب تہِ پرٛی مےٚ أتھی وقتس دوران۔ یہِ اوس 1947ء پتہٕ 1953ء یُک زمانہٕ۔ شاید اوس 1950ء تہٕ أسی آیہِ دِلہِ ہنٛدِس آل انڈیا ترقی پسَند مُصنفین کِس کُل ہِنٛد اجلاسَس منٛز سوزنہٕ۔ اَتھ وفدس منٛز أسی رحمان راہی، سومناتھ، پوٗرب، سومناتھ زُتشی، عبدالعزیز ہارون، بدری ناتھ (نشاط پریس) تہِ شأمِل۔ اَمہِ وقتُک اکھ فوٹو گراف چھُ میأنس البمس منٛز موٗجوٗد۔ حلیٖم اوس لوہورٕ مےٚ ءسیٚ پران۔ پتہٕ اوس سُہ دِلہِ پرائیویٹ نوکری تہٕ چھیکرس آل انڈیا ریڈیوہس منٛز کأم کران تہٕ یُس

کأشُر أدیب دِلہِ گژھان اوس حلیم صأب اوس تَس کھیٚاوان چاوان۔ پنٕنہِ رنگہٕ کُرتٚمؠ تہٕ کأشرِ زبأنؠ آبیأری۔

گوڈٕ کالس منٛز یِمہٕ نظمہٕ مےٚ لیچھِ تِمہٕ آسہٕ تمی اڈ ندٕ پٕچ تصویر کشی کران یُس مےٚ أندی أندی اوس۔ یِمن منٛز أس نہٕ فنی جودٔگری چنانچہٕ ابتدأیی دورٕکس میأنس نظمن ہنٛدِس مجموعس یتھ ''اُمن تہٕ زندگی'' ناو چھُ، لیٚوکھ نأدم صأبن پیش لفظس منٛزِ مجبوٗر چھُ تِمہِ ادبی تحریکہِ ہُنٛد ٕکہر یوسہٕ حال حالےٚ تھنٕہٕ چھٔ پیمٕژ۔ أہندِس کلامَس منٛز چھُ گاٗمی زِندگی ہُنٛد عکس تہٕ دودٕدَگ نظرِ گژھان۔ انسان دوستی تہٕ اُمن چھُ یِمن نظمن ہُنٛد موضوٗع۔

کلچرل کانگرس آو وارٕ وارٕ لُہر اونہٕ تہٕ اَمہِ پتہٕ روزٕ ٕکرٕژ ادبی اُنجمنہٕ بنان تہٕ بگران۔ یِتھٕتھ مےٚ خلوٗص وُچھ تہٕ کأشرِس تمدُنس ووٚدبَو دِیٚچ خأہش وُچھ بہٕ رۄدُس تتھ اَدبی ادارس وَژھِ وأنجہِ لول بران۔ 1953ء تام ادبی تہٕ ووستاد تحریکہِ ٕستی وابستہٕ روزنہٕ ٕستی گوٚو مےٚ صحت خراب، میأنؠ آشیٚنؠ یَس مالٔیک ناوکمل تہٕ وأرِوؠ ناو اَرندوتی چھُ روز مےٚ ہمیشہِ مُشکلاتن ڈٕکھِ۔ تس تہٕ گوٚو صحت خراب تہٕ سو آیہٕ أکس ؤری یَس ہسپتالس منٛز اِنڈور کرنہٕ۔ انڈور کرنس تہٕ پتہٕ شیٚچھ خبر پرٕژھنس منٛز أسی نأدِم صأب، صادق صأب تہٕ ڈی پی دَر پیش پیش واریاہ تکلیف تُلِتھ سپٕز خانداریٚنؠ میٚون خام عیال سمبالنہٕ باپتھ بیٚہِ کھڑاتہٕ از کل چھےٚ حالے حیات۔ مےٚ چھِ اَتھ دوران تس اکھ نظم منسوٗب کٔرمٕژ یتھ عنوان چھُ

''وبداکھ'' یہِ نظم چھَ دِلہِ نیرن وأٹِس کاشرِس رسالہٕ پمپوشس منٛز شایع سپزمژ۔ 1954 عیسوی منٛز سپدُس یہِ محکمہٕ تعلیمس منٛز بحیثیتِ اُستاد بُرتی۔ گرِچ حالت اُس خستہٕ شہر تہٕ گرِ ژِ وان پکہٕ ناوِنی اوس نہٕ ممکن یوٗ ہے بنیو وجہ سرکأری مُلازمتس منٛز ینگ، حالانکہِ اَمہِ بروٗنٛہہ آیو مےٚ موقہٕ ریڈیو کشمیر تہٕ محکمہ ایجوکیشنس منٛز مُلازمت کرنٕک مگر یہٕ گوس نہٕ۔ ریڈیو کشمیرس منٛز دژاو شری جے این زُتشی سُنٛد آرڈر تہٕ محکمہٕ تعلیمس منٛز بُرتی گژھنہٕ موکھہِ دِژو وآغا اشرف صأبن مشورٕ تم اُسی تمہ وِزِ اِنسکپٹر آف سکوٗلز۔

بہرحال میأنہِ زندگی ہُنٛد مقصد بنیو و اَدب تہٕ بَس۔ یہٕ کتھ حدس تام روٗدُس پننِس مٔزلس واتہٕ نس منٛز کامیاب یہِ وَنہِ سہ سہ وق یُس ینہٕ وول چھُ۔ شہرس منٛز اُس ہمیشہِ ادبی سرگرمین ہنٛز ووسہٕ دژ وسہٕ روزان تیٚلہِ اُسی نہٕ مُشاعرن منز گژھنس أزِکی پأٹھی پوٚنسہٕ تران۔ مگر کأنٛسہِ تہِ اوس نہٕ اَمیُک گُمانہٕ۔ سأری اُسی خوش خوشالہٕ پأٹھی یمن ادبی جلسن، کانفرنسن تہٕ میٹنگن منٛز باقأعدٕ پأٹھی شریک گژھان۔

بخشی صأب نِس دورس منٛز تُل مےٚ واریاہ تکلیف۔ یہٕ آس تٔتھی وقتس منٛز لداخ تبدیل کرناونہٕ یێلہِ میأنی خانہٕ دارینی أکس ہسپتالس تہٕ میٚون زیٚٹھ لڑکہٕ دیش رتن بیٚیس ہسپتالس منٛز سرینگرٕ زیرِ عِلاج اُسی۔ میأنی حالات اُسی نہٕ گرِ تژ اوٚنکی۔ دپیوم اگر (اوٗ ڑی) تہِ سوزنم توتہِ ہکہٕ

بیمارن خبر ہیتھ مگر سُہ گُس بوزِ ہے۔ بہٕ گوس نہٕ لداخ کیٚنہہ تہٕ آس معطل کرنہٕ۔ اَتھ وقتس دوران گرٕ نأدِم صأبن تہٕ پشکر ناتھ بٹن (یُس از ریٹائرڈ پرنسپل تہٕ سیأسی رُکُن چھُ) مےٚ ڈنجہِ تھاوِنچ کوٗشش تہٕ بہٕ اوٗسس سرینگرے روزِتھ۔ پوشکر ناتھ ہٹنٛی مألی صأبن (شری مہیش ناتھ بھٹ) اوس گرِ کَمِن وٚنمت زِ میأنہِ خأطرِ چھُ تہنٛدِ گرٕ یُک درواز ہمیشہِ یَلہٕ۔ سورِگےٚ أسی نَس از کتہِ بَنن تِتھی دردِل۔ ییٚلہِ میأنٛی خاندارینٛز ہسپتالہٕ دزٕ ایہِ۔ گوڈٕ کوٚرُس تمی ڈبکس میوٗٹھ زِ پنہٕ نِس عیالس روٗزٕ کھَتھ ہیتھ موٗجوٗد۔ أتھی دوران گوس بہٕ بے حد پریشان۔ نوکری أس مو کلے مژ تہٕ نفس اوس پکناوُن۔ بہٕ گوس اخبارٕچ نوکری ژھانڈنہِ، تتہِ اوس تنخواہ سیٹھاہ کم چھیکرس ووٗتس بہٕ تتھی ڈی۔ اے۔ وی ہائی سکوٗلس ییٚتہِ بہٕ دزٕ امُت اوٗسس۔ تمو وٚون نوکری میلہِ مگر سوٗنتہٕ کألی تہِ کیازِ تمی وِزِچھِ تِم نٔوی ووستاد بٔرتی کران۔ شُکر اوس یہٕ زِ مےٚ آسہٕ ؤری کھنڈ بروٗنٛہے پننہِ زٕ بالغ بیٚنہِ نکھِ واجنٛز۔ اتھ دوٚہس پیٹھ أسی خواجہِ غلام محمد صادق، سید میر قاسم، سوتی لال مِصری تہٕ سید حُسین زینہ پور آمتی۔ امی ستی بچوٗس بہٕ داج بیترِ دِنہٕ نِش۔

**1963**ء منٛز لیچھ مےٚ اکھ نظم یَتھ عنوان اوس ''شوٗنگان ییٚلہِ رات'' یہِ نظم آیہِ سیٹھاہ پسند کرنہٕ۔ گوڈٕ چھپیہِ یہِ اخبار ''خدمت'' کِس ہفتہٕ وار ادبی ایڈیشنس منٛز تہٕ پتہٕ ''سون ادب'' کلچرل اکادمی **1964**ء

کِس سال نامس منٛز سرفہرس 1963ء پٮ۪ٹھ آیہ میٲنہٕ شاعری اکھ تاہدأری ۔ مےٚ ہیوٚت انسانٮ۪ نفسیٲتی تہٕ انسان ہٕندٮ۪ن اصلی مسلن سمٕن۔ شاید أتھی دورس منٛز پٕرمےٚ کافکاہٕنز ''دی کاسل'' ناول ۔ اَمہِ پتہٕ پوٚرمےٚ کاموتہٕ وجوٗدی فلسفہٕ کارجین پال سارتر۔ سنسکرت ادبس منٛز چُھ مےٚ کالی داس ٹوٹھ۔ أمہٕندِس شہرہ آفاق مہا کاویہ میگھ دوٗتس کوٚرمےٚ کأشرِس منز پابند ترجمہٕ یُس 1972 عیسوی منٛز ''اوٚبرِ شٮ۪چھ'' ناوِ چھاپ گوٚو۔ کتابہٕ چھاپنس یُس مُشکل مےٚ ہمیشہِ بُتھِ آوسہٕ اوس مأنی۔ شہرٕ نشہِ دوٗر آسُن گوٚو بیاکھ مُشکل اوے چھپے یہِ نہٕ یہِ کتاب تتھ آلیس منٛز یتھ منٛز بہٕ یژھان اوسُس ۔ بہرحال اَتھ کتابہِ متعلق چھپیو اکھ جان تبصرٕ ساہتیہ اکادمی ہنٛدِس انگریزی ماہانہٕ انڈین لٹریچرس منٛز۔ یہِ لیوٗکھ شری ایم۔ کے۔تکوہن یم اسسٹنٹ ایڈیٹر ہنٛدستان ٹائمز چھِ۔ یمو اوس اَتھ منٛز پتہِ وٕننمت زِ ترجمہٕ گوٚژھ پابنٛد آسنہٕ بجاے آزاد بحرس منٛز آسُن۔ اَمہِ برونٛہہ کینٛہہ ؤری أس میٲنٮ۪ نظم عوامٕچ امانت چھِ یم میٲنٮ۪ شعر'' مرحوٗم محی الدین حاجنی صأبن'' کأشرِ شاعری'' ناوِ کِس مجموٗعس منٛز شأمِل کرمٕژٕ اَتھ متعلق تہِ اوس انڈین لٹریچرس منٛز لیکھنہٕ آمُت۔

بہٕ روٗدُس 1964ء پتہٕ باقاعدگی سان لیکھان۔ کأشر شیرازٕ، سون ادب، ہماراادب، نیب (ایڈیٹر تہٕ مألک کامل صأب) بیترِ رسالن منٛز لیکھی مےٚ مضموٗن تہِ تہٕ شاعری تہِ۔ کأشر ادب گوٚژھ نہٕ کشیٖرِ ی تام

محدوٗد روزٕن۔اَمہِ موکھہٕ کٔرۍ مےٚ کٲشرِ ن چیٖد چیٖد ادب پارن ہِنٛدۍ ترجمہٕ، یِم کتٲبی صوٗرتس منٛز تہٕ رسالن منٛز چھاپ سپدۍ۔یِمن منٛز چھُ شیخ نورالدین نوٗرانی ہِنٛدۍ پنٛژاہ شُرٕکۍ شٲمِل یِم کلچرل اکیڈیمی ذٔسۍ کتٲبی صوٗرتس منٛز دِلہِ پیٹھ چھپنہٕ آے۔ساہتیہ اکادمی ہِنٛدِس ہندی رسالہٕ ''سم کالین بھارتیہ ساہتِیس'' (ہمعصر ہندستانی ادیب) منٛز چھِ قریب اکھ درجن کٲشرِ منتخب کہٲنی میٲنہِ ذٔسۍ ترجمہٕ کٔرِتھ چھاپنہٕ آمٕژ۔میٲنہِ کیٚنٛہہ نظمہٕ کیٚنٛہہ مضموٗن سپدۍ بنگٲلی، اُڑیا، انگریزی، ہندی، پنجٲبی تہٕ ڈوگری زبانن منٛز ترجمہٕ کرنہٕ پتہٕ شایع۔

مےٚ ہیوٚک نہٕ کٲشُر افسانہٕ رتھِ کھٲرِتھ تیٚمیُک مےٚ کٲنی دُکھ چھُ۔ میٲنہِ کیٚنٛہہ ہندی کہٲنی آیہ ریڈیو کشمیر تہٕ وِود بھارتی پیٹھ نشر کرنہٕ۔یِمن کہٲنین منٛز ''بول ندیے بول'' کہٲنی لوکو پسند کٔر۔تِتھے پٲٹھی آو کٲشُر افسانہٕ...... ''کولہٕ گُرُن'' ہندی پٲٹھی ترجمہٕ کرنہٕ۔کٲشرِ نٔثرٕچ وبٕہ ہے وُچھِتھ روٗدُس بہٕ مختلف موضوٗعن پیٹھ مضموٗن لیکھان۔یِمن مضموٗنن منٛز چھِ تِم مضموٗن شٲمِل یِم محمد یوسف ٹینگ صابن کلچرل اکیڈیمی ہُنٛد سیکریٹری آسنس دوران کٲشرِس توٲریخس کھولوٗ دِنس متعلق مختلف أدیبن اتھِ لیٚکھناوۍ۔اَمہِ علاوٕ لیٚکھی مےٚ نُنٛد ریٚشی،لل دید،رسول میر،مہجورتہٕ نادِم نٕنٛن شعری تجربن پیٹھ تہٕ کٲشرۍ پٲٹھی مضموٗن۔کٲشرِس ثقافتس متعلق کیٚنٛہہ تحقیقی مضموٗن یِم کٲشرۍ پٲٹھی لیٚکھِم چھپے بہٕ کٲشرِس شیرازس منٛز۔دِلہِ

ہنٛدٕن کینٛہہ ن لچھ واد چھپن والین رِسالن منٛز تہٕ چھپے یِہ میانہِ کینٛہہ مضموٗن ہنٛدی زبانہِ منٛز۔ یِم مضموٗن تہٕ اَسی کأشرِس توأرێخس تہٕ ماقبل توأرێخی دورس سٟتی وابستہٕ۔ یِمن رِسالن منٛز چھِ ہِنٛدی ڈائریکٹر ٹوریٹک بھاشا، ہنٛدی زبانہِ ہُنٛد تنقیدی رسالہٕ ''پڑکر'' تہٕ ہِنٛدی ماہوار ڈائجسٹ ''کادمنی'' کوشُر سماچار تہٕ وِتستا (کلکتہ) بیترِ شأمِل۔

1983 عیسوی منٛز چھپے یِہ کُلیات لالہٕ لکھی من۔ یِہ کٔر کلچرل اکادمی شایع۔ لالہٕ لکھی منُن کلامہٕ اوس ووٚنی گال کھالِتھ گرٛچھنس تیار۔ مےٚ کوٚر تسُنٛد مزاحیہ کلام تہٕ لیلایہ شأعری ٔکٕون جاین گرٛہتھ جمع تہٕ یہ رٔژھرِتھ تھاوِنچ رٕژ ذمہٕ وأری کٔر اکیڈیمی پوٗر۔ 1983 عیسوی منٛز چھپے یِہ ''دشہٕ ہار''۔ مےٚ کرے یہ پنہٕ نِس اٚکِس دوستس پٲٹھ پڑھ زِ کتاب چھَپہٕ جان پأٹھی۔ مگر تہٕ سپُد نہٕ کینٛہہ۔ یتھ پربسں تٔمی یِہ کتاب دِژٕمٕژ اَس تٔمی کرنووس ٔکتی چرخ۔ چھپاے تہٕ کاغذ اوس نہٕ تہٕ یِہ مےٚ وٕنیو و۔ پوٗنسہٕ برابر دِنہٕ باوجوٗد تہٕ گونہٕ میٚون مُدعا پوٗر۔

کأشرِن اٚدیبن چھِ ییٚتھی ٔکتی مسلہٕ بُتھِ۔ اگر اے کأشرِ خأطرِ کانٛہہ پبلشر آسہِ ہے، کتابن گرٛژھِ ہے نہٕ گرٛتھ کرٛاُوِتھ چھلہٕ ؤدٕر۔ باسان چھُم یِہ خاب تہٕ ماروزِ خابے ''دشہِ ہار'' سومبرٕنی منٛز چھِ میانہِ 1983ء بروٗنہہ وُہن ؤری ین ہنٛز نظمہٕ، غزلہٕ تہٕ موخصر نظمہٕ شأمِل۔ ''دشہِ ہار'' سومبرٕنی ہنٛز گوڈنچ نظم کتھ گوٚر، آدم نالان، امار تہٕ یِہ میٚون اٚوند پوٚک

آیہ پسند کرنہٕ۔ دِلچسپ کتھ چھِ یہِ زِ کتھٕ گوٗر نظم چھےٚ مےٚ لوکچار کس تتھ یادِ و ٚوترس پیٹھ لیچھمٕ یتھ منز مےٚ اکھِ دوہہ بُہری کٔدل سرینگرٕ أکس کتھٕ گری سُند طرزِ ادا سبٹھاہ سٕتھ گوٚو۔ تتھ وقتس منز گوٚن واکی تہٕ کتھ وَنن واکی أسی کُنہِ وانہٕ پێنجہِ پیٹھ بہتھ دٔلیل تہٕ بأتھ بوزٕ ناون۔ بازرُک بازر اوس جمع گژھان، زنانہٕ آسہٕ دارٕ ہ کٔڑ نیران تہٕ لۄکہٕ أسی تِتھے پأٹھی وجدس یوان یتھٕ پأٹھی کتھٕ گوٚر پانہٕ یوان اوس۔ کتھٕ گوٚر نظم چھُ ڈوگری تہٕ ہنٛدی زبأنی منز ترجمہٕ گأمژ۔

اَمی وقتہٕ پیٹھ باسیو مےٚ زِ أسی گژھوتمہِ کأشریک پۄرٕ پۄر ورتاو کرٕنی یُس ٹھیٹھٕ تہٕ سنہٕ وُن آسہِ۔ نۄی استعارٕ استعمال کرنہٕ وِزِ گژھِ اَسہِ زبأنی ہُند رِوایتی پھور دیٖد مان روٗ زُن۔ میأنی موضوٗع رؤدی بدلان۔ خابن ہنٛدی تھٔری ٹتی ہوامحل پُھٹان علمی تہٕ سائنسی ترقی باوجودٕ نۆ وُبۆدٕری زہوان تہٕ انسأنیت عجیب آوٕلنن منز ہنہٕ یوان۔ ابدی سوال کم چھ انسأنی یژ بٔنتھ ، کم چھِ تِم اِنسأنی مسلہٕ یمو پیچید صوٗرت پزٲوٕمژ چھِ۔ أکس أدیبس چھأیمن سوالن سٕتھ لیکھنٕچ ضروٗرتھ کنہٕ تس چھِ ابہام ورتأوِتھ تہِ وَنُن یہِ کأنسی فِکرِ ترنہٕ۔ اما انسان سنٛز بُنیأدی خصلتھ ماہ ہیٚکہِ نہٕ مکمل طور شہرِ نشہِ مچھِ أستھ۔ یتھٕ تہٕ یتھی ٕکتی سوال بنے یہِ اکھِ الگ اندازچہِ سوہمبرٕ نٛ ہنٛدی محرک۔ میأنی بیاکھ شارٕ سومبرن'' دزِوٕنی کوسم'' سپز 1987 عیسوی منز چھاپ۔ سرورق چھُ نوجوان مُصوٗر شفیع چمنن ترتیب

دیُتُمت۔ اتھ سومبرِنی منٛز چھےٚ ژۄوُہ (۲۴) نظمہٕ کینٛہہ وژن ، غزلہٕ تہٕ واکھ شامِل۔ مےٚ لیچھِ غزلہٕ۔ مگر بُنیٲدی طور دیُت مےٚ نظم صِنفس کُنےٚ زیادٕ توجہ "أسی آسونےٚ تیٚلہِ شۄب پٔھِ کتھ"، "لفظٕ کامن"، "بے مانہٕ لفظن ہُنٛد بدن"، "سدٕری سرٕکس بٔھس پیٹھ"، "وق" تہٕ "کلہٕ یوگ" نظمہٕ چھےٚ واریاہن شاعرن تہٕ ادبی کانفرنسن منٛز پرنہٕ تہٕ پسند کرنہٕ آمٕژ۔ "کلہٕ یوگ" نظمہِ منٛز چھےٚ مےٚ اِنسانٕژ ییٚتس بُتھِ مسلن ہنٛز بیوٚن بیوٚن اِستعارو ذٔسی ژینہٕ وَن دِژمٕژ۔

جواب ڈامبل اچھر بےٚ دسگاہ
حرف چھِ چھکرِتھ وُجاٗری جنگل
کھسان راکیٹ چھِ آسمانس
کران دفتر چھِ خانہٕ بنٛدی
بیان زیٹھان نمن ہٕنٛدی پاٗٹھی
کران حفاظت چھِ کُل جہانس

(کلہٕ یوگ)

أسی نَم گاٗلتھ بس شکلہٕ پکان
ننہٕ واٗری ہوس أسی ژۄرِ نژان
اکہِ بالہِ کھسان بیٚیہٕ بالہٕ وسان
دِل ساٗنی بوڈان وُٹھ ساٗنی اَسان

أسی لؤکھ چھِ پکہٕ وِنی ریلہِ پٹھ
پَے کیا اَسہِ پیٹھی ـکنی کیا کیا پۆک

نظم(أسی آسونَے تیٚلہِ شۆب چھِ کتھ )

یَمن تہٕ یِھن ہشن نظمن منٛز چھےٚ میأنی کۆشش یہِ روزہٕ زِ مقأمی اوٗنٛد پۆک، سون میراث تہٕ ثقافت گرٛھ تِمن اِنسأنی مسلن ہنٛز وکھنے کرِنی یِمو أزی ـکس عالمس ؤکرِ ژکر تُجمٕژ چھےٚ ۔ میأنین ـکتابن منٛز گۆو کٔشیرِ نیٚرتھ یِنہٕ پتہٕ اضافہٕ۔ ''پۆدٕ سمکھٕ'' سپٕز **1993** عیسوی منٛز دِلہِ چھاپ۔ یہِ آیہِ ادھمپورس منٛز زیرِ تحریر۔ کتاب آیہِ ''ادبی کُنٛج جموں'' کہِ طرفہٕ منعقدکرنہٕ آمژِ أکس شاندار تقریبہِ منٛز مشہوٗر تہٕ معروٗف اُردو شأعِر تہٕ مأہر اقبالیات پروفیسر جگن ناتھ آزاد نہِ ؤسی ریلیز کرنہٕ۔ یہ تقریب سپٕز ڈوگرٕ حال کرن نگر جۆمہِ منعقد۔ اَتھ اِجلاسس منٛز أسی کشیٖر ٹایمزٕ جۆمکی چیف ایڈیٹر شری وید بھسین مہمان خصوٗصی ۔ کأشرِ زبأنی ہنٛد بو کینژٕ و ناماوار أدیبو علاوٕ أسی ڈوگری، ہنٛدی تہٕ اُردو زبأنی ہنٛدی کینٛہہ معروٗف أدیب شریک محفِل۔ میأنہِ زاگام زینہٕ پوٗرٕکی کینٛہہ بُسی کین تہِ أسی موجوٗد ۔ کینٛہہ قدر دان أسی اُدھمپور پیٹھ آمتی ۔ اکھ سنسکرت عأِلم ڈاکٹر جے کشن اوس وِجے پوٗرٕ پیٹھ آمُت۔ کینٛہہ اُردو أدیب یَم یوٗ۔پی ہنٛدی چھِ تہٕ أسی اور آمتی ۔ کتاب اِجرا کرنہٕ بروٗنٛہہ پٔری آر۔ کے۔ بھارتی ،مہاراج کرشن سنتوشی تہٕ ڈوگری أدیب تہٕ ساہتیہ اکادمی ینام

یافتہٕ شاعر پژ کاش پریمین کتابہِ متعلق مقالہٕ۔ دلچسپ کتھ یوسہٕ میانہِ خاطرِ یوٚ ڈیَنامہٕ چھِ گیہ یہ زِ اتھ جلسس منز یم اُدیب شامِل اُسی تم اُسی وکھرِ مذہبن تہٕ فِکرِ خیالن ہِندی ۔ اَتھ جلسس منز کوٚر شری وید بھسینن میانِہن تمدنی کاوِشن متعلق اکھ تفصیلی تقریر۔ اُخرس پپٹھ پوٚرمے عصری ادبہٕ کِنہ مَسلن پپٹھ اکھ مضموٗن ہِندی زبانٕ منز تہٕ اَمہِ پتہٕ آو اکھ شاندار مُشاعرِ کرنہٕ۔ اَمہِ جلسچ ترتیب بندی کَر اُردو اُدیب تہٕ ادبی سنگم جموں ہِکی جنرل سیکریٹری شام طالبؔن۔

وُنیک تام یمو اُدیوٚ مے متعلق اخبارن تہٕ کتابن یا رِسالن منز تنقیدی طور کیٛنہہ لیوٗکھمُت چھُ تم چھِ:-

ٹی ۔ این ۔ کول جرنلسٹ ، محمد یوسف ٹینگ ، دینا ناتھ نادم، سید رسول پونپر ، دلیش بنّد و ڈوگرہ نوتن ۔ایم ۔ کے۔ رینہ جرنلسٹ ، موتی لال ساقی ، گلشن مجید، شفیع شوق ،ڈاکٹر ششی شیکھر توشخانی ، ایم ۔ کے ۔ موزہ ،سنتوشی تہٕ شمبھو ناتھ بھٹ حلیم۔ یہٕ روٗدُس ریڈیو کشمیر سرینگر ، ریڈیو کشمیر جموں تہٕ دوٗر درشن خاطرِ نظمہٕ ، فیچر ،کتھ باتھ ، نغمہٕ تہٕ کہانی لیکھان۔ زبانٕ روزٕ کاشُر ، اُردو تہٕ ہندی۔

1989 عیسوی اُدھمپورِ رینہٕ پتہٕ سپز مے اُردوہس منز غزل لیکھنچ تہٕ ہندی زبانٕ منز نظمہٕ لیکھنچ تحریک۔ شاید اوس اَمیک ضروٗرتھ اوٚ موکھ تہٕ زِ کاشُر چھُنہٕ جوٚمہِ کِنہ لوٗکن فکرِ تران تہٕ اوٚ کِنہ بدلووٚ مے باوٕ ژ ہُنُد وسیلہٕ۔

مگر کاشُر زبان روٗز مێون محور۔ اُدھم پورے کوٚر مےٚ ساہتیہ اکاڈمی ہِندِس ونس پٔتھ رأہل سانکرتیاین نہٕ مونو گرافُک کاشُر ترجمہٕ یُس 1992 ء منٛز شایع سپُد۔ کاش مےٚ آسہِ ہے أمِس بٔہلہِ پایہِ مُفکرس، لِکھأرِس تہٕ جایہِ جایہِ پھیرن وألِس سٕتس متعلق خود بہٕ ذات کتاب لیکھنُک موقہٕ دِنہٕ آمُت۔ شاید بہٕ کرٕ ہا أہنزِ کامہِ تہٕ دِتس ٹیتہ زیادٕ تفصیلہٕ سان اِنصاف۔ یہِ کتھ چھِ صاف زِ کشمکش روز گارٹریڈ یوٗنین تحریکن ہُنٛد آوریر، اُنجمن تہٕ ادبی جلسن منٛز شرکت تہٕ مأ لی مسأیل روٗدی مےٚ جان پأٹھی کِتابہٕ چھاپہٕ نَس بُتھِ۔ اَمہِ باوجود تہِ ییٚلہِ مےٚ موقہٕ میوٗل بہٕ روٗدُس کاشرِ زبأنی لول بران۔

1991 ء منٛز سپُد اُدھمپورے روزنس دوران کرشن راز دانہِ زندگی مُتعلق ساہتیہ اکاڈمی ہِندِس ونہٕ نَس پٔتھ مێون ہِنٛدی مونوگراف تہِ شایع۔ کاشرِ ڈیپارٹمنٹ (کشمیر یونیورسٹی) ڈسی کریوو مےٚ اکھ جامع تہٕ نوِ آیہِ سُرتھ سوٗچتھ اُردو کشمیری ریڈر تیار۔ دُکھ چھُ اَمہِ کتھِ ہُنٛد زِ یہِ آو نہٕ شایع کرنہٕ۔ اَچھ ضروٗرتھ تہِ أس مگر منظوٗر گژھنہٕ تہٕ مختلانہٕ دِنہٕ پتہٕ تہِ روٗز کتاب چھاپَس کھسنے۔ یہِ گژھ ہے قریب سوا دز ہتھ کتأبی صفہٕ۔

کِتابن ہنٛز ذِکر ژٕژھ۔ یہِس اگست 1994 عیسوی منٛز گرٕ مےٚ کأشرِ پأٹھی بچن ہندِ باپتھ اکھ کتاب تیار یہِ آیہِ این۔ سی۔ ای۔ آر۔ ٹی دِہلی ہِنٛدِ ینأمی مُقابلہِ خأطرٕ تیار کرنہٕ۔ اتھ منٛز چھِ باہ ڈیلیہٕ نُما سبق۔

کتابہِ چھُ ناو ''کتھ تہٕ وَتھ''۔

از بروٗنہہ قریب داہ وُری آو مےٚ جموں یونیورسٹی گرانٹس کمشن ؤسی مُنعقد کرناونہٕ آمتِس أکِس ڈوگری ورک شاپس منٛز شریک سپدنُک موقہٕ۔ کأشُر أدیب اوسُس بےٚ یوت۔ ورک شاپ اوس ڈوگری صوٗتیات فونٹِکس تہٕ فونالوجی (سورن ہُنٛد سائینس) موضوٗعس پیٹھ مُنعقد کرنہٕ آمُت۔ یہٕ گوس ڈوگری زبأنی أنزی مٔنزی مےٚ گری کینٛہہ ترجمہٕ تہٕ ڈوگری پیٹھٕ یِم پتہٕ اُردو تہٕ کأشرِس شیرازس منٛز چھپےٚ یہٕ۔ مےٚ آیہٕ تحریک دِنہٕ زِ بہٕ گژھہٕ ڈوگری زبأنی منٛز کأشرِ تہٕ ڈوگری زبأنی ہنٛدِس (Semantics) معنیاتس پیٹھ پی۔ ایچ۔ ڈی کرُن۔ چنانچہٕ جموں یونیورسٹی دیُت اَمیُک اجازت فقط اوس مےٚ یہٕ سرکأری کاغذ اُنُن زِ بہٕ چھُس حنفیہٕ کالج انت ناگس منٛز کأم کران۔ حنفیہ کالجہٕ کِس پرنسپل سُنٛد تحریر ہیٛتھ گوس بہٕ محکمہ ایجوکیشنکس نأظِم تعلیمات کس دفترس پیٹھ اَتہِ اوس مٔیوٗن دوس کأظم صأب اَمہِ وِزِ ڈائریکٹر ہنٛدِس عہدس پیٹھ فأیز۔ اَسہِ اوس یِکہٕ وَٹہٕ بی۔ ای۔ سی کوٗرمُت۔ مگر أکی کلرک دوستن اوٚن اوٚنکھرِ منٛز جونکھر تہٕ مےٚ آونہٕ پرنسپل ہنٛدِس تحریرس تصدیق کرناونہٕ۔ لہٰذا روٗد پی۔ ایچ۔ ڈی تہٕ أتی مگر اَتھ کامہِ متعلق کوٗر مےٚ جان تحقیقی مواد جمع۔ کتاب ہیکہٕ چھٕپِتھ مگر چھاپہِ کُس سوال چھُ تی۔ جوٗمہِ کمن ڈوگری أدیبن ستیٚ گیہ اَمہِ ورک شاپہٕ ؤسی تعلقات بیٚیہٕ مضبوٗط۔

مےٚ ییٚلہِ ییٚلہِ حوالو خاطرٕ یا پرنہٕ موکھ گنہٕ تہٕ کِتابہٕ ہُنٛد ضروٗرتھ پیوٚو شری موتی لال ساقی صأبن کوٚر مےٚ اَتھ مأملس منٛز وِزِ وِزِ اتھٕ روٗٹ۔ تِمو چھُ کٲشرِ ہُنٛد تمدُنی دیُت مُلکس تہٕ مُلکہٕ نبر واتناوُنس متعلق تھیکنہٕ لایق کام کرٕمٕژ۔ شہر أسِن یا مہنٛور، زانہٕ پور أسِن یا اُدھمپور، دِہلی أسِن یا جوٚم ساقی روٗد میانِس گرس میانٛن ادبی کامن ہرہمیشہِ وتہِ لاگنہٕ موکھ مےٚ تحریک دِوان۔ تِمو یہِ کینٛژھا مےٚ متعلق لیوٗکھ سُہ چھُ میانہِ باپتھ اکھ خزانہٕ۔ اگر یہِ تہنٛزِ وُنہِ چھاپ نہٕ سپدنے کِتابہِ منٛز اکھ اقتباس یُس مےٚ متعلق چھُ پیش کرٕ شاید روزِ جان تہٕ کیازِ مےٚ چھُ باسان زِ یہِ چھُ میانہِ تخلیقی سفرُک بے لاگ جایزٕ۔

شریف النفس تہٕ مُخلص ارجن دیو مجبوٗر یُس از ادھمپور گرٛیشمہٕ کرٛاین منٛز پھیٚہہ پھیٚہہ چھُ کران چھُ مےٚ ژتجہن وٕرزِین ہُنٛد دوس۔ اکھ سُہ دوس یہنٛز دوستی کھوچہِ گھٔستھ تہٕ سلامت روٗزتہٕ سٔنٛز ووٕگنی آس نہٕ۔ دغل دوٗستی تہٕ چالبأزی نِشہِ میلہٕ واد دوٗر مجبوٗر چھُ مکمل انسان مگر سیاستن کوٚر خراب۔ سُہ چھُ شکہٕ ورأے قداور أدیب مگر ڈٔرِ بندی ہنٛدِس ادبی ماحولس منٛز سپُد نہٕ تَس تِتھ سُہ سلوٗک ییمیٚک سُہ مُستحق چھُ۔

تِمو کرٕ سبٹھاہ رٕژ شأعری، سبٹھاہ جان تحقیقی مضموٗن لیکھن، توأرتِخس کوٚرُن کھولُو۔ غرض منٛد وکوٚر نہٕ طرفدأری ہُنٛد أنکھ لأگتھ تہنٛدِس سلامتیس مرحبا۔ خلوٗصِ شرافت، نیک نیتی چھنہٕ از کالہٕ کَس خود غرض

زمانس کُنہِ مُجراہ اَوِ کَنہٕ واتہِ نہٕ تس رنجینۍ سپدٕ ن۔ مجبوٗر کھوٚت زِندگی ہنٛزِ ہیرِ پاوِ پاوِ۔ لوہوٗر کہِ آریہ سماج سکوٗلہٕ پٔتھٕ کمیوٗنسٹ پارٹی ہنٛدِس سرگرم کارکُن ہنٛدِ حٲثیتہٕ کوٚرتٕم زیوٗٹھ سفر دزٕ ڈ کٔرِتھ۔

یُس نالہٕ روٚٹُن تس ستۍ کوٚرُن بأے سُنٛد ورتاو۔ مجبوٗر ہیکہٕ نہٕ کأشرِ ستۍ ژُوِتھ۔ تَس چھُنہٕ لڑأے کرنُک انداز تہٕ لہجہٕ۔ تس چھےٚ صوٗرتھ تتھ یوسہٕ بدہیکہٕ نہٕ أستھ۔ سُہ ہیکہِ ناراض گژھِتھ مگر کنہٕ تُلنہٕ چھُس نہٕ فطرت۔ مجبوٗرن لیوٗکھ تموٗ لوٗکو کھوتہٕ زیادٕ تہٕ وارِیاہ وزن دار یمن رنگا بہ رنگی ینامہٕ دِنہٕ آیہ۔ أمِس أسۍ نہٕ وایَن وأنی۔ جوڑ توڑ، توٚگُس نہٕ اوٚسے روٗد گاٹُس۔ ضمیر چھُس صاف تہٕ پننہٕ نِس گاٹس واتِس نفاہ کھوتہٕ ژٕرقدر کرنی۔ مجبوٗر سپد استھالُک شکار۔ معصوٗمیت تھأوِن ڈنجہٕ تہٕ لِکِن ہنٛزِ لَرِ بأڈران لوسہٕ ناوبن نختے پننہٕ نَرِ۔ مجبوٗر چھُ کأشرِس اُردوٗہس تہٕ انگریزی یَس منٛز لیکھان۔

مجبوٗر اوس زأنہٕ پوٗریک کیا سورگُک تسکین۔ پوٚت لبہٕ تٔلی اوُسس ٹونگرِ ہُنٛد سنٛگیت تہٕ بُتھِ وِیرِ وارن ہُنٛد شہُل تہٕ ناگن ہنٛز شوشرأے واو اوُسس دار بوتٔلی ہکچہٕ گٔرِتھ پکان تہٕ جاناورن ہُنٛد چٕرِ گیٛش اوُسس نێندرِ ژٕلان۔ تسُنٛد اوٗند پوٚک اوس حُسنہٕ دفتر ییمہٕ کِس گوڈٕ ورقس مُستی تہٕ خمارُک مُلہٕ مایہِ اوس گٔرِتھ۔ نوٚن رتبن رنگا رنگی ہنٛزِ کوچھِ منٛز بسَن وول مجبوٗر چھُ زمانن قأد کوٚرمُت۔ دزٕوِنٛبن کھنگرن تہٕ ترٛیشہٕ

وبڑھیہِ ہِنٛدِس شکلجس منٛز باگ۔ اَتہِ چھِ فقط نار ژٕہُن تہٕ گرٛیشم ژٕشُن سوچان چھُس گرِ یا دیپتھ کیا آسبس گدرن۔ مجبوٗر چھُ تتھ پاٹھی مجبوٗری ہِنٛدِ زالہٕ لوٗگمُت تتھ پاٹھی ڈاے لچھ کانٛسری ہبنہٕ تتھ، گرا لأنس تہٕ گرا زمانس و دان چھِ''۔

نوٗ نوٗ جایہٕ وُچھنہٕ، یِمن جاین ہنٛز زندگی پرٕکھاوتھ تہٕ تمدُنی خزانن وُرن تلِتھ ہشرکی سوٗتھری ژھارنی تہٕ اَتھ متعلق لیکھُن چھُ میانہِ تخلیقی سفرُک حِصہٕ روٗدمُت۔ میانین سفرن منٛز چھِ خاص پاٹھی کوہالہٕ ترٛتھ راول پنٛڈ تہٕ لوہورُک سفر۔ جوٗملی توٗ اریخی مقام کرٕپچی...... ببور، مانسر رام نگر، ریاسی، ویشنو دیوی، جیوٗتی پرم تہٕ سلال بیترِ۔ پنجابس منٛز امرتسر، باکھڑا ننگل تہٕ جالندھر بیترِ۔ ''یوٗ۔ پی'' صوٗبس منٛز آگرٕ، ہردوار، گوٗکل، متھرا، بندرابن وغأر۔ مدھیہٕ پردیشس منٛز جبلپور، بھوٗپال، کرناٹکس منٛز میسور، بنگلور، اوٗٹی، مہابلی پُرم تہٕ راجستھانس منٛز اُدے پوٗر، بیکانیر ناتھ دارا تہٕ ایک لنگی مقام۔ یِمن جاین متعلق چھُ مےٛ نِش مواد تہٕ یہٕ ذأتی سفرنامہٕ روز جان اگر یہِ لیکھنس موقہٕ آو۔

واریاہن اُدیبن، دأنشورن تہٕ دوستن ہِنٛدی خط چھِ مےٛ رٔژھرِتھ تھوٕی متی۔ خیال چھُم زِ یِم کرکھ کُنہِ ساتہٕ ساقی صأبس حوالہِ۔ یِم آسن قریب پانٛژھ ہتھ۔ کینٛہہ خط گےٛ کشیرِ روٗزِتھ تِم آسن ضایہِ گأمتی۔ یِم خط ییٚہِ اکہِ لٹہِ پرٛتھ یِمن متعلق لیکھُن تہِ اوس جان مگر فُرصت

کم تہٕ ہیکتھ ہمان۔

پنہٕ نِس تخلیقی سفرس دوران کوٚر مےٚ پننو شُربو بأڑو کأفی اتھ رۄٹ ، خانہٕ دارنہِ پیٚو وِزِوِزِ تکلیف تُلن تہٕ گرِ پکناوُن۔ بہٕ اوسُس اکثر آوٗر روزان۔ تِتھے پأٹھی سنبول گریٛک لوہ لنگر دیش رٕتنن تہٕ تِمٕ سٕنٛزِ خاندارنہِ یَس شاماجی ناو چھُ بہٕ رۄٗدُس موکل تہٕ پرٛنگ لیکھنُک موقہٕ میوٗلُم۔ شانتاجی لٔج نوکری تہٕ بہٕ گوس نہٕ اَمہِ سٟتی تنٛدِ تہٕ پھولاجی نہِ خاندرٕ موکھ پوٗنسہٕ رٕنگی ڈنگہٕ۔ مےٚ ہیٚچ نہٕ پھولاجی حسب منشا تعلیم دِتھ اَمیُک چھُ مےٚ بے حد دُکھ۔ ناگراجن تہِ کوٚر پنٕنہٕ پان بناوٕنٕچ کوٗشش سُہ چھُ دِلہِ أکِس ماہوار الیکٹرانِک رسالس سٟتی وابستہٕ تہٕ ایڈیٹوریل سِٹافس منٛز چھُ تَس دوٚیم درجہ۔ سُہ چھُ پنٕنہٕ عیال آشیٚنہٕ گرجاجی تہٕ نیٖل ناگ ہیٚتھ دِلہِ رۄزِتھ پنٕنہِ ماجہِ تہٕ مألی سٕنٛدِ پیارٕ نشہِ محرۄمی اَمہِ باوٚجود چھُ سُہ مےٚ کِتابہٕ بیترِ چھاپہٕ نہٕ خأطرٕ اتھ رۄٹ کران۔ مےٚ ہیٚکی نہٕ پننٕہ شُری پنٕنہِ زندگی ہٕنٛدٕ مُشکلو تہٕ شأعرانہٕ لاپرواہی کِنہِ جان پأٹھی Settle کٔرِتھ۔ مگر تِم چھِ پنٕنہٕ گُذر بسر پانہٕ کران یہِ چھِ بڑٕ سَتھ۔ کِرن چھِ گرایجویٹ مگر نوکری میچھِس نہٕ۔ شیلنٛدر چھُ میأنِس بڑِس لڑکہٕ سُنٛد صاحب زادٕ۔ سبٹھاہ محنتی تہٕ گٔمبیر۔ مےٚ أسی کینٛہہ دوس پامہٕ دِوان زِ ژٕے کیاہ پڑ ووٗتھ مےٚ چھِ خوشی زِ مےٚ پڑ وو شیلنٛدر یُس از کل ایم بی بی ایس کران چھُ مگر ادبی ذوق چھُ تھاوان۔ تُہی یہِ کینٛہہ ہاہ از تام کوٚر تہٕ

کوٚرُن پننہِ محنتہٕ ۔ تِتھے کٔنۍ چھُ تسُند بوے وِشوک۔ سُہ چھُ لوٗکت أسِتھ تہِ نِفسیات زانان۔ سماجی رِشتہٕ چھُس بناوٕنۍ تہٕ رٔژھرٕنۍ تگان۔ مُصوری تہٕ سنگیتس ستۍ چھُس دِلچسپی ۔ پران چھُ کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ ضروٗر ییمہِ ستۍ مےٚ شانہٕ ووگنن ۔

ازکل چھُس بہٕ اکھ زیٛٹھ نظم لیکھان ۔ یوٚ دوَے یہِ اکھ تجربأتی نظم چھِ مگر یہِ آسہِ کأشُر زبأنۍ میأنۍ کنۍ اکھ اضافہٕ۔ اَمہِ نظمہِ ہنٛزو روأنی منٛز چھُ مےٚ انگریزی، سنسکرت تہٕ فارسی ادبکہِ اثرُک استعمال کوٚرمُت ۔ بہٕ چھُس کالی داسن واریاہ متأثر کوٚرمُت شاید چھُس یہِ تاثُر کأشرِس منٛز ووتلاونچ کوٗشش کران۔ دِلچسپ کتھ چھِ یہِ زِ مےٚ چھَ کٕنہہ فارسی ضرب المثلہٕ یاد تہٕ بہٕ چھُس سوچنس تہٕ گِہے کتھ باتھِ منٛز تہِ یمن ہُنٛد استعمال کران۔ ہندی زبأنۍ ہٕنٛدی کینٛہہ موٗدُری الفاظ تہٕ سنسکرت زبأنۍ ہنٛزٕ کینٛہہ علامژ تہِ چھُ مےٚ وِزِ وِزِ کأشرِس منٛز استعمال کرِمژٕ تہٕ فارسی لفظ تہٕ ترکیبہٕ چھےٚ مےٚ اکثر ورتاوِمژٕ ۔ ٹھیٹھ کأشُر ورتاو چھُم ازحد پسند۔

پننہٕ نِس تخلیقی سفرس رٕو دِکہ مےٚ سیوٚد ساد تہٕ رِتۍ لُکھ محرِک، ہاو باوَس تہٕ آڈمبرن ستۍ اُس مےٚ دوہے کھٕر۔ شوزر، صاف گوئی، خلوٗص تہٕ ماے محبت چھُم ازتہٕ بے حد ٹوٹھ۔ اگر یمن بُنیأدی قدرن ووتھبو میلہِ دُنیاہس سپدِ راحت نٔصیب ۔ اننت ناگ کین ادبین مُصورن تہٕ اَدب نواز دوستن ستۍ چھےٚ مےٚ کٕنہہ یادگار محفلہٕ کرِمژٕ۔ مکھن لال گوجا صاًب،

وِجے زُتشی تہٕ شفیع چمنن ہٲو میانین کتابن سرورق بناونس منٛز فیاضی ۔ ہندی أدیب مہاراج کرشن سنتوشی ، ڈاکٹر بھوٗشن لال کول ، چمن لال کانٛرو، اِندر جی، پیارے سُدیشی، نیرج بخشی تہٕ پرِوِمن گوجا روٗدی کُنہِ نہٕ کُنہِ رٔنگی از تام مےٚ ستیٖ وابستہٕ۔ وِجے زُتشی یم پانہٕ مُرٕژ کار، مُصور تہٕ انگریزی شأعری کران چھِ روٗدی اُدھم پورس منٛز وِزِوِزِ میون رٕژر کانٛچھان۔ اننت ناگس منٛز کوٗڈ ناجی مُنور سنٛزِ سربرٲہی منٛز مکھن لال گوجا، گُلشن مُجید تہٕ شفیع شوقن ''آش'' ناوی کأشُر رسالہٕ۔ یہٕ روٗدُس اَتھ ستیٖ تہٕ وابستہٕ۔ گُلشن مجید روٗد مایگریشنس دوران مےٚ نِش یوان اَوٕ موکھ چھُ مےٚ سُہ سبٹھاہ ٹوٹھ۔

اُدھم پورس منٛز آو اَروِندلِگوٗ اَسہِ قریب۔ یہِ چُھ اکھ رُت آدم تہٕ انگریزی زبأنی ہُنٛد عالم۔ ئتی فن چُھ زانان، یمو کوٚر میانین کینٛژن کأشرِ نظمن انگریزی ترجمہٕ یُس چھپن وول چھُ۔ اننت ناگس منٛز یُس آرام مےٚ کأشی ناتھ باغوان ، گردھاری کاٹھ ، پوشکرناتھ ہنٛڈو تہٕ برجنٛدر ہنٛڈو نہِ دٔیی ووت سُہ مشہم نہٕ زانہہ ۔ عبدالرشید ڈار ورکس سُپر وائزر، رشی پورہن کوٚر مےٚ ہر ہمیشہِ یژتھ ، سُہ روٗزِن وارٕ تہٕ کارٕ ۔ پروفیسر حکومت سنگھُن تہٕ شری کنیالال کوٗلُن تہٕ چھُس بے حَد شُکر گذار۔

☆☆☆

# ہارَس تہٕ کوٗرُن وَنہٕ

پٔمی اوس گُمہِ شرٛان گرٕھان۔سو ژایہِ کمرس منٛز تہٕ پوٗشہِ کُجہِ کوٗرُن نمسکار۔ پوٗشہِ کُجہِ وُنُس۔
"دلَس بی لَس ، لَچھ ترٛوٗگن آے اَسی نے ، ژٕ کِتھے پاٗٹھی آ یِکھ یِتھ شیٖنہٕ گٹکارس منٛز۔"
پٔمی گٔیہِ حاٗرتس تہٕ ارندٔ تی ہووُس اَچھ ئتی ،تمہِ ژیٖوٕن تہٕ پیٚٹھ پھٔر۔ پوٗشہِ نَجہِ اَس پانٛژٕ سَتَتھ وٕرِش ۔سفید شیٖن ہیوٗ مَس تہٕ ساٗری سے بُتھِس گیٖنہِ اوش کوٗ رمُت ۔سو اَس وَنہٕ وٕژھ ہرٕ زنانہٕ ہش باسان۔تَس اوس چھرا اکھ پاٗژھی پلو ناٗلی ۔کلک مَس اوسُس اورِ یور زاٗلکی پاٗٹھی وَلنہٕ آمُت۔شیرِ بَر ہش پوٗشہِ نَجہِ اَس اَخری دَمن پیٚٹھ تہٕ اوٗک کمری قاٗد خانس منٛز اَس ہینہٕ آمٕژ ۔ارندٔ تی اوٗن ترٛیشہِ گلاسہٕ تہٕ پلنووُن پٔمی۔
"ہے کیاہ گوم یہ یِہے پھِہَس سر دترٛیش دِوان۔ زُکام ماہ کرٕبس۔ گوڑٕ ہووُن یتھ۔ زانہِ دَے کیاہ چُھ وُچھن۔
تَلے وٕتھِو موٕغلی چایہِ سماوارا ہ لاگو۔ بانہٕ کُٹھِ چھے ٹھانہٕ پیٚٹھ پِشتھ اوٗ نمُت زاٗ ویُل مکایہِ اوٹ۔ ارندٔ تی وال تہٕ بناو

مکایہِ ژوچہِ...... ہَتے بُتھِ بُتھِ کہے چھُو وم وُچھان......
کانگرِ تہِ موکلئیوم نار۔ تلَے ہیوٗ رکھس ارنڈ تی ...... پھوچہِ
پٔتھ چھے ژوٗنٹھی باڈھچہِ ژٕنہِ ۔ زبتہِ پیٚتہِ ستیٚ چھِ زوان۔
گوٗہ وال دِسارِنے جوش کانگر......ترِ نٹھ نٹھ ہش چھم ،
مےٚ دِتہِ تیز نارِ جوشاہ ۔ لگے بلایہِ تِتھے ہش کیاژِ
چھکھ...... کتھ کونے چھِ کران۔ گوڈٕ چھِو سأری پیٚتھی
کمرس منٛز ژبلنہِ آمتی ۔ ترُٛپو رِس مکانس منٛز چھُنہِ اند
شانداتھِ یوان ۔ گوٗھو ہیرِ بوٗ ، تتہِ چھُو نمدٕ وَتھرِتھ
پنجرن چھُو کاکُد اٰ رِگتھ...... وُشنیر گرِو...... دِیو آلِژھس
لتھ۔

پوشہِ کُجہِ اوس خاندار مرنہٕ پتہٕ ہمتُک کمر گوٚنڈمُت ۔کولہٕ بُٹھِس
پٔتھ اوس مکانہٕ پاؤر بنوومُت۔ تسُنٛد کُن نیچُو اوس ماسٹر لوٚ گمُت ۔ تنخواہ
پوٚنسن پٔتھ کیاہ ژُوِہس اَوٕ موکھہِ ٲسن زٕمینہٕ دٕج کھنٛڈ تہِ اٰ جھوٚ تہِ وُڈٕر
وارِ اوُسن باغہٕ پیوٚنتاہ تہِ بنوومُت۔ پوشہِ کُجٕ اُس گرٕیک کارٕ بار پانہٕ
چلاوان۔ کھہس راہ چہِ گرٕھن ، باغس پاہ سارٕنی ، یہِ سورُے اُس سو
پانہٕ کران۔ سومناتھ اوس ماشٹری کرِتھ گرٕ واتان تہِ مأج اُسس
آنگنس منٛز پڑاران آسان۔ تَس اوس شےٚ میل پیدل پکُن پوان۔
اماپوٚز ہاکھ بتہٕ اُسی ووٕنی جان پأٹھی کھوان ۔ سو اُس ہہہ ہٕندی پأٹھی

کامہِ اَتھ دِوان......

کمرس منز اوس اکہِ پأرِ کۆنس چوکہِ بناونہٕ آمُت ۔ سٹوو ، بالٹین ،تھال تہٕ کیٚنژہہ بوہگن ، یِی اُس ووٚنی تِہنٛدِ چوٚکہٕ پہچان ۔ سٹوو زالنہٕ ءِسٕتی اوس گرٛشمہٕ کرایہِ منز سارِنٕے توس ووٚتھان ۔ ٹۄہر وأنی پنکھہٕ اوس گرم ہوا چھکِتھ شہہ کھارُن مُشکل بناوان

......پوٚشہِ کجہِ نٕج بیٚیہٕ زیر......

''ہَتے بُتھ ہے چھُم چھلنَے ، زانہِ دَے از کیازِ گوم ژیر''

......سو اُس صُبحن پرٛ بالتس ؤہِتھ ، آنگنچہِ ناگہٕ روٚبجہِ پیٚٹھ بُتھ چھلان تہٕ ترٛ نگہٕ وأرِتھ کُل عالمس دُعا منگان......

''ہیٚنٛدِس مُسلمانس گرِی زِ خأر میانہِ رِتہِ بگوانہٕ ۔ تمی پاسہٕ گرِی زِ میانہِ پُیہِ تہٕ رُت......میانہِ رِتہِ اپشرِ...... ژِ ے چھُکھ تہٕ ژِ ے آسکھ''

''ارنٛدٕتی وأجھتے کانٛگر...... ہتَے سُلہٕ کاک ننٛ آسی وُنہِ دان دزان ۔ گرٛ ھ تٕتی اَن نارٕ کانٛگر...... وُچھ پَشس چھِ شِشر گانٹہٕ لَجمٕژ......یہ ٹُلہٕ کتُر پھُٹِہ نہٕ کنوٕءِستی ۔ ژھوپہِ دَم گرِتھ رٕہے زِ پیٚٹھی وِ...... مےٚ نہٕ َبی چھےٚ اَتھ ہأل...... مےٚ ہے زَن کھُوٚ بیٚیہٕ ءتر۔ تلَے ارنٛدٕتی !ہیٚرِ وال میانہِ ہچِہ صندوقہٕ منزٕ میٚون لوچھ ۔ پھیٚر نَے دَزِ نہٕ سأرِی سے میانہِ کھاندرُک ژٕرِی وار چھےٚ تِھتھی منز...... زربافُک ژٕرِی دار چھےٚ تیٚتھے ......لوچھے یوت وأکِی زِ ...... گرٛ ھ لگے بلایہِ......ءترٕ منز آسکھ دانہِ مُنٛتھ ہانیمرٛ...... اماٚ ہَتھ

وقس کیاہ گو...... یہِ شور ہیوٗ کیتھے چھُ نیٚرِ ی کنہِ...... ہہنہٕ !

''یمہٕ چھُ بسہٕ تہٕ میٹاڈور پکان''

''ہتے چاٗری ! اَسی ہے وُڈر پیٹھ بسان چھِ...... سڑک چھَ سانہِ نِشہِ واریاہ دوٗر گاڈ بن ہُند شور کوٗت واتہِ یور۔ ووٗنی ماچھے فِکرِ تران ۔ یہ آسن واوتلمُت ۔شاید آسہِ بہرم گوٗل یَلہٕ گوٚمُت ۔ظاہر پٔیہِ بیٚیہِ شین۔ پَش گرٕھی نہٕ پھُٹتھ ینہِ ۔ وُڈر گلن چھُ شین وَتھ وار کوٚرمُت ۔ یہُس سوٗنتہٕ کاٗلی یم گُلی دِتی ٕمتی اَسی تم چھِ پھُٹی ٕمتی ۔ژوٗنٹھی گلن چھِ لنجہِ پتھرِس پیمِژ...... دَیہِ سارِنے گری زِرُت......''

''ہتے اَرنۍ تی گیٚپن ترٛاو یوٚوے گاسہٕ؟''

''تم کتہِ چھی گیٚپن کا ٕکنہِ ! تم ہے یَلہٕ تراوے یہِ ساٗری''

''ژ مے چھکھ ڈٕجمِژ...... بوز گانس منٛز چھکھ ٹانگہٕ رائے تُجمِژ...... ووتھ لگے گنڈ ہوٚل...... کوٚم تہٕ کھٕجِ ترٛاو وَزناوٗن۔گوڑ دِکھ ڈُل تہٕ پتہٕ ترٛاوٗ کھ بجہِ وُڈر ہُند نوٚو گاسہٕ...... اَدٕ وچھِ دوٚد کیاہ دِن......''

''ہتے کیاہ وَنے اَندری چھس ذٕ زمٕژ ہِش...... تلَے چھوکہٕ دوٚدٕ گلاسہٕ اکھ دِی توم......نیٚبرم ٕترٕ تہٕ اَندریم نار شہلہِ ہم''

سوم ناتھ ژاو پھہہ پھہہ کران تہٕ دِتُن پان داٗرِتھ ۔ تَس اَسی مکانہٕ ماٗلی کن تھپَر تُلی ٕمتی ...... ''یہِ بُڈ چھُ دوہس راتس بکواس کران ، کمہِ گرِ وخاٗلی'' سُہ اوس گرٛژن محلن پھیرِتھ آمُت کمہِ سبٹ اَسس بنان مگر

سُہ کتہِ اَنہِ ہے تیتی پوٗنسہٕ۔ گوڈٕ اوس سُہ مکانہٕ والین ہنٛدی سوال بوٗزی تھے پریشان گژھان۔ بأژ گژھِ چھو، سامانہٕ ماچھوٗ زیادٕ! ہمار ماچھوٗ کانٛہہ ستی؟ سارِنے سوالن اوس سُہ جواب ہیکان دِتھ، اما پوٗز اَخری سوال بوٗزِتھ اوس سُہ کلان۔

''تھوٗکمُت آسکھ گوٚبرِ...... ئِژ سیٹھ بلایہِ...... وُچھ سأری ہےٚ پانس چھےٚ شین لأرِتھ...... ووتھِ یہِ دِن وُزس منٛز ارنٛدٔتی والہِ چاے...... یہ ہےٚ چھِم ژھیوٚنمُت'' ......تلا پوٚت دارِ کنِی ہا آلو ہیوٗ گژھان...... یہِ ہاچھےٚ ظأہر اعزیز بٹ گاڈٕ ہأنٛز...... خدا وأنی نَس ژوشوَے کورِنکھہٕ...... گوڈٕ چھُ سأنِی ہےٚ آنگنس منٛز کاڈ ہیتھ واتان...... ''پوشہِ کُج از چھےٚ شِکار اوٚنمُت۔ برابرٕ کِلوٗ......ووتھ وال داں پھوتراہ بڑٕ بڑٕ...... وُڈٕر وارِ ہنٛز ووزجہِ مُجہِ ترأوی زبس ستی۔ خدایس پتھ وَٹھ میٹھنے گاڈ کیتھ......''

''وتھوٗ سوٗمہٕ ٹاٹھیا۔ دال کھیٚنہٕ کھیٚنہٕ ہا آے اَر۔ گژھ دِس چینا داں پھوتر۔ ارنٛدٔتی اَنہِ ناگہِ پیٹھ گاڈ چھٔلِتھ ......یہ رنہٕ از پانہٕ گاڈٕ ...... یئہ کأنی اژ چوکس ......پھوچہِ چھےٚ ہوٚکھ زیُن ...... لگے ڈٔنڈِتھ وارٕ وارٕ وأنی زِ......''

لَس پیٹھِ پرانہِ مکانٕچ کأنی یاد...... سو اَس کالہِ وأریوٗ

وأ ژھٕ ۔ سونتہٕ ہوا اوس آنگنس مُشکہٕ ناوان...... کأنی دارِ
بَکنہٕ اوس تسُنٛد کانہٕ دار تَس تھلہِ تھلہِ وُچھان۔ سومندٕ چھے
یہِ تہٕ ژٕج یارٕ بل کُن ......
سومناتھ اوس ماجہِ دوٚدٕ پیاٚلکی پأٹھی رٕوچھمُت ۔ تَس اوس
ماجہِ ہُنٛد وَسہِ ۔ سوچان اوس اگر ہے جان کمٕ بَنہِ ہے شاید
ما کرِٕ ہے وُنہِ وٕری کھنٛڈ...... سُہ اوس صبحأے ووتھان تہٕ
تھپہِ تھوسہِ پاں بالٹین زٕ ترٕے رٹان۔ پوٚنسہٕ ٹوٚنگ تہِ
اوسُس بوزی تھےٕ ۔ تنخواہ پھلہن کُس افسوٗس کرِ ہے ۔
کمٕ کڑاے ،شُری پرناوِنی ، کھبن چبن ،شوٗب شرم سوٗرے
اوس أتھی پیٹھ۔ اماپوٚز سوچان اوس ماجہِ کیٛت گوٚژھم
جان ڈیرٕ بَنٛن ۔
پوشہِ کُجہِ ژٕج کرٕکھ نیٛرتھ...... ہیو کانٛگر ہا پھیرٕم...... تمہِ
ہیوٚت دوٚژھو نارٹُلن ...... مگر اتھِ آس نہٕ کینٛہہ ۔ سو ؤژھ
یکدم تھوٚد مگر وُکراونہٕ آیہِ ۔ پمّی یوسہٕ ششدر وُچھان
أس پیٚچ بروٚنٛہہ ......سومناتھن تہٕ ارئدتی تُج پوشہِ کُج تھوٚد
تہٕ سأوِکھ بسترس پیٹھ۔ ترٚیشہِ گلوٕ زٕگلو آپرٕ ہس...... تس
پھیوٗرحبس ہیوٗ ۔
''ہیو شام ہا گو.....تلا سنٛد یا ژونگ زألو'' پمّس ترأوِ

زٕبوکالے شہٖن سومناتھ اوس أندری اوٚش رٹان......
اَرنٛدٕ تی دِیہِ ہے کربکھ مگر لتس اوس مولوم زِ پٔنُن گرٕ
چھُنہٕ...... راتھ کیٚتھُے ژٕھنَن کڈِتھ...... سو آس دَم پھُٹ۔
مٔنزٕ گیہِ بجلی...... سأری سٕے ووٚتھ اندکار۔ تہٕ سورُے گو
وُنلہِ بُزٕ...... پوٗشہِ گُجہِ ہُندشاہ اوس ژھوکان تہٕ تہنٛدٕ ن
شُرٕ ن بأژن اوس وأنجہِ تیلہٕ ٹلنٛین لگان۔



# امار

وُنہِ چھُس یَتھ لَرِ بالا دَرِ پیٹھ
وُڈٕوچہِ وُپھ لَرِ وُپھناوان
وُنہِ چھُس لولچہِ لولرِ سوزان
سوٗنتہِ سنگارٕکی ہتہٕ بُڈی راش
آشن ہٕنٛزِ وُزملہِ چھُس شیران
بختاور نوٗرٕکی أطلاس

قلزُمی گٹہِ کارن چھُس ہاوان
سورِ ژھنڈِتھ تمبر بن ہٕنٛز تُج
موٗختہٕ جُرِتھ چھُس رٔچھی رٔچھی تھاوان
احساسکی انہاٗری امار

وُنہِ چھُس ادٕنچہِ ہی تھرِ تھاوان
اَچھرن ہٕنٛز اَژھ رَژ تأبیا
کاشُر زیوِ چھُس ہرموکھ بالو
پیٹھی ٹلناوان ہَرٕنٛی ژھال

یَتھ مَدٕمأتِس ماحوٗلس چھُس
یێتہِ موٗلہِ ناوان پرٲنی ماے
یێتہِ سرفن نٲگی راے بنان
یێتہِ موٗکلے ہیٚو ہی مال زُوان
یێتہِ دِوتا سٲری شوٗژی گوٚهان
تتھی شوٗبہِ وِنس انہارس اٲسن
میأنی وژن بُراے نثار

وُنہِ چھُس مٹھکی سحر تہٕ مِصرکی
شام کران جامن قربان
وُنہِ چھُس آدم بڑأتھ رٹان
ریٚہہ نالہِ تہٕ وہہ ژاپان دوہے

پژیمکی کوسم لولہِ اَبأسی
پوٚشہِ ہلم چھِم ووندٕ شیٚرتھ
دیو بُتراٲژ لوژر گوٚهِ پاین
دیو انسانس شروژ وجود

☆

# یہ میٲنۍ اونٛد پٔکھ

یہ میٲنۍ اونٛد پٔکھ چھ ہار شڑاوٕن
اَلاو جگرس مےٚ تازٕ یاوٕن
اَلاو رٕچھ وٗن خیال میٲنۍ
مےٚ چُھم گُلن ہُنٛد بہار چھاوٕن



بۍ مایہِ مۆت ، میوٚن دِل چھ اٰنے
پزر وٕنُم یی وُچھم سۆرُم تی
مےٚ توٚگ نہٕ ہرگز گٹن اَنُن گاہ
مےٚ توٚگ نہٕ لولُک امار تڑاوٕن



رٕچِھم مےٚ پننو اَتھو ونے کٲیاہ
گُلالہٕ کٲتیاہ گولاب کٲتیاہ
مےٚ زون جَلدٕے چھُ کوٚت مُشکِل
کتھل تہٕ شیطان پرٕزناوٕن

ژٕ ژٕھتہٕ میونُے یہ سینہٕ لوٗت لوٗت
وُچھکھ ژٕ پزٕرکی أنیکھ عالم
کوٗھِش ژٕٹھ کیٛاہ چھِ پوش پھوٗلۍمتۍ
أچھو تہٕ ہیوٗتمُت چھُ خوٗن ہارُن

☆

بہار ہِن زندگی برابر
زہر چھُ آبِ حیات چھاوان
ژٕ رَچھتہٕ مُستی گوٗلأبٕ روٗتِچ
مےٚ نار جِگرُک چھُ پوشہِ ناوُن

☆

سَمے چھُ نوِ آیہِ پژٕناوُن
پزٕر خیالن چھُ شولہِ ناوُن
ٹیٛنڈٕ بن وَسان رَتھ چھُ تیز ؤسۍتن
مےٚ پننہِ صبرُک کمال ہاوُن

☆

یہِ کاروانا قدم رلأوِتھ
چھُ بالہٕ تھنگن منگان غأرتھ
کرُن ہمالا چھُ سر ژٕہنن منز
پٕدِس پٕدِس پٹھ چھُ زور ہاوُن



لوٗلے اندر میٲنہِ ٹوٗٹھ یاوُن
مژر جوٚنوٗنُک چھُ شیٖرِ لاگُن
ژٕ کرتہٕ دارِچ سکھر ہنا جل
مےٚ مٕنزٕلن ہُنٛد مقام پزاوُن



مےٚ ترٲوۍمِتۍ بر چھِ وُتھی طُفانس
ژٕ زور ہاوکھ خراب سپنکھ!
ژےٚ چھے گمُت حال یاوِگی ہنٛز
مےٚ زہرِ قاتِل چھُ آزماوُن



رٕچھن مےٚ شبنم الاو ستھن
جُملن مےٚ بخشٕنۍ چھےٚ جاوِدانی
مےٚ غارتکۍ تھم تھوٕنۍ چھِ محکم
مےٚ زندگی ہُنٛد بہار ہاوُن



نظم

# پوٚش تہٕ پَل

پَنہٕ پوشِرٕ اَولہِ پوشہِ ٹلیو
تمبہِ لیومُت کوٕ چھُکھ مائزِ گُلیو
وولہِ میوٚنٛڈھ کرے رنگہٕ دامانس
نوزُک پانس ڈُکبہٕ دامانس
ژٕچِہِ زاوجہِ کُس شکلاواں چھے
وَژھِ وانجہِ کُس وُپھِ ناواں چھے
مےٚ تہِ وَن سأ کُمٕ دیوانہٕ کوٚرُکھ
کس پتھ وَن فلوا گومُت چھُکھ
رِکنہٕ ویرے چانے اَبہٕ سووٗکھ
سِرری دانس بالا ئلی کھورُکھ
آزاد ژٕ چھُکھ وَنہٕ وارُک پوٚش
رنگہٕ راچھ چھِ پزاران ساز بہ دوش

یَتھ جایہِ ہنا ییٚہہ ماے برے
اَتھ زأوجہِ کایے چشمہٕ جرے
مےٚ تہِ ہاوَکھ نا پننُے دُنیا
اَڑٕ مور گومُت میونُے سوٚ پناہ
اکھ میؤٹھ ژیُہا مَد موٚت سبٹھاہ
رَتھِ کھسوٗن اَکھ آشایہ گُلاہ
یُس ڈولُمت دوٚلہری شو ٕکرٕو
یُس ٹھوٚلمُت سَمیہِ گرٕو ٕکرٕو
وولہِ بوز غزل غاألب چھُ گیوان
رَتہٕ دأوی زَگتھ ہُتہِ پأوی کھسان
زیو مُوٗر تہٕ پکھ کتھ تارٕ کرو
نَنہِ وانہٕ کرو ٹاکارٕ کسرَو
ژٕ تہ گاشس تن پُشراوان چھُکھ
اَنہأری صدم أنزراواں چھُکھ
مےٚ چھِ اَگنہٕ کونڈس دوٕد ناگ وُزان
کیاہتام چھِ أندری کتراوان
آکاش چھ درتی نالہٕ رٹان
ووندٕ لہرن تھنہٕ یوقوٗت پیوان

سوند بزارِ چھُ گتھ اختابہٕ کران
کاویری سونہٕ مۄرٕژ اَندر
ویٚتھہٕ واژٕج رُمہٕ ٕسراے وُچھان
ژہتہٕ ژندن باغس کاًلی ناگ
ہُتی ہۄنٛز چھُ روٗژمُت وَتہِ پکوٗن
پھٔٹی ہووربو ہووربو بونہِ ہیڈر
کھٔتی گاشری رنگہٕ سری اسمانس
بیٚیہٕ دراو کولمبس وَتھ ژھاران
بیٚیہٕ کالی داسن اوٗ برس ؤون
ہیوٚت ستی سرن واہراو کرُن
واپس تٔمی ہیوٚت وِجہِ واو کرُن
پَنہٕ پوٚپُر سورُے دُنیا چوٗن
وولہٕ بوزکتیُک چھُے بوزُن پے
یکھ نرٕتکی یَن ٕستی زان کرے
جذبن ہٕندی تھٔدی آسمان گرے
شِلہِ ٹُل تَم، ٹُلہٕ تنبگل چھم لاًری
وتراُوِم تنہِ زِلہٕ زِلہِ کاًتیا
گُمہٕ شران چھِ گاٚٔتی آرٕ پلن

# غزل

ژٕ شوٗب میأنۍ چھکھ بےٚ اشتہار چون
پھُلے چھہِ پوشہِ مٔژ یہِ لولہٕ نار چون

یراد چھی زَبر خیال چھی اَچھوی
زٕ ہے نہ یتھ قرار سُے قرار چون

مٔژِھج یہِ نظر چأنۍ صحر صحر پڑاو
کمن اندر وَنم کرے شُمار چون

خزانہٕ شوقہٕ ہٕتۍ مُژر تہٕ جل ہنا
وٕتھر چھسے کنُے مگر بہار چون

کتھن ژٕ پانہٕ سَن لبھ ژٕ لال ءکتۍ
وَتھا ژٕ چھکھ شٕہج بےٚ اعتبار چون

ٹھہر ژٕ بالہٕ کوٚلی سیٚکیٚل تہٕ میون وُچھ
اگر کرکھ ژٕ پڑھ بہٕ سبزار چوٗن

حساب تھاو ووٗنی مہ کر چھوکن شُمار
ژٕ گاش بے بہا بہٕ گاشدار چوٗن

وَتن چھ نیٖزٕ تھٔدی ہتس چھ کتھ کُنی
ژٕ پڑھ کرکھ اگر بہٕ موکھتہٕ ہار چوٗن

مےٚ چانہِ لولہٕ کے سہارٕ چُھم سبٹھاہ
ژٕ میأنی چھُکھ وومید بہٕ پڑانہِ وار چوٗن

☆☆☆

# دِشھار



ارجن دیو مجبورؔ




ارجن دیو مجبورؔ کلچرل اکیڈیمی ہٕنٛدِ طرفہٕ یہنٛدِس اعزازس منٛز منعقدأ کِس تقریبہِ منٛز



امی تقریبہِ ہٕنٛز بیاکھ تصویر




ارجن دیو مجبورٕ سٕندی پرٲوی مٔتی مختلف اوارڈ تہٕ اعزازات



آنجہانی ارجن دیو مجبور تہٕ محمد اشرف ٹاک، چیف ایڈیٹر اُردو کلچرل اکیڈمی



آنجہانی ارجن دیو مجبورؔ تہٕ تہٕنز آشینٛز



ووستاد ارجن دیو مجبورؔ پنٕنین شاگردن سٟتۍ



آنجہانی ارجن دیو مجبورؔ تہٕ پروفیسر رحمان راہیؔ



ریاسی ڈوگری رائٹرس کہِ طرفہٕ منعقدأ کِس اعزآزی تقریبہِ منز ارجن دیو مجبورؔ

# SHEERAZA
{KASHMIRI}

Vol: 44 No:1-3 Jan. - June: 2011

## ARJAN DEV MAJBOOR NUMBER

**Editor**
Abid Ahmad

**Assisted by**
Dr. Gulzar Ahmad Rathar




**J & K Academy of Art, Culture and Languages**
**Srinagar/Jammu**

QUAF PRINTERS 9419436635

Designing by: B.Q.C 9419707173